کبیرا کھڑا بازار میں
سب کی مانگے خیر
نہ کاہو سے دوستی
نہ کاہو سے بیر

تنقید تہٕ تحقیک ژُرح تہٕ چھُ اتھی منز پوشید۔ زبان تہٕ ادبہٕ کِس بارزِس منز چھُ محقق یا نوقاد پننہِ شودِمَن تہٕ نظرِ ستۍ پزرگاران۔ سہٕ چھُ تی گاشِراوان یُس تس وچھتھ تہٕ پرِکھتھ موقول باسان چھُ۔

پزرس پیٹھ پرٕدٕ تراوُن۔ تہٕ زأنِتھ مأنِتھ اصلیتہٕ نِشہِ أچھی وٹنۍ گو وَتہِ نِشہِ ڈلُن تہٕ ژلُن۔

رٕہبر

# وَن

# وَ کھنے

تحقیقی تہٕ تنقیدی مقالہٕ

اوتار کرشن رہبر

کِتابہِ ہُنٛد ناو : دَن وَ کھنے

لِکھاٗری : اوتار کرشن رہبر

کمپیوٗٹر کمپوزِنگ : IILS DTP CENTER

471-A، سیکٹر 2، وِنایک نگر مُٹھی جۆم۔

رِنکو کول# 94191-36369

چھاپَن سَنہٕ : 2014

تیداد : 500

مول : ترٛے ہَتھ روپیہٕ

سرورق :

کِتاب میلنگ پے پتاہ:

۱۔ رہبر پبلِکیشنز

شتابدی وِہار، سیکٹر 52، فلیٹ نمبر2B/E5، نویڈا (یُو۔پی)

فون نمبر :09015766866

۲۔ موہنی پبلیکیشنز

471-A، سیکٹر 2، وِنایک نگر مُٹھی جۆم181205

# نذرانہٕ

میر واعظ مولانا محمد فاروق

ہٕنٛدِ ناوٕ!

یِمن ہٕنٛزِ مےٚ سبٹھاہ رٕژی تہٕ اژھبنہٕ

تولقات اٗسۍ

یِم کٲشیرِ منٛز اکھ جدید ترٟین

تحقیقی ادارٕ قایم کرُن یژھان اٗسۍ

یِتہٕ

کٲشیرِ تہٕ کأشرٮ۪ن مُتلِق شانٛدار

تہٕ

جانٛدار تحقیقی کأم سپدے تہٕ

محققن سارٮ۪ے سہوٗلیژ میسر آسہٕ ہٮ۪ن۔

نِراش چھُس نہٕ اگر خۄن تہٕ چھُس أچھَو هاراں

یہٕ رایہِ تُہٕنزِ مےٚ کۆرمُت چھُ زۄل آبَس مَنٛز

(راہؔی)

# وار وبستار

# گوڈُت

''وَن وَ کھنے'' ناوِ پٹھنین تحقیقی تہٕ تنقیدی مقالن یا لیکھہٕ پارَن ہنٛز اکھ سوٗمبرن کِتابی شکل اَندر پیش کرٕنس منٛز یوسہٕ مسرت بہٕ اَز محسوٗس کران چھس تمیٚک وبہٕ ھنے نگہِ نہٕ مےٚ لفظن منٛز کرٕنی۔ یم چھہٕ تم لیکھ یم زیادٕ تر کٲشرِ تہٕ کٲشربن، کٲشرِ زبٲنی، اَدبَس تہٕ تہذیبی انہارَن مُتلِق چھہٕ۔ یم فن تہٕ ادبہٕ کین شوقینَن تہٕ جانٲنَن پرٕتھ دورَس منٛز بکار یِوان روزَن۔ وُچھن چھُ یہٕ زِ پَرن والی کمہِ انمانہٕ یمن یمن جایِزٕ تہٕ پنُن ردِعمل کرن ظاہر۔ گزارِش چھم اَکھ زِ یمن مُتلِق سیٚدِ سیوٚد یا بُنیاد بناوِتھ یہٕ کیٛنٛژھا لیکھو مےٚ گوژھِ تمیٚک کاپی سوزٕنی۔ یُتھ بہٕ تمن سام ہیکہٕ ہیتھ تہٕ پننٕ تاثرات ہیکہٕ ظاہر کرِتھ۔ یوٗ دوے یہٕ ضروٗری باسیم۔

''وَن وَ کھنے'' چھُ سو ترکیب یوسہٕ ''وَن'' تہٕ ''وَکھنے'' لفظن ہنٛز مِلہٕ ونہِ ستی وجوٗدَس آمٕژ چھہٕ۔ ''وَن'' گو وُنن۔ اتھ منٛز چھُ تہٕ سورے یِوان یہٕ

کینژھا لیکھنچ شکلہِ منز ووپد یا یہِ کینژھا زبأنی زبأنی وَننہٕ تہٕ پھرنہٕ ییہِ۔ غرض یہِ چھُ تمن دوشوٕنی خأنن اِحاطہٕ کران یہِ زَن اَدب تہٕ لُکہٕ اَدب رٔنگی زاینن لبان چھُ۔

''وَکھنے'' لفظُک اصل مانے چھُ واشہِ راوُن۔ وبژھنےَ (تشریح یا تفسیر)۔ یمن ہندی أہم اَنگ یا جُز ژھأر (تلاش)، پُرسان، پُرخاش، پرکھ، تنقید تہٕ سام یا جأیزٕ چھِ۔ چوٗنکہِ یمہٕ سوٚبرنہِ ہُند تولُق چھُ تحقیق تہٕ تنقیدس ستی ٔ باسیوٚ یمن مضموٗنن یا مقالن یکہٕ وٹہٕ گوٚنڈ گرنہٕ خأطرٕ ''وَن وکھنے'' ناو سبٹھاہ رُت تہٕ مُنأسِب تہٕ سبٹھاہ زوٗدار تہٕ شوٗبہِ دار۔ اَمہِ علاوٕ چھُم نہٕ بیٚیہِ کینٛہہ ییتھن وَنُن کیُت۔ پرتھ اکھ لیکھ، مضموٗن یا مقالہٕ چھُ پننہِ موضوٗعُک پانہٕ اَنہٕ۔ یہِ چھُ پننی پأٹھی پوٚز تہٕ پزٕ وکھٕٹ عکس پیش کران۔

سَنہٕ 2014

فون نمبر: 09015766866

اوتار کرشن رہبر

شتابدی وِہار، سیکٹر 52،

فلیٹ نمبر 2 بی، پلاٹ یی 5،

نوئیڈا (یوٗ۔پی) 201310



# أری نہِ مال عرُف اَرنہِ مال

## (اکھ تنقیدی سام)

1995 عیسوی یَس اَندر سپز امین کاۄمِلٕ سٕنز کِتاب ''کُلیات حبہِ خوتوٗن'' چھاپ۔ اَمہِ پتہٕ ووتلوٕ اَدبی حلقن منٛز اکھ بحث۔ اَوتھ تام یوٗ دوٲے ڈاکٹر اکبر حیدری یَن یہِ فأصلہِ صاۂدِر فرمووٗمت اوس زِلل دیدِ تہٕ حبہِ خوتونہِ ہُند وجوٗد چھُ محض فرضی۔ کاۄمِل صاۂبن کٔر تِھَین فرضی شاۂرن ہِندِس کھاتَس منٛز أری نہِ مال تہِ شاۄمِل۔ کاۄمِل صاۂبن چھٔنہِ اَزتام ڈاکٹر حیدری ہِندِبن خیالن مُتلِق کانٛہہ راے ظاۂہر کٔرمٕژ۔ یوسہٕ سبٹھاہ ضروٗری آس۔ مےٚ سۭیُد حیدری صاۂبَس سٟتؠ اتھ موضوٗعس پیٹھ سبٹھاہ بحث۔ یُس کاۂفی وقتس جاۂری روٗد۔ تہٕ یمکی کینٛہہ حصہٕ ''سرینگر ٹایمز'' کِہن کینٛژن شُمارَن منٛز اَز تہٕ موجوٗد چھِہ۔

کاۄمِل ساۂب چھِہ بے شک تِمن لِکھاربن منٛز شاۄمِل یِمو حبہِ خوتونہِ مُتلِق اَزتام وارِیاہ لیوٗکھ۔ یِمن منٛز تِہُند سٹیج ڈرامہ ''حبہِ خوتوٗن'' (1956)، اُردوٗ

زبأنۍ مَنز اکھ کِتابچہٕ ''حبہٕ خاتوٗن'' (1959) تہٕ ''کُلیاتِ حبہٕ خاتوٗن'' (1995) قابلِ ذِکر چھِ۔ سٹیج ڈرٛاما سپُد کشمیر نیشنل تھیٹر طرفہٕ پیش تہٕ ہدایت کار آسی آر۔کے۔برارو۔ یہ چھُنہٕ اَزتام چھاپ سپُدمُت۔ باقۍ زٕ کِتابہٕ چھےٚ رِیاستی کلچرل اکادمی چھاپ کرِمژٕ۔ کأمِل صأب ہِندین خیالن مَنز یُس نوٚن تضاد موٗجوٗد چھُ سُہ چھُنہٕ دوٗر سپُدمُت۔ ووٚمید اُس تِم کرن پننہِ أخری کِتابہِ مَنز حبہٕ خوتوٗنہِ مُتلِق پننۍ ذأتی راے صفأیی سان پیش تہٕ اَنَن اکھ واضح تصویر بژوٗنہہ کُن۔ مگر تہٕ چھُنہٕ سپُدمُت۔ بلکہِ چھُ اصل موضوٗع ہرٕ مُرنوٚبن کھُربن تہٕ جنجالن مَنز ہیٚنہٕ آمُت۔ حبہٕ خوتوٗنہِ ہُنٛد کلامہٕ تہٕ چھُنہٕ سائنٹفک بنیأزن پیٹھ ترتیب دِنہٕ آمُت۔ یہ زَن توقع اُس۔

بہرحال یہ تھاوِ وُنۍ کُس پَتھ یہ جأیزٕ أرۍنہِ مالہِ تامےٚ محدوٗد تاکہِ میٲنۍ خیال ییٚن واشہِ رأتِھ تہٕ گاشہِ رأتِھ بژوٗنہہ کُن تہٕ اصل ہرتر اخذ کرنس مَنز یِی نہٕ کانٛہہ وَدل۔

یمو دوہو پیٹھ مےٚ پننہِ کِتابہِ ''کأشرِ اَدبُچ تأریخ'' مُتلِق تحقیقی مواد سوٗمبراوُن تہٕ البساوُن ہیوٚت۔ مےٚ سپُد کشیرِ ہِندِس ناماوار مورِخ پی۔این۔کے بامزئی سٟتۍ مُلاقات۔ مےٚ ووٚن تَس ''توٚہہِ چھِو پننہِ کشمیر ہسٹری (1960) مَنز أرۍنہِ مالہِ ہُنٛد ذِکر کوٚرمُت۔ امہِ شیٚچھہ ہُنٛد آگُر کیاہ چھُ: ''پاپولر ٹریڈِشن'' (Popular Tradition) یانے ''مشہوٗر تہٕ مقبوٗل روایژٕ'' ...... تِمۍ دیُت ہکہٕ جواب۔ مےٚ پرٛژھمس: ''حبہٕ خوتونہِ مُتلِق چھُ عام پأٹھۍ وننہٕ یِوان زِ تَس چھِ ژٕک بادشاہ یوٗسف شاہَس سٟتۍ سبتھاہ قریٖبی توٚلُقات روٗدۍمٕتۍ۔ مگر

کیٛنژن ہُند وُنُن چھُ یہِ زِ سو آس نہٕ کٲشیرِ ہنز ملکہٕ یا مہارانٛی زٕنہے۔ تۄہہِ کتھ بُنیاز پیٹھ چھِوتس کٲشیرِ ہنز مہارانٛی (ملکہٕ) تسلیم کران؟''

''پاپولر ٹریڈِشن'' تِمَے پھِرِ یِم لفظ دُوبارٕ۔ بے شک مشہوٗر تہٕ مقبوٗل ریوایژ چھےٚ محقِقہٕ سٕنٛد اکھ اَہم ہَتھیار یا وسیلہٕ خاص کرتمہٕ وقتہٕ ییٚلہِ زَن بیانَن منٛز بتھیرٕ کھٕر یا تضاد موٗجوٗد آسہِ۔ یا موضوٗعس مُتلِق سبٹھاہ کم مولوٗمات میسر آسن۔ کاشرِ زبانٛی تہٕ اَدبس منٛز چھُ امہٕ کنہِ تتھ موادس سبٹھاہ اہمیتھ حاصِل یُس سینہٕ بہٕ سینہٕ اکہِ پیٖرِ پیٹھٕ دوٚیمہِ پیٖرِ تام وۄتمُت چھُ۔ محقق سٕنٛدِ خاطرٕ چھےٚ یہِ اکھ سو کان ییٚمہِ منٛزٕ سون کڈُن تِمَے سٕنٛز کام چھِ۔ یہِ چھُ محقق سٕنٛزِ صلاحیژ، تۄژھ تہٕ توانٛگرس پیٹھ منحصر زِ سُہ کوتاہ سپدِ یہِ حاصِل کرنس منٛز کامیاب۔

پی۔این۔کے بامزٕیٕ[1] چھُ اکھ سُہ شخص ییٚمۍ سٕنٛدِس گرس منٛز ادبی، تہذیبی تہٕ ثقافتی سرگرمین ہُند ژوٚنگ پتھ کالہٕ پیٹھٕ دزان رۄدمُت چھُ۔ تِمَے سٕنٛد مول پنڈت آنٛند کول بامزٕیٔ اوس بذاتِ خود پننہٕ زمانٛک اکھ مشہوٗر ناویُک کٲشیرِ ہٕنٛدِس ادبی، تہذیبی تہٕ ثقافتی ورانٛثس زنٛتہٕ زوٗل کرنٕس منٛز کانٛہہ کسر باقٕے تھاونہٕ۔ اتھ پوٚت منظرس منٛز یہِ کیٛنژھا شیچھِ پی۔این۔کول بامزٕیٕ یَس تام واتُھمُت چھُ تتھ چھِ بارٕ اہمیتھ حاصِل۔ یِی ہیکو پریم ناتھ بزازس مُتلِق تہٕ وَنِتھ۔

---

[1] بامزٕیٔ صابُنس مُتلِق پوٚرمے اکھ مقالہٕ اُکس محفِل منٛز ییٚمیُک سٹز کلچرل اکادمی کوٗرمُت اوس۔ یہِ چھُ ییٚتھ سوٗمبرنہٕ منٛز موٗجوٗد۔

بامزئی صابن یہ کینژھا آری نہِ مالہِ ہُند ذِکر کران لیٔوکھمُت چھُ تمیُک ہرتر چھُ یتہِ پأٹھی:

''اَرنی مال ناوچہِ بٹنہِ چھِ کأشرین ہندی دِل پننیو وژنو ستی زٲنمتی تہٕ رٔژرٕنأوی متی ۔ تہندی بأتھ چھِ موسیقی منز پیش کرنہٕ یوان رٔودی متی ۔ یمن منز تہنز امیجری تہٕ سوز و گداز اِنتہاہس پیٹھ واتان چھِ۔

سو زایہٕ اکس جان اوسۆد حال گرس منز ۔ سو ترأو پننی خانداران یُس مُنشی بھوأنی داس کاچرو ناو اوس۔ بھوأنی داس اوس اکھ نفیس فارسی عالم تہٕ شأیر۔ پننس خاندارس نِشہِ ژھینہِ گژھنن دیُت ارنہِ مالہِ ہنٛدِس شأیرانہٕ مزازس زیادٕ ے وُتش تہٕ سو رۆز مولہٕ وِنی شار ونان۔ تمہِ ہنز شأیری منز چھنہٕ مِسٹسزم (Mysiticism) کانٛہہ چھی نہٕ مذہبی تجربن ہنز کانٛہہ باوتھ۔

خانہ دارس نِشہٕ الگ گژھتھ چھُ تمہِ سُند ہمسفر یٔندر بنان۔ تمہِ ہندی دہانہٕ یم وژن نیران چھِ تم چھِ یٔندرٕچہِ لے تہٕ تالہِ ہُند زیر و بم لٲبتھ اتھ ستی گنٛڈ سپدتھ ژوزبتہٕ لبان۔''

بامزئی صأب نہِ سطرٕ چھےٚ انگریزی یَس منز یتہٕ پأٹھی:

"There is yet another lady, this time a Kashmiri Panditani by name Arnimal, whose lyrics have captivated the hearts of Kashmiris. Her songs have been set to music and their imagery and pathos are moving to the extreme. Bornin a well-to-do family, Arnimal was deserted by her

husband Munshi Bhwani Das, a profound persian scholar and prolific writer. The desertion awakened the muse of Arnimal. Her poetry is deviod of the mystic touch and religious experiences. It speaks of heart of the human soul. After separation from her husband, the spinning wheel became her constant companion and she composed her songs in tune with the sound of moving wheel."

میأنٛزِ کِتاب ''کأشُر اَدَبٕچ تأریخ'' (جلد اکھ) سَپٕز 1965 عیسوی یَس مَنٛز چھاپ۔ اوٚتھ تام آسہٕ پانٛژ کِتابہٕ یِمن مَنٛز اَرنی نہٕ مالہٕ ہُنٛد سیٛدٕ سیوٚد تذکرٕ سَپُد مُت اوس۔ یِمہٕ چھِ (1) کشمیری لیرکس (Kashmiri Lyrics) مُصنِف پرٛوفیسر جیال لال کول چھپَن سَنہٕ 1945ء (2) کشمیری زبان اور شاعری، مُصنِف عبدالاحد آزادؔ (3) ڈاٹرس آف وِتستا (Daughters of Vitasta) مُصنِف پرٛیم ناتھ بزاز (4) کأشُر شأعری (1960) مُرتب پرٛوفیسر محی الدین حاجنی تہٕ (5) ہسٹری آف کشمیر (1962) مُصنِف پی۔این۔کے بامزئی۔

میأنہٕ کِتابہٕ پتہٕ کیٛہہ کألہٕ یانے 1968ء سَنس مَنٛز سَپٕز پرٛوفیسر جیال لعل کول ہنٛز بیاکھ کِتاب سٹیڈیز اِن کشمیری (Studies in Kashmiri) چھاپ۔ یِمو سارِوٕے کِتابو پتہٕ یوٚت یوٚت تنقید تہٕ تحقیقن وِسجار لوٚب اَرنی نہٕ مالہٕ ہُنٛد ذِکر روٗد قسم وار طریقن مَنٛز سپدان۔ مگر کأنٛسہٕ وٕنٛن نہٕ یِہ زِ اَرنی نہٕ مالہٕ ہُنٛد وجوٗدٕے چھُ فرضی۔ تَس اوس نہٕ بھوأنی داس کاچروٗہَس ستی کانٛہہ رِشتہٕ ہیٛتر بیٛترٕ۔

بامزئی صأبن یہِ کینژھا آری نہِ مالہِ ہُند ذِکر کران لیۆکھمُت چھُ تمیُک ہرتر چھُ یتہِ پأٹھی:

''اَرنی مال ناوچہِ بٹنہِ چھِ کأشرِبن ہنٛدی دِل پننو وژنو سٟتی زِنٛمتی تہٕ رٕژِنأوی متی۔ تہنٛدی بأتھ چھِ موسیقی منٛز پیش کرنہٕ یوان روٗدی متی۔ یمن منٛز تہنٛز امیجری تہٕ سوز و گداز اِنتہاہس پیٹھ واتان چھِ۔

سو زایہِ اَکس جان اوسُد حال گرس منٛز۔ سو تژ اَو پنٛنِ خانٛدارن یُس مُنشی بھوأنی داس کاچرو ناو اوس۔ بھوأنی داس اوس اکھ نفیس فارسی عألم تہٕ شأیر۔ پننٛس خانٛدارس نِشہٕ ژھبنہِ گژھنن دبُت ارنہِ مالہِ ہنٛدِس شأیرانہِ مِزازس زیادَے وُتشِ تہٕ سو روٗز مولہِ وِنی شار ونان۔ تمٕ ہنٛز شأیری منٛز چھنہٕ مِسٹسزِم (Mysiticism) کانٛہہ چھی نہٕ مذہبی تجربُن ہنٛز کانٛہہ باوتھ۔

خانٛدارس نِشہٕ الگ گژھتھ چھُ تمٕ سُند ہمسفر یٔندر بنان۔ تمٕ ہنٛدی دہانہِ یم وژن نیران چھِ تم چھِ یٔندرِچہِ لے تہٕ تالہِ ہُند زیر و بم لٔبتھ اتھ سٟتی گنٛڈ سپدتھ ژُو زبتہٕ لبان۔''

بامزئی صأب نہِ سطرِ چھےٚ انگریزی یَس منٛز یتہِ پأٹھی:

"There is yet another lady, this time a Kashmiri Panditani by name Arnimal, whose lyrics have captivated the hearts of Kashmiris. Her songs have been set to music and their imagery and pathos are moving to the extreme. Bornin a well-to-do family, Arnimal was deserted by her

husband Munshi Bhwani Das, a profound persian scholar and prolific writer. The desertion awakened the muse of Arnimal. Her poetry is deviod of the mystic touch and religious experiences. It speaks of heart of the human soul. After separation from her husband, the spinning wheel became her constant companion and she composed her songs in tune with the sound of moving wheel."

میاْنِہ کِتاب ''کاشرِ اَدبُچ تاریخ'' (جلد اکھ) سَپز 1965 عیسوی یَس مَنز چھاپ۔ اوتتھ تام آسہٕ پانژ کِتابہٕ یِمن مَنز اَرنی ہٕنہ مالہٕ ہُنٛد سیدٕ سیوٚد تذکرٕ سپُدمُت اوس۔ یِمہٕ چھِ (1) کشمیری لیرِکس (Kashmiri Lyrics) مُصنِف پرٛوفیسر جیالال کول چھچن سَنہٕ 1945 (2) کشمیری زبان اور شاعری، مُصنِف عبدالاحد آزاد (3) ڈاٹرس آف وِتستا (Daughters of Vitasta) مُصنِف پرٛیم ناتھ بزاز (4) کاشُر شاعری (1960) مُرتب پرٛوفیسر محی الدین حاجنی تہٕ (5) ہسٹری آف کشمیر (1962) مُصنِف پی۔این۔کے بامزئی۔

میانہٕ کِتابہٕ پَتہٕ کیہہ کالہٕ یانے 1968 سَنس مَنز سَپز پرٛوفیسر جیال لعل کول سٕنز بیاکھ کِتاب سٹیڈیز اِن کشمیری (Studies in Kashmiri) چھاپ۔ یِمو سارِوے کِتابو پَتہٕ یُس یُس تنقید تہٕ تحقیقن وِسجار لوٚب اَرنی ہٕنہ مالہٕ ہُنٛد ذِکر روٗد قسم وار طریقن مَنز سپدان۔ مگر کاشِرِ وِدوانن یہ زِ اَرنی ہٕنہ مالہٕ ہُنٛد وجوٗدے چھُ فرضی۔ تَس اوس نہٕ بھوانی داس کاچروٗ ہَس سٕتی کانٛہہ رِشتہٕ بیتٕر بیتٕر۔

أری نہٕ مالہِ تہٕ مُنشی بھوأنی داسُن تولُق چھُ کٲشِرِ ہِنٛزِ ہسٹری منٛز تتھ دورس ستۍ یتھ منٛز افغان حُکمرانو کٲشِرِ پیٹھ حُکوٗمت کٔر۔ یُس 1755 پیٹھہٕ 1819 یَس تام روٗزان چھُ۔ أری نہٕ مالہِ ہُنٛد سکہٕ زینہٕ تأریخ چھُنہٕ مولوٗم نہٕ مرن تأریخ۔ بیشتر کأشرین شأیرن ہِنٛدی پأٹھۍ چھِ محض أنٛکلہٕ وُنۍ کِنۍ مختلف تأریخ ازتام بدٕ کڈنہٕ آمتۍ۔ مگر پزر چھُ یہ زِ أری نہٕ مالہِ ہُنٛد دور چھُ ارداہم صدی ختم سپدنس ستۍ ہیُو أنٛد واتان۔

مُنشی بھوأنی داس چھُ جمعہ خان الکوزئی سُنٛد ہم کال یُس افغان حُکمرانو کٲشِرِ ہُنٛد کأم کار چلاونہٕ موکھہٕ یور سوٗزمُت اوس۔ تہٕ أتھی زمانس منٛز لوٚب بھوأنی داسن سبٹھاہ ناماوٗری تہٕ عُمرِ ہِنٛدی خاب سپدیَس پوٗرٕ۔

أری نہٕ مالہِ ہِنٛز داستانہِ حیات چھےٚ سبٹھاہ سبز تہٕ موخصر۔ أری نہٕ مالہِ تہٕ بھوأنی داسس چھُ بالہٕ پانے خاندر سپدان۔ یہ زَن تِمن دوہَن عام رواج اوس۔ دوشوٕے أرنۍ تہٕ بھوأنی بڈٕ بیہ تہٕ پرٕتھیہِ یکہٕ وٹہٕ۔ ییٚتہٕ أری نہٕ مالہِ موسیقی ہُنٛد سبٹھاہ شوق تہٕ شأیری ستۍ خاص اگاو اوس۔ تتہٕ اوس بھوأنی داس فارسی عٲلم تہٕ اَدبَس منٛز سبٹھاہ غرق گومُت۔ سُہ روٗد فارسی یَس منٛز لوکچارٕ پانہٕ پیٹھے شار ونان۔ تہٕ أخرس کوٚرُن بحرِ طویل لیکھنَس منٛز اکھ بے مِثال ناو حأصِل۔

مُنشی بھوأنی داس اوس کاڑرٕ (کاچرو) خاندانس ستۍ شہرِ سرینگرس منٛز أکِس گرس ستۍ تولُق تھاوان۔ أری نہٕ مال أس سرینگرس نکھہٕ پٲنٛپہٕ ہَنا بون پلہالن گامِچ کچہٕ ہَن یوسہ سبٹھاہ مُوجِج تہٕ خوش یوٗنۍ أس۔ دوشوٕے گرٕ أسۍ جان کھبنہٕ چینہٕ وألۍ۔ نہٕ زیادٕ أمیر تہٕ نہٕ غریب۔ درمیأنی طبقس ستۍ وابستہٕ۔

پلہالن چھُ پتہٕ وَتھ تِمن گامن مَنز شامِل روٗدمُت یِمن ہنز کِچہٕ یا کورِ مرن، پاپنز بیتر جایَن ہنٛدی پأٹھی شہرس منز اکثر باگنز آسہٕ یوان۔

مُنشی بھوأنی داسس اوس لوکچارٕ پیٹھے یرٔھان سُہ گوٚژھہ أکِس بڈِس عہدس پیٹھ وأتِتھ اکھ خاص روتبہٕ پرٛاوُن۔ تَس پییہٕ یہٕ مُدا پوٗرٕ کرنہٕ باپتھ کأفی جدوجہد کرٕنی تہٕ أخرس سَپُد مُقأمی افغان دربارس ستیٚ وابستہٕ سَپدنَس منز کامیاب۔ مگر دربارکو رٔنگین نظارَو تہٕ کامہٕ کارَن دوٗرٕ روو سُہ پننہٕ آشینہٕ نِشہٕ یوسہٕ بے حد حساس أس۔ تہٕ وَق گٔژرنَس ستیٚ لوٗگ یِمن ژھینن۔ تہٕ أری نہٕ مالہٕ پیو پلہالن واپس گژھن۔ مُنشی بھوأنی داس روٗد حکوٗمت چَن کامن تہٕ کارَن منز بے حد مصروٗف۔ سُہ روٗد سبٹھاہ ایماندأری سان کامہٕ کران یِمہٕ سببہٕ جُمعہ خان الکوزئی لَس یزت افزأئی کرٕنَس پیٹھ آمادٕ سَپُد۔ شوہرت، ناو، روتبہٕ حاصِل سَپدِتھ تہٕ روٗز أری نہٕ مال لَس پرٛتھ وِزِ یاد پیوان تہٕ أندری کوٗران۔ تِمی کوٚر أخرس اکہٕ دوہہٕ فأصلہٕ زِ سُہ گژھِ ہوٚور تہٕ انہٕ تَس گرٕ واپس۔ سُہ تہٕ تِمی سُنٛد خاص نوکر سَپدی دون گُربن پیٹھ سوار تہٕ وأتی پلہالن۔ تِم أسی گامَس منز اژانٕے اوٚرٕ اوس پیچہٕ پیٹھ شُمشان کُن اکھ مورٕدٕ نِنہٕ یوان۔ تِم ؤتھی گرِ پیٹھ یون۔ یہٕ مورٕدٕ اوس نہٕ بییہٕ کانٛہہ یہٕ أس أری نہٕ مال۔

مےٚ چھُ افغان دورٕکس اتھ أہم واقعس یُس أری نہٕ مالہٕ، بھوأنی داس تہٕ جُمعہ خان الکوزئی ستیٚ وابستہٕ چھُ ”ریٚہہ تہٕ آب“ ناوٕ اکھ ڈرٛاما تہٕ لیوٚکھمُت یُس ریڈیو کشمیرٕکس سالانہٕ جشن تمثیلس منز 1972ہٕ منز نشر سَپُد۔ تہٕ یِیمکی پیش کارسوم ناتھ سادھو تہٕ پرٛان کشور أسی۔ یہٕ سَپُد بے حد مقبوٗل تہٕ روٗد

وِزِ وِزِ لوٗکن ہنٛز فرمایش پێٹھ نشر سَپدان۔

کینٛہہ وٲری گژھتھ بنے یہِ اکھ ٹیلی فِلم یوٗسہٕ دوٗر درشن سرینگرٕ پێٹھٕ ٹیلی کاسٹ سَپٕز۔ تحریر اوس پرٛوفیسر ستار احمد شاہد سُنٛد۔ تہٕ کہانی اُس الہٕ پلہٕ سوے یوٗسہٕ ''رێہہ تہٕ آنٛچ'' اُس۔

کامِل صابٕنٛز کِتاب چھپنہٕ برٛونٛہہ بنیو صنوروٗر اَری نہِ مالہِ ہُنٛد اکھ وژُن بحثگ موضوٗع۔ یہِ چھُ سُہ وژُن یُس: ''کر ییے درشُن دِییے'' ہرِ ستی شوٗرٕ سَپدان چھُ۔ یہِ چھوپ غلام محمد نوٗر محمد ناوِکی کِتاب فروشن محمود گامی سُنٛد کلام زانٛتھ۔ تِکیازِ لیٛوکھُت چھُ نون تہٕ ٹاکارٕ یی ونان ۔

زرٕ زوٗلتھس کوتاہ زَرے    ہرٕ اژھ تَم ژٕ دِلبرے

محموٗدس ارمان چھُ یے    کر ییے درشُن دِیے

مےٚ چھُ اتھ وژنَس مُتلق پتمن خیالن ہُنٛد اِظہار ''کاشرِ اَدبٕچ تأریخِ'' منٛز کوٗرمُت۔ یوٗسہٕ 1965ٕ ہِنس منٛز چھاپ سپٕز۔ کامِل صابن یُس عبدالاحد آزاد سُنٛد تضاد گاشروومُت چھُ سُہ چھُ نوٗن تہٕ واضح۔ مگر کانٛسہِ اَکس زنٛی سُنٛد کانٛسہِ مُتلق بیان نظرِ تھاوِتھ یہِ فأصلہٕ دِیُن زِ بێپس کانٛسہِ ہُنٛد وجوٗد چھُ فرضی۔ یہِ گو پشہِ پێٹھ شین والُن۔ بقول کامِل ''یہِ لگہِ نہٕ مُشراوُن زِ محموٗد گامی چھُ تأریخی حقیقتھ تہٕ اَرنہِ مال چھےٚ فرضی کِردار۔''

(صَفہٕ 80، کُلیات حبہٕ خاتوٗن)

میانٛی کتھ کران چھُ لیکھان:

''اوتار کرشن رہبر چھُ گوڈٕ محموٗد گامی یُن سوٗرے یہِ نو بنٛد باتھ

دِوان۔ پَتہٕ چھُ تیٚمہِ منٛز ژور بَند الگ کَڈِتھ دِپان یِم چھِ أرِ نہٕ

مالہِ ہِنٛدی أہنٛدِس کلاس ءَستیٚ رل گاٛمتی تِکیٛازِ یِمن چھُ أرِ نہٕ ہُنٛد

رَنگ۔ یہِ عجیب کمپیوٹری رَنگہٕ ژارے چھےٚ حأرتھ ناکھ خاص کر ییلہِ

لیکھان چھُ زِ یہِ چھُ تمہِ اثرُک نتیجہ یُس زَن أرِ نہٕ ہِندبو وِژنو

محموٗدس پیٚٹھ ترٛوومُت اوس...... باسان چھُ زِ محموٗد آسہِ ہیےٚ پننہٕ

شاعری ہِنٛدِس گوڈٕ کالس منٛز أرِ نہٕ ہِندنے لولہٕ ہُربن اوٕر یور گرِتھ

شاعری کران۔“

یہٕ کرٕ عرض محموٗد گاٛمی چھُ کاشرِ شاعری ہُنٛد بے شک اکھ سبٹھاہ موتبر ناو

تہٕ قداور شاعر۔ یُس پننہٕ خوٗبی تہِ خصوٗصیوٗ چھےٚ۔ تِمۍ یِم تم تجرُبہٕ فارسی اَدبہٕ کین

اثراتن تحت گرِی، تِمو دبُت کاشرِ زبٲنۍ تہٕ اَدبس وارِیاہ کینٛہہ۔ ظاہر چھُ محموٗد گاٛمی

آسہِ تنظیمن کرنہٕ کِس فنس ءَستیٚ واقِف۔ یَتھ منٛز اکھ شاعر بیٚیس کانٛسہِ شاعر

ہنٛدِ کُنہِ بأتہِ یا نغمہٕ ءَستیٚ چھُ تیٚوٗت مُتاثر سپدان زِ سُہ چھُ امی آیہِ پننۍ شار اتھ

ءَستیٚ جوڑان۔ محموٗد گاٛمی چھُ میأنۍ کَنۍ أرِ نہٕ مالہِ ہِنٛدِ وِژنہٕ ءَستیٚ تیٚوٗت مُتاثر

گوٚمُت زِ تِمۍ چھُ اتھ تظمین گرِمو۔

أرِ نہٕ رَنگ گوم شراون ہی یے ۔ کرِ ییےٚ درشُن دِیے

یہٕ چھُ سُہ گوڈٕ شار یَتھ پیٚٹھ أرِ نہٕ مالہِ ہِنٛدِ رَنٛگیچ محر دوٗرِ ناپان چھِ۔ أرِ نہٕ

مالہِ ہِنٛدی وِژن چھِ سبٹھاہ موخصر۔ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ ژون پانژن بَندن پیٹھے

مشتمل آسان۔

کامِل صأبَس کرٕ یہٕ پتہِ عرض زِ کوتاہ بوڈ تہِ شاعر اُستٲد تَس چھُ لوکچار

تہٕ آسان۔ سُہ چھُ سُہ زمانہٕ تہٕ وُچھان یَتھ مَنزٕ تس تگ بَندی تزٕ اُتھ اصل شار ونہٕ خاطرٕ وارِیاہ اتھ کھور مارٕنی چھِ پیوان۔ یَتھ مَنز سُہ پَنٕنی پاٹھی قسمہٕ قسمہٕ تجرُبہٕ کرٕنس پیٹھ آماد چھُ سَپدان۔ اَری نہٕ مالہٕ ہُند دور چھُ پَتھ حالتس مَنز ارداہمہٕ صَدی ہِتی ختم سَپدان تہٕ محمُود گامی یُس پَنُن اصل کمال تہٕ جمال ہاوان چھُ سُہ چھُ ارداہمہٕ صَدی پتے۔ اَسہِ پزِ نہٕ یہِ کتھ تہٕ زِنھیہٕ مَشراوِنی۔

امیُک مطلب چھُنہٕ ہرگز یہِ زِ بُڈی شاعر کیاہ چھِنہٕ تظمین ناوِکی تجرُبہٕ کران۔ بُڈی شاعر تہٕ چھِ پَنٕنی ہمکال شاعرن اِدتم عمرِ لحاظہٕ تمن زِٹھی اُستَن یا کانٕسہ مُتاثر سَپدان تہٕ بعضے تمی آیہٕ شار ونہٕ نَس پیٹھ آماد سَپدان۔ مثلن بہٕ کرٕ کامِل صاٮ۪نہِ کتھ تمو لیٚوکھ شفیع شوق سٕندِس انداز س مَنز اکھ باتھ۔ یمیُک اعتراف کامِل صاٮ۪بن پانہٕ کوٚرمُت چھُ۔ بنان چھُ محمُود گامین یوٚ دوَے پَنُن کلامہٕ پانہٕ ترتیب دِتھ چھُومُت آسہِ ہے سُہ تہٕ ما کرِ ے امیُک اِظہار تہٕ وارِیاہ کتھِ نیرٕہَن ننہٕ۔

روٗد کمپیوٹر تہٕ امچہِ کامہٕ ہُند سوال۔ کامِل صاٮ۪بَس پزِ یہِ سمجھُن زِ کمپیوٹر وۄتھ نہٕ اسمانہٕ۔ یہِ بنوو اِنسانن۔ اِنسانی دماغ چھُ بذاتِ خود اکھ سپُر سپُر (Super) کمپیوٹر۔ اتھ ہش سپز نہٕ ازتام کانہہ میشن ایجاد۔ بے شک از کل چھِ کمپیوٹر دِلچسپ تہٕ حارت ناک کامہٕ بامِل انان۔ یمہٕ وُچھِتھ یہِ وسواس تہٕ خوف ووتلان چھُ زِ کُنہِ دوہہٕ گوٚژھ نہٕ تیُتھ کمپیوٹر وجوٗدس یُن یُس نہٕ اِنسانی حُکمس طابع روزِ۔ یُس اِنسانی دماغس پامال کرِتھ اتھ پیٹھ غلبہٕ پزاوِ۔ یہِ صوٗرت چھے یقیٖنَن خطرناک یوسہٕ پوٗرٕ دُنیاہَس لرٕ پار کرِتھ ہیکہٕ۔ اتھ

موضوٗعس پیٹھ بنے یہِ کیٚنٛہہ فِلمہٕ تہِ یمہٕ سبٹھاہ دِلچسپ آسہٕ۔ مگر پزر چھُ یہِ زِ ازتام روٗز اِنسانی دِماغُچ بالا دستی قایِم تہٕ دأیِم۔ تہٕ شاید روزِ بڑٕ وٕنہہ کُن تہِ۔

اِنسانی دِماغ چھُ ازتام پننیو بے جور صلاحیتو ستیٚ مختلف رنٛگن تہٕ صوٗرتن منٛز پنُن زور کمال ہاوان روٗدمُت۔ یُس زِندگی ہندِ بن مختلف شوبن منٛز نوٚن تہٕ ٹاکارٕ چھُ۔ یمن شخصوٗن فن تہٕ ادبک شوق تہٕ ذوق سُنٛتھ گرٕھان چھُ تِم چھِ بے شک وٗنتھ ہبکان کوسہٕ تخلیق کیٚنٛز گژھہِ آسنیٚ تہٕ کُس شار کُنُد چھُ؟ بیٚتر بیٚترِ۔ مےٚ چھُ افسوٗس زِ کأمِل صأبَس ہیٚوٚ شخص چھُ تِتھی ہی سوال پرٕژھان؟ توتہِ کرٕ بہٕ عرض زِ شأیِر سُنٛد لفظہٕ وٕتٕر (Diction)، خیالن ہنٛز گتھ تہٕ روٗش، شارن ہُنٛد گرٕتھ، تہٕ دِل دُبرایَن ہنٛدی انہار چھِ نہٕ صرِف تِمہٕ سُنٛد مخصوٗص مِزازُک پےٚ دِوان۔ بٔلکہِ امیُک أنہٕ بُنتھ سہٕ رنٛگ ظأہِر کران یُس شأیِر سٕنٛزن خوٗبین تہٕ خصوصیٚوٗن ہُنٛد ترجمان آسان چھُ۔ یوہے رنٛگ چھُ اِنسانی دِماغ پننیٚ پأٹھی بد کڈِتھ رنگہٕ ژارے کرِتھ ہبکان۔ یہِ چھُ سپدان تہٕ یہِ روزِ سپدان۔ کامیأبی ہُنٛد دارمدار چھُ فقط اِنسانہٕ سٕنٛزِ کوٗششہٕ تہٕ صلاحیٚژ پیٹھ دٕرِتھ۔

ارجن دیو مجبوٗر سٕنٛز یوسہٕ کِتاب 2004ہس منٛز "أری نہٕ مال" ناوس تحت مارکس منٛز آیہٕ اتھ منٛز چھُ "کر پیے درشُن دِیے" وژُنک اکھ بیاکھ بنٛد دٕری یافت سپدمُت یُس تِتھہٕ پأٹھی چھُ ۔

تہٕ چھس پزاران منٛز پلہالن      لالہٕ پھیران تلہٕ مُلہٕ نالن
پوشہٕ ڈالیا تَس کُس نیے      کر پیے درشُن دِیے

صاف چھُ لبنہٕ یوان زِ یہِ گژھہِ أری نہٕ مالہٕ ہُنٛد آسُن نہٕ کہِ محموٗد گأمی یُن۔ محموٗد

گاًمی سُنْد کلام یُس ازتام چھاپ سپُد تتھ منٛز چھِ غلام نبی خیاؔل سٕنٛز کِتاب محمود گاًمی تہٕ ناجی منورٕن سٕنٛز کِتاب ''کُلیات محمؤد گامی'' قابلِ ذِکر۔ ناجی سٕنٛزِ کِتابہِ منٛز چھُ ''کرییے درشن دِیے'' وژُن 44 نمبرس تحت 105 تہٕ 106 صفس پیٹھ دٕرج۔ اٰخری بنٛد چھُ سُے۔ یتھ منٛز محمؤد گاًمی سُنْد لیکھُت ناپان چھُ یُس مے بڑوٹھے پیش کوٚر۔

اتھ وژنس منٛز چھِ داہ بنٛد نظرِ گژھان۔ مگر یہِ بنٛد چھِنہٕ اتھ منٛز موجؤد یُس ارجن دیو مجبؤرن ڈری یافت کوٚرمُت چھُ۔ امہِ بنٛد کین شارٕن منٛز چھِ تِم سأری عناصر موجؤد ییم میانہِ رٔنگہٕ ژاریہِ کِنۍ اٰرۍ نہِ مالہِ ہِتۍ زیادٕ ہِشر تھاوان چھِ محمود گاًمی یَس ہِتۍ کم۔ یمن منٛز چھےٚ سوے اور زوے، سوے ترٛشنا تہٕ سوے ترٛپ مؤجؤد یوسہِ اٰرۍ نہِ مالہِ ہِنٛدِ کلاڈٕج زُو تہٕ جان تہٕ ۂنگ تہٕ رٔنگ چھِ۔

یہِ بنٛد چھُ کِتۍ سوال کھڑا کران تہٕ میون خیال چھُ بیٚیہِ ۂن پوچھرلبان زِ یہِ سوٗرے وژُن چھُ دراصل اکھ تظمین ییٚچ اصل خائق اٰرۍ نہِ مال چھےٚ۔ یتھ ہِتۍ محمود گاًمی یَن پٔنٕنۍ کینٛہہ بنٛد جوٗڑِتھ مزید بُرژر کوٚرمُت چھُ۔

میانہِ خیالہِ چھِنہٕ امہِ وژنہِ کِس ہٕرِس اٰرۍ نہِ مالہِ ہِنٛدِس اصل ناوَس ہِتۍ کانٛہہ تولُق۔ تِکیازِ گولاب، یوسمن، یٔمبرزل، ہی، شمشاد، بؤنۍ بیترِ پوشن تہٕ گُلن ہِنٛدۍ پاٰٹھۍ چھِنہٕ اٰرِنۍ ذہین بطور ناو ورتاوس منٛز روٗدمُت۔ تِکیازِ ''اٰرِنۍ'' چھِنہٕ خوبصؤرتی ہِنٛز علامت ذہین زانہٕ آمٕت۔ اٰرۍ نہِ رٔنگ چھُ زردی یا لبد ربر پھیرنس تہٕ زُو کِنۍ ژھبتہٕ گژھنہٕ کِس معنے مطلبس منٛز استعمال سپدان روٗدمُت۔ اٰرۍ نہِ مالہ تہٕ چھُ یہِ لفظ اٰتھۍ معنے یَس منٛز ورتاونہٕ۔ سو چھےٚ

ونان زِ سو ہیتھ پأٹھۍ ہی پوشکو پأٹھۍ بڑوٚنہہ پھولان تہٕ زُوان أس تہٕ خوبصوٗرت لگان أس تتھ چھےٚ أری نہِ رنٛگ زردی پھیرہژ۔ سو چھےٚ یہ ڈٟلۍ زِ تہٕ لوٗسمژ۔ موردنی چھُ تس نال وۄلُمت۔ سو چھےٚ عٔشقہٕ مُتۍ سُند بُتھ وُچھنہٕ خأطرٕ ژسان۔ باسان چھُس زِ یوٚ دوٚے سہ یِیہ درشُن دِیہ سو مالبہِ راحتِ جان۔

سائلم کأشرِ شاعری منٛز یِم کینٛہہ شار أری نہِ رنٛگ کِس پسِ منظرس منٛز ونہٕ آمتۍ چھِ تِم چھِ أتھۍ لحاظس منٛز ورتاونہٕ آمتۍ۔ مثلن یِم مِصرٕ نی تو کھ:

''أری نہِ رنٛگ گوم چانہِ امارو'' یا ''وبسرٕ ہیٚیہِ تنہٕ أری نہِ ہُنٛد رنٛگ گوم بیٚترِ۔

ووٚنۍ چھُ سوال پأدٕ سپدان زِ شأیرٕ سُند اصل ناو کیاہ اوس؟ یہِ کرِ عرض زِ أری نہِ مالبہِ ہُنٛد اصل ناو اوس ''اٟرنہٕ'' مال یا ''أرنی مال''۔ یُس بٹہٕ زنانَن منٛز پتھ کالس منٛز سیٹھاہ مُروج اوسمُت چھُ۔ ''اٟرنۍ'' (یا أرنی) لفظُک تعلُق چھُ سیٚدِ سیوٚد ''اٟرن'' ہِلفظس ستۍ۔ ''أرن'' چھُ مُذکر تہٕ ''اٟرنۍ'' بطور مونث ورتاونہٕ یِوان۔ أرن لفظُک اصل مانے مطلب چھُ کھسہٕ وِنہِ سِری یک یا اختابک سہ ووٚزِ جاریُس یہِ ووپدان ووپدان نموٗدار سپدان چھُ۔ یہِ چھُ ووشلُن ہیٚوٚ باسان تہٕ بے حد خوش یُن لگان۔ أتھۍ چھُ ''أرن'' ونان۔ تہٕ ''أرنہٕ'' ناو چھُ یموٚے وصفو کِنۍ زنانَن ہِنٛدِ خأطرٕ سیٹھاہ ٹوٹھ تہٕ مقبوٗل روٗدمُت۔ أسہِ ستۍ أسۍ 1990ہٕ سنٛس تام نرپرستان سرینگرس منٛز بلگُل لرِ لوٗر ''سفربن'' (سپرُو) ہِنٛدی ژور پانٛژ گرِ روزان یِہنٛزِ أکِس زنانہِ اوس ''اٟرنۍ'' ناو[1]۔ مگر ہمسایہ أکِس أرنۍ تہٕ

[1] خانداں اوسس پریم ناتھ سپرُو ناو۔ یِمن أسۍ زِ لڑکہٕ موتی لعل تہٕ رتن لعل۔

ونان۔ اَرِنی تہٕ أرِنی لفظ چھِ کاشرِس مَنٛز دراصل خلط ملط گٔمتی۔ یہِ سورُے چھُ غأر شعوری طور سَپدان اتھ مَنٛز چھُنہٕ کانٛہہ شعوری کوٗشِش شأمِل آسان۔ أری نہِ مالہِ ہٕنٛز ذأتی زِندگی چھُ یہِ کرنَس مَنٛز واریاہ مدد کوٗرمُت۔ یِیلہِ حقیقی طور ارِنی أرِنی بنیو۔

أری نہِ مالِ ہُنٛد ناو چھُ کینٛژو لِکھاریو پننین لیکھہِ پارن یا کِتابن مَنٛز مِسز بھوأنی داس تہٕ رانی تہِ لیٛوکھمُت۔ مےٚ چھُنہٕ تران فِکری اتھ مَنٛز کیاہ حرج چھُ؟ بھوأنی داس نہِ زنانہِ یِی نہٕ مِسز بھوأنی داس ونِنہٕ اِد کیاہ ونوس۔ رانی چھُ عام بٹہٕ گرن مَنٛز نوشن ونِنہٕ یِوان۔ بیگم شیخ محمد عبداللہ أس بیگم عبداللہ ناوے عامن تہٕ خاصن مَنٛز مشہوٗر۔ اکبر جہاں ناوِ أسی تَس کہِ لُکھ زانان۔ حالانکہِ کٔشیرِ مَنٛز یِمہٕ زنانہٕ لیڈر ووتلییہِ تِمن مَنٛز اوس تَس تھوٚد پایے حأصِل۔ آزادن چھُ یِتہٕ لیٛوکھمُت زِ أری نہِ مالہِ اوس مالِنیُک ناو ہی مال تہٕ وأری ویُک اوسُس ''أری نہِ مال'' (اَرنی مال)۔ محمد یوسُف ٹینگن یِمہٕ ساتہٕ ''کشمیری زبان اور شاعری'' کِتابہِ ہُنٛد جلدِ 2 کلچرل اکادمی باپتھ چھاپنہٕ خأطرِ ترتیب دِیُت تِمۍ دِژ مِسز بھوأنی داس ناوِ بدلہٕ ''اَرنہِ'' ناوے ترجیح تہِ امیُک ذِکر کوٗرُن فُٹ نوٹس مَنٛز یِتھ پأٹھی:

''آزاد نے اِس باب کا عنوان مِسز بھوانی داس رکھا ہے مگر ارنی مال اپنے نام سے مشہور ہے۔'' (صفحہ 25۔ کُلیات حبہ خاتون)

مگر کأمِل صأب چھِ اتھ پیٹھ تبصرٕ کران ونان: ''یہِ گو آزادس زورٕ ''أرنی مال'' ناو پُشراوُن۔ یِژھ شیرٕ ژأر چھےٚ بعضے اہم تحقیقی مالمن کھر تہٕ

ہبکان اَنتھ۔"

مےٚ چھُ باسان ٹینگ صأبن یوسہٕ پہل اتھ سِلسِلس منٛز بحیثیت ترتیب کار کٔرمٕژ چھےٚ سو چھےٚ حق بجأنب۔ مِسز بھوأنی داس، رانی ہیٚتر ناو اوٚک طرف ترٛأوِتھ دبُت تمیٚ اَرِ نہِ مالہِ مُتلِق خاص بابس "اَرنی مال" ناوَس ترجیح تہٕ اپنی ذِکر کرن فُٹ نوٹس منٛز۔ یُتھ نہٕ پرن وأنِس نِش کانٛہہ کتھ کھٔٹِتھ روزِ۔ یوٚ دوَے سُہ امیُک ذِکر کرے نہٕ تیلہِ اوس سُہ گوناگار۔ صفأیی ستیٚ دودھ تہٕ پوٚنی الگ کرن وأنِس ہکیو نہٕ یُتھ کانٛہہ ناو دِتھ۔

یوٚ تام اَرِ نہِ مالہِ ہُنٛد توٗلُق چھُ اَمِ سٕتۍ زان پہچان حأصِل کٔرِتھ چھُ ننان:

(ا) اَرِ نہِ مال چھےٚ اختصارٕچ قأیِل۔ تہنٛدی وژن چھنہٕ زیادٕ زٕ ٹھی۔ یِم چھِ موخصر۔ یِم چھِ سبٹھاہ نوٗزُک۔ یِم چھِ تِم احساسات یِم تہنٛزِ ذأتی زِندگی ستیٚ سیٚدِ سیوٚد واٹھ تھاوان چھِ۔

(ب) اَرِنی چھُ اکھ ہٕنٛزٕ۔ یوسہِ نہٕ کانٛہہ عأم چھےٚ نہٕ فأضِل۔ یوسہٕ بالہٕ پانہٕ پیٹھے بھوأنی داسس باغٕنٛز آیہِ۔ تٔسی ستیٚ بٹہٕیہِ تہِ سپدیہِ بالغ۔ تِم روٗدی اکھ اَکس سبٹھاہ لأری مگر یوٚت بھوأنی داس ہٕنٛزٕ خاب پوٗرٕ سپدان وُچھان گو۔ اَرِ نہِ سپٕد احساس یوسہٕ مایے تَس گوڈٕ گوڈٕ اَس تتھ منٛز چھےٚ فرق آمٕژ۔ ہی پوشس ہیوٗتُن اَرِ نہِ ہنٛدِ لیٚدر بر پھیرُن۔ زردی گٔیس ہنہِ ہنہِ نال ولان۔ تہٕ ییلہِ پٔزرے بأژن دون ژھبن لوٗگ۔ سو روز دِلی عشقہٕ ستیٚ سُنٛد بتھ وُچھنہٕ خأطرٕ

ترسان۔ تہٕ ونان: کرپیے درشن دِیے

(ج) میانِٮ کنہِ چھِے "کرپیے درشن دِیے" وژنَس پیٹھ اُرِکنہِ مالہِ ہنٛز محریا دستخط سبتھاہ دوٗرِ ناپان۔ یتھ پاٹھی: "رہ بخشتم پرور دِگارو۔ ژیے کیٛہو واتہِ یو میانہِ مرنے" وژنَس پیٹھ حبہ خاتونہِ ہنٛز محر لگِتھ چھےٚ۔

یہِ چھُس نہٕ ییمہِ کتھِ ہُنٛد قاۂل زِ بٹہٕ کاشُر تہٕ مُسلمان کاشُر چھُ بیٛون بیٛون۔ کاشُر چھُ کُنۍ۔ وونۍ گو یتھِ پاٹھی کاشرِ زبانۍ منٛز علاقہِ واد، تعاۂفہِ واد پھیرِ موجوٗد چھُ تتھے پاٹھی چھُ کیٛنٛہہ مخصوص ریٖژ تہٕ رواجو یا سنسکرت فارسی، تہٕ عربی اثراتو کنہِ مُسلمان تہٕ بٹہٕ بول بوشس منٛز کُنہِ کُنہِ ییتھ پھیرِ نظرِ یوان۔ یہِ وُچھِتھ پزِ نہٕ اَسہِ تھاۂتھرُن۔ مُسلمان چھِ عام پاٹھی دیدار لفظ استعمال کران۔ تہٕ بٹہٕ چھِ درشن ونان۔ جذباتن ہنٛز گتھِ ستۍ تِتھین لفظن ہُنٛد امی آیہِ ہکہِ نیرُن چھُ بلکُل نیچرل۔ یہِ چھُ اکھ فطری رُجحان۔ تتھے پاٹھی نی تون سہٕ وژن ییمیُک ہُر "اُہی نی توسے چھُ"۔ یہِ چھُ دوٗرِ ونان یہِ چھُ اُرِکنہِ مالہِ ہُنٛد۔ کاشرِ موسیقی ستۍ وابستہِ لِکھارو دِژ یقینَن پٔنٛنۍ پاٹھی اکھ بُڈ کام انجام اَدِ یَس یوٚت تام نظر واٚژ مگر یوٚ تام کاشرین شاۂرن ہندین ناوَن ستۍ ییم وژن وابستہِ کرنُک سوال چھُ تتھ منٛز چھےٚ خامی۔ تِہنٛز رائے ہکون نہٕ ہرگز حتمی ماۂنِتھ۔ اُرِکنہِ مالہِ ہُنٛد رنٛگ ییمن وژنَن منٛز نوٗن تہٕ پرٛوکھُٹ چھُ سُہ چھُ قاۂبلِ توجہ مثلن:

(ا)

آشاوانَن ہندِ آشودے گٔژھ منٛز ہاوتم گاشوٗدے

لاہسن[1] گومو رأشووے[2] پڑاران چھسیو آشووے
میترن ہُنڈے بیولا ووکزے شٕترن تہٕ گرٕ زٕ نہٕ ناشووے

(ب)

سونہٕ چھُم گیلان[3] کُنہٕ چھُم نہٕ میلن پر زن ستی چھُم کھینےٕ
عشقہٕ دأدکی سوٗر کوٗر پزبتہٕ شٕلن عشقہٕ ژوٗر پھشوٗر بلہٕ وپرنۓ
عشقہٕ دود ہنہٕ ہنہٕ تنہٕ چھُم تیلن پر زن ستی چھُم کھیلانےٕ

(ج)

نیٚہہ گٹہٕ ژوٗلمے سینٛدِ واو ترٛأوِتھ تی کس نِش ہبکہٕ بأوِتھ بو
گرِ بال دزٛائِس سامانہٕ پزٛأوِتھ کامنہٕ پزاران لوٗستم دوہ
پامن لأجِنس گوم تبنہٕ لأوِتھ تی کس نِش ہبکہٕ بأوِتھ بو
کمہٕ سونہٕ برٕنٛس گن بزمہٕ رأوِتھ لشہٕ نار زأجِنَس تی باوِ گس
پشہٕ پشہٕ تھونَم بأوِتھ تہٕ بأوِتھ تی کس نِش ہبکہٕ بأوِتھ بو

(د)

مےٚ کرِ تَس کرِتھ پوشن مالہٕ تہٕ چھاوِ نا ہی چھسَے میأنی دزٛے
ہاوسہٕ برٕمَس مَدکی پیالہٕ تہٕ پیہٕ نا لولہٕ مٔز کرہے جاے
دزٛشنہٕ تہٕنٛدے حال سنٛبھالہٕ تہٕ چھاوِ نا ہی چھسَے میأنی دزٛے

[1] لاہسا چھُ تبتک مشہوٗر علاقہٕ۔ روایتھ چھےٚ یہٕ زِ بھوأنی داس کاچرو اوس اور گومت ۔[2] سفر[3] گیلن تہٕ چھُ ونہٕ یوان۔

(ڈ)

ہا ودلو مونہٕ پھٔلی وندیو پادَن آدن باجہٕ میأنہٕ یارو وے

آدنہٕ اَکِس رنٛزلا نادَن　　یاوِنس قدر نو زانی مےٚ

دِتمو درشُن چھم چانی لادَن　　آدن باجہِ میانہٕ یارو وے

کُکلی پرٕی کوٚ ترٛاوِتھ کولہٕ رادَن　　ژکلے ووشہٕ میوٚن گو

مبے کلے چانے گیم برٛانٛتی نادَن　　آدن باجہِ میانہٕ یارو وے

ژپنٛتو لیٚدری پوش کولہٕ رادَن　　اَز چھم آدَن واتہٕ ہیمےٚ

دِہمےٚ درشُن سروندے پادَن　　آدن باجہِ میانہٕ یارو وے

(ز)

میٚہ شوقہٕ یارِ سنٛدِ برٛمَس پیالہٕ تہٕ　　آلو دِی توسے

ترٛ وَنہٕ مرگے وسہٕ وِنہٕ بالہٕ تہٕ　　اٰہی نی توسے

کیاہ کرٕ نی نَم ہرٕنہٕ ژھالہٕ تہٕ　　آلو دی توسے

قنٛد تہٕ نابد برٛمَس تھالہٕ تہٕ　　رَنگہٕ رَنگہٕ نی توسے

جود گو عاشقن دود کبتھِ ژالہٕ تہٕ　　آلو دی توسے

(ژ)

دوٗرِ روٗدُم اَندر وَن تے　　ونتےٚ ویٚسی یے پیہٕ ناسَن

دوٗرِ دوٗپنَم گرشہٕ وو وَن تے　　ژوٗرِ روٗدُم منٛز لاسَن

مُرٕ نار چھُم کولہٕ وَن تےٚ　　ونتےٚ ویٚسی یے پیہٕ ناسَن

(ز)

ونتہٕ ویٚسی کُس کُس پژے　　کُس وُنیب کرِتھ گوم

ہژٕ لوٚمنم ٹیٚندرِ مژے　　مُژہِ مُژہِ بَنٛد سٮ۪نتھ گوم

سون ثیٚوٗنم رٕژِ رژے گُس وُنیب کَرِتھ گوم

(س)

کیٚاہ کرٕ رۆدُم سہ وَنہٕ نے پھیران سوران چھُم نو آدنُک سرٛ یٚہہ
کُکلا أٔسس تھر اول ییران سوٗنتہٕ وُزملہِ گنٛڈنم ریٚہہ
زُلفچہٕ گرٛایہِ ستی گیٚوٗر چھُم گیران سوران چھُم نو آدنُک سرٛیٚہہ

(ش)

یام ہٕۄرِ ٹۄرِ ژنڈُن مۄلے تام ژۆلےٚ یار وٕنیٚسی یے
دپہوم آغس بہٕ روشہِ زاگس لاگس بہٕ شیرِ ہی
ووٛنڈہٕ کِس باغس پوشا پھۄلے تام ژۆلےٚ یار وٕنیٚسی یے

(ص)

چمکان اوٚبرٕ تلہٕ وُزمل زَن آو آیہ گرٛایہِ ژھلیہِ گتی کران زن آو
ڈوٗنٹھ پھۄل کِتھہٕ رۆد نہٕ ناز بران گگرایہِ کران ژۆل زَن واو
نیٚہہ ژھٹہٕ اَنہٕ گٹہِ مُشتَس شامن میٚہ بالہِ تھووُنَم سے آمہٕ تاو



یم کَری مےٚ کیٚنٛہہ وژن نموٗنہٕ باپتھ پیش۔ یمن وژنن منٛز چھُ أری نہٕ مالہِ ہُنٛد اِنفرأدی رَنٛگ نۆن تہٕ ٹاکارٕ۔ یُس نہٕ صرِف حبہٕ خوتونہٕ تہٕ محموٗد گأمی ہِنٛد رَنٛگہٕ نِشہِ الگ تہٕ بدوٗن چھُ بلکہ سارِنے کأشرِ شأیِرن نِشہٕ۔

ضروٗری چھُ أری نہٕ مالہِ ہُنٛد کلام یِیہِ سائنٹِفک بُنیأدَن پٮ۪ٹھ ژھارنہٕ تہٕ ترتیب دِنہٕ۔ یہِ کأم گوژھِ تِتھِین شخصن پُشراونہٕ ینِ یمن امہِ قسمُک زبر گیان

آسہٕ تہٕ سو صلاحیتھ آسہٕ یوسہٕ آئنٛز گژھہٕ۔ نتہٕ چھُ یا یم کرن پرٛتھ کانہہ یرٛ ھان۔ امہٕ یا یمہٕ ستیٖ تہٕ ووت کاشرِ زبانٛی تہٕ اَدبس کانٛی ددارٕ۔

یہٕ چھے سبٹھاہ شادمانٛی ہنٛز کتھ سانٛی کینٛہہ ووتھٕ وٕنی اُدیب چھِ یتھن مثلن ووٕنی سبٹھاہ ہوش مَندی سان سنان تہٕ پنٕنٛز رائے تژاے ظاہر کران۔ یتھن لِکھاربن منٛز چھُ ڈاکٹر شاد رمضان تہٕ شامِل۔ شاد رمضان چھِ پننہٕ کِتابہٕ ''اتھ ظُلماتس لعل کیاہ چھِ تے'' (2005) ''کرییے درشُن دِیے'' وژُن پننہٕ بحثُک موضوٗع بنووُمت۔ امیُک کرٕ بہٕ اکھ اقتباس پیش:

''اتھ پوٚت منظرس منٛز یُس اُرِ نہٕ مال ہٕندِس آسنَس یا نہٕ آسنَس مُتلِق محقیقن درمیان ازتام بحث سپُدمُت چھُ۔ تتھ چھِ ژٕ دٔری۔ گوڈنیُک دور گو پرٛوفیسر جیا لعل کول (تہٕ تیٚندی ہمنوا محقق) تہٕ دوٚیم دور گو امین کامِل (تہٕ تس ستیٖ اِتفاق کرن وٲلی محقق)۔ دوشوٕے دٔری چھِ پنٕنٛز پنٕنٛز دعوا تہٕ دٔلیلہٕ پیش کران۔ گوڈٕنکس دٔری سُنٛد دعوا چھُ زِ اُرِ نہٕ مال چھےٚ کاشرِ زبانٛی ہنٛز اکھ مشہور شاعِر یوسہٕ پٹن گاچھ روزن واجنٛز اُس۔ اَمِس کوٗرُکھ لوکچہٕ وانٛسہٕ منٛزٕے شہرٕکس منشی بھوانٛی داس ناوٕکس اکس اَمیر زادس ستیٖ نیتھرٕ یُس افغان سرکارٕکس (1819-1755) شاہی دربارس ستیٖ اکھ بارسوٗخ تہٕ بااختیار شخص اوس۔ دوٚیم دوٗر چھُ اُرِ نہٕ مالہٕ ہٕندِ آسنَس موٗلے اِنکار کران تہٕ ونان زِ 1936ٕ یُس تام اوس نہٕ اُرِ نہٕ مال ناو کانٛسہٕ کاشرِس کَنہٕ گومُت بوٗزنہٕ۔ چھُ یہٕ ناو محض کینٛژون محقق ہنٛز اکہٕ غلط

سونچن تہٕ ایہٕ ہُند پأداوار یُس اکھ شوشہٕ بنأوِتھ پھہلاوانہٕ آو۔ مُمکِن چھُ زِ مذکور بحث ہیکہِ کیٛنژن نوین انکشافن تہٕ دٔری یافتن زنٛم دِتھ۔ اماپوٚز وُنیکتام چھُ دوٚنوٛیس دٔرِس ہنٛدی دعوا تہٕ دٔلیلہٕ گوڈٕنکس دٔری ہنٛدین دعواہَن پتھ بہرحال حاوی سَپدان۔ امیُک مطلب چھُنہٕ ہرگز تہٕ زِ کأمِل صأبنین دٔلیلن ہنٛدِس پوٚت منظرس منٛز قأیم سپزمٕژ رائے کیٛاہ چھےٚ کانٛہہ حتمی فأصلہٕ تِکیٛازِ کانٛہہ محقق چھُنہٕ حتمی آسان مگر جیالال کول تہٕ اوتار کرشن رہبر ہنٛدی دعوا چھِ محض جذباتن تحت وونہٕ آمتی فتوا باسان۔ پتھٕ اتھ پوٚت منظرس منٛز ارجن دیو مجبوٗر ہنٛدی غأر ضروٗری سوال، نالگہار دعوا تہٕ بے معنہٕ دٔلیلہٕ چھِ اتھ بحثس تہٕ دٔپی زِ تہٕ غأر سنٛجیدٕ بناوان۔ نہٕ چھُ خیالن کانٛہہ ربط تہٕ جُملن کانٛہہ ترتیب۔ اماپوٚز حال حالے آیہٕ کأشرِ زبأنؠ ہنٛدِس سنٛجیدٕ تہٕ حساس محقق محمد یوسف ٹینگ ہنٛز "شش رَنٛگ" ناوٕ کِتاب بازر یتھ منٛز ٹینگ صأب پننِس "حبہٕ خوتوٗن...... وأری وبن ستی وارٕ چھُس نوٗ" عنوانہٕ کِس مُقالس منٛز أری نہٕ مالہٕ ہنٛدِس بحثس نوِ سرٕ پھیُر دِتھ اکھ ہتھ تہٕ وُہ وٕری پرٛون اکھ توٗأریخی دستاویز پیش کران چھُ یمہٕ ستی مذکوٗر بحث اکھ نوٚو موڑ تہٕ نوٚو منٛزِل پرٛأوِتھ ہیکہِ۔ توٗأریخی شہادت چھےٚ مشہوٗر یورپی محقق ہنٹن نولز (Hinton Knoweles) ہنٛز مرتب کرٕمٕژ (A Dictionary of Kashmiri Proverbs and Sayings) منٛز موجوٗد۔"

آسہٕ تہٕ سو صلاحیتھ آسہٕ یوسہٕ آءنٕز گژھِ۔ نتہٕ چھُ یایم کرن پرٛتھ کانٛہہ یژھان۔ امہٕ یایمہٕ سٟتۍ تہٕ ووت کأشرِ زبأنی تہٕ اَدبس کأنی ددارٕ۔

یہٕ چھے سبٹھاہ شادمأنی ہنٛز کتھ سأنی کینٛہہ ووتھٕ وِنی أدیب چھِ یتھین مثلن ووٕنی سبٹھاہ ہوش مُندی سان سنان تہٕ پننٛز رائے تژاے ظأہر کران۔ یتھن لِکھاربن منٛز چھُ ڈاکٹر شاد رمضان تہٕ شأمِل۔ شاد رمضان چھِ پننہٕ کِتابہٕ ''اتھ ظُلماتس لعل کیٛاہ چھِ تے'' (2005) ''کرییے درشن دِیے'' وژُن پننہٕ بحثُک موضوٗع بنوومُت۔ امیُک کرٕ یہٕ اکھ اقتباس پیش:

''اتھ پوٚت منظرس منٛز یُس أری نہٕ مال ہنٛدِس آسنَس یانہٕ آسنَس مُتلِق محقیقن درمیان ازتام بحث سپُدمُت چھُ۔ تتھ چھِ زٕ ڈٔری۔ گوڈنیُک دور گو پرٛوفیسر جیالعل کول (تہٕ تِمندی ہمنوا محقق) تہٕ دوٚیم دور گو امین کأمِل (تہٕ تس سٟتۍ اِتفاق کرن وألی محقق)۔ دوشوٕے ڈٔری چھِ پننٛز پننٛز دعواتہٕ دٔلیلہٕ پیش کران۔ گوڈٕنکس ڈٔری سُنٛد دعوا چھُ زِ أری نہٕ مال چھےٚ کأشرِ زبأنی ہنٛز اکھ مشہور شأیر یوسہٕ پٹن گانٛچھ روزن واجنٛز اُس۔ أمِس کوٚرُکھ لوکچہٕ وأنٛسہٕ منٛزے شہرِکس منشی بھوأنی داس ناوِکس أکِس أمیر زادس سٟتۍ نیتھرٕ یُس افغان سرکارِکس (1819-1755) شأہی دربارس سٟتۍ اکھ بارسوٗخ تہٕ بااختیار شخصہ اوس۔ دوٚیم دوٗر چھُ أری نہٕ مالہٕ ہنٛدِ آسنَس موٗلے اِنکار کران تہٕ وَنان زِ 1936ہٕ یَس تام اوس نہٕ أری نہٕ مال ناو کأنٛسہٕ کأشرِس کنٛن گومُت ٹکرٕ کہِ چھُ یہٕ ناو محض کینٛژن محقق ہنٛز اکہٕ غلط

سوٗنچن تژ ایہِ ہُنٛد پأداوار یُس اکھ شوٗشہِ بنأوِتھ پھہلاوانہٕ آو۔ مُمکِن چھُ زِ مذکور بحث ہیکہِ کینٛژن نوبن انکشافن تہٕ ڈٔری یافتن زٕنم دِتھ۔ اماپوٚز وُنِستام چھُ دوٗیمِس ڈٔرکہِ ہٕنٛدی دعوا تہٕ ڈلیلہٕ گوڈٕ نِکس ڈٔرکہِ ہٕنٛدبن دعواہن پیٹھ بہرحال حأوی سَپدان۔ امیُک مطلب چھُنہٕ ہرگِز تہٕ زِ کأمِل صابنن ڈلیلن ہٕنٛدِس پوٚت منظرس منٛز قأیم سپزٕ مژ رائے کیاہ چھےٚ کانٛہہ حتمی فأصلہٕ تِلکیاوٗزِ کانٛہہ محقق چھُنہٕ حتمی آسان مگر جیالال کول تہٕ اوتار کرشن رہبر ہٕنٛدی دعوا چھِ محض جذباتن تحت وونہٕ آمتی فتوا باسان۔ پیٹھِ اتھ پوٚت منظرس منٛز ارجن دیو مجبوٗر ہٕنٛدی غأر ضروٗری سوال، نالِگہار دعوا تہٕ بے معنہٕ ڈلیلہٕ چھِ اتھ بحث تہٕ ڈِپیٚ زِ تہٕ غأر سٔنجیدٕ بناوان۔ نہٕ چھُ خیالن کانٛہہ ربط تہٕ جُملن کانٛہہ ترتیب۔ اماپوٚز حال حالے آیہِ کأشرِ زبأنی ہٕنٛدِس سٔنجیدٕ تہٕ حساس محقق محمد یوسف ٹینگ ہٕنٛز ''شش رَنگ'' ناوِ کِتاب بازر یتھ منٛز ٹینگ صأب پننِس ''حبہ خوتوٗن...... وأری وبن ستیٚ وارِ چھِس نوٚ'' عنوانہٕ کِس مقالس منٛز أری نہٕ مالہٕ ہٕنٛدِس بحثس نوِ سرٕ پھیُر دِتھ اکھ ہتھ تہٕ وُہ ؤری پرٛوٗن اکھ توأریخی دستاویز پیش کران چھُ یُمہٕ ستیٚ مذکورٕ بحث اکھ نوٚو موڑ تہٕ نوٚف منٛزِل پرٛاوِتھ ہیکہِ۔ توأریخی شہادت چھےٚ مشہوٗر یورپی محقق ہِنٹن نولز (Hinton Knoweles) ہٕنٛز مرتب کرٕ مٕژ (A Dictionary of Kashmiri Proverbs and Sayings) منٛز موجوٗد۔''

ڈاکٹر شاد رمضان نہٕ یِمہٕ سٕطرٕ چھِ اَند وَند سام ہیٚنہٕ پَتہٕ صاف تہٕ شود بن لفظن منٛز یہٕ ہاوِتھ دِوان زِ گوڈٕ گوڈٕ چھُ سُہ دوٚیِمہٕ دٔرِیُگ حأمی نظرِ یِوان۔ پَتہٕ چھُ امہِ خیالہٕ نِشہِ لوٚب ہیتھ یہٕ ونان زِ کأمِل صأبنٕ رائے چھنہٕ کانٛہہ حتمی فأصلہٕ تہٕ اٰخرس پیٹھ۔ چھُ ٹینگ صأبَس ستۍ یقرار کٔرِتھ دوٚیِمہٕ دٔرِکی سأری دعوا رد کران۔ وارٕ پٔرو شاد صأبُن یہٕ اقتباس۔ ٹینگ صأب چھُ تۍ وَنان یہٕ اٰرِیَنہٕ مالہِ مُتلِق عام خیال چھُ۔ یہٕ نہٕ کأمِل صأب تہٕ تٔمۍ سٕندی ہمنوا ہرگز ونان چھِ۔

"کُلیات حبہ خاتون" پَتہٕ یِمہٕ کِتابہٕ وُنیُکھ تام لیکھنہٕ آیہٕ تِمن منٛز چھَ ارجن دیو مجبور سٕنٛز اٰرِیَنہٕ مال تہٕ اکھ۔ یِم سوال تٔمۍ اتھ منٛز پٔرٛژھِمٕتۍ چھِ تِمو منٛز چھِ بیشتر تحقیقی تہٕ تنقیدی طور اتھ موضوٗعس پیٹھ کأم کرن والین ہُنٛد ظون پأنٛس کُن پھِران۔ یِمہٕ کِنۍ ٹینگ صأب چھِنہٕ نِکو یا ہیٚتہٕ مَتہٕ مجبورس داد دِوان نِکو کہِ اٰکِس جان نقاد سٕنٛد فرض پوٗرٕ کران۔

جان ہنٹن نولزس (Jhon Hinton Knowles) اکھ اہم ثبوٗت بناوِتھ چھُ محمد یوٗسف ٹینگ "شِشِ رَنگ" (سنہٕ چھاپ 2004) کِتابہٕ منٛز حبہ خوتونہٕ مُتلِق مضموٗنس اندر ضمیمہٕ نمبر 3 ہَس منٛز یِم خیال بٕرونٛہہ کُن اَنان:

> "جان ہنٹن نولز اوس انگریز پادری۔ نصأرٕ کارٕ کُن یِتھ آو کٔشیرِ یِہے 1880 منٛز ہیٚوٚ۔ کأشرٕ زبأنۍ پیٹھ کوٗرُن عبور حأصِل۔ کأشرِ بن لُکہٕ کتھن ہٕنٛز گوڈٕنچ سوٚمبرن کٔرن انگریزی پأٹھۍ ترجمہٕ کٔرِتھ شایع۔ پَتہٕ لچھن لل دید پیٹھ اکھ نفیس کِتاب۔ تٔمۍ کٔر

کاشرِ بن محاورن، کہاوژن بیٚترِ ہنز گوڈٕنچ ڈِکشنری انگریزی ترجمہٕ سان 1985ہٕ مَنز شایع۔ یعنے از بژونہہ لگ بگ 120 وٕری۔ اتھ ڈِکشنری مَنز چھِ میانہِ خیالہٕ أری نہٕ مالہِ ہنٛدِ وجوٗدُک تہٕ تس ستی وأبتھ کتھن ہُنٛد گوڈنیُک ذِکر موٗجوٗد۔ یہ تہِ چھُ وننہٕ آمت زِ تمِس اوس شعر گوئی ہُنٛد خوے تہٕ سو أس مُنشی بھوأنی داس (کاچرو) سٕنز آشنٕی۔ تٔمۍ چھنہٕ أری نہِ مالہِ ہُنٛد ناو ہیوٗتمُت مگر پٔننہٕ آیہٕ کتھ دأیراوِتھ چھَن تمہِ ستی چھُ أری نہِ مالہِ ہُنٛد وجوٗد اعتبارس نکھٕ یوان۔ أری نہِ ہُنٛد مرن وٕری چھُ اٹھ ستی پأٹھی 1800ہٕ مُقرر کرنہٕ آمُت۔ امیُک مطلب گو زِ نولز صأبن آسہِ ہے یہ تمہِ وِزِ بوٗزمُت ییٚلہِ یہ وُنہٕ زلہٕ وُنۍ زلہٕ وُنۍ آسہِ ہے۔ مُنشی بھوأنی داس اوس افغان وقتُک (1819-1755) اکھ بارسوٗخ تہٕ اختیار وول شخصٕ۔ تٔسنٛد ناو ہینہٕ ستی چھُ لگہِ رواتچ أری نہِ مال پانہٕ موکھہٕ پربزلاوان۔ میانہِ خیالہٕ چھنہٕ یمہٕ حوالہٕ کس گاشہِ منٛدِنس مَنز یہ وٕنچ گُنجأیِش روزان...... ''أری نہِ مال ناوٕچ چھنہٕ ژکہِ کانٛہہ کأشرِ گونماتھے أسو۔'' (کُلیات حبہ خوتون'' کلچرل اکادمی)

صاف پأٹھی چھُ نِنان زِ یم ناطِق فتوی دِنہٕ وألی سُنٛد تحقیق کیُتھ چھُ۔ بہرحال اصل عبارتُک ترجمہٕ چھُ یہ:

''سِنٛدر چھس کتان　　ژٕندر ڈیٛشتھ بتہٕ ٹوک
ہِنٛدر چھم نہٕ یوان　　سِنٛدر گیم پأنس''

یہِ بأتھ چھُ (کٲشِرِ منٛز) کرِتھ وقتہٕ پھِرنہٕ یِوان۔

"مُنشی بھوأنی داسن ژھُنٛز پنٛنہِ آشنٛنہِ خبر کتھ اترس پیٹھ تژأوِتھ تہٕ گرِ منٛز کٔڈِتھ۔ سو أس لرِلوٗر مکانَس منٛز پرِتھ دوہ یٔندرِ کتان کتان یہِ گنٛگہٕ راوان۔ اکہِ دوہہ یُوز تَہنٛدی خانہٕ دارن یہِ بأتھ پننو کنو تہٕ پتے سوٗزن تِمَس ناد تہٕ بسأوِن پننہٕ گرِ ییٚہِ اکہِ لٹہِ۔"

("شش رَنٛگ" صفہٕ 296-297)

الغرض ہِنٛزِن نولز سُند بیان دِیدن تل تھأوِتھ چھُ یہِ اخذ کرنہٕ یِوان زِ أرنہٕ مالہِ گٔدأری پنٛنہِ أخری زِندگی وأرِوِس منٛزِ ے۔ مگر عام خیال چھُ یہِ زِ سو اکہِ لٹہِ وأرِو تژأوِتھ مالِنٛین دوٗبارِ وأژ تمہِ گٔدأر پنٛنہِ سأرِی زِندگی مرنَس تام علاحدگی منٛزِ ے۔

أرنہٕ مالہِ ہِنٛدِ وژنہٕ تلہٕ یُس ترِ ہِنٛزِن نولزن کوٗ ڈُمت چھُ۔ سُہ چھُنہٕ ہرگز صٔحی۔ دون بأژن درمیان علاحدگی ہِنٛدِس مالس ستیٚ چھِ کیٚتی پہلوٗ وابستہٕ۔ یہِ چھُنہٕ ہرگز ژمان زِ مرد سوزِ پننہٕ آشنٛنہٕ کأنٛسہِ اتھ شیٚچھ وَتھ گرِ پیہٕ، سُہ وتھِ تہٕ پیہٕ گرِ واپس۔ سو کیاہ فقیرأنی أسا۔ سو أس پننہٕ جایہِ رأنی۔ یُس پنُن بجر تہٕ وبقار اوس۔

أرنہٕ مال أس بے حد حِساس۔ اکھ سبٹھاہ تیٖشل زنانہٕ۔ یُس پنُن اکھ اِگو (ego) اوس۔ پنٛنِس خاندارس ستیٚ بے حد موحبتھ آسنہٕ باوجوٗد اوس نہٕ یہِ مُمکِن سو کرِے تہٕ یہِ نولز وَنان چھُ۔ نولز چھُنہٕ بٔنِن ہِنٛزِ مخصوٗص تہذیٖبی زِندگی ستیٚ وأقِف۔ تمِ سُند بیان چھُنہٕ ہرگز ہیٚتہِ وَنُن لایَق۔ بھوأنی داسس تہٕ أس

أری نہِ مالہِ ہنٛز بے حد ماے۔ مگر تَس آسہِ بدلہِ مجبوٗری ییمو سُہ پنٛنہِ مۄژھِ جہِ آشینٛہِ نِشہِ دوٗر تھوٚو۔ سُہ اوس تِتھن حُکمرانَن ہنٛدِس دربارس تہٕ کامہِ کارَس سۭتؠ وابستہٕ ییم موموٗلی موموٗلی کتھن پتھ سر قلم کرِتھ نوان أسؠ ڈلس پھاٹہٕ وان أسؠ یا وأرِث خانہٕ ہنٛدِس چاہسے منٛز دأرِتھ دِوان أسؠ۔ سُہ روٗد اوٚ کنٛی نہ صِرف بے حد مصروٗف تہٕ مشغوٗل ئلکہِ سبٹھاہ تن دِہی سان کأم کران۔ سوٗرے توجہ اوٚسُس پُترِاوِمژ کامہِ کارَس کُن۔ ییمہِ کنٛی سُہ پنٛنِ ذأتی زِندگی مُشرأوِتھ پنٛنہِ خوش ہیوٚنہِ آشینٛہِ نِشہِ دوٗران گو۔ یَس سۭتؠ سُہ نتہٕ بلکُل لأرِتھ اوس۔ ہنٛزن نولز صائبَس چھُنہٕ ہرگز تِمن کتھن ہُنٛد ایحساس ییمہِ افغان دورس منٛز دژھنٛتھی یَوان آسہِ۔ ماحوٗل اوس تیٚتھ خراب زِ زنانہٕ آسہِ گرِچہِ چار دیوأری منٛز بنٛد روزان۔ تِمن اوس گرِ نیبر نیرنک پھیرنک اِجازت سبٹھاہ کم حاصِل۔ بٹن منٛز اوس نہٕ دوٗیم خاندر کرنک رواجے۔ یُنٛدر اوس علاحدگی منٛز پنٛن پان مصروٗف تہٕ مشغوٗل تھاونک بوٚڈ ذٔریعہ۔ سبٹھاہ بڈبن گرن ہنٛز زنانہٕ تہٕ آسہِ یُنٛدرس لأرِتھ۔ پنٛنِ پان مشغوٗل تھاوان۔ تِمہٕ آسہِ نہٕ کِنہٕ باپتھ شال دُسہٕ تیار کران۔ ئلکہِ بڈِ فخرٕ سان پنٛنِس خاندارس یا گرِ کین ٹاٹھِن پیش کران۔ بے شک غریب زنانہٕ آسہِ یُنٛدرٕ سۭتؠ پوٗنسہٕ ژور تہٕ زیٚنتھ ہیکان۔ مگر اَسہِ پزِ نہٕ گۄلی یتِن یُنٛدر لاچأری، مُفلِسی تہٕ تادنٛز دوہ گُذارنک علامتھ زانُن۔ زنانہِ ہُنٛد پنٛنِس سۭتؠ باجِس نِش الگ گوٚہِ نُے چھُ تِہنٛدی خاطرٕ اکھ بوٚڈ تاوَن۔ خاص کر تِمن دوہَن ییلہِ بٹہٕ زنانہٕ سبٹھاہ عجیب حالاتَن منٛز پنٛنِ زِندگی گُذاران آسہٕ۔ دوٗیم خاندر آسنہٕ گران۔

مےٚ یُس ڈرٛاما ''ریٚہہ تہٕ آب'' أری نہٕ مالہِ ہٕنٛز زِندگی تہٕ شخصیژ پٹھ لئوکھمُت چھُ۔ میٲنۍ کینٛژہ دوستو کوٚر ییٚمہِ کتھِ ہُند اِظہار زِ یہِ ڈرٛاما ییٚتہٕ أری نہٕ مالہِ ہٕنٛز پزٕ تہٕ اصل کہٲنی سبتھاہ فنی چاپُک دٔستی سان پیش کران چھُ تمہِ کھوتہٕ زیادٕ چھُ بھوٲنی داس کاچرو سُند المیہ گاشراوان۔ تِتھین دوستن منٛز رٕوٕدۍ میٲنۍ ہمسفر پران کِشور، فاروق نازکی، قیصر قلندر تہٕ سوم ناتھ سادھوٗ سارِنٕے بڑٕ وٕنہہ بڑٕ وٕنہہ۔

بہرحال بحث تہٕ مباحثہٕ چھِ فن تہٕ اَدبکۍ زٕوٕ تہٕ جان۔ یِم گرٛھن گُنہٕ قسمٕچ مُرید رکھِ مانڈنٕے اَدبی تہٕ تہذیبی دأیرن منٛز جأری روزٕنی۔ تِکیازِ کتھن چھُ ژور ژور بڑھٕ یزان تہٕ اصل حقیقتھ گاشروانٕس منٛز چھُ مدد میلان۔



اکودتوتہ تال کو پالہ ۔۔۔ | از ولہ سالہ سانوئے
ھرنکہ کبت سوھرنکہ پالہ | ھرنکہ لالہ ون دتومس
گوپی بہت دراین گو پالہ | از ولہ سالہ سانوئے
سوی گو یختہ نیس بزادہ نکتہ | گھرنہس سوختہ ونی کیاہ
پکتن تالی چھہ مختہ بالہ | از ولہ سالہ سانوئے
کہنو چھو ستھ کہنو ہرشہ | کہنس منز دزن چھوم
کہنس ونہ نیچہ سالہ | ازیتہ سالہ سانوئے
ستوکیاہ ونہ نیس نوبنہ | تمس منہ تجینہ دے
نکہ کیاہ وسہ تدوہ ہندہ قالہ | ازولہ سالہ سانوئے
دنس زمہ گرت غر بالہ | جنگہ درالہ کرمی کیاہ
سنگین ولہ زنگین خالہ | از ولہ سالہ سانوئے
دلس آب چھوی بالا بالہ | نگوت میلہ حضرت بل
تیلیل بالہ زدلاہ زالہ | از ولہ سالہ سانوئے
دچھکہ حالہ سندہ مالہ | کر ۔۔ باونس ہوتہ ہو
تال چھک ترٹ تہ یہ چھک بالہ | از ولہ سالہ سانوئے

شنیدن پنڈت خوشخبری تولد شدن فرزند وجمع کردن خویشی بابت نہادن نام
در تعتہ شدن شاہان وگلابر شکلاوی وخیرات کردن پنڈت

نخود بخود انی انا اللہ لگت یرہ نے وچھ یمو
درہ اموتن نالہ دیوان برسر بازار ہے

ترتیم آکو گسانی لو ینگ تام | گرس گوک زلزلہ برمندن شام
بیکدم نک تہ بڈتم آی فیرت | گوسانی رٹو تمو منز باگ گیرت
بنہ کدننس ہتھس گتھ بتہ تہالاہ | بیہ بہت مہرہ تہالاہ محبتہ تہالاہ
بٹنہ دیوجو گس کن روز راضے | جواب دیونس دوان گس [illegible]
گوسانہ دیونس مہ چھک ناپرنہ مادن | بوگس خیس تہ فکر وانہ تی دیان
بنی یام نامت پرنہ نادن | پننس خاوندس اشارہ یادن
دوشیوی یاتر لگ پرنہ رام یارام | اکہ نندنس خبر چھا کیاہ چھو انجام

# موٚمن صائبُن اَکہٕ نَنٛدُن
## (پرُخاش تہٕ پرکھ)

موٚمن شاہ صاحبٕ حال
زٕنتھ نالہٕ یہٕ ڈٕریاو

موٚمن صائبُن ''اَکہٕ نَنٛدُن'' چھُ سارِوٕے کھوتہٕ پرٛون اَکہٕ نَنٛدُن یُس وُنیکھ تام ڈٕریافت سپُدمُت چھُ۔ اَمیُک اکھ نوسخہٕ اوس لآم نِشاط باغ کِس کستام غلام رسول صائبَس نِش تیمی اَمیُک بجر زٕانتھ یہٕ عبدالجبار ناوٕ کِس اَکِس کِتاب فروشس چھاپ کرنہٕ باپتھ دِیُت۔ یُس شش یار سری نگرٕ دُکان بہان اوس۔ عبدالجبارن اون یہٕ 1936عیسوی سنَس منٛز لوہوٕرٕ (لاہور) فیروز پرٛنٹنگ پٕریسہٕ پیٹھٕ چھاپ کٔرتھ۔ تہٕ یتھٕ پأٹھی ووت یہٕ پرنہٕ خأطرٕ عام لُکن تام۔

موٚمن صائب اوس شاہ خاندانَس ستی توٚلُق تھاوان تہٕ پنٕن اصل ناوٕے اوس بطورِ تخلُص استعمال کران۔ کُنہِ کُنہِ جایہِ روٗد پننِس کلامَس منٛز پنٕن سوٗرٕے ناو موٚمن شاہ تہِ استعمال کران۔

موٗمن صأبس چھےٚ نِشاط باغ بُکس نکھہٕ ڈکھہٕ علاقس ستۍ اکھ سٔنٛز وابستگی رٕوزمٕژ۔ کیٛاہ پتاہ سہ ما اوس اَپأری گنہٕ علاقٕک روزَن وول؟ حالانکہِ عام پأٹھی چھِ أسۍ یِی بوزان آمتۍ زِ سہ اوس بہہٕ گامٕک بسکین۔ مگر یہ کتھ چھےٚ سکہٕ زِ سہ اوس محموٗد گأمی سُند ہمکال۔ تہٕ سأرِی أسس بڈٕ یزت تہٕ احترام کران۔ گوڈٕ رٕود فارسی زبأنۍ منٛزٕ شار ونان۔ مگر پتہٕ پھیوٚر کأشرِس کُن۔ تہٕ جٔرن ماجہِ زبأنۍ تہٕ اَدبَس تم لال یم ووثہٕ دژایس۔ محموٗد گأمی یَن کوٚر فارسی طرزس پٮ۪ٹھ ڈٔلیلہٕ یا قِصہٕ بوزناونٕک لٔبہٕ وُن فن شوٚرٕو یتھ مثنوی ونان چھِ۔ تٔمۍ لیچھِ کٔژ مثنوی یمن منٛز یوٗسف زُلیخا، شرین خسرو بیتر مثنوی شأمِل چھِ تہٕ تژأوِکھ اَچھ اکھ أرتہٕ ڈربُنیاد۔ تٔمۍ سُند امہِ قسمٕک تجربہٕ رٕودسبٹھاہ کامیاب۔ موٗمن صأبن کوٚر تِتھین تجربن منٛز ’’اکہٕ نٔنٛدٕرن‘‘ لیکھتھ اکھ بوٚڈ زتنہٕ زٕول یُس سبٹھاہ مقبوٗل سپُد۔ تٔمۍ أنۍ اکھ نٔو نٔنٛج بارسس یتھ تَس پتہٕ یِنہٕ والیو کأتیو شأیرو تہٕ لِکھاریو اتھ دور تہٕ پٔننہِ اَنہٕ مانہٕ تہٕ مقدوٗر موٗجوٗب سبٹھاہ موٗلُل بُرژر کوٚر۔ یمن گونماتن منٛز چھِ پرٚکاش بٹ، بہوٗدُر گنے، رمضان بٹ، صمد میر، تارا چند بِسمِل، احد زرگر تہٕ صمد جان شأمِل۔ یمو اکہٕ نٔنٛدٕرن پٔنٕن موضوٗع بنوو۔

کأشرِس عوامَس منٛز اکہٕ نٔنٛدٕنٛج بے حد مقبوٗلیت تہٕ دِلچسپی وُچھتھ لیکھی کینٛہو ڈرٛاما نِگارو اتھ کہأنی پٮ۪ٹھ پٔنٛز ڈرٛاما تہٕ دِتکھ عشقہٕ پیچان چھِ رزِ مزید زِٹچھر تہٕ پوچھر۔ یِمٮ۪ک ڈسلابہٕ موٗمن صأبن کوٚرمُت اوس۔ ڈرٛاما لیکھن والین یمن لِکھاربن منٛز چھِ دینا ناتھ موٚدریر، شیفع شفایی، غلام رسول سنتوش، موتی لعل کیموٗ تہٕ محمد سُبحان بھگت شأمِل۔ شفایی سُند ڈرٛاما چھُ ریڈیو پٮ۪ٹھ نشر

سَپُدمُت۔ باقی کینژہہ چھہِ باظابطہٕ سٹیج سَپدٕمتۍ۔ سنتوش نہٕ ڈرامکی ہدایت کار اُسۍ مکھن لعل صراف تہٕ یہ آو کشمیر تھیٹر طرفہٕ سبٹھاہ چاوٕ سان پیش کرنہٕ۔ مہمان خصوٗصی اُسۍ شیخ محمد عبداللہ۔ سنتوشن چھُ یہ ڈراما احد زرگر ہِنٛدِس اکہٕ نَنٛدٕنس بُنیاد بناؤتھ لیٛوکھمُت۔

بہوٗدُر گنے سُند اکہٕ نَنٛدُرن چھُ موٗمن صأبنہٕ اکہٕ نَنٛدُرنہٕ پَتہٕ واریاہ کالٕ لیکھنہٕ آمُت۔ بہودُر گنے چھُ ڈوٗگرٕ مہاراج پرٛتاپ سِنگھ نہٕ دورُک پاداوار یُس 1885ٕ پیٛٹھٕ 1925ٕ سنٛس تام روزان چھُ۔ اَمۍ چھِ ہری سنگھُن دور تہٕ کم زیادٕ وُچھمُت۔ بہودُر گنےٚ اوس پنٛچ کارکران یہ زَن ناوٕ تلے ظأہر چھُ۔ سُہ اوس ملارٹہٕ خانیار دُکان بیہان۔ عام پأٹھی اوس سُہ تمن دوہَن ڈُوٚہی دوہَس مسا اکھ کتھا کنان۔ مگر دپان اکہٕ دوہہ ییٚلہٕ سُہ دُبچہٕ اکہ بچہٕ سوٗرے کٕھ کِنتھ موکہ لوٚ۔ تہٕ لُکن ہنٛز تھپہٕ تھف تہٕ ترٛپہ ترٛپھ اُس جأری۔ حالانکہٕ نہٕ اُس عید تہٕ نہٕ کانٛہہ بوٚڑ دوہ۔ سُہ گابریو۔ خیال آس یم لُکھ کھٮ۪ن تس تہٕ۔ رواتھ چھےٚ یہ زِ تِمۍ ترٛووامۍ دوہہ پنٛچ کارگرن تہٕ سَپد روٗحانیٚتس منٛز پوٗرٕ پأٹھی جذب۔ یِمن سارِنے کتھن ہنٛز باوَتھ اوس پنہٕ خاص انداز نیٛٹیک رحمان داریل گران۔ یُس پانہٕ تہٕ پنٛچ اوس تہٕ شار تہٕ ونان اوس۔ اَمۍ سُند کم زیادٕ کلامہٕ چھُ ''یٮ۪ندرازُن دربارٕ'' ناوٕ چھاپ سَپدیومُت۔ سُہ اوس نمتہٕ ہیوٚر وأنٛسہ تمہٕ ساتہٕ ییٚلہٕ یہ اَمِس سمکھئیس۔ مےٚ سِتۍ اوس محموٗد احمد انداز رأبی (سابقہٕ ایڈیٹر اُردو شیرازٕ) تہٕ غلام رسوٗل داریل (یُس ریڈیوہَس منٛز تم دوہَن پرٛوڈکشن اسسٹنٹ اوس)۔ دپان وینٛچہٕ بڑاُرِس منٛز چھےٚ اکھ جاے سو یتھ ''بہودُر گنے سُند کدٕل'' ونان چھِ۔ مےٚ

چھنہٕ یہِ پانہٕ وُچھمُت۔ مگر موہَن لعل آشؔن کوٗر اَتھ کتھِ تصدیق زِ اَمہِ ناوٕچ چھےٚ اکھ جاے تتہِ صنورُر۔ اتھ پس منظرس منٛز چھِ بھودُر گنے یَس مُتلِق مزید شٮ۪چھی خبر زانٕنچ بے حد گنجاٸیش موجوٗد۔

بھوُدر گنے سُنٛد اکہٕ نَنٛدُن چھُ گوڈٕنیتھے غلام محمد نور محمد کِتاب فروش چھپوومُت۔ مےٚ نِش اُس اتھ اکھ کاپی۔ مگر یہِ سپٕز نذرِ آتِش ییلہِ مکانٕس نار لوٚگ۔ پرٛوفیسر محی الدین حاجنی ییٚن یُس بھوُدر گنے سُنٛد اکہٕ نَنٛدُن کستام داستان گوہَس نِش بوٗزِتھ ترتیب دیُتمُت چھُ۔ تتھ تہٕ غلام محمد نوٗر محمد ہٕنٛدِ دٔسی چھاپ سپدیمتِس نوٗسخس منٛز چھنہٕ کانٛہہ خاص فرق۔

بھوُدر گنے سُنٛد یہِ سوٗرے ذِکر پیوم اِو موکھ کرُن تِکیازِ کیٛنہہ شخصو اُسی اُتھی سارِوے کھوتہٕ پرٛٲن اکہٕ نَنٛدُن زانان۔ یُس اَسہِ نِش رٕژھرِتھ چھُ۔ مگر یہِ چھنہٕ حقیقتھ۔

موٗمِن صاٸبُن سوٗرے کلام چھنہٕ اَسہِ تام وٲتمُت۔ اَماپوٚز یہِ کم قلیل کلامہٕ اَسہِ نِش موٗجوٗد چھُ تمہِ تلہٕ چھُ یہِ نوٚن پٕزان زِ سُہ اوس صوٗفی عملہِ منٛز وارِیاہ بڑوٚنہہ درٛامُت ۔

نبرے　اَندر　اَژھ　کاٗژاہ　بڈی　پٔژھ
دُچھ،　ہَن　شہنشاہ　لوٚبتھے　ژٕے　لوٚبتھ کیاہ؟



سُے گوٚپوٚژتہٕ یَس راوِ نوکتہٕ　گرٛھبس سوٚژتہٕ وَنےٚ کیاہ



یێتی گو اکہٕ نَنٛدُن تی آو یہِ حال ڈٮ۪شتھ موٗمن حاژِتن ژاو



موٗمنو پتھ رٹھ زو قطرس ڈٕری یاو گو الفقرو مِنالہٕ، لوٚبتھے ژےٚ لوٚنہر کیاہ؟



مُفت چھا ٹھٔہرن عشقنہٕ ژٕنجے رژھِ رژھِ ماز عیٚونُے لو



اٚوگنُے سپُن تو دوگنیار تژاو پانہٕ منٛزٕ پان پژٕزناو ولو
ووٚٹھ تُج عشقن ژھٹھ دِتھ دژاو میٚو جامہٕ گنٛڈتَس آو ولو
بیرنٛگ پانے ہر رَنٛگ آوو پانہٕ منٛزٕ پان پژٕزناو ولو

وَژُن چھُ بے شک موٗمن صأبنٕ اکھ ٹاٹھ صِنف رۄزِہ۔ تمی چھُ پننہٕ خوبصوٗرت معنے خیز ذہٕنی لہرِ سبٹھاہ موثر طرٟقس منٛز اتھی منٛز آباد کرِمژ۔ یمن منٛز اکھ مولہٕ وِنی نزاکتھ تہٕ دِل نشینی دۄرِ ناپان چھے۔

اکہٕ نَنٛدُن چھُ کشیرِ ہنٛز اکھ پرٛأنی لُکہٕ کتھ۔ یوسہٕ سبٹھاہ پتھ کالہٕ پیٹھٕ لُکن ہنٛدبن دِلن منٛز جاے بُستھ رۄز۔ یوسہٕ بڑ دِلدۄز تہٕ دِلچسپ چھَ۔ اَمیُک مرکزی خیال چھُ مُلہٕ تلہٕ دُنیاہَس منٛز ستی تہٕ أنزی منٛزی (Attached) أستھ تہِ اَلگ تہٕ علاحدٕ (Detached) روزنک درس دِوان۔ یہِ کرُن چھُ بے شک سبٹھاہ مُشکل۔ اَماپوٚز مختلف چیزن ہنٛز بے حد مالے تہٕ اژھبنہٕ وابستگی چھَ اِنسانس ماران تہٕ تہٕ مأدیت پَسندی ہنٛز بُنیاد بٔنتھ بے حد لالچ شکل پژاوان۔ حضرت ابراہیمس ستی وابستہٕ اسلأمی روایژن منٛز چھُ اتھ فلسفس ستی اکھ سوٚن

ہشر لبنہٕ یِوان۔ حضرت ابراہیم ہنز لاجواب قوربأنی چھُ پننہٕ قسمچ اکھ منفرد تہٕ تھٔز مِثال یُس پننِس ٹاٹھِس فرزند حضرت اسماعلیس پننوٕ اتھو خوداےٚ سنزِ رضا پوٗرٕ کرنہٕ موکھ زبح کران چھُ۔ دراصل چھِ یِہے تم انہار ییمو کأشرٕن شأیرن تہٕ ڈرامانِگارن پننہٕ پننہٕ انداز پننہٕ تخلیقات لیکھنچہِ عملِ وُتش دبت۔

موٗمن صأبن چھُنہٕ پننِس اکہٕ نَنٛدنِس منٛز کتھِ زیادٕ واہراو دِیتمُت۔ پوٗر مثنوی چھُ کُل بل پَنٛداہَن شُراہَن صفَن پیٹھ مشتمل۔ ڈلیلہِ ہنٛدٕن بیٛون بیٛون مقامن تہِ مرحلن ہنٛز تسنہٕ وَن چھُ فارسی نثرس منٛز دِنہٕ آمُت۔ شأیرن چھُ پنُن سورُے زور پنٛڈت، بٹنہِ تہٕ جوٗگس پیٹھ دِیتمُت۔ تہٕ یِہے چھِ تم ترٛے رکرداریم موٗمن صأب نہِ امہِ کہأنی ہنٛز ییٚنٛز تہٕ راد پوٗرٕ کران چھِ۔

موٗمن صأب چھُ ڈلیلہِ ہُنٛد گوڈٕ ییٚمہِ حمدٕ ستی ہوان ۔

ڈِیوٗ حمداہ اول تس پاکِ ذاتَس چھُ رُت سُے جلوٕ پانے کاینٛاتس

یہٕ قودرت چھے سُہ وأتِتھ دانہِ دانَس صِفتھ چھی بیشمار تَس بے نِشانَس

کِلن تمی سنز چھُ وأتِتھ کاینٛاتَس پلن تمی سنز چھُ وأتِتھ ذرٕ ذراتَس

کٔرن بیٛون بیٛون شکل بیٛون بیٛون دُکانَن سِتارٕ شوٗب تھاوِن آسمانَن

پتَس از حمدِ الٰہی تھاوتو گوش

ڈلیلاہ چھَم وٕنَز تہِ تھاوِتو ہوش

امہِ حمدٕ ستے چھُ شأیر اصل ڈلیل شوٗروٗ کران۔ موٗمن صأب چھُ مختلف رکردارن ہنٛز وَن وکھنے کران پنٛڈتَس مُتلِق یہٕ کتھ باوان زِ سُہ اوس ییٚنٛدٕن منٛز سبٕتھاہ قوی دست۔ تس مقابلہٕ اُسی باقی سأری سبٕتھاہ پست۔ سُہ ییٚتھے

عالم اوس تتھے اوس سخی تہٕ۔ تَس یہِ اولادِ رٕنگی شُر کوٚٹ اوس تمہِ آسہٕ کورِ ستھ۔
دوشوٕنی بأژن مطلب پنڈتَس تہٕ بٹنہٕ اوس سخ طماہ زِ تمن گوٚژھ نیچوٕ ا تہٕ آسُن۔
یِیمہِ موٚجوٗب دوشوٕنی ہنز سخاوت گییہ ہُر بر لبان۔ تم روٗدی جوٗگین پتہٕ پتہٕ
پھیران۔ أتھی منز چھُ اکھ باکمال جوٗگیا نموٗدار سَپدان۔ یُس تمن تسلی دِوان
چھُ زِ تہنز خاہش سَپدِ جلد پوٗر۔ مگر شرط چھُ اکھ سُہ شُر پیٚیہ تمن بہہٕ وٕہری واپس
گرُن۔ پنڈت تہٕ بٹنی چھُ زیادٕ سوچنے گرٕنے آنکار گران۔ جلدٕے چھُ یہندِ
گرِ اکھ نیچوٕ تھنہِ پیوان۔ تہٕ تم چھِ بے حد شاد سَپدان۔ مأج چھَنہٕ أمس لختِ
جگرِ سُند بُتھ تہٕ اُسن وُچھِتھ ٹھُٹھی یِوان۔

موٗمن صأب چھُ ڈلیلہِ ہُنْد یہِ مرحلہٕ سبٹھاہ خوبصوٗرتی سان
وٕکھناوان۔ مِصرن تہٕ شارن ہنز تلہٕ تژاو چھَ خوش یِوٕنی۔

وَدَن وِزِ لوکٹ اوس موختہٕ ہارن | وَدَن ڈیشتھ بٹنی أس پان مارَن
گرِکھ شأدی سبٹھاہ وأیکھ منأوی | دِپان زاو نوٗر دیدٕ آو أدی
زِ چشمہِ آسہٕ زَن تازٕ ییمبرزل | گمتی بمار آہو روٗد جنگل
صِفاتَس روے اوسُے روے پُرنوٗر | تن أسس نأوِتھے اَز بوے کوفوٗر
اتھ کھور أسی تمی ہندی پوشہِ مالہٕ | وُچھِتھ دردِ دِل رٕٹتھ چھے داغ لالہٕ
وُچھِتھ چیشمہِ سَپدٕمت سحر مبہوٗت | کھٕٹتھ در چالا روٗد ہأرتھ و ماروت[1]

فِکر کر موٗمنو وُچھ دردِ اولاد
ژٕٹھ تژاوان زِ ایمان مثِل فولاد

[1] أکس فرشتہٕ سُند ناو یُس ہاروتن دوست اوس۔

لختِ جگر سُند شوٗبہِ دار تہٕ مُنأسِب ناو تجویز کرنہٕ خأطرٕ چھُ بڈۍ بڈۍ جوتشن تہٕ گۆرۄٗجی بُلاونہٕ یِوان۔ موٗمن صأبن تِتھٕ پأٹھۍ یہِ سیٖن (منظر) لفظن منٛز ژھانٛڈِ نووٕمُت چھُ۔ سُہ چھُ بوزنَس لایَق:

أنی تمۍ گور سۆمبرِتھ ژأرۍ ژأرۍ　　نجم[1] جوٗتشن سۆمبرِتھ تہٕ سأرۍ
دِتک تمۍ دیار سارِنے تھالہٕ تھالہٕ　　دِژِن کیٛژن بیٛیہٕ موختہٕ مالہٕ
ہنوِدِے جوتشنے کُن پکان آو　　مے زامُت چھُم گۆبُر تمۍ ہے کُرِو ناو
تحمل وۆن دپو بیٛوٚن بیٛوٚن کِتابن　　حِساب بوٗزِتھ حِساب بوٗزِو حِسابن
حِساب بوٗزِتھ حِسابس منٛز کۆرُکھ طے　　اکہِ نٔنٛدُن تموٚ تَس ناو کۆرِ ہے
سِتارٕ آو تمۍ ہے بُرج[2] میزان　　حِساب بوٗزِو چھے کأتۍسہِ علم زان
سیٖن حُسنس اندر مشہوٗر تاجیٖن　　وُچھنی آیہِ تَس کم کم سلاطیٖن

ذٔلیل چھ تتھ مُقامس پیٹھ وأتِتھ سبٹھاہ حأبتھ ناک تہٕ غضب ناک بنان یٚیتِھ بہہ ؤہری جوٗگی اکہِ نٔنٛدُرنس مأرِس ماجہِ سُہ واہ ژٕتٕبس پاوان چھُ یُس تموٚ تَس سِتۍ کۆرمُت چھُ۔ جوٗگی چھُ تمن پنُن ٹوٹھ اولادتس حوالہٕ کرنہٕ خأطرٕ ونان۔ سُہ تہٕ نہٕ زِنٛدٕ پانے لگِ کہِ تِتھٕ پأٹھۍ سُہ وبنکھ تِتھے پأٹھۍ۔ جوٗگی یہِ کیٛژھا تمن کرُن ونان چھُ سُہ چھُ سبٹھاہ غأر واُجب (Morbid) تہٕ عُجیب۔ اکھ باہ وُہر پوشہِ تھٔر ہیٛۆ شُرگنہ گنہِ کرُن۔ تمۍ سُند ماز رٔنُن تہٕ پاکہِ ناوُن۔ تہٕ پتہٕ تھالس منٛز کھبنہٕ باپتھ شیرُن۔ یہِ چھُ یقیٖنَن زیادتی تہٕ بدمزأجی ہُند اِنتہا۔ موٗمن صأبس تہٕ چھُنہٕ پأنس یہِ ژمان مگر کرِ کیاہ۔ سُہ چھُ اِمیٖ وَن وکھنے ذٔلیل

1 نجومی، سِتارٕ شناس۔ 2 سو راش۔ یتھ ہِندی زبأنی منٛز تُلا (توٗل) تہٕ انگریزی یَس منٛز لِبرا (Libra) ونان چھِ۔

ہُنُد دَم تہٕ خم برقرار تھاونہٕ موکھہٕ یِمن سبتھاہ پُرکشش لفظن منٛز کران:

دَپان القصہٕ اَنی تم جوٗگین زیر　　اکہٕ نَنٛدُن رُنتھ اَنی توم میےٚ گوژپر

ہِٹنٛز اوٗش اُس تژاوان ژالہٕ ژالہٕ　　اکہٕ نَنٛدُن رُنتھ کوٗرنس حوالہٕ

مُشک تَس جوٗگیس آو گو خوشالہٕ　　رُنتھ اوٗن ہَس ژھنِتھ سارٕی مسالہٕ

بٹنہٕ دوٗپنَس رُنتھ اوٗنم ژٕ وَتھ نیر　　ژٕ کھمن کُنہٕ جایہٕ گوھ وَتھ مہٕ اَن زیر

دوٗپنَس تمی جوٗگین کُن نے گرٕھُن چھم　　اَنٛدر ییتھ آنگنس چانَس نیٚوُن چھم

دوٗپنَس تمی جوٗگیَن ناٹہٕ نبر کڈ　　مےٚ چھم کیٛثھون مِسکینَن بڑنی یڈ

یہ بوٗزِتھ تَس بٹنہٕ گو منٛدٕھن شام　　کران آس لبلہٕ پژان اُس رام رام

سٹن کوربن سٹن بانَن گوڈٕنی لد　　ہبلکھ یوٗتاہ تیٚوتاہ کر وَدٕ وَد

ییٚہٕ لد پانٕہے ییٚہٕ خانٛدارس　　گوژھے خوش سُے مےٚ ناپہٕ کارس

ییٚہٕ اکہٕ نَنٛدنَس تہٕ پادشاس　　برابر باہ ژھہٕ کرس تیٚوتُے بَس

تیتھے پاٹھی یپہَ باہ ژھہٕ تھاوِو　　اکہٕ نَنٛدنَس گوژھو تُہو ناد لایِو

بٹنہٕ وَوٗنہٕ نَس مژر کوٗتاہ ونان چھکھ　　مزارٕ پیٹھٕ اماژ آکھ توٚر ونان چھکھ

بٹو تَس ژالٹہٕ ہالہٕ لوے ییٚہٕ ناد　　وُچھکھ نوٚو بویا پٕٹھن، تُل ہوٚے کرِکہٕ ناد

لبےَ کُن دِتھ نظر جوٗگی نبرَ دژاو　　لبےَ اَنٛدرٕے اکہٕ نَنٛدُن پھٕٹِتھ دژاو

نہٕ کُنہٕ یِمہٕ ناٹہٕ تہٕ نہٕ رُوٗد گوسانی　　خوداین کوسنک غم لبلہٕ تہٕ وانی

وُچھوتَس بے نیازس ہنٛز بے نیازی　　وُچھوتَس کار سازٕ ہنٛز کار سازی

ییٚتی گو اکہٕ نَنٛدُن تتی آو　　یہ حال ڈیٚشتھ مومِن حارٕتن ژاو

مومن صابُن اکہٕ نَنٛدُن چھُ دراصل اتی خِتم سپدان۔ اَمہٕ پَتہٕ چھُ ژٕ

غزلہٕ درٕ پیٹھی یِوان۔ اکھ کاشرِس منز تہٕ بیاکھ فارسی یَس منز یمن منز ورگہ پاٲٹھی تمہٕ سپرن تہٕ اسرارن ہُن اِشارٕ کرنہٕ آمُت چھُ یِہُند ڈیکہٕ ٹِکہٕ تہٕ زُو تہٕ جان کاشر پاٲٹھی اکہٕ نَنٛدُن ناوٕچ دٔلیل چھے:

یم سوخن شرہین بوٗزِتھ بنٛد ساز تے سنطوٗر گو
پوشہٕ نوٗلن مُٹھی نالہٕ در گلزارٕ ے



خود بخود اَنی انالالہٕ لگُو پرنے وُچھ یمو
دزاو موٗمن نالہٕ دِوان برسرِ بازار ہے

موٗمن صاٲبَس پتہٕ یم اکہٕ نَنٛدُن شارَن منز لیکھنہٕ آیہٕ تمن منز چھُ صمد جان سُند اکہٕ نَنٛدُن سارِوے ہُتم۔ یہٕ چھُ سبٹھاہ موخصر۔ یہٕ چھُ چھاپ سَپدیوٗمُت تہٕ مے نِش اُس اکھ کاپی۔ مگر اتھ گو فوٗ فوٗ یِیلہٕ سانہٕ غاٲر حاضری منز 1992 سَنس منز نرپرستانس انڈر رکیشون گرن یکہٕ وٹہٕ لُش لُجی۔ مے چھُ پوٗرٕ یقین جان صاب نہٕ اکہٕ نَنٛدنچ کاپی سپد کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ جایہٕ ضنوروٗر دٔستیاب۔ یوٗ دوٚے ژھاٲر کرنہٕ ییہٕ۔ جان خاندانُس ستی وابستہٕ چھِ کیٚہہ گرٕ پوٗرٕ وادی منز۔ یمن نِش ہکبن نہٕ صرِف صمد جانس متعلق بہتر تفصلات میلتھ۔ اما پوٚز اچھ کاپی تہٕ۔ صمد جاٲن چھِ پنٕنس لختِ جگر سنٛدِس موتس پیٹھ اکھ باتھ تہٕ دِل پھٕٹرِتھ ووٗتمت:

عید آیم تہٕ تاٲریف کٔریو لوسہٕ ناوتھس مَس پیالہٕ بَریو
روبنہٕ مُنزلِس گوٗرٕ گوٗرٕ کٔریو لوسہٕ ناوتھس مَس پیالہٕ بَریو

صمد جانس چھُ مُلہِ تلہٕ پَتن سبٹھاہ ٹوٹھ جگر کھونٹ عیذ ہٕندِس بڈس دوہَس پیٹھ یاد پیوان۔ ساری ہے پانَس چھس عُجیب دَگ وُبُدر تُلان:

سُجِد رووُم کوُرتھس حاران    کائژ زونا آیم دوران
اَمہِ زوُنہِ وُچھ ساُلاہ کرِیو    لوسہٕ ناوُتھس مَس پیالہٕ برِیو

تُمۍ چھُ اتھ باتس منز پَتن اندرِم مزر تہٕ تژر بوومُت۔

احد زرگرس تہِ چھُ دراصل تیتھے وارِ داتن پَتن "اکہِ نَنڈُن" لیکھنہٕ کِس جذبَس زیرِ دِژمُت۔ اَمہِ کتھِ ہنز باوَتھ گر زرگر صابن پانہٕ مےٚ نِش۔ تُمۍ سُند زیٹھ ہیُو لڑکہٕ چھُ لوکچارِ پانےٚ تس نِش ژھینہٕ گوُمُت، یُس تَس پوٚرِ وُمرِ اَندری پانَس زِلان روُد۔ تُمۍ وِوُن بڈٕ دوکھِ سان: "مےٚ اوس تو تتھ تامتھ باسان زِ بہٕ ہیکہِ کینٛہہ تہٕ کرِتھ۔ فلک اَسہِ نہٕ فِکری کھسان۔ مگر ییلہِ یہٕ وارِ دات سپُد۔ دِل تہٕ جگر ژھٹم۔ مےٚ توٚر فِکری زِ بہٕ کتین چھس۔"

بہرحال یوٚ تام مومن صابنہِ اکہِ نَنڈُنک تولُق چھُ اتھ منز چھُ صوفی یا روحانی عملِ ہٕندی روح رُکانہٕ جایہِ جایہِ پانَس کُن ظون پھِران۔ تہِ واریاہ کینٛہہ سوچنَس پیٹھ مجبوُر کران۔ مثلن یہ شارنی تون:

مومن شاہ صاحب حال    رٔٹِتھ نالہٕ یہٕ ڈرِ یاو

فقط کینٛژن لفظن منز چھُ مومن صابن پننہِ شاعرانہٕ زورِ کمالہٕ ستی روحانی خیالن ہُنٛد اکھ بوٚڈ سمندر بَند کرِتھ بزونہہ کُن اونمُت۔ اتھ پیٹھ ہن دفترن ہٕندی دفتر لیکھنہٕ۔ شاعر سُند اعتقاد چھُ بذاتِ خود ییمہِ کتھِ ہنز باوَتھ کران زِ سہ کتھ تھزرس پیٹھ اوس روحانیتس منز رووُمُت۔ "نالہٕ رٹن ڈرِ یاوٕ" ییم لفظ چھِ بے

حد داد دِنس لایَق ۔ یِہنز بُنیاد چھے اَکس ذاتی تجرُبَس پیٹھ دِتھ صاف لبنہٕ یوان۔ یہ چھنہ کُنہ کِنز اکھ ووزُم وورُو جذبہٕ یا احساس باسان۔ صوفی عملہٕ منز چھُ مقام حاَرت اکھ سُہ مُقام یمہِ پتہٕ ذاتِ حقیقی ہنز اصل تہٕ پوٗر پوٗر زان حاصِل کرِنَس منز سبٹھاہ نزدیکی سپدان چھَ۔ موٗمن صاَب چھُ امی پرٛزُک پےٚ یِتھ شارس منز دِوان:

یتی گو اکہٕ نَنٛدُن تتی آو     یِہ حال ڈیشِتھ موٗمن حاَرتن ژاو

احمد بٹہٕ وارِی چھُ امی مُقامچ کتھ کران ونان:

احاطہٕ کوٗر حاَرِتَن تے     شِنٛزیَس ژایوس لنٛدار[1]

شِنیاہٕ پکھ بزوٗنٹھ پہَن تے     وَحدتہٕ لبکھ اَدِ تار

وہاب کھاَرن اکھ پوٗر نظم چھُ "مُقام، حاَرتس" پیٹھ یُس پرِنَس لایَق چھُ:

مَس یِنہٕ چوٗنس اَمی ساقین تے     چھُس حاَرتن تے وُچھِتھ حاَرتھ

تتہٕ نسا درکار زو یا گن تے     تتہِ نو منگنے ساس یا ہتھ

تتہِ کوٗر یکسان اخلاص تے     چھُس حاَرتن تے وُچھِتھ حاَرتھ

جوٗرِکس تہٕ شِنٛزیَس چھے مِلہٕ وَن تے     واَرانہٕ نیٖرتھ وُچھ وَحدت

کثرت تور چھنہٕ سُہ چھُ تمہِ بیٛون تے     چھُس حاَرتن وُچھِتھ حاَرتھ

یمن سارِنے شاَیرن مُتلق یُت لیکھنُک ضروٗرتھ چھُ تیوٗت آو نہٕ اوگُن توجہ دِنہٕ۔ یمن سارِنے چھے پنٛنہٕ اکھ زبان پنٛنہٕ اکھ ادا۔ تہٕ پنُن فنی زُو زہتہٕ۔ یُس ماَرِی موٗند تہِ چھُ تہٕ لوٗبہٕ وُن تہِ۔

[1] اَنٛدر

مثنوی لیکھن والٕکی ساریٖ شاعر چھِ بیانیہِ شاعری ہِندِس زومرس منٛز بوان۔ یِہندی وَتہِ پٔدی چھےٚ سو کتھ، دٔلیل یا کہانی مُتشخص کران یوسہِ تم ونہِ خاطرِ ژاران چھِ۔ ظاہر چھُ سبٹھاہ کم چھُ ہبکان گُل ریز، ہش مثنوی لیکھِتھ۔ ووٚنی گو باقی مثنوی لیکھن والین شاعرن ہُند دبت ہبکہِ نہٕ کُنہِ کنٛی مشراونہِ یِتھ۔ یمو اتھ فنس پٔنٕنی پأٹھی زِتنہِ زوٗل کوٚر تہٕ اتھ سِلسِلس منٛز چھُ اکہِ نٔنٛدُن ناوِ چن کأشرین مثنوی یَن پٔنُن اہم پایہ حاصِل۔ یمو پٔننہِ اَکس پرٛانہِ مُقامی یا لُکہِ کتھی زوٗل کوٚر۔ تہٕ اکھ نٔوِ مثالی گاشرأو۔ موٚمن صأب چھِ اَمہِ لحاظہِ کأشرِ شأیری ہُند اکھ بوٚڑ علم بردار۔



## مُصنِف سٕنٛز کِتاب یمہٕ چھپیمٕژ چھےٚ

(۱) تبرُک (توٚبرُک): افسانٕن ہٕنٛز گوڈنچ سومبرن

(۲) کأشرِ ادبٕچ تأریخ: جلد اکھ: گوڈٕ کالہٕ پیٹھٕ لہٕ پلہٕ ۱۸۰۰ عیسوِیس تام

(۳) کأشُر نثر: چھاپ ریاستی کلچرل اکادمی
لِکھأری: اوتار کرشن رہبر تہٕ
غلام نبی خیالؔ

(۴) یِیلہِ پرٛژِ ووٚتھ: افسانٕن ہٕنٛز دوٚیِم سومبرن

(۵) موٚختہٕ لَر: بچن ہٕندِ خاطرٕ میچھ کتھ
لِکھأری: اوتار کرشن رہبر تہٕ
ناجی منوٚرؔ

# کأشرِ زبأنؠ منٛز تحقیق

تحقیق چھُ پننہِ وۄجوٗدُک باس، پنٛن پان، پنٛن اوٚند پوٚکھ تہٕ پنٛنہٕ ذاتھ بُراتھ پرٛزٕناونک ناو۔ تحقیق چھُ پنٛن پتھ کال زأنتھ تہٕ پچھأنتھ پنٛنہٕ تہذیبی تہٕ ثقافتی زِندٕگی شیرنک تہٕ پأرنک تہٕ رَچھنگ تہٕ رژھرنک ناو۔ یوٚ دوَے تہذیب گُنہِ قومہٕ کِس مخصوٗص لسنہٕ بَسنہٕ کِس طریقس ناو دِمو کلچر چھُ سُہ پوشِ یُس یِمن طور طریقن ہنٛز خوٗبصورتی تہٕ خوش بوے ظأہر گران چھُ۔ تہٕ زبان چھےٚ اَمہِ پوشُک روح تہٕ عُطر تہٕ أندریم ہَر تہٕ تَر۔ مگر کأشرِ قومُک بوٚڈ اَلمیہ چھُ یہِ زِ سبٹھاہ پتھ کالہٕ پیٹھٕ ازتام آو یہِ روٗح دوہے گال کھاتَس تژاونہٕ۔

تحقیق چھُ اکھ مُشکل کار۔ یہِ چھُ شار گویی، ناول نویسی تہٕ ڈرٛاما نِگأری تہٕ دۄیمو فنو نِشہِ واریاہ مختلف۔ اَمہِ خأطرٕ ییٚتہٕ اِنسانَس وَسی مُطالہٕ، سون مُشاہد، توأریخ، تمدن تہٕ مختلف موضوٗعَن تہٕ فنَن ہنٛز زَبر پأری زان گوژھِ آسنٕ تتہِ چھُ اِنسانَس کوٗشِن ہُند ہوش تہٕ اَچھن ہُند گاش راوٕرُن پیوان۔ یوٚتے تہٕ

ئلِ کہِ تحقیق چھُ اکھ سُہ شۆبہٕ ییٚمہِ خاطرٕ اِنسانَس سبٹھاہ وَق تہٕ سرمایہِ گژھِ آسُن۔ ییٚمہِ خاطرٕ مختلف ادارٕ گژھن آسنۍ ییٚتہِ ماہرن ہنٛزٕ مختلف جماژ اکھ أکِ سٕنٛدِ اَتھ واسہٕ ستی رٕلِتھ میلِتھ وَکھرٕ موضوٗعَن پیٹھ کأم کران آسَن۔ تحقیق چھےٚ سو کأم یتھ منٛز محقِقَن گامہٕ گامہٕ تہٕ شہرٕ پھیرُن پیوان چھُ۔ اکہِ مُلکہٕ پیٹھٕ دۆیمس مُلکس گژھُن پیوان چھُ۔ کُتب خانَن تہٕ رکاڈکٕمن ذخیرن منٛز رہتہٕ واد تہٕ ؤری واد صِرف کرٕنۍ پیوان چھِ۔ مختلف مأہرن تہٕ ووستادن ہُنٛد اَتھِ بَنٛدُت حأصِل کرُن پیوان چھُ۔ اَوے مۆجوٗب چھُ جدید زمانَس منٛز کانٛہہ تہِ تحقیقی منصوٗبہٕ جان، موتبر تہٕ سایِنٹفک طریقس منٛز بامِل اَنٕنس مُتلِق تۆ تامتھ سوچُن مُشکل یۆ تام نہٕ اَتھ پتہٕ کانٛہہ جان اِدارہ تنہٕ منہٕ ڈکھس آسہِ۔ تہٕ اَوے چھُ جدید زمانَس منٛز تحقیق اِنفرأدی کوٗشِشو بدلہٕ اجتماعی کوٗشِشن لور۔ تہٕ تِتھےَ پأٹھی بامِل یِوان۔ اَمِیُک مطلب چھُنہٕ ہرگز یہِ زِ تحقیقُک شۆبہٕ کیاہ چھُ کأشرِ زبأنۍ تہٕ اَدبَس منٛز بِلکُل مُشراونہٕ آمُت۔ پننٮ٘و اِنفرأدی کوٗشِشو ستی روٗدۍ مُحقق تہٕ لِکھأرۍ مختلف دورَن منٛز برابر زِکھ زِکھ دِوان تہٕ یہِ عمل چھےٚ جأری۔ مگر یہِ وَنُن چھُ ضروٗری باسان زِ یوسہٕ تحقیق اَز تام سپٕز سو چھےٚ گُلہم پأٹھی اَڈٕلیٚچ، نأقص تہٕ کمزور، یہِ چھےٚ سبٹھاہ غأر سایِنٹفک تہٕ مُحققانہٕ شوٗدِ بوٗدِ نِشہِ خألی۔ اکثر محقق چھِ تمہ یِمہ Methodology (یانے تحقیقی طریقہٕ کار) نِشہِ نأواقف چھِ یوسہٕ پانہٕ ناوِنۍ کُنہِ تہِ تحقیقی کامہِ باپتھ ضروٗری چھےٚ۔

کأشرِ زبأنۍ منٛز یوسہٕ تحقیقی کأم وُنیُک تام سپدیمٕژ چھےٚ سو ہیکون دون حِصَن منٛز بأگرأوِتھ۔ اکھ گیہِ سو تحقیقی کأم یوسہٕ سیٚد سیٚوٗد کأشرِ زبأنۍ منٛز سپدییہِ

یا سپدان چھےٚ تہٕ بیٲ کھ گیہٕ سو یوسہٕ دۆیمبِن زبانَن منٛز سیٚدٕ سیوٚد یا وَرگہٕ پٲٹھی سپدٕ پھٕڑ چھےٚ یا بامَل یِوان چھےٚ۔ یوٚ دوٚے گُنہٕ تہٕ زبانٛۍ تہٕ اَدبہٕ باپتھ گوڈٕنِکی اَنٛگچ اہمیت ئِٹر تہٕ ٹاکارٕ چھےٚ تو تہٕ ہکو نہٕ سو کٲم گُنہٕ کِنۍ نظر انداز کٔرِتھ یوسہٕ دۆیمبِن زبانَن منٛز سپدٕ پھٕڑ آسہٕ۔ کٲشرِ زبانٛۍ تہٕ اَدبہٕ باپتھ چھےٚ تحقیقچ خام سیٚر مُلہٕ تلہٕ دۆیمی صوٗرژ منٛز پیوان تہٕ اَمہٕ لحاظہٕ چھےٚ سارِنے برٛوٚنٛہہ تمہٕ فارسی کِتابہٕ قٲبِل توجہ بنان، یمہٕ توٲریخن تہٕ تذکرن ہنٛزِ شکلہٕ منٛز کٲشربن تہٕ کٔشیرِ مُتلِق لیکھنہٕ آیہٕ۔ توٲریخ دان تہٕ تذکرٕ نوٚیس چھِ مختلف کتھَن تہٕ حالاتن ستۍ ستۍ مختلف شخصیژن وَکھٕ ناوان تہٕ وبرٛھناوان تہٕ تتھٕ پٲٹھی چھِ تم کم کینٛژھا شیٚچھ خبر کینٛژن کٲشربن شاعرن تہٕ تہندبن کارنامَن مُتلِق تہٕ وَنان۔ کٲشرِ زبانٛۍ مُتلِق تنقیدٕچ بُنیاد تہِ چھےٚ درحقیقت یمہٕ وِے تذکرو تہٕ توٲریخی مُسودو ستۍ پیوان۔ مورِخن تہٕ تذکرٕ نوٚیسن ہنٛدی تتھی ہی جُملہٕ چھِ اتھ سِلسِلس منٛز نوٹ کرنس لایق۔

''شعر گفتن بزبانِ کشمیری خود موزون داشتند
ونکتہا باریک وسخن ہا خوش گفتہ......''

(بابا نصیب الدین غازی شیخ العالمس مُتلِق وَنان)

''اشعار درد ناک میگُفت''

(حسن کھُے ہامی لل دیدِ مُتلِق لیکھان)

''سخن ہاے خوش داشت آں نغمہٕ سنج''
یا ''کلامش بہ سوز رگداز آشنا''

(عبدالوہاب شایق یوسف شاہ حبہ خوتونہٕ ہنٛز ذِکر کران لیکھان)

یتھی ہی جُملہٕ لیکھتھ ییتہٕ سأنٛی مورخ تہٕ تذکرٕ نِگار پننہٕ تنقیدی شود بود ہنٛز باوتھ کران چھِ تتہٕ چھےٚ یہنٛز کِتابہٕ پننہٕ زمانہٕ موجوٗب تحقیقٕچ کینٛژھا کل بودھ تہٕ ہاوان۔

کٔشیرِ منٛز پیٚیہٕ اسلأمی راجِچ مستقِل بُنٛیاد شمس الدین شاہمیری ہٮ۪نٛدی ژٕسی ۱۳۳۹ء یِس منٛز تہٕ شاہمیری خاندانچہٕ (۱۳۳۹ء - ۱۵۵۵ء) حٕکوٗمژ منٛزٕے لوٚب ہنہٕ ہنہٕ فارسی زبأنۍ تہٕ اَدبن کٔشیرِ منٛز چاو۔ سُلطان زین العابدین بڈشاہ (۱۴۲۰ء -۱۴۷۰ء) ہٮ۪نٛزِ رازٕسی منٛز یُس بوش عٔلمی تہٕ ادبی کامین کھوٚت تمہٕ ستی لوٚب تواٲریخ دانٔن تہٕ تذکرٕ نوٕیسن ہنٛزو تخلیقی صلأحیژو تہٕ ہرتر تہٕ مختلف کامہٕ آیہٕ بامل۔ یِمَن منٛز مُلا احمد ہٮ۪نٛز واقایع کشمیر، مُلا نادری ہٮ۪نٛز تاریخ نادری، قاضی ابراہیم ہٮ۪نٛز تاریخ کشمیر تہٕ مُلا احمد ہٮ۪نٛزٕے ''مراۃ الاولیاء'' قابلِ ذِکر چھےٚ۔ ''مراۃ الاولیاء'' کِتابہٕ مُتلِق چھُ وننہٕ یِوان زِ یہٕ اوس شیخ العالم شیخ نورالدین نوٗرأنی سُنٛد کلامہٕ ترتیب دِنہٕ آمُت۔ ہٮ۪تی اُس اتھ وبرٕھنے فارسی زبأنۍ منٛز تہٕ کرنہٕ آمُت تہٕ اَمہِ علاوٕ اُسی اَتھ منٛز شیخ العالمہٕ ہٮ۪نٛزِ زِندگی ہٮ۪نٛدی حالات تہٕ دٕرج۔ یہٕ چھُ تواٲریخی اَنہارو کنۍ گوڈنیک ''نوٗر نامہٕ'' یُس ترتیب دِنہٕ آمُت چھُ۔ یہٕ تذکرٕ تہٕ اَمہِ زمانچہٕ سارٕیے فارسی زبأنۍ منٛز لیکھنہٕ آمٕژ تأریخ چھنہٕ اَز موٗجوٗد۔ یٕم دوٕے ییمو کِتابو ہٕنٛزی پأٹھی وٕجوٗد لوٚبمُت آسہٕ تیلہٕ چھِ یِمَن کِتابن ہٮ۪نٛدی لِکھأری تمہٕ سِلسِلکی موٗلادار (بأنی) ییمکی فارسی مورِخ تہٕ تذکرٕ نوٕیسِ سانہٕ باپتھ وتہٕ ہٕیدی شیران چھِ۔ کأشُرِ زبأنۍ تہٕ اَدبہٕ باپتھ تحقیق تہٕ تنقیدُک

چھُ کم کینژھا اَتی پیٹھ سپدان۔ بڈشاہی عہدٕ پتہٕ یمہٕ ہسٹری یا تذکرٕ فارسیَس منز لیکھنہٕ آے تمن منز چھےٚ سیدعلی سٕنز تأریخ اَوِ باپتھ سارِوٕے کھوتہٕ اہم تکیاز یہٕ چھےٚ تمن سارِنے تصنیفن منز پرٛأنی۔ یمہٕ ظأِلم زمانن پتہٕ پرٛاژِ منزٕ ژاوِمژٕ چھےٚ۔ یہٕ کِتاب چھےٚ مرزا حیدر دوغلت سٕندِ کشیرِ پتہٕ پتہٕ یانے ۹۵۷ ہجری پتہٕ کینٛہہ وٕری لیکھنہٕ آمٕژ۔ اَمہٕ ہسٹری ہٕندی یم وَرق اَسہِ تام وأتی ہتی چھِ تمو ستی چھِ کینژن سیأسی حالاتن ستی ستی کینژن عألمن، ریٚشن تہٕ موتبر شخصیژن ہٕندی کم کینژھا حالات تہٕ ییٚنان۔

کأشرِ زبأنی تہٕ اَدبَس مُتلِق تحقیقچ کأم چھِ ورگہٕ یابل واسطہٕ پأٹھی سبٹھاہ مؤحدؤد طریقَس منز مُصنِف بہارستان شأہی، خاجہ اعظم دیدہ مری، حاجی محمد اسلم معتمی، بیربل کاچرو، حسن کھوٗے ہامی، حاجی محمد مسکین، تہٕ عبدالوہاب شایق بیٚترٕ ہی تأریخ دان جأری تھاوان۔

یمن توأریخن علاوٕ چھُ کشیرِ منز تذکرٕ نوٚیسی ہُند اکھ دِلچسپ سِلسِلہٕ نوٗرنامن تہٕ ریٚشی نامن ہنٛزِ شکلہِ منز یمہٕ وَقتن منز زنم لبان۔۔ ازیُس سارِوٕے کھوتہٕ پرون نوٗرنامہٕ اَسہِ نِش رژھہٕ رِتھ چھُ سُہ چھُ حضرت بابا نصیب الدین غازی سُند۔ یہُند سَنہٕ وفات ۱۰۴۷ ہجری مانہٕ یوان چھُ۔ اَمہِ پتہٕ چھِ أمی سٕندی شُشش یا مُرید بابا داوٗد مشکاتی ۱۰۶۳ ہجری یَس منز ''اسرار الابرار'' ناوٕچ کِتاب لیکھان تہٕ أمِس پتہٕ چھِ بابا خلیل، بابا کمال، بہاوٗ الدین متوتہٕ حکیم پیر علی شاہ بیٚترٕ تذکرٕ نوٚیسی ہٕندِس اَتھ سِلسِلس پوچھر دِوان۔ حکیم پیر علی محمد شاہ چھُ گوڈنیُک تذکرٕ نوٚیس یمیٚ پنٕنٕ کِتاب کأشرِس منز لیچھمٕژ چھےٚ۔ تہٕ یوٗ دوٚے یہٕ

تذکرِ ۱۹۴۷ؠ بڑوٚنہہ لیکھنہٕ آمُت چھُ مگر یہ سپُد ۱۹۴۷ؠ پتہٕ چھاپ۔ بحثیتہٕ مجموعی ییٚلہِ یمَن تذکرن سام ہیوان چھِ تحقیقی تہٕ تنقیدی وبڑارو کِنۍ چھِ یِم سبٹھاہ کمزور، ناقص تہٕ غاٚر سایئنٹفک لبنہٕ یِوان۔ تذکرِ نِگار چھِنہٕ پننہٕ تحقیقی شوٚعوٗرُک کانہہ پےٚ دِوان۔ مثلن یِم چھِنہٕ اکثر تمہِ شیٚچھِ ہُنٛد آگر ونان یوسہٕ تِم باوان چھِ۔ واقات چھِ داستانٕن ہِنٛدِس رَنٛگس منٛز لیکھنہٕ آمٕتۍ۔ موجزن تہٕ کرامژن پیٹھ چھُ زیادٕ زور دِنہٕ آمُت۔ تذکرِ چھُ الفاظ آرأیی تہٕ قِصہٕ گویی پیٹھ پھاپھلان۔ یتھِ پأٹھۍ چھِ اصل حالاتن پیٹھ وُرن پیوان تہٕ ٹھوس حقایق چھِ ژٕوٗرِ روزان۔ کیٚنہہ واقات چھِ سنٛن تہٕ تاریخن سام ہیٚنہٕ پتہٕ غلط باسان۔ شأیرن ہُنٛد کلامہٕ چھُ سبٹھاہ لاپروأیی سان لیکھنہٕ آمُت۔ ییٚمہِ کِنۍ کلامٕچ اصل صوٗرت ژھارٕنۍ مُشکِل چھےٚ بنان۔ موادٕچ ترتیب تہٕ شیرٕژاٚر چھےٚ سبٹھاہ ان سایئنٹفِک طریقس منٛز سپدمٕژ۔ وارِیاہ تذکرِ چھِ شارَن منٛز ییٚمہِ کِنۍ تہٕ تحقیقی اِظہارَس تھوس آمٕژ چھےٚ۔ تاہم چھِ یِمو دوٚشو باوجوٗد یِم تذکرِ سأنۍ بڈ دولت تہٕ اصل تہٕ ٹھوس سایئنٹفِک تحقیقہٕ باپتھ خام مال فراہم کران۔

تحقیقی سرگرمین ہُنٛد بیاکھ دور چھُ انگریزی اثرس تل شوٗروٗ سپدان۔ ییٚلہِ یورپی مِحققن تہٕ عالمن ہُنٛد ییٚن گژھُن چھُ جأری روزان۔ کأشر زبان چھےٚ چھاپ خانک بُتھ وُچھان۔ تہٕ تِتھے پأٹھۍ چھےٚ نوٗ وَتھ تٕۍ نیران۔ ۱۸۲۱ؠ یَس منٛز آو سری رام پور مشنری طرفہٕ شاردا ٹایپس منٛز بایبل ہُنٛد اکھ حِصہٕ نیو ٹسٹیمنٹ New Testament مارکس منٛز ترٛاونہٕ۔ ۱۸۴۴ؠ یَس منٛز آو برٹش اینڈ فارین بائیبل سوسائیٹی ہِنٛدِ طرفہٕ ایرأنی رسمِ خطس منٛز بائیبل ہُنٛد یوٚہے حِصہٕ گوڈنچہ لٹہٕ

چھاپ گَرنہٕ۔ یورپی عالمن ہِندِ دٕسی لٕج انگریزی زبان تہٕ سو رول ادا کرنہٕ یوسہٕ اؤ تامتھ محقط فارسی زبان گران اُس۔ یِمَن محققن تہٕ عالِمن منٛز چھِ سرجارج ابراہیم گریرسن، نولز، سٹاین، لارنس، سرر چرڈ ٹمپل، بہلر سیّد سیٖوٚد یا وَرگہٕ پاٚٹھی اتھ کامہِ منٛز اکھ نوٚو زُو زبہتہٕ بَران۔ بنگالچ ایشیاٹک سوسائیٹی چھنے یِمن عالِمن ہنٛزِ کامہِ عام کرَنس منٛز اہم حِصہٕ ادا گران۔ نولز چھُ سُہ عیسائے پادری یُس جایہِ جایہِ ووت تہٕ کربن کہاوٕژ، محاورٕ تہٕ کاشرِ دلیلہٕ جمع ۱۸۸۵ یَس اَندر چھپیہٕ یِہنٛز کِتاب کاشربن محاورَن تہٕ کہاوٕژن مُتلق تہٕ امہِ پَتہٕ آیہٕ یِہنٛز کِتاب کٔشیرِ ہنٛزٕ لکہٕ دلیلہٕ بازرس منٛز۔ سٹاین سُنٛد دیُت چھُ کاشرِس تمدُنس واریاہ۔ یِہنٛز کِتاب ''حاتمہٕ سنہٕ دٕلیلہٕ'' (Hatim's Tales) پٔیہٕ گریرسن ہِنٛدِ اتھہٕ واسہٕ ستی ۱۹۲۳ یَس منٛز مارکس اندر۔ یِمَن سارِنے یورپی عالِمن تہٕ محقِقن منٛز چھُ کاشر زبانٔی تہٕ اَدبہٕ باپَت گریرسن سُنٛد ناوسبتھاہ پھِرُن لایق۔ یوٚ دوَے اَہنٛز تحقیقی کامہِ تہٕ جایہِ جایہِ کیٛنہہ وَتچِھ خامیہِ تہٕ لغزِشہ ہاوان چھےٚ، توتہِ چھےٚ یہِ کتھ ئی تہٕ ٹاکارٕ زِ گریرسن چھُ کاشرِس تحقیقس تہٕ تنقیدس گوڈنچہِ لٹہِ اکھ رُت وار وبستار دِوان۔ سرجارج ابراہیم گریرسن ہنٛدی پٔدی پٔیہٕ ۱۸۲۳ یَس منٛز ہُندستانچہِ سرزمینہٕ پیٹھ۔ تٔمی گذرو پننہٕ زِندگی ہُند اکھ باگہٕ یوٚ رُت وَق ہُندوستانس منٛز۔ ۱۸۹۶ منٛز سَپدِ یہٕ ہُندستانٔی زبانَن ہنٛز سروے شوٚرٕ تہٕ یہِ آو اَمہِ منصوٗبک زیٛٹھ بناونہٕ۔ کاشرِ زبانٔی ہنٛز سام چھےٚ ''لِنگ وِسٹک سروے آف انڈیا'' ناوچہِ کِتابہٕ ہِندبن دون حِصن منٛز موٗجوٗد۔ گریرسن یُس ژٕک تہٕ شوق کاشرِ زبانٔی تہٕ ادبہٕ کِس مُطالس تہٕ اَمہِ کِس تحقیقس کُن ہوو سُہ چھُ قابلِ قدر۔ کاشرِ

ڈِکشنری، لل دیدِ ہُند کلام ''لل واکیانی''، کرشنہٕ جو رازدانٕنۍ ''شیو پرنے''، پرٕکاش رامُن رامایِن ''مہانے پرٕکاشٕچ سام بیٛترِ چھےٚ یِہنٛدِ تحقیقی شوٗد بوٗد ہُند ثبوٗت دِوان۔ سر رچرڈ ٹمپل سٕنز ''دی ورڈ آف لا'' چھےٚ للہِ ہٕنٛدِ مطالعہ باپَت از تہِ اکھ اہم کِتاب۔

یورپی لِکھاربن تہٕ محققن ہٕنٛزِ کامہِ تہٕ چھاپ خانٕکۍ وسیلن، دِژ کأشرین لِکھاربن تہٕ کِتاب فروشن تہِ ہل بل کرنٕچ سامرتھ۔ تہٕ سوٚت سوٚت لٔج نۆو ریٚہہ برٕزنہِ۔ پرتاپ سٹیم پرٕیس چھُ شاید سرینگرُک گوڈنیُک چھاپ خانہٕ یتہٕ کأشرین شأیرن ہُند کلامہٕ مُقأمی طور چھپنہٕ لوٚگ۔ کأشرین پبلشرن مَنٛز چھُ نور محمد غلام محمد، عبدالجبار علی محمد سٕنٛدۍ ناوسرِس ییٚمو کأشرین شأیرن ہُند کلامہٕ چھاپ کرنَس مَنٛز سبٹھاہ ژُک تہٕ جوش ہوو۔ اَتھ اَندر رٕچھنہِ کانٛہہ شک زِ تحقیقی میزانو رَنٛز چھےٚ یہِ کأم سبٹھاہ ڈیٚج تہٕ بےٚ وٕطیرٕ مگر زبردس بٕنٛھ تہٕ بےٚ ضأبطگی آسنہٕ باوجوٗد چھےٚ یِہنٛزِ کامہِ ہٕنٛز اہمیت وارِیاہ۔ یِمو دوٚے ییٚمو اَمہِ قسمُک ہل بل آسہِ ہے نہٕ ہووٗمُت، اَز آسہِ ہے اَسہِ تَمہِ ادبی سرمایہ نِشہِ تہِ اَتھہٕ چھوٚلمُت یُس یِہنٛدِ دٔسۍ اَدٕ یتھ تیٚتھ جمع روٗد۔

ڈوٗگرہٕ مہاراج رنبیر سنگھ نِس زمانس مَنٛز بنیوٚ اُردوٗ زبان سأنۍ سرکأرۍ زبان۔ لہٰذا درٕایہِ ہَنہٕ ہَنہٕ وَق گنڈرنس ستۍ یہِ زبان تہٕ تَمہِ کامہِ باپَت لاگنٕچ وَتھ۔ یوسہٕ اوٚت تامتھ فارسی زبان کران اُس تہٕ دوٚنۍ انگریزی زبان تہٕ کران اُس۔ اُردوٗ زبأنۍ مَنٛز چھُ اَمہِ قسمُک دٔسلابہٕ سبٹھاہ ورگہٕ یا بل واسطہٕ پأٹھۍ منشی محمد الدین فوق سٕنٛدِ دٔسۍ سپدان ییٚمۍ کأشرِس تمدنَس تہٕ توأریخس مُتلق وارِیاہ

کِتابہِ لیچھِ۔ یِمن مَنز کینژن کأشرِ بن شأیرن ہُند حال تہٕ موجوٗد چھُ تہٕ فوقس پیٹھ چھُ سُہ اہم ناو یِوان تیمِس عبدالاحد آزاد وَنان چھِ۔ آزادٕنی کِتاب ''کشمیری زبان اور شاعری'' یوٗ دوَے ۱۹۴۷ء پیٹھ چھاپ سپدیہِ مگر یہِ چھےٚ مُلہٕ تلہٕ اَمہِ برٛوٚنٹھی مہِ زمانٕچ کأم۔ عبدالاحد آزاد چھُ سُہ لِکھأرۍ یُس گوڈنچہِ لٹہِ سأری سے کأشرِس اَدبَس للہٕ کھوٗل کرِتھ اکھ سام پیش کران چھُ۔ آزادٕنی یہِ کِتاب چھےٚ ترٛےٚ بن جِلدن مَنز رِیاستی کلچرل اکادمی چھاپ کرٕمٕژ۔ اَتھ کِتابہِ مَنز چھِ الہٕ پلہٕ تِم سأری انہار درٛینٹھی یِوان، یِم تذکرن مَنز موجوٗد چھِ۔ آزاد چھُنہٕ بیشتر جایَن یہِ وَنان زِ سُہ ہے کانہہ کتھ ونان چھُ، اَمیُک آگُر کیاہ چھُ؟ تِمۍ ہِندِ مواد ک ماخذ کیاہ چھُ؟ تحقیقس مَنز چھےٚ یہِ کتھ بارٕ اہمیت تھَوان۔ آزادَن چھُ پنُن وارِیاہ مواد حسن کھوٗیہامی۔ حأجی محی الدین مسکین تہٕ خاجہ دبدہ مری ہِنزو تصنیفو مَنزٕ حأصِل کوٚرمُت۔ کینژن جایَن چھُ یہِ بِلکُل یِمَن کِتاب ہِندبن بیانَن ہُند سیدِ سیوٗد ترجمہٕ باسان مگر سُہ چھُنہٕ یہِ وَنان زِ تِمۍ کیتہِ چھےٚ یہِ شیچھ خبر حأصِل کرٕمٕژ۔ آزادٕنی کأم چھےٚ تحقیقی میزانو کِنۍ وارِیاہ ڈیٚج تہٕ غأر سائنٹفِک۔ یہِ چھےٚ تمہِ تحقیقی روٗحہِ تہٕ نظرِ نِشہِ ژھٔر یمیُک باس کُنہِ حدس تام گریرِسن دِوان چھُ۔ مگر پننو سارِوٕے خأمیو باوجوٗد چھُ آزادُن تذکرٕ کأشرِ زبأنی ہِندِس تحقیقس تہٕ تنقیدی اَدبَس مَنز گریرسنَس پیٹھ اکھ میلہٕ کُنۍ۔ یِتھین چھِ یہِ کتھ وَننۍ تہٕ سبٹھاہ لأزِم باسان زِ گریرِسن ہِنزن کامین پیٹھ اوس مختلف اِدارن ہُند ڈوٗکھ تہٕ سرمایہِ۔ تس سٟتۍ اوس عملہٕ تہٕ مختلف عألِمن ہُند عِلِم، گاٹہٕ جار تہٕ اتھ بنٛدُت۔ یہِ اُس اکھ مُشترک کوٗشِش۔ آزاد اوس کُن تہٕ کیوٗل، نادار تہٕ مُفلِس، اکھ موموٗلی ماسٹر، یمۍ نہٕ زیادٕ

تاُلیم تہٕ پڑاُوِمژ اُس۔ تمی ہِندی وسیلہٕ اُسی موٗحدوٗ دگرتمی یتھ پاٗٹھی کاٗشرِ زباٗنۍ تہٕ اَدبہٕ کِس عشقس منٛز پننۍ زِندگی راوٕرتہٕ چھپہٕ دِژ تمہٕ چہٕ مِثالہٕ چھےٚ سبٹھاہ کم میلان۔ آزادس ہتی سپز بڈٕ ٹریجڈی یتہٕ زِ سہٕ اوس وُنہٕ مواد یے جمع کران تہٕ گو یمہِ عالمہٕ۔ یہ کتھ بوٗزِتھ سپدن ییٚتمِن واریاہ حاٗران زِعلی محمد کِتاب فروشہٕ سُند فرزند چھُ واریاہ کالہٕ پیٹھہ یہ وَنان زِ ''کشمیری زبان اور شاعری'' ناوچہٕ کِتابہٕ ہُند یُس مُسوٗدٕ تس نِش موجوٗد چھُ سہٕ چھُ تمہٕ نِشہٕ واریاہ مختلف یُس اکادمی ہِندِ دٔسی چھاپ سپد یومُت چھُ۔ یوٗ دوٚے یہ کتھ پُز آسہٕ یہ لٰہذا زِ لگاوُن چھُنہٕ مُشکِل زِ اَمہٕ ہتی کاٗتیاہ نوٚی سوال چھِ کاٗشرِ زباٗنۍ تہٕ اَدبہٕ کِس تحقیقس مُتلِق پاٗدٕ سپدان تہٕ سانہٕ ہٕتحقیقی اَدبُک صحی تصویر کیاہ چھُ؟

یوٗرپی لِکھارو تہٕ محققو یتھ زباٗنۍ منٛز کاٗشرِس مُتلِق تحقیقس تہٕ تنقیدس دس ثُل سوتھاٗو بییہٕ کینٛژو مُقاٗمی تہٕ غاٗر مُقاٗمی لِکھارو جاٗری یمَن منٛز آنند کول بامزئی، ڈاکٹر جی۔ایم۔ ڈی صوفی، پی۔این۔کے بامزئی، جے لعل کول بیٚترِ کینٛہہ ناو چھِ۔

۱۹۴۷ برٛونٛہہ چھےٚ تحقیقی تہٕ تنقیدی کامِن ہِنزِ موموٗلی زِتی ''بہارِ کشمیر'' تہٕ پرتاپ میگزین ناوٕکین رِسالن منٛز تہٕ درٛینٛٹھی یوان۔ مختلف زبانن منٛز روٗدی اُدبہٕ کاٗشرِ زباٗنۍ تہٕ اَدبَس مُتلِق کم کینٛژوہا لیکھان۔ اُتھی کامہٕ دِژ ۱۹۴۷ پتہٕ سارِوے برٛونٛہہ گُل ریز، کونگ پوش ہوبو رِسالو مزید زیر۔ پروفیسر محی الدین حاجنی، امین کاٗمِل، پروفیسر سری کنٹھ توشخانی، جیا لعل کول ناظر، مرزا غلام حسن بیگ عارف، خیرت کاملی، تنہا انصاری، پروفیسر پی۔این۔ پُشپ بیٚترِ چھِ

کِتابہِ لیچھِہ۔ یِمن منٛز کینٛژن کاشرٕ بن شاعرن ہُنٛد حال تہٕ موجوٗد چھُ تہٕ فوقس پٮ۪تہٕ چھُ سُہ اہم ناو یِوان یٔمِس عبدالاحد آزاد وَنان چھِہ۔ آزادٕنی کِتاب "کشمیری زبان اور شاعری" یٕژ دوٚے ۱۹۴۷ء پٮ۪تہٕ چھاپ سپدییہِ مگر یہِ چھےٚ مُلہِ تلہٕ اَمہِ بژوٚتھی مہِ زمانٕچ کاٗم۔ عبدالاحد آزاد چھُ سُہ لِکھاری یُس گوڈنچہِ لٹہِ ساری ہے کاشرِس اَدبَس للہٕ کھوٚل کٔرِتھ اکھ سام پیش کران چھُ۔ آزادٕنی یہِ کِتاب چھےٚ ترٚبن جِلدن منٛز رِیاستی کلچرل اکادمی چھاپ کٔرمٕژ۔ اَتھ کِتابہِ منٛز چھِہ الہٕ پلہٕ تمہ ساری انہار درٕ ینٛژھی یِوان، یم تذکرن منٛز موجوٗد چھِہ۔ آزاد چھُنہٕ بیشتر جایَن یہِ وَنان زِ سُہ ہے کانٛہہ کتھ وَنان چھُ، اَمیُک آگُر کیاہ چھُ؟ تٔمی ہِندِ مواد ک ماخذ کیاہ چھُ؟ تحقیقس منٛز چھےٚ یہِ کتھ بارٕ اہمیت تھَوان۔ آزادَن چھُ پٔنن واریاہ مواد حسن کھوٗیہامی۔ حاجی محی الدین مسکین تہٕ خاجہ دبدہ مری ہِنٛزو تصنیفو منٛزٕ حاصِل کوٚرمُت۔ کینٛژن جایَن چھُ یہِ بلکل یِمن کِتاب ہِندٕبن بیانَن ہُنٛد سیٖدِ سیٖوٚد ترجمہٕ باسان مگر سُہ چھُنہٕ یہِ وَنان زِ تٔمی کتہِ چھےٚ یہِ شیٚچھ خبر حاصِل کٔرمٕژ۔ آزادٕنی کاٗم چھےٚ تحقیقی میزانو کنٕ واریاہ ڈیٚج تہٕ غار سائنٹفِک۔ یہِ چھےٚ تمہِ تحقیقی روٗحہ تہٕ نظرِ نِشہِ ژھُر یٔمیُک باس کُنہِ حدس تام گرٕ پرٕن دِوان چھُ۔ مگر پننو سارِوٕے خامیو باوجوٗد چھُ آزادُن تذکرٕ کاشرِ زبانٕ ہِندِس تحقیقس تہٕ تنقیدی اَدبَس منٛز گریرٕسنٛس پٮ۪تہٕ اکھ میلہٕ کٔنہ۔ یٔقین چھِہ یہِ کتھ وَنٕنہِ تہِ سبٹھاہ لٲزِم باسان زِ گریرٕسن ہِنٛزن کامن پٮ۪تہٕ اوس مختلف اِدارن ہُنٛد ڈوٗکھ تہٕ سرمایہٕ۔ تس سٟتی اوس عملہٕ تہٕ مختلف عالمن ہُنٛد عِلم، گاٹہٕ جار تہٕ اتھ بنٛدُت۔ یہِ اُس اکھ مُشترک کوٗشِش۔ آزاد اوس کُن تہٕ کیٚول، نادار تہٕ مُفلِس، اکھ موموٗلی ماسٹر، یٔمی نہٕ زیادٕ

تألیم تہٕ پڑأوِمژ أس۔ تمہِ ہندی وسیلہٕ أسی موٗحدوٗد مگر تمی ہتھٕ پأٹھی کأشرِ زبأنی تہٕ اَدبہٕ کِس عشقَس منز پننہِ زِندگی راوٕ رتہٕ چھَپہٕ وِژ تمہِ چہِ مِثالہٕ چھےٚ سبٹھاہ کم میلان۔ آزادس ستی سپز بڈٕ ٹریجڈی یتہٕ زِ سہ اوس وُنہِ مواد ے جمع کران تہٕ گو ییمہِ عالمہٕ۔ یہِ کتھ بوٗزِتھ سپدن ییتھین واریاہ حأران زِ علی محمد کِتاب فروشہ سُند فرزند چھُ واریاہ کالہٕ پیٹھٕ یہِ ونان زِ ''کشمیری زبان اور شاعری'' ناوچہِ کِتابہِ ہُند یُس مُسودٕ تس نِش موجوٗد چھُ سُہ چھُ تمہِ نِشہِ واریاہ مختلف یُس اکادمی ہِندِ دٔسی چھاپ سپد یومُت چھُ۔ یوٗ دوَے یہِ کتھ پُز آسہٕ یہِ اندازٕ لگاوُن چھُنہٕ مُشکِل زِ اَمہِ ستی کأتیاہ نوٚی سوال چھِ کأشرِ زبأنی تہٕ اَدبہٕ کِس تحقیقس مُتلِق پأدٕ سپدان تہٕ سانہِ ہِنہِ تحقیقی اَدبُک صحی تصویر کیاہ چھُ؟

یوٗرپی لِکھارو تہٕ محقِقو یتھ زبأنی منز کأشرِس مُتلِق تحقیقس تہٕ تنقیدس دس تُل سوتھأو ییٚہِ کینٛژو مُقأمی تہٕ غأر مُقأمی لِکھارو جأری یمَن منز آنند کول بامزئی، ڈاکٹر جی۔ایم۔ ڈی صوفی، پی۔این۔کے بامزئی، جے لعل کول بیٚترِ کینٛہہ ناو چھِ۔

۱۹۴۷ٕ برٛونہہ چھےٚ تحقیقی تہٕ تنقیدی کامہِ ہنزٕ موموٗلی زِتنی ''بہارِ کشمیر'' تہٕ پرتاپ میگزین ناوٕ کین رِسالن منز تہٕ درٛینٛٹھی یوان۔ مختلف زبانن منز روٗدی اُدبٕب کأشرِ زبأنی تہٕ اَدبَس مُتلِق کم کینٛژھا لیکھان۔ أتھی کامہِ وِژ ۱۹۴۷ٕ پتہٕ سارِوے برٛونہہ گُل ریز، کونگ پوش ہوٕ رِسالو مزید زیر۔ پروفیسر محی الدین حاجنی، امین کأمِل، پروفیسر سری کنٹھ توشخانی، جیا لعل کول ناظر، مرزا غلام حسن بیگ عارف، حیرت کاملی، تنہا انصاری، پروفیسر پی۔این۔ پُشپ بیٚترِ چھِ

کِتابہٕ لیچھِہ۔ یِمن منٛز کینٛژن کاشرِ بن شاعرن ہُنٛد حال تہٕ موجوٗد چھُ تہٕ فوقس پتہٕ چھُ سُہ اہم ناو یِوان تیٚمِس عبدالاحد آزاد وَنان چھِہ۔ آزادنی کِتاب "کشمیری زبان اور شاعری" یُس دوٚے ۱۹۴۷ پتہٕ چھاپ سپدیہٕ مگر یہ چھےٚ مُلہٕ تلہٕ اَمہِ برٛونٹھٕ کُرمہِ زمانچ کام۔ عبدالاحد آزاد چھُ سُہ لِکھارُ یُس گوڈنچہِ لٹہِ ساری ہے کاشرِس اَدبَس للہٕ کھوٗل کُرتھ اکھ سام پیش کران چھُ۔ آزادنی یہ کِتاب چھےٚ ترٛبن جلدن منٛز ریاستی کلچرل اکادمی چھاپ کُرمٕژ۔ اَتھ کِتابہِ منٛز چھِہ الہٕ پلہٕ تمہ ساری انہار درٛینٛٹھ یِوان، یِم تذکرن منٛز موجوٗد چھِہ۔ آزاد چھُنہٕ بیشتر جایَن یہ وَنان زِ سُہ ہے کانٛہہ کتھ ونان چھُ، اَمیُک آگُر کیاہ چھُ؟ تٚمی ہنٛدِ مواد‌ُک ماخذ کیاہ چھُ؟ تحقیقی‌َس منٛز چھےٚ یہ کتھ بارٕ اہمیت تھوان۔ آزادَن چھُ پنٛن واریاہ مواد حسن کھُے ہامی۔ حاجی محی الدین مسکین تہٕ خاجہ دبدہ مری ہنٛزو تصنیفو منٛزٕ حاصِل کوٚرمُت۔ کینٛژن جایَن چھُ یہ بلکُل یِمن کِتاب ہنٛدبن بیانَن ہُنٛد سیٚدِ سیٚود ترجمہٕ باسان مگر سُہ چھُنہٕ یہ وَنان زِ تٚمی کتہٕ چھےٚ یہ شیچھ خبر حاصِل کُرمٕژ۔ آزادنی کام چھےٚ تحقیقی میزانو کِنٛز واریاہ ڈیج تہٕ غار سایٔنٹفِک۔ یہ چھےٚ تمہٕ تحقیقی روٗحہٕ تہٕ نظرِ نشہٕ ژھٕر یٚیمیُک باس کُنہٕ حدس تام گریرن دِوان چھُ۔ مگر پننو سارِوے خامیو باوجوٗد چھُ آزادُن تذکرِ کاشرِ زبانٕ ہنٛدِس تحقیقس تہٕ تنقیدی اَدبَس منٛز گریرسٕنٛس پتہٕ اکھ میلہٕ کُنٛز۔ یِتِمن چھِہ یہ کتھ وَنٛنی تہٕ سبٹھاہ لازِم باسان زِ گریرن ہنٛزن کامین پتہٕ اوس مختلف اِدارن ہُنٛد ڈوٗکھ تہٕ سرمایہٕ۔ تِس ستی اوس عملہٕ تہٕ مختلف عالِمن ہُنٛد علِم، گاٹہٕ جار تہٕ اتھ بنٛدُت۔ یہ اُس اکھ مُشترک کوٗشش۔ آزاد اوس کُن تہٕ کیوٗل، نادار تہٕ مُفلِس، اکھ موموٗلی ماسٹر، یٚیمی نہٕ زیادٕ

تاٲلیم تہٕ پرٛاوٕمٕژ اَس۔ تِمَو ہِنٛدی وسیلہٕ اَسی موٚحدوٗد مگر تِمَو یِتھہٕ پاٹھی کاشُرِ زبانۍ تہٕ اَدبہٕ کِس عشقَس منٛز پَنٕنۍ زِندگی راوٕر تہٕ چھَپہٕ دِژ تِمہٕ چہٕ مِثالہٕ چھےٚ سبٹھاہ کم میلان۔ آزادس پَتہٕ سپٕز بٔڈ ٹریجڈی یِتہٕ زِ سُہ اوس وُنہٕ موادٕ ے جمع کران تہٕ گو ییٚمہٕ عالمہٕ۔ یہٕ کتھ بوٗزِتھ سپدن ییٚتِھن واریاہ حٲران زِ علی محمد کِتاب فروشہ سُنٛد فرزند چھُ واریاہ کالہٕ پٮ۪ٹھہٕ یہٕ ونان زِ ''کشمیری زبان اور شاعری'' ناوچہٕ کِتابہٕ ہُنٛد یُس مُسودٕ تس نِش موجوٗد چھُ سُہ چھُ تِمہٕ نِشہٕ واریاہ مختلف یُس اکادمی ہِنٛدِ دٔسی چھاپ سپدیومُت چھُ۔ یوٚدوَے یہٕ کتھ پُز آسہٕ یہٕ اندازٕ لگاوُن چھُنہٕ مُشکِل زِ اَمہٕ پَتہٕ کٲتیاہ نٔوی سوال چھہٕ کاشُرِ زبانۍ تہٕ اَدبہٕ کِس تحقیقس مُتلِق پاٲدٕ سپدان تہٕ سانہٕ ہٮ۪ تحقیقی اَدبُک صٔحی تصوٟر کیاہ چھُ؟

یوٗرپی لِکھارو تہٕ محققو یِتھ زبانۍ منٛز کاشرِس مُتلِق تحقیقس تہٕ تنقیدس دس تُل سوتھاو بیٚیہٕ کینٛژو مُقٲمی تہٕ غٲر مُقٲمی لِکھارو جارۍ یِمَن منٛز آنند کول بامزَی، ڈاکٹر جی۔ایم۔ ڈی صوفی، پی۔این۔کے بامزَی، جے لعل کول بیٚترِ کینٛہہ ناو چھِہ۔

۱۹۴۷ برٛونہہ چھےٚ تحقیقی تہٕ تنقیدی کامِن ہنٛزٕ موموٗلی زٔتی ''بہارِ کشمیر'' تہٕ پرتاپ میگزین ناوکین رِسالن منٛز تہٕ درٕ ییٚٹھی یِوان۔ مختلف زبانن منٛز رٕوٗدی اَدیب کاشُرِ زبانۍ تہٕ اَدبَس مُتلِق کم کینٛژھا لیکھان۔ اَتھی کامہٕ دِژ ۱۹۴۷ پَتہٕ سارِوٕے برٛونہہ گُل ریز، کونگ پوش ہوو رِسالو مزید زیر۔ پروفیسر محی الدین حاجنی، امین کٲمِل، پروفیسر سری کنٹھ توشخانی، جیا لعل کول ناظر، مرزا غلام حسن بیگ عارف، حیرت کاملی، تنہا انصاری، پروفیسر پی۔این۔ پُشپ بیٚترِ چھِہ

یِموٕ رِسالو ڈٲری یہِ مختلف موضوٗعَن مُتلق سوچَن کَل بوٚد ہاوان۔ ریڈیو کشمیر، ساہتیہ اکادمی تہٕ ریاستی کلچرل اکادمی قایٔم سپدنہٕ تہٕ کٲشرِ زبٲنۍ ستۍ یِمن اِدارن سٟدِ سیوٚد وابستگی سَپدنہٕ ستۍ گو اکھ نوٚو ماحول تیار۔ یِمو مختلف موضوٗعَن مُتلق سبٹھاہ سنجیدگی سان سوچَن تہٕ بے پناہ لگاوٕچ عمل تیز کٔر تہٕ کٲشرِ زبٲنۍ منٛز ہیٚتہٕ تحقیقی تہٕ تنقیدی اَدبن پننۍ موٗل ڈٕکھراونۍ۔

کٲشرِ زبٲنۍ منٛز یِمہٕ کِتابہٕ از کل پرٛتھ وٕری چھپان چھےٚ تِمن منٛز چھےٚ ووٗنۍ بے شک ترٛشہِ کِتابہٕ تہٕ شٲمِل آسان یِہُنٛد تولُق سٟدِ سیوٚد یا وَرگہٕ پٲٹھۍ تحقیقس ستۍ آسان چھُ۔ یہِ رٕوِش گٔیہِ مُلہٕ تلہٕ ۱۹۴۷ پتہٕ شوٗروٗ۔ بے شک پرٛتھ کانٛہہ نقاد یا محقق چھُ پننۍ پٲٹھۍ یہِ کوٗشش کران زِ سُہ گوٚژھ کانٛہہ نوٚو معرکہٕ سَر کرُن تہٕ کانٛہہ نوٚو مٲدان ژھنٛڈُن۔ اَز چھِ واریاہ محقق مٲدانس منٛز تہٕ کیٚنٛہہ ناو چھےٚ پزۍ پٲٹھۍ مولہٕ وُنہٕ۔ مگر یِمہٕ کامہِ تہٕ یِم محقق ہِن اَکِس اونگجہِ ٹبنٛڈس پیٹھ گنٛزراونہٕ۔ تہٕ یِم ناو چھِ اَسہِ سارِنے ویٚدِی۔ پزر چھُ یہِ کٲشرِ زبٲنۍ منٛز چھُ سایٔنٹفِک تحقیق وُنہٕ عنقا۔ تحقیقُک دٲیِر چھُ سبٹھاہ تنگ تہٕ موٚحدوٗد۔ یہِ چھُ اکھ بوٚڈ تہٕ اہم وجہہ یِمہِ کِنہِ سون تنقید اکھ پوٚختہٕ بُنیاد لبنہٕ بجایہِ اکہِ ہوٲیی محلُک تصور بزٕوٕنتھ کُن اَنان چھُ۔ ازتام یِتھہِ پٲٹھۍ اکثر کٲشرِ بن شٲیِرن ہُنٛد کلامہِ سوٚمبراونہٕ تہٕ چھاپ کرنہٕ آمُت چھُ، تتھ منٛز چھےٚ تِمہٕ تحقیق چہ بُنیٲدی گَتھ مُشراونہٕ آمٕژ۔ یِمہٕ کُنہٕ تہٕ یِژھہِ کامہِ باپتھ ضروٗری چھےٚ۔ کلامہٕ چھُ سبٹھا ان سایٔنٹفِک طریقس منٛز چھاپنہٕ آمُت یِمہِ سببہٕ کھرس وارے بزِیےٚ آمٕژ چھےٚ تہٕ مسلہٕ زیادٕ کرٕنٛژھ تہٕ پیچیدٕ بنیومُت چھُ۔ ظٲہر چھُ یہِ سارِے کٲم چھےٚ تو تتھ

تامَتھ بے مانے یوٚ تام نہٕ اُسی شاعرن ہُنٛد اصل کلامہٕ سایٔنٹِفِک بنٛیادن تہٕ بھاشا وِگیان کِنہِ اوٗصوٗلن پیٹھ بَدِ کڈُو۔ Textual criticism یا کلامُک صحی متَن یا Text کھرِ کَرُن چھُ کاشُرِ تحقیقُک اکھ اہم تہٕ اوٗلین کاٗم۔ امہِ روٗس ہیٚکِہ نہٕ کانٛہہ تہٕ ٹھوس تہ بوٚ رُت تنقیدی اَدب بنٛیاد لٲگتھ۔ یہٕ چھُنہٕ شیخ العالمہٕ، حبہٕ خوتوٗن، اَرنہٕ مال، سوچھِ کرال، نعمہٕ صاب، شمس فقیر، شاہ غفوٗر تہٕ کٲتیاہ شاعرن ہنٛزے کتھ بلکہِ یہٕ چھُ اکھ بوٚڈ ہجوم تہٕ اکھ زیٛوٗٹھ سِلسِلہ۔ مجبوٗر تہٕ آزادنس آو آوس تام یِم شاعِر کاشُرِ زبانہِ منٛز پیٚتھیہٕ تہٕ پھاپھلییہٕ اکثر چھُ تِہنٛدِ کلامُک یوٚہے حال۔ اکی شارکی یِم مختلف روٗپ یا وٗرشن (version) نظرِ گژھان چھِ یا اَکی شارس منٛز یوٚسہٕ لفظی فرق مختلف آمُت چھےٚ تتھ مُتلِق یُس بحث سپدن گوٚژھ تہٕ چھُنہٕ سپدیوٗمُت۔ کانٛسہٕ شاعرٕ سُنٛد صحی کلامہٕ اصل پٲٹھی ترتیب دِیُن چھےٚ بے شک اکھ کرٛیٹھ کاٗم یوٚسہٕ نہٕ پرٛتھ کانٛہہ اُدیب تہٕ شاعِر بامِل ہیٚکِہ اَنتھ تیٛمی حرف ژور پرٛیمتی آسَن۔ یہٕ یوٚتہٕ ییٚتِہن ڈاکٹر بلجی ناتھ پنڈِتہٕ ہنٛدِ بن کیٚنٛہوٗن لفظن ہنٛز باوتھ کرنی۔ لیکھان چھِ:

"اگر پرکاش رامنہٕ راماینکی اتھہ لیکھی متی ییٚہٕ کیٛنٛہہ جِلد سپدن مرازٕ، کمرازٕ تہٕ یمرازٕ (شہر) منٛزٕ دستیاب تہٕ تیٚلہٕ ہیٚکِہ موجوٗدٕ ایڈیشن اَمہٕ رامایِنُک مِلہٕ نووُمُت یا کرٕٹکل ایڈیشن تیار کرُنس منٛز سبٹھاہ مُفید بنِتھ۔ مگر سو کاٗم چھےٚ اکھ بُڈ کاٗم...... خاٗر...... اگر اتھ سَ منظوٗر آسہِ تہٕ کانٛہہ کانٛہہ نوجوان ریسرچ کرن وول کرِ یہٕ کاٗم ضروٗر یوٗر۔"

یوٚ دوَے یِم لفظ اکہِ طرفہٕ ڈاکٹر صابنہٕ محققانہٕ اکھساچ تہٕ ایمانداری

ہۆز نِشاندہی چھِ گران۔ دوٚیمہِ طرفہٕ چھِ تم یہِ کتھ تہِ ونان زِ تم چھِنہٕ کاٲم تتھ پاٹھۍ بامَل اَنتھ ہیٚکۍ مِتۍ۔ یتھہِ پاٹھۍ اَکِس مُحقِقس پزِ ہیے۔ حالانکہِ تمن نِش اَسۍ پرٚکاش رام سُنٛد راماینکۍ پانٛژ وَرشن بدس۔ بیٚیہِ اَکِس واٚنسٹھ شخص پرٚساد کاک سُنٛد ژیتہِ ووٚتُر تہِ۔ یمن حالاتن منٛز تہِ چھِنہٕ ڈاکٹر صاًب صٔحی Text یا اصل کرٛٹکل ایڈیشن ترتیب دِنس منٛز کامیاب سپد یومُت۔ تمن شاٲرن ہُنٛد کلامہٕ ترتیب دیُن کوٗتاہ کرٛوٚٹھ چھُ یُس سیٚنہٕ بہ سیٚنےٚ ہیتہٕ بدبن وٚریٚین اکہِ ہرِ پتھ دوٚیمہِ ہرِ تام ووتمُت آسہِ تمیُک اندازٕ لگاوُن چھِنہٕ مُشکل۔

یہِ پتھ یتھین "لل دید" ناوچہِ کِتابہِ ہنٛز تہِ ذِکر گرِنی یوسہِ اکادمی ہنٛزن مقبوٗل ترٛین کِتابن منٛز اکھ چھےٚ۔ تہِ تیمکۍ کیٚنٛہہ ایڈیشن وُنیُک تام چھاپ سپدیمٕتۍ چھِ۔ اتھ منٛز چھےٚ تمہٕ سارےٚ خاٗمیہِ موجوٗد یمن کُن مےٚ اِشارٕ کوٚر۔ شارٕ ژاٗرگرن واٗلۍ چھِ ونان:

"آج تک لل دید کے کلام کے جو نسخے شایع ہو چکے ہیں۔ ان میں واکھوں کی ترتیب کِسی اصول کے تحت نہیں پائی جاتی۔ موجودہ مجموعہ میں یوگ کی مشق عمل کے بتدریج مدارج کو مدِنظر رکھ کر یہ ترتیب بدل دی گئی ہے۔"

مگر سوال چھُ پاٛدٕ سپدان۔ گوڈٕ چھا یم ساٗری واکھ للہٕ ہنٛدی؟ اگر چھِنہٕ تیلہِ کتھ حدس تام چھِ یوگی عملہِ ہنٛدِ اِرتقاء موجوٗب یم ترتیب دِنۍ روا۔ مُحققانہٕ تصور چھُ یہِ زِ یُس کلامہٕ للہِ مٕتۍ منسوٗب سپد یومُت چھُ، تمن منٛز چھِ نہٕ صرف دوٚیمین دورَن منٛز لیکھنہٕ آمٕتۍ واکھ اَن زاٗنۍ پاٹھۍ یا زاٗنتھ ماٗنتھ رَل

کَرنہٕ آمِتۍ ئِلۍ کہِ لل دید تہٕ شیخ نُورالدین ہِنٛدِس زمانَس مَنٛز یہِ کینٛژھا رُت تہٕ مولہٕ وُن کلامہٕ دۄیمبن شاعِرن ہِنٛدِ ذٔسۍ تخلیق سپدمُت چھُ، تمیُک اکھ حِصہٕ تہٕ چھُ اتھ مَنٛز شامِل سپدیومُت۔ اکہِ پۄرِ دورُک موجتہٕ چھُ یِمن ستۍ وابستہٕ سپدیومُت۔ تہٕ اَتھ پوٚت منظرس مَنٛز چھِ بے شُمار سوال پادٕ سپدان۔ یِم گُنہِ تہِ سائنٹفک تحقیقہٕ خاطرٕ ضرۆری چھُ۔ شارٕ ژٲر کَرن وٲلی چھِ ترٛٲوِ کتھٕ تہٕ لیکھان۔ یِمہٕ یا تہٕ امہِ برٛونٛہہ یِنہٕ کانٛسہِ وَنہِ مَژ چھےٚ۔ مگر حوالہٕ دِنہٕ روٗستُے چھِ پننہِ ناوٕ جمع ترٛاوان۔ یہِ چھےٚ تحقیقی اَنہار وٚنۍ اکھ بڈٕ خٲمی مانٛنہٕ یِوان۔ یوتُے نہٕ ئِلۍ کہِ کینٛہہ کتھٕ چھےٚ کینٛژَن مُصنفن ہِنٛزٕ غلط پٲٹھۍ درٕج کَرنہٕ آمژٕ۔

تحقیق چھُنہٕ ہرِ کُنٛہِ ئتھن افسانَن پیٹھ پھانٛپھلان۔ ئِلۍ کہِ تتھ موادس تہٕ مَلبس پیٹھ یُس دستیاب آسہِ۔ مُحقق چھُ آگرن ہُند حوالہٕ دِتھ مختلف زمانن تہٕ اہم واقاتن ہِنٛزٕ روشنی مَنٛز مختلف زاوی جار اَبساوان تہٕ اصل حقیقت برٛونٛٹھ کُن اَنان۔ یِیتھن چھُنہٕ سون مُدا یہِ کِتاب یا بیٚیہٕ کانٛہہ خاص کِتاب موضوع بحث بناوٕنۍ۔ نَہ چھےٚ تِمچ یِیتھن گُنجایِش تہٕ وَنُن چھُ یہِ زِ تحقیق کِس ناوَس پیٹھ چھِ وُنیُک تام زیادٕ ترٛ گُلی آلہٕ وَنہٕ آمِتۍ۔ ترٛٲوِ کِتابہٕ آیہِ از تام سبٹھاہ کم لیکھنہٕ یِمہٕ اصل تحقیقی شوٚعوٗرُک باس دِوان چھےٚ۔ تہٕ یِمو مُتلق یہِ ہِکو وَنِتھ زِ یِمَو ترٛاو کاشُرِس اَدبَس مَنٛز سائنٹِفک تحقیقچ بُنیاد۔

یِتھ پٲٹھۍ مےٚ گوڈٕ عرض کوٚر۔ تحقیقی منصوٗبہٕ چھِ مۆجوٗدٕ وَقتَن مَنٛز اِنفرادی کوٚشِشو بجایہِ مُشترکہٕ یا اِجتمٲیی کوٚشِشو ستۍ بامَل یِوان۔ یِژھن کامن ہِنٛدِ خاطرٕ چھُ وقتُک تہٕ ضرۆرت تہٕ پونٛسہٕ تہٕ حاجتھ۔ تہٕ یِم دوشوے

چیز ہکبن نہٕ اِنفرأدی طور سارِنے شخصن مہیا اُستھ۔ یہٕ ہے وَجہ چھُ یم مُحقق اِنفرأدی طور اَمہِ قسمچ کل یودھ یا سامرتھ ہاوان چھِ تم چھِنہٕ مأل دُشوارِیو کنٕ زیادٕ کالس مستقل پأٹھی ڈاڈ گرِتھ ہبکان۔ یہٕ دوٚے رِیاستی اکادمی پتٕ موٚ ؤری یہ پٹھٕ پننو موٚحدوٗد ذٗری یو ستی واریاہن کامین منٛز ووٗتھ تژأو یمہِ اَدبی تہٕ ثقافتی طور اہم چھےٚ مگر وُنہِ ہیچ نہٕ ییٚتہٕ اکہِ تِتھ تحقیقی اَدارِچ شکل پژأوِتھ ییٚتہِ مخٹلف مأہر مختلف منصوبن پٹھ رٔلتھ مِلتھ کأم کرن۔ ڈِکشنری اُس بیشک اَمیُک اَکھ رُت دُسلابہٕ۔ مگر اتھ تیُتھ وُسجار بخشُن یُتھ رَنگہِ رَنگہِ کامہِ بامل ہین چھُ سبٹھاہی ضروٗری۔ سرِدس گرٛھُن اکادمی ستی کم از کم وُہ پنٛژٕہ مأہر یم مختلف زبانن تہٕ شوبن منٛز مأہر آسن وابستہٕ سَپدنی۔ یم گرٛھن مختلف تحقیقی کامہِ بامل اَننہٕ باپتھے لاگنہٕ ینٕ۔ یمن گرٛھن تام وسیلہِ تہٕ سہولیژ مویسر سَپدنہٕ یمہِ موجوٗد دورس منٛز سایٔنٹفِک تحقیقہِ باپتھ ضروٗری چھےٚ۔ یہٕ آسہِ اکھ رُت قدم۔

پوٚز چھُ از چھےٚ اکادمی لِکھاربن تہٕ شأیرن کِتاب چھاپنہٕ خأطرٕ سبسِڈی دِوان۔ تہٕ کینٛہہ کِتابہٕ چھاپان۔ مگر یہٕ تُے چھِنہٕ کأفی۔ مُحققن گرٛھن انفرأدی طور تمہٕ سارِیےٚ سہولیژ مویسر سَپدنہٕ یمو ستی تم مُلکس منٛز تہٕ مُلکہٕ نبر پننِس تحقیق کِس سِلسِلس منٛز گرٛھِتھ ہکن۔ مےٚ چھُ پےٚ کینٛہہ شخص چھِ افغانستان، ایران، تبت، چین تہٕ پاکستان مختلِف کامہِ بامل اننہٕ باپتھ گرٛھُن یژھان مگر موقوٗل خرچہِ تہٕ سہولیژ نہٕ آسنہٕ سبہٕ چھےٚ یمنٛز کامہِ تِتھے پأٹھی پیمو۔

(شیرازٕ، جوٗن ۱۹۷۹ء)

☆☆☆



# مورِخ پی۔این۔کے بامزئی : اکھ سام

[ ۲۱/اکتوبر ۱۹۸۸ء اوس اَمہِ دوہہ آیہِ براڈوے ہوٹل سرینگرس منز اکھ خاص تقریب منعقد کرنہٕ، یَتھ منز مشہوٗر توارِیخ دان تہٕ دأنشور شری پی۔این۔کے بامزئی صأبس کلچرل اکیڈیمی ہندِ طرفہٕ خلعت پوشی کرنہٕ آیہِ۔ تقریبہٕ ہنز صدارت کر پروفیسر پی۔این پُشپ صأبن تہٕ مےٚ پوٚر بامزئی صأبس پیٹھ مقالہٕ۔ مہمانن ہُند استقبال کوٚر سیکریٹری اکیڈیمی محمد یوسف ٹینگ صأبن۔ اَمہِ تقریبہٕ ہنزِ سأرِے کاروأیی آیہِ عکس بنٛد کرنہٕ۔ اتھ موقس پیٹھ آیہِ بامزئی صأبس کأشرِس توارٖیخس، کلچرس تہٕ تمدُنس پیٹھ وارِیاہ سوال پرٛژھنہٕ، یِمن ہندی تِموٚ تسلی بخش طریقس پیٹھ جواب دِتۍ۔]

سانین ازکال کین مورِخن منز چھِ پنڈت پرتھوی ناتھ کول بامزئی یِم پی۔این۔کے بامزئی ناوَے زیادٕ نامہ وار چھِ اکھ اہم جاے تہٕ پاے تھاوان۔

یم چھہ ترٚین اہم کِتابن ہِندی لِکھاری۔ یمہٕ چھےٚ ''ہسٹری آف کشمیر''[1]،
''سنٹرل ایشیا اینڈ کشمیر''[2] تہٕ ''سوشو اِکونومِک ہسٹری آف کشمیر ۱۸۴۸ء تا
۱۹۲۵ء''[3] تہٕ ترٚیشوٕنی ہُند تولُق چھُ کأشرِ ہسٹری ستی۔ اَخری زٕ کِتابہٕ چھےٚ ناوٕ
تلے اکھ نوٚو مأدان ژھنڈٕچ کل تہٕ نٕبج ہاوان۔ یمہٕ چھےٚ کٔشیرِ ہنٛزِ ہسٹری ہِندی
تَم کوٗنٕج تہٕ اَنہار بَدٕ کڈان، یور کُن وُنہِ سبٹھاہ کم ظون چھُ گومُت۔ بامزٔی
صأب سَپدی کأشرین مورِخن ہِندِس سِلسِلس منٛز تٔمی ساتہٕ نٔز تہٕ ویٚدی یُتھے یمو
''ہسٹری آف کشمیر'' مارکس منٛز ترٲو۔

1. A History of Kashmir.

2. Central Asia & Kashmir.

3. A Socio-Economic History of Kashmir. 1848 to 1925

ترٚے پیٖر یعنی پنڈت ست رام کول بامزٔی، پنڈت طوطہٕ رام کول
بامزٔی تہٕ پنڈت آنند کول بامزٔی یٔس پَتہٕ چھہِ پنڈت پرٕتھوی ناتھ کول بامزٔی
زینہ کدلس نکھہٕ گر گڈی محلس منٛز ۱۹۱۰ عیسوی سنٛس منٛز تھَنہٕ پیوان، ییٚلہِ ڈوٗگرٕ
مہاراج پرٕتاپ سنگھ کٔشیرِ ہِندی حُکمران اوس۔ یِہِندی واٚلِد پنڈت آنند کول
بامزٔی چھہِ پننہِ زمانٕکی باوَصف مَنٛش اُسٕمتی۔ تِم اُسی سبٹھاہ رٕتی تہٕ گاٹٕلی۔ تھَد،
پایکی عالِم تہٕ فاضل تہٕ تمدُنٕکی زبردست دِلدادہ۔ ٲتی شوق تہٕ گون اُسی
اَکرٕیے جایہِ یکجا سپدٕمتی۔ کٔشیرِ منٛز اُسی ڈوگرٕ شأہی بارٕسس آمٕتس فقط وٕہ
وٕری گٕمتی۔ جموں وکشمیر سٹیٹ اُس وجوٗدس منٛز آمٕژ تہٕ مختلف کلچرل اِکأیِن اُس
اَکِس نوٚوِس اِنتظأمی ڈانچس منٛز لأنٕ مِلہٕ وَن گٕمٕژ۔ پنڈت آنند کول بامزٔی ییٚن

لۆب شاہ۔ یہِ اوس سُہ زمانہٕ، ییٚلہِ فارسی زبانۍ ہنٛز جاے اَس ووٚنۍ اُردوٗ تہٕ انگریزی زبانۍ سیٚد سیوٚد تہٕ وَرگہٕ پاٹھی رٹان۔ یہِ چھُ صحی زِ مہاراج رنبیر سنگھ تہٕ مہاراج پرتاپ سنگھ نِس عہدس منٛز تہٕ آیہِ کینٛہہ مولہٕ وِنہٕ کامہِ فارسی زبانۍ منٛز باٚل۔ یِمَن منٛز حسن شاہ کھویہامی (۱۸۳۲ء - ۱۸۹۸ء) ہِنٛز باگہِ بُڑٕ تواٗریخ ''تاریخِ حسن'' زِہنٛز مُشراۓتھ ہکون نہٕ۔ اماپوٚز پَزر چھُ ییتہٕ زِ فارسی زبانۍ ہُند رِواج اوس ووٚنۍ ہَنہٕ ہَنہٕ ژھوکان ژوکان تہٕ دَم ہاران۔ پنڈت آنند کول بامزٔی اَسی تِمن گوڈنکین کاٗشرِ بن منٛز بڑونٛہہ بڑونٛہہ یِمَو مِشن سکوٗلس منٛز پوٚر تہٕ انگریزی تاٗلیمہٕ ستۍ پنُن پان گاشرو۔ یہِ چھُ اکھ سُہ دور ییتھ منٛز باکمال تہٕ بے جورٕ یوٗرپی لِکھار بن محقق تہٕ عاٗلمن ہنٛز اکھ چھوکھ ییٚتہٕ سرگرم سپٕز تہٕ ییٚتہٕ چہِ زبانۍ اَدبس تمدُنس تہٕ تواٗریخس منٛز سبٹھاہ دِلچسپی ہاٗوتہٕ یِمن للہِ کھول کُرِتھ وارِیاہ جان کاٗم کٔر۔ یِمن باصِفت اِنسانٕن منٛز چھِ والٹر لارنس، آرل سٹاین، ریو ہنٹن نولز، بہلر، سرجارج ابراہیم گریرسن، فیڈرِک ڈریو، ٹی آر، واڑے بیٚتر قاٗبلِ ذِکر۔ اکھ نوٚو شوق۔ نوٗ بصیرت تہٕ ہوا نوا آیہِ درٛینٛٹھی، یِمو کاٗشری عاٗلم تہٕ لِکھاٗری تہٕ ووٚلسنس اٗتی تہٕ پٔتہِ کامہِ کرنہٕ خاطرٕ بیقرار کٔری۔ پنڈت آنند کول بامزٔی سُند ناو چھُ تِتھین داٗنشورَن منٛز سرس یِمن پٔتھ گل گٔنے یہِ۔ تِم سپٕدی بنگال چہِ ایشیاٹک سوسائیٹی (Asiatic Society of Bengal) ستۍ وابستہٕ تہٕ لیکھِکھ انگریزی زبانۍ منٛز کینٛہہ اہم مضموٗن۔ اَمہِ پتہٕ لیچھ تِمو کٔشیرِ مُتلِق کینٛہہ خاص کتابہٕ۔ یِمہٕ پٔرتھ اَز تہٕ یِہندِ علمی بجرُک تہٕ تِمنہٕ مطالک باس لگان چھُ، یِمہٕ چھےٚ:

(۱)　جموں و کشمیر جیوگرافی

(۲)　آرکیولوجیکل رِمینسز اِن کشمیر

(۳)　کشمیری پنڈٹ

(۴)　للّی یوگیشوری

(۵)　نُند ریشی

اَمہِ علاوٕ رٕوٗدی تم ریو ہنٹن نولزس(Rev. Hunton Knowles) سٟتی کاشرِ بَن محاورَن تہٕ پزٕبوٗن مُتلِق کِتاب: "Kashmiri Proverbs and Riddles" ترتیب دِنس مَنز یمن سبٹھاہ لِرلوٗر۔

پنڈت آنند کول بامزٕی رٕوٗدی کیشوٗن اہم عہدن پیٹھ کأم کران۔ تم رٕوٗدی کیشوٗس کالس کسٹم تہٕ ایکسائیز محکمکی سربراہ۔ تم أسی سرینگر میونسپل کمیٹی ہنٛدی صدر یُس تمن دوہَن سبٹھیے باعزت تہٕ معتبر عوہدٕ اوس مانٕنہٕ یِوان۔ شہرُک سوٗرے ہَنگ رَنگ اوس أمی سے مَتہٕ آسان۔ اَتھ زمانس مَنز یمہٕ کینٛہہ پایہ بجہٕ تہٕ لاجواب شخصیو کٔشیرِ یِوان روزٕ یمن سٟتی اوس یِہندِ گرِ خاص محفلِن تہٕ مجلِسن ہُنٛد اِنتظام کرنہٕ یِوان۔ مثلن یور آیہ سوامی وِویکانند، رابندرناتھ ٹیگور، ڈاکٹر سرمحمد اقبال، تیج بہادر سپرو، مشہوٗر صنعت کار جمشید جی ٹاٹا ہنٛدی فرزند سرُدراب جی ٹاٹا تہٕ تِہنٛز آشنیٚ۔ یِہنٛدِس اعزازس مَنز آو یِہنٛدِ گرِ سال تہٕ خاص مجلِسن ہُنٛد سَنز کرنہٕ۔ کٔشیرِ ہنٛدبن عالِمن تہٕ لِکھاربن ہُنٛد اور یِمن أسنہٕ کانٛہہ نٕو کتھا۔ مختلف مالِن اوس دَل دِنہٕ یِوان۔ یِہُنٛد تولُق زیادٕ تر ہسٹری، علمس، ادبس، تمدُنس تہٕ زبأنی سٟتی اوس آسان۔

پنڈت پرتھوی ناتھ کول بامزئی چھہِ بختاوار زِ تمو لوٚب تِتھِس مائِلس نِش پھاہ۔ تمن میٗول لوکچارِ پیٹھے اکھ سُہ ماحول ییمی تہنٛز بوٗدھ تہٕ ذہن اَکِس خاص قابلیس منٛز تراوی تہٕ یمن منٛز اکھ سو زِژتی شولہٕ نے یہٕ یوسہٕ سائنس تمدُنس تہٕ تواریخس زٔول گرنٕک سبب بنے یہٕ۔

پی۔این۔کے بامزئی ہنٛز علمی سرگرمی گیہٕ مُلہٕ تلہٕ ایس۔پی کالجس منٛز شوٗرُو، ییتہٕ تمو بی۔اے آنرس کوٚر۔ تمو کوٚر تواریخ نوٗیسی ہُنٛد دٔسلابہٕ کالج میگزینَس منٛز کینٛژن شخصیُون مثلن زین العابدین بڈشاہ، للتا دتیہ، منکتا پیڈ تہٕ شری بھٹس مُتلق لوکٹو مضمونو ستی۔ یمَن دوہَن اوس ایس۔پی کالجس منٛز اکھ خاص مبڈل آسان۔ یتھ سوج نراین گولڈ مبڈل وَنان اُسی۔ یہٕ اوس تَس لڑکس دِنہٕ یِوان یُس اقتصادیاتکس گُنہٕ خاص موضوعس پیٹھ کانہہ جان تہٕ زُودار مقالہٕ لیکھِ ہا۔ بامزئی صائبن لیٛوکھ ''کشمیر انڈر مُغلز۔ این اِکونومِک سروے'' (مطلب کشیرِ مغل دورس منٛز۔ اکھ اقتصأدی جأیزٕ) اکھ مقالہٕ۔ یہٕ آو سبٕتھے پَسنٛد کرنہٕ۔ یہٕ چھپیو پتہٕ انڈین جرنل آف اکونومکس (Indian journal of economics) ناوِ کِس مشہوٗر میگزینَس منٛز۔ اَمی ڈُراوی یہنٛدی کوٗٹھی تہٕ یمو لیٛوکھ اُتھی طرزس پیٹھ بیاکھ مُقالہٕ ''کشیرِ : سِکھ دورس منٛز۔ اکھ اقتصأدی جأیزٕ''

بامزئی صأب اُسی یژھان زِ تم گژھن نمبر تہٕ کرن اقتصادیاتس یا ہسٹری منٛز ایم۔اے۔ مگر مألی ہِنٛدِ بجرِ کنہٕ ہیٚکی نہٕ تہٕ گرِتھ۔ تمو ہیوٚت ییتی پنٕن کارِ بار گرُن۔ ۱۹۴۱ یَس منٛز سپدی پنڈت آنند کول سورگہٕ واس تہٕ سأری ہے لوٚگ ژھعن ہیٛو۔ بقولِ فیض

اور بھی ہیں زمانے میں محبت کے سِوا

راحتیں اور بھی ہیں وصل کی راحت کے سِوا

بامزٕی صأبن سٕنہٕ روو پٔنُن کھور تجارتس منٛز۔ یِم لٔگی رکلو، شیشہٕ تہٕ کلایہٕ ہُنٛد کارٕ بار گرنہٕ۔ دوٚیُم جنٛگ عظیم اوس شوٚرُو گوٚمُت تہٕ یِمن سپٕز کلایہٕ کارٕس منٛز تیزٕ یأری تہٕ برکت زِ یِمن پیوٚ 'کلایہٕ راجہٕ'' ناو۔

۱۹۴۷ ٕیَس منٛز آو عوامی راج بارسس۔ برصغیرٕکہِ تقسیم تہٕ قبأیلی حملہٕ کِنہٕ اوس سوٗرے کاروبار روٹہٕ گوٚمُت۔ زِندگی ہٕندی مختلف شعبہٕ نوِ سرٕ شیرنک تہٕ پأرنک اوس ووٗنی سٕزٕ سپدان۔ پنٛڈت جانکی ناتھ زُتشی (یِم رِیاستس منٛز ڈائریکٹر جنرل انفارمیشن تہٕ براڈ کاسٹنگ أسی) ہٕنٛدِ دایہٕ تہٕ مشورٕ سپدی پی۔این۔کے بامزٕی أتھی محکمس سٕتؠ بحیثیت سپیشل آفیسر وابستہٕ۔ یِم سپدی کٔشیرِ ہُنٛد اکھ ہینڈ بُک تیار کرنچہِ کامہِ سٕتؠ آوٕرؠ۔Keys to Kashmir ناوٕچ کِتاب یوسہٕ کٔشیرِ مُتلق کینٛژن زُودار مضموٗنن ہٕنٛز اکھ سوٗمبرن چھےٚ آیہٕ ترتیب دِنہٕ تہٕ چھاپ کرنہٕ۔ اَمہِ پتہٕ سپدؠ یِم نوِ دِلہِ منٛز مرکزی سرکارٕکس پبلی کیشنز ڈوِژنس (Publications Division) سٕتؠ وابستہٕ۔ یِم بنؠ یہِ اکہِ مشہوٗر انگریزی رِسالٕکی ایڈیٹر۔ اتھ اوس ناو ''کشمیر'' یہِ اوس پٔنٕنہٕ قسمُک گوڈنیُک اکھ رِسالہٕ یٔمیُک دٕخل کٔشیرِ سٕتؠ اوس۔ یہِ أسی اَتہِ یِمن بڑوٗنہہ اے۔ایس رمن (A.S. Raman) کڈان۔ یِم پَتہٕ السٹریٹڈ ویکلی آف انڈیا میگزیٖنکی ایڈیٹر بنؠ یہِ۔ بامزٕی صأب روٗدؠ کینٛژوٚس کالس ''مارچ آف انڈیا'' (March of India) میگزیٖنکی تہٕ ایڈیٹر۔ یُس پٔنٕنہٕ قسمُک اکھ شوٗبہٕ دار معتبر میگزین اوس۔ ۱۹۷۱ ٕیَس

تام روٗدی بامزئی صاًب ایتھوپیا (Ethopia) سرکارٕکی صلاح کار برائے اِطلاعات ونشریات۔

انگریزی زبانٕ منٛز کٲشیرِ ہنٛز اکھ مُکمل تہٕ زُودار ہسٹڑی لیکھنٕک خاب آو یمن مُلہٕ تلہٕ تِمنٕے دوہَن وۄتلتھ ییلہِ یم رِیاستی محکمہٕ اِنفارمیشن محکس ستی وابستہٕ اُسی۔ اتھ وِزِ اُسی ووٚنی محسوٗس کران تِکیازِ کٲشیرِ ہُنٛد سوال اوس سلامتی کونسلس تام ووتمُت۔ پوٗر دُنیاہَس منٛز اوس کٲشیرِ ہُنٛد چرچہٕ۔ مُلکس منٛز تہٕ مُلکہٕ نبر اُسی واریاہ لُکھ اکھ وزن دار موتبر تہٕ مُکمل ہسٹری ژھاران۔ ییلہِ یہ کتھ شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ ہندِ بن کنَن تام واٗژ، یم تِمہٕ وِزِ ریاستکی وزیرِاعظم اُسی زِ پی۔این۔کول بامزئی چھِ اتھ جان کامہِ وَس تُلَن یژھان تہٕ تِمن نِش چھُ بزوٗنٛتھ پیٹھے پنڈت آنند کول ہندی ڈسی واریاہ مواد جمع۔ تِم سپدی سبٹھاہ خوش۔ ساٗری دستاویز یم سرکاٗری تحویلس منٛز اُسی آیہِ یمن آیتن تھاونہٕ۔ جموں آرکایوزٕ پیٹھ آیہِ اکھ ساس اہم فایلہٕ اَنہٕ ناونہٕ تہٕ یمہٕ روزٕ بامزئی صاٗبَس نِش پوٗر دون وٕریَن مُطالہٕ باپتھ۔ تہٕ یتھٕ پاٹھی سپُد تِمن گوڈنچہِ لٹہِ سُہ مواد بدس۔ یُس نہٕ یمن بزوٗنہہ کانٛسہِ وُچھمُت تہٕ استعمال کوٚرمُت اوس۔ یہنٛزٕ ہسٹری بزوٗنہہ چھےٚ کٲشیرِ مُتلِق انگریزی یَس منٛز ضروٗر کینٛہہ یادگار کِتابہٕ چھپیمٕژٕ۔ یمہٕ چھےٚ ڈاکٹر محی الدین صوٗفی ہنٛز ''کشیر'' معتبر سیاستدان تہٕ جرنلسٹ پنڈت پریم ناتھ بزاز ہنٛز ''اِن سایڈ کشمر'' تہٕ ہسٹری آف سٹرگل فار فریڈم اِن کشمیر'' سابق وزیرِ اعظم آر۔سی۔ کاک ہنٛز (Ancient monuments of Kashmir) ۔ ڈاکٹر آر۔کے پارموٗ ہنٛز ''ہسٹری آف مُسلم روٗل اِن کشمیر'' تہٕ

پروفیسر مُحب الحسن ہنٛز ''کشمیر انڈر سلطانز''۔ یمن منٛز چھےٚ پنٛنہٕ زمانہٕ موٗجوٗب اکھ
ژوٗ تیٚمہ تہٕ اکھ ژوٗ بصیرت لبنہٕ یِوان۔ ووٚنی گو یِہُنٛد رَنٛگ تہٕ انہار چھُ بدل۔
یمہٕ چھےٚ کیٚنژوٗن دورن تہٕ موضوٗعن تاپے محدوٗد۔ ڈاکٹر صوٗفی سُنٛد ظوٗن چھُ تمن
حالاتن تہٕ واقاتن کُن یمہٕ کٔشیرِ منٛز ژوداہمہِ صدی عیسوی پیٹھہ وڑیِٛٹھی آیہٕ۔ یِہُنٛد
زور چھُ زیادٕ تر شعر و شاعری کُن تہٕ اَمِچ ترتیب چھےٚ ڈیٖچھ تہٕ کمزور۔ کِتاب
چھےٚ یِہےٚ ٹاکیٚمن وَہراونہٕ آمٕژ۔ بزاز صأب عٔمن کِتابن منٛز چھُ سیأسی ہسٹری
ہُنٛد عنصر زیادٕ پہٕن وۄتلیوٗمت۔ پارمو صأب تہٕ ڈاکٹر مُحبٕ الحسن چھِہ رِوایت
پَسنٛد محقق تہٕ مورخ۔ تم چھِہ زیادٕ تر اُکس رپوٹرٕ ہنٛدی پأٹھی واقات سوٗبران تہٕ
پیش کران۔ اکھ نقاد ییتھ پأٹھی مختلف کتھن ہنٛز مولہٕ اُنٛکہٕ وَن کران چھُ یا پتہٕ
ماہرانہٕ وبٕھنےٚ یا Interpretation پیش کران چھُ سو چھےٚ خالے وڑیِٛٹھی
یِوان۔ یمن سارِنے ناوَن مَنٛز چھُ مُنشی محمد دین فوق سُنٛد ناو تہٕ توجہس لایق۔
یمو اُردو زبأنی منٛز ہرگوٗپال خستہٕ ہنٛدِ ''گلدستہ کشمیر'' پتہٕ کأشرِس توأرِیخس تہٕ
تمدُنس مُتلِق وِرِژ کِتابہٕ لیچھ۔ یمن منٛز تاریخ اقوام کشمیر، تاریخ کشمیر، تاریخ
بڈشاہی، مشاہیر کشمیر بیترِ کیٚنٛہہ چھےٚ۔ شخصی راجس تہٕ غولأمی ہنٛدِس دورَس یوسہٕ
حالتھ عام کأشرِی ہنٛز اُس سو چھنہٕ کأنٛسہِ نِش ژوٗرِ۔ یم وارِیاہ کأشرِی ییٚتہٕ ژٔلی
تہٕ مستقِل پأٹھی رِیاستہٕ نِبر دوٗیمین جایَن بَسنہٕ لٔگی۔ یا یِم وَنٛدہٕ کالس عارضی پأٹھی
موٗزوٗرکی تہٕ کارٕ بار گرنہٕ گژھان اُسی، تِہنٛز حالتھ تہٕ اُس نہٕ جان کیٚنٛہہ۔ تمن
اوس ''باٹہٕ تہٕ ہٕتو'' وَننہٕ یِوان۔ اُردوٗ ڈِکشنری چھےٚ تِتھو مانیو سٕتی بٔرِتھ، یم کشمیری
(کأشرِس) دِنہٕ آیہٕ۔ ژٕمُن تہٕ ہٕتہِ وَسُن اوٗ کطرف۔ کیٚنٛہہ کتھٕ بٔرِتھ چھُ اُسن

یوان۔ مثلن یہِ وُچھی تو:

''کشمیری بے پیری جس میں نہ لذت نہ شیرینی'' مہذب اللغات۔

(یوسہِ کیتھؤن جِلدن پیٹھ مشتمل چھےٚ) چھےٚ اَسہِ ونان:

''عام طور سے دہلی اور لکھنو میں جن کشمیریوں نے آ کے رہنا اختیار کیا ہے ان کو عام طور سے بھانڈ کہتے ہیں۔''

پنجاب بیٚترِ جایَن اوس عام کأشُر ''ہتو'' ناوَے پرٛ بزناونہِ یوان تہٕ سبٹھاہ کم تر تہٕ وٕسی پایہِ زانِنہِ یوان۔ یہِ وُچھِتھ یُس شدید ردِ عمل واریاہَن بیدار کأشرن گَو، أمی تہٕ وِہناٗو تحریکِ خُرتیچ تیمبر پِنٛز پأٹھی۔ مُنشی محمد دین فوق تہٕ کشپ بندھو ہوی شخص پھِرِ ناٗوی ژکہِ یِمہٕ وِے دِل خراش واقاتو صحافتس کُن۔ یِمن حالاتن منٛز اوس یِتہٕ ضرؤری زِ کأشرن ہنٛزِ اصل ہسٹری، تمدُن تہٕ مولہِ میراثچ وِبۆھنۍ گرٛۄہِ سپدنی عام فہم زبأنی منٛز۔ منشی محمد دین فوق سٕنٛزن کِتابن منٛز آسن تحقیقی طور واریاہ بٔتھ مگر یُہنٛد مرتبہٕ پزٕ اَسہِ أتھی پۆت منظرس منٛز کھرِ کرُن۔ کٔشیرِ مُتلِق یِمہٕ کِتابہِ یِیمہِ صٔدی ہِندٕ بن گوڈنِکین پاژِؤن دٕہلین اَندر لیکھنہِ آیہِ، تِمو تہٕ کُر اتھ رٔنگس منٛز واریاہ کأم۔ بامزٲی صأبنٛز ہسٹری یۆ دوَے آزأدی پژاونہِ پتہٕ پنٛداہہِ وٕہری چھاپ سپدیہِ۔ یہِ سپز مُلکس منٛز تہٕ مُلکہِ نبرٛ کٔشیرِ صحی رٔنگس منٛز سمجنہِ خأطرِ اکھ معتبر آگر تہٕ ؤری یہِ ثأبت۔

بامزٲی صأب چھِنہٕ کُنہِ ازمس یا درمس لأری تہٕ تِمنٛگ شیشہِ لگأوِتھ حالاتھ تہٕ واقاتھ پرکھاوان یا یِمن مُلہِ مایہِ گران۔ تِم چھِ غیر جانبدأری سان جذبأتی بنٕنہٕ ورأے أکِس سنجید تہٕ ذِمہ دار مورِخہٕ سٕنٛدی پأٹھی جان تہٕ شۆبدار

ستٲلیس مَنز مختلف کتھ بزوُنٛھ لٔگن انان۔ یِہنز نظر چھِنہٕ کٔشیرِ ہِنٛدِ بن اندرٕوٗنی حالاتن تامِے روزان۔ ئمِکہِ تم چھِ تتھ تہٕ سَنان یہِ کٔشیرِ أندی پٔکھی سپدان روزان چھُ۔ بامزیٔ صأبَس چھُ ییٚمہِ کتھِ ہُنٛد شدید احساس زِ ہِسٹری چھِنہٕ ہرگز River of Kings یعنی رازن تہٕ پادشاہَن ہُنٛد ڈٔری یاو۔ یہِ زَن سانِہن واریاہَن مورِخن ہُنٛد نظریہِ روٗدمُت چھُ۔ تِمن نِش چھےٚ ہِسٹری سأنی کتھ، لُکن ہِنٛدِ سمنٛدرٕچ کتھ، لُکن ہِنٛدِ لَچ بسنٛچ، تِہنٛدِ بن رِشتن تہٕ وِہٕوارن، رسمن تہٕ رِواجن، وِوتلیمٕژن نٔبٕجن تہٕ اثراتن، ادبی فنی تہٕ ذہنی کمالن، خابن تہٕ ارمانن، وِولہٕرٕ ژھن تہٕ وَکانن، طوٗفانن، سہٕلابن تہٕ آوٕلنٛن ہٕنز کہأنی۔ تہٕ یِی چھُ پٔزر تہٕ۔ تہٕ ییٚموے أنہارٕ رٕکُھ چھےٚ یہِ اکھ مستند تہٕ معتبر ہِسٹری مانِنہٕ یِوان۔ روملا تھاپرٕ سُنٛد وَنُن چھُ:

"Mr. Bamzai's history of Kashmir is perhaps the first book of it's kind. It is a running story of the political, social & cultural development of the Land. The book is a must for one who wants to know something about Kashmir and its problems."

سردار کے۔ایم پانیکر چھِ ونان:

"This is the first serious attempt to present the story of Kashmir as a whole."

ڈاکٹر آر۔ایس موزم دار چھِ لیکھان:

"I believe this is the first book giving a conspectus of the history of Kashmir. This is a great thing and the book will be very valuable for ready reference."

اَتھ کتھِ کَرِ نہٕ کانٛہہ اِنکار زِ تحقیق یا ریسرٕچ چھُنہٕ زانٛہہ سوران۔ وَق
گُذرنس سٟتؠ سٟتؠ چھےٚ نٔوِ کتھٕ نہٕ نیران۔ نٔوؠ کھٕنٛج اَتھِ یِوان تہٕ نٔوؠ سبتھٕرؠ وَنہٕ
نیران۔ یِیمہِ رٕنٛز نٔوِ ہِسٹری لیکھنٕچ عمل برابر جارؠ روزان چھےٚ۔ پٔتِمین ترٛٚبن
دٔہلیٚن منٛز یوٚسہٕ تحقیقی کام سپٕز خاصکر آرکیولاجی تہٕ آب و ہواہَس مُتلِق سپر بڈِ
کڈٕنکوٚ مأہرو دٟسؠ۔ تَمہِ تلہٕ چھُ صاف نَنان زِ وُنہٕ چھُ کٔشیرٕ ہِنٛدِس پَتھ کالس
مُتلِق واریاہ کیٛنٛہہ پرٕکھُن، زانُن تہٕ لیکھُن باقی۔ کٔشیرِ منٛز چھِ اِنسانہٕ ہٕنٛدؠ پٔدؠ
زٕ ڈاے لَچھ ؤری بڑوٚنٛہہ پیمٕتؠ۔ سوال چھُ ووتھان، یِم اِنسان کموکمو طرفو تہٕ جایو
پیٚٹھٕ آیہِ یور؟ تِم کمن نسلن تہٕ ذأژن ہِنٛدؠ أسؠ؟ تِہٕنٛزٕ زبان کوسہٕ أس؟ تِہُنٛد
لُسُن بَسُن کیٛتھ اوس؟ پرٛانہِ کنہِ کالہٕ پیٚٹھٕ نٔوِس کنہٕ کالس تام کیاہ تبدیلیہِ آیہِ
تِہٕنٛزِ ووتھٕ بیٚٹھٕ تہٕ لسنس بسنس منٛز؟ گوپھ کرٛال، بُرزہامہِ، سمتھن، دردہ کوٹ
بیٛترِ جایَن یِم پرٛأنؠ نِشانہٕ کھُدایہِ پَتہٕ دژامتؠ چھِ یِم چھِ وُنہِ واریاہ بحث
مَنٛگان۔ بُرزہامکؠ نِشانہٕ چھِ وادی سندھ رٕکس تہذیبس لرِ لوٚر وکھرٕ تہذیبک
نیب دِوان۔ تہٕ اَمہِ پَتہٕ کیاہ سپُد تہٕ رٕکتھٕ پأٹھؠ آیہِ مختلف دور بارسس، یہٕ چھُ
سوچنس لایق۔ کاہن نہِ پیٚٹھٕ ازتام یِمہٕ تؤأریخٕ لیکھنہٕ آیہِ، تِمن چھےٚ الکہٕ پلہٕ
مہابھارتہٕ پیٚٹھٕ کہِ زمانٕچ ورستھاہ دٕرج۔ مہابھارت کہِ زمانہٕ پیٚٹھٕ عیسوی سَنہٕ
شوٗروٗ سپدنس تام یا اَمہِ پَتہٕ تہِ کیٛنٛژن صدٟیَن ہنٛز ہسٹری یوٚسہٕ اَسہِ بدس
چھےٚ سو چھےٚ سبتھٕہٕ سرسری، سطحی تہٕ موخصر۔ واریاہو بٔڈو تہٕ کھرٕ بو برٕتھ۔ وُنہٕ چھُ
شبقہٕ تصویرٕ ووتلاونہٕ خاطرٕ واریاہ جستہٕ خأز کرُن۔ بامزیٖ صأنٛز ہسٹری یؤت
یؤت یِمو دورو منٛز نیرِتھ بڑوٚنٛہہ بڑوٚنٛہہ پکان چھےٚ، تیٛوت تیٛوت چھےٚ یہِ زیادٕ

واشہِ راأوِتھ کتھ وَنان تہٕ زُو دار تہٕ مُعتبر بنان۔ شاید چھُ یُہے احساس یمۍ بامزٔی صاأب ''کٲشیرِ تہٕ منز ایشیا'' کِس موضوعس پیٹھ اکھ وکھرٕ کِتاب لیکھنَس پیٹھ آمادٕ گرۍ۔ یہِ چھُ کٲشیرِ ہنزِ ہسٹری ہُند سہ اہم اَنہار تہٕ موضوع، یتھ پیٹھ وُنہِ وارِیاہ تحقیقُک تہٕ تلاشُک ضرٗورتھ چھُ۔ کٲشیرِ تہٕ منز ایشیاہکۍ رِشتہٕ چھِ بُدھ مت تہٕ اسلام کہِ پھاألاوٕ ستۍ زیادٕ سَنبر تہٕ ووگنیار ضرٗرلبان، مگر یم چھِ اَمہِ تہٕ وارِیاہ پرٕاأنۍ۔ کٲشیرِ منز یمن اِنساأنی نسلن ہنزِ حرکت ووتلے یہِ تہٕ پھاپھلے یہِ اَتھ منز چھُ اتھ علاقس وارِیاہ دَخل۔ اصل تارِ کانٛجہِ پرٕزٕ ناونٛچ چھے وُنہِ کاأفی گنجاأیش موجوٗد۔

ہسٹری ہُند تولُق چھُ کُلہم پاأٹھۍ اِنساأنی زِندگی ستۍ وَکھرِ وَکھرِ گوشن تہٕ موضوٗعن ستۍ۔ لہٰذا چھُ اَمِیُک باڈو وارِیاہ وسیع تہٕ باگہِ یوٗرُت۔ یہِ چھُنہٕ مُمکِن زِ اَکِس مورخہٕ ہنزٕ نظر پلہِ سارِنے طرفن گژھن۔ تس آسہِ پرٕتھ موضوعس ستۍ دِلچسپی تہٕ تتھ پیٹھ عبوٗر۔ یُہے وَجہ چھُ ستۍ بھٹھ تہٕ دوٗش چھِ حبسہِ روٗزِتھ تہٕ نال وَلان۔ اَمی وَجہ کِنۍ چھِ موجوٗدٕ زمانس منز سبٹھے باتفصیل تہٕ معتبر توأریخہِ لیکھنہٕ خاأطرٕ پروجکٹ شوٗروٗ کرنہٕ یوان۔ یمن ستۍ رَنگہِ رَنگہِ دِلچسپی یَن ہنٛدۍ ماأہِر وابستہٕ سَپدان چھِ۔ باسان چھُ ووٗنۍ چھے کٲشیرِ ہنزِ توأریخ یُسہِ کیٛژون جِلدن پیٹھ مُشتمل آسہِ نَوِ سرٕ لیکھنٛچ سبٹھاہ ضرٗورت۔ بامزٔی صاأبَس ہی مورِخ ہیکن یتھِس پروجکٹس منز پننہِ تجربہ کِنۍ گاشہِ اَنبر ثاأبت سَپدِتھ۔

پٔتمین دوٗہن ڈٲلین منز یمہِ اہم کامہِ بامزٔی صاأبن سَنین مطاألن ہنزِ شکلہِ باأل اَنہِ تمن منز چھے ۱۸۴۸ءِ پیٹھ ۱۹۲۵ءِ یَس تام یہنٛز کٲشیرِ ہنزِ توأریخ

اَکھ خاص پاے تھاوان۔ اَمہِ خاطرٕ روٗ دیمن ترٛبن وُری یَن انڈین کونسل آف ہسٹاریکل ریسرچ طرفہٕ سنیئر فیلو شِپ تہٕ حاصِل۔ یہِ کتاب چھےٚ مہاراج گلاب سنگھ سنہٕ زمانہٕ پیٹھٕ مہاراج ہری سنگھ نِس تخت نشین سپدنس تام کشیرٕ ہنٛدی سماجی تہٕ اقتصادی حالاتھ واشہٕ راوِتھ تہٕ سنٛرِتھ بڑوٚنٹھ کُن انان۔ یہ چھُ پہنٛد اَکھ مولِل کارنامہٕ۔ یِہنٛز بییہ کینٛہہ کتابہٕ چھےٚ:

(۱) کشمیر اینڈ پاور پالٹکس

Kashmir and Power Politics

(۲) فرام لیک سیکسس ٹو تاشقند

From Lake success to Tashkant

یمہٕ دوشوے چھےٚ سیٚد سیوٚد پولٹیکل ہسٹری ستی تولق تھاوان۔ یمو کتابو پرٛاو سو مقبولیت یوسہٕ یمہٕ پرٛاونہٕ گژھہٕ۔ رِکہیں شک چھنہٕ زِ یِنہٕ والین وُری یَن منٛز ییہ یمن زیادٕ زیادٕ پھیر دِنہٕ۔ بامزئی صابن گرپہنٛس واٲلِد پنڈت آنند کول بامزئی سنٛز جموں وکشمیر جغرافی تہٕ حالے نوٚ سرٕ چھاپ تہٕ اتھ گرِکھ کینٛہہ جان اضافہٕ۔

اَزکل چھِ یِم کشیرِ منٛز افغان راجٕچ سماجی تہٕ اقتصادی تواریخ اَکہِ سنہٕ مُطالہٕ رنٛگو پیش کرنچہٕ کامہِ ستی آورِی۔

بامزئی چھِ وُنکبس ۷۸ وہری۔ وَے دی نکھ رُمہٕ ریٚشن آے۔ اَسہِ منٛزس یتھین منوشن ہُنٛد آسُن چھُ غنیمتھے۔

☆☆☆

# کأشِر ناوَل

کأشُر اَدب چھُ اَکھ سُہ اَدب یَتھ منٛز اَفسانہٕ (شارٹ سٹوری) گوڈٕ بارَسس آو تہٕ اَمہٕ پَتہٕ لوٚب ناولہِ ہَر تہٕ تَر۔ نَتہٕ چھےٚ مختلف اَدبَن منٛز یہٕ صوٗرتھ روٗزمٕژ زِ گوڈٕ لوٚب ناولہِ ہنٛدی فنَن یاوُن تہٕ اَمہٕ پَتہٕ پزوو اَفسانَن یا شارٹ سٹوری قدَ تہٕ مَد۔ یہٕ چھُ بے شک کأشرِ اَدبُک اَکھ دِلچسپ انہار۔ سوچُن چھُ یہٕ زِ ناولہِ ہُنٛد فن کیاز ووتلیوٗو واریاہ ژیری کأشرِس اَدبَس منٛز۔ تہٕ یہٕ کیاز پھبو نہٕ وُنیکِھ تامتھ؟ اَخر یہٕ کیاز روٗد کزوٹے تہٕ ناپوٚختہٕ؟ یِمَن سَوالَن جوٗاب ژھارنہٕ ستۍ نیرن تِم تَر تہٕ روح روکانہٕ یِم کأشرِ ناولہِ ہنٛدِس اِرتقاہَس ستۍ تولُق چھِ تھوان۔

سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ تہٕ اَہم وَجہہ چھُ یہٕ زِ کأشرِ نثرٕچ حقیقی وأنس چھےٚ سبٹھاہ موخصر۔ نثر آو کأشرِس اَدبَس منٛز مُلہٕ تلہٕ ۱۹۴۷ پتےٚ۔ اکہِ خاص تسلسُلہٕ تہٕ سنٛجیدگی سان لیکھنہٕ۔ واتہٕ ناوٕکی ذٕری یہٕ چھِ ریڈیو کشیرِکی بڑاڈ کاسٹ

تہٕ کینٛہہ میگزین روزان یِمَن منٛز گوڈٕ کالس اَندر کونگ پوش تہٕ گلریز پھرنس لایق چھِہ۔ یِمَن میگزینَن ہِندی صَفہٕ اُسی گنٛزرِتھ تہٕ سرکولیشن موٚحدوٗد۔ ہمیشہٕ رٕوٗدُک اَژ زُو تہٕ نیر زُو ییمہٕ کنہٕ نٕوی ماٗدان سَر کَرنٕچ زیادٕ گنجاٗیش روٗز۔ ظاٗہر چھُ ناولہِ ہنٛز طوالت ہیکے نہٕ نَہ ریڈیو ہے بَرداشت کٔرِتھ نہٕ یِم میگزینے یِم ہمیشہٕ پننٛی کھورٹھیکہٕ راونچہٕ کوٗششہٕ منٛز روٗدی۔ اَمہِ پَتہٕ تہٕ دژایہٕ کینٛہہ میگزین یِمَن منٛز نیب کاشُر اَدب، شیٖراز بیٚترِ قاٗبلِ ذِکر چھِ مگر یِم تہٕ ہیٚکی نہٕ ناولہِ باپَت پننٛی ورق آیتَن تھاٗوِتھ۔ صَفہٕ کم آسنہٕ سببہٕ سَپدی یِم ساٗری ذٔری یہِ ناولہِ مُقابلہٕ موخصر افسانہٕ (شارٹ سٹوری) باپَتھ زیادٕ موزوٗن ثاٗبت۔ یِمو اُدیبو گوڈٕ کالس منٛز نثر لیٚوکھ۔ ہَنہٕ ہَنہٕ ییلہِ تِہُند حوصلہٕ بڑوٚو تہٕ تِہنٛدِس قلمَس آو آے۔ اِدیٚتی تِمو دوٚیمین صِنفَن ہِندی سَرحَد ژھنٛڈنی یِمَن منٛز ناوَل تہِ اَکھ چھےٚ۔ گوڈٕ کالس منٛز یِم اُدیب کاشُر نثر لیکھنہِ لٔگی تِمَن منٛز اُسی بیشتر تِم یِم اَمہِ برٛونٛہہ یا تہٕ اُردوٗ لیکھان اُسی نتہٕ ہندی۔ ماجہِ زیوِ اِظہارُک ذٔریہِ بناونہٕ ستی کوٚڈ تِہنٛدی قلمَن واش تہٕ کامیاٗبی ہُند سَپدُک زیادٕ یقین۔ اختر محی الدینٕنی 'ست سنگر' چھےٚ کاشِرِ افسانٕچ گوڈنٕچ سوٚمبرن یوسہٕ کاٗنسہِ افسانہٕ نِگارَن انفراٗدی طور چھاٗپ کٔر۔ چھاپ سَپدنک سَنہٕ چھُ ۱۹۵۵ء اَمہِ برٛونٛہہ یہِ کینٛژھا کاشُرِ افسانہٕ رٔنگی تہٕ ووجوٗدس منٛز آو تتہٕ روٗد یا تہٕ ریڈیو کشمیرٕ ذٔسی لٔگن تام واتان نتہٕ کونگ پوش تہٕ گلریز رِسالَن ہِندِ ذٔریے۔ ۱۹۵۷ء - ۱۹۵۸ء ہَس منٛز آیہِ گوڈنٕچ کاشُر ناولیٹ ''دود تہٕ دَگ'' بازرَس منٛز۔ تہٕ یہِ تہٕ چھےٚ اختر صاٗبنی تخلیق۔ دود دَگ ناولہِ برٛونٛہہ چھنہٕ بنیہٕ کاٛنہہ مکمل ناوَل کاشُرِ زباٗنی منٛز سرِ بازر آمٕژ۔ تہٕ تتھ

پأٹھی چھِ اختر محی الدین کأشرِ ناولِ ہِنٛدۍ مؤلادار یا بأنی کار بَنان۔

یوٚ دوَے کأشرِ زبأنی منٛز آسہِ ہے نثر لیکھنٛچ کأم أکی ہے مُسلسل عملِ منٛز تہٕ سنجیدٕگی سان گنوہمہِ صٔدی پٮ۪ٹھے شوٗروٗ سپدٕ مژ۔ باسان چھُ اَتھ زمانَس ماپیٔے موخصر اَفسانَس (شارٹ سٹوری) مُقابلہٕ ناوِلے بارٕسَس۔ تِکیازِ واریاہَن ہُندوستأنی زبانَن منٛز چھےٚ ناول أتھی زمانَس منٛز تھنہٕ پیوان تہٕ یہِ چھُ سہ زمانہٕ یتھ منٛز شارٹ سٹوری مُقابل ناول نوٖیسی ہِنٛدۍ ہے فَنَس چلنے جاو اوس۔ ہندوستانَس منٛز ووتلوو یہِ فن انگریزۍ تألیمہِ تہٕ یوٗرپی اَثرٕ ستی۔

کأشرِ زبأنی ہنٛز بڈٕ وبژھے چھےٚ کأشُر اخبار نہٕ آسُن۔ سبٹھاہ تاجُب چھُ زِ صحافت یا اخبار نوٖیسی چھنہٕ وُنہِ تہٕ یتھ زبأنی منٛز ووتلتھ ہیٚچ مژ۔ یوسہِ زَن گنہِ تہٕ ترقی یافتہٕ زبأنی ہُندٕ نَم تہٕ ماز آسان چھےٚ۔ یوٚ دوَے أمی چیزن کأشرِ زبأنی منٛز کھورٕ ٹھیکہٕ رأوی متی آسہٕن سبٹھاہ مُمکِن چھُ قِسط وار ناولِ ہُند سِلسِلہٕ ما آسہِ ہے شوٗروٗ گومُت تہٕ مقبوٗل سپدٕمُت تہٕ کأشُر ناول ما آسہِ ہے بڑ وٕنہہ دژامژ۔ مختلف اَدبَن ہنٛزِ ہسٹرۍ پرِتھ چھُ نَنان زِ اخبارَو تہٕ رِسالو چھُ ناولِہ ہُند فن مقبوٗل بناونَس منٛز واریاہ مدد کوٚرمُت۔ تہٕ پھیرِتھ چھُ ناولِ تہٕ یمَن اخبارَن تہٕ رِسالَن ہنٛز سرکولیشن تہٕ شوہرتھ بڑاونَس منٛز پنُن حِصہٕ ادا کوٚرمُت۔ پٮ۪تھِن چھُ یہِ وَنُن ضوٗروٗری باسان زِ اَمہِ قسمٕچہِ کوٗششہِ سپدٕ ییہِ کأشرِس منٛز تہٕ مگر یمہٕ کھژ نہٕ سپکس کینٛہہ تہٕ۔ ۱۹۲۳ ۔ ۱۹۲۴ عیسوی سنَس منٛز کریہِ پروفیسر سری کنٹھ توشخأنی لوہورٕکس اُردوٗ رِسالہِ "بہارِ کشمیرس" منٛز اَکھ قِسط وار کأشُر ناول "ژکرِ پھیر" یا "دلپلا" لیکھنٕ شوٗروٗ۔ مگر مَسا مَسا آسہٕن زٕ ے ژورَے قِسط

چھپیمتی۔ ''بہارِ کشمیر'' گو بَند تہٕ اَتھ ناولِ تہٕ لوٚگ ہٕڑ گونڈُم۔ تتھے پأٹھی ییلہِ ۱۹۴۷ پتہٕ کأشُر نثر پھولنہِ تہٕ پھبنہٕ لوٚگ۔ ''کونگ پوشن'' منٛز لجے یہِ اَکھ ناول ''ذاتِ بُتراتھ'' قسط وار چھپنہٕ۔ مگر دوٚیو قسطو پتے گو یہِ سِلسِلہٕ بنٛد۔ وَننہٕ چھُ یوان حبیب کامرانٔس (ناول نِگارس) آیہِ مِزاز کِنہٕ کیاہتام تبدیلی زِ تَس گیہِ لیکھنچ پیٚش کھٔر تہٕ نکھتھ تمیٚ ترٛووُ نہٕ لیکھُن گرِنے ہُکہِ یہِ ناول تہٕ کٔرِن ضایہٕ یوسہٕ تمیٚ لیچھمٕژ اُس۔ کیاہ وَنو تمیٚ اُسیا یہِ مُکمل تہٕ گرٕژ کِنہٕ نہٕ؟ سکہٕ پأٹھی کانٛہہ فأصلہٕ دیُن چھُ مُشکل۔[1] بہرصوٗرت ۱۹۵۷ – ۱۹۵۸ ہَس منٛز سپد یہِ ''دود دَگ'' چھاپ۔ کأشُرِ ناولہِ ہنٛز اَصل وأتُس چھے اتی پیٹھٕ شوٗرُو سپدان۔ بے شک چھُ یہِ اَکھ موخصر وَق۔ اَماپوٚز یوسہٕ ناول نوٚیسی ہنٛز رفتار یَمن ؤری یَن اَندر رُوچھنَس منٛز آیہِ سو تہٕ چھنہٕ گُنہٕ کِنہٕ جان۔ یہِ چھےٚ سبٹھاہ سوٚت تہٕ مویوٗس کُن۔

ناول نوٚیسی ہُنٛد فن چھُ اَکھ مُشکل ترین فن۔ ناولہِ ہُنٛد کنواس چھُ سبٹھاہ ؤسی۔ تہٕ اَتھ منٛز چھِ پرٛتھ طریقکۍ جذبات دأخلی تہٕ خأرجی۔ پرٛتھ طریقہٕ چہِ کیفیژ شوٗعوٗری تہٕ لاشوٗعوٗری تہٕ زِندگی ہنٛدی رنٛگہٕ رَنٛگہٕ نقش تہٕ پیچ و خم پننہِ جاے ژھاران۔ زِندگی چھےٚ پنُن اُنتہٕ روٗس تہٕ وانتہٕ روٗس سنبر تہٕ دوگنیار۔ باڈو تہٕ وُسجار تہٕ اوبر تہٕ گوبر ہتھ اَمہِ چہِ یینہٕ منٛز پنُن باس دِوان۔ تہٕ یہِ بار وبتراوُن چھنہٕ پرٛتھ أکِس لِکھأری سُنٛد جگرٕ تہٕ توانگرٕ۔ اَکھ لِکھأری گژھِ بیک وَخ اکھ قلمکار یا اِنشاء پرواز، اکھ شأیِر تہٕ اکھ مُصور آسُن تَس گژھِ

[1] اَمہِ ناولِ ہُنٛد گوڈنیک قسط چھُ جُلے ۱۹۵۵ کِس کونگ پوشس منٛز چھاپ سپد یومت۔

زِندگی ہُند وٚسی تجربہٕ آسُن۔ یَتھ کٮ۪تہِ بے حد تاب تہٕ صبرٕ آسُن۔ ناولہٕ ہٕنٛز وُسعت جُزیات نِگاری تہٕ جایِز طوالتھ چھےٚ اَتھ باقٕے فنَو نِشہِ واریاہ مُشکِل بناوان۔ ناولہِ ہُنٛد خوش یُن آرٕٹ وۄنُن، اکھ شوٗبہِ دار تہٕ زُودار آہنگ تیار کرُن تہٕ پٔنٛن موادفن چہِ سوٗنزلہِ مَنٛز زِنٛدٕ جاوید کِردار وٕ ذٔری یہِ پیش کرُن......

یہِ چھےٚ سبٹھاہ مُشکِل تہٕ صبرٕ آزما کٲم۔ ناول نِگٲری ہٕنٛزن بٲریکِیَن چھُ اکھ لِکھٲرؠ مُسلسل کوٚشِشہِ تہٕ پیہم عملہِ مَنٛز۔ پتھے وارٕ وارٕ تہٕ ہَنہٕ ہَنہٕ موٚحسوٗس کران تہٕ وَرتاوان۔ تہٕ اکھ تلخ حقیقتھ چھےٚ یہِ تہٕ زِ یِمو کٲشرو اُدیبو اَتھ فنس گٔن وُنیکھ تام لوٗے کھوے ہووتم تہٕ روٗدی نہٕ مستقل طور ڈاڈ گرِتھ۔

کٲشرِ زبٲنؠ ہُنٛد اکھ أہم مَسلہٕ چھُ یہِ زِ یَتھ زبٲنؠ چھُنہٕ ریڈنگ پبلک أمؠ مَسلَن اۄن ناولہٕ ہٕنٛدِس فَنَس بڑوٚنہہ پکنَس مَنٛز زیادٕ کوٗس۔ یَتھ زبٲنؠ نہٕ پَرن وٲلؠ آسن سوہَے پھَبہٕ نہٕ پھولہٕ رِتھ پٲٹھؠ۔ یوٚہَے وجہ چھُ یِمہٕ ناولہٕ کٲشرِس مَنٛز ازتام چھاپ سَپدیہِ تِمہٕ آسَن نہٕ فی ساس آبادی مَنٛز دویو زنو تہٕ پَرمٕژ۔ اَفسانہٕ، ڈرٛاما بیٚترٕ چھِ ریڈیو سٹیج تہٕ ٹیلی ویژن ذٔری تہٕ لُکن تام واتان۔ یِمَن چھُ ناولہِ مُقابلہٕ کتہٕ کور مارکیٹ۔ دُنیاہچن مختلف زبانَن مَثلن انگریزی، فرانٛسی، روٗسی بیٚترٕ زبانَن مَنٛز یا مُلکہٕ چن مختلف زبانہٕن مَنٛز ییلہِ ناول نِگٲری ہٕنٛدِس فَنَس ووتھ بوٚ لوٚگ، پَرن والین ہُنٛد اکھ جان تہٕ مولہٕ وُن طبقہٕ اوس تیار بہ تیار۔ ناول نویٖسی بنوو پَننہِ چَمہٕ خمہٕ تہٕ کٔشِشہِ کٮ۪تہِ ییٚہٕ ہَن وٚسی۔ لُکن سَپد تفریح، دِل بہلٲیی تہٕ ذہنی اوسوٗدگی باپَت اکھ نوٚو تہٕ بہترین وٚسیلہٕ دٔسیاب۔
اکھ انگریزی لِکھٲرؠ چھُ لیکھان:

"For many, it is the only outlet to a large experience. For others, it is an indirect satisfaction of same need for philosophical or moral guidance, not set out in rules, but worked out, experimentally, in conduct..... It is the form in literature which has explored most fully the life of the ordinary man and found it worthy of portrayal."

اَکھ خیال چھُ یِتہٕ زِ ناول نوٚیسی چھےٚ تیلی پھاپھلان ییلہِ کانٛہہ خاص سمأجی یا سِیأسی تحریک کُنہِ سماجس مَنٛز کاڈ کڈِتھ آسہِ۔ بیشک چھےٚ اَمہِ قسمچہٕ تحریکہٕ أدیٖب ہٕنٛدِ خأطرٕ مولہٕ وُن مواد فراہم گران تہٕ وُزنہِ ہُنٛد اَکھ اہم ذٔریہٕ بَنان۔ مگر کأشرٕ أدیٖبَن گرِ یِژھہٕ تحریکہٕ تہٕ اَتھٕ۔ ۱۹۴۷ٕ بژونٛہہ یوسہٕ آزأدی ہٕنٛز تحریک کاڈ کڈِتھ أس۔ کأشرِ شأیِرن لوٚب اَمہِ نشہِ ضروٗر مواد۔ پتٕمین ؤریَن مَنٛز آیہِ سانہِ زِنٛدگی مَنٛز سِیأسی، سمأجی تہٕ ثقافتی طور کینٛہہ تتھی دور یَمن ہٕنٛز کینٛہہ انہار چھِ یَمَن مَنٛز لِکھارِبن ہٕنٛدِ باپَت کوٚت مواد پوٚشیدٕ چھُ مگر کأشرٕ أدیٖب روٚد زولہٕ تہٕ زِ پےٚ گران۔ موجوٗدٕ دورٕچ شاہکار روٗسی ناول ''کینسر وارڈ'' چھنہٕ کُنہِ تحریکہِ ہٕنٛزٕ پأداوار ئلِکہِ یہِ چھےٚ أکِس نِظامَس خلاف بذاتِ خود اکہِ تحریکہِ ہُنٛد آغاز۔

کُنہِ تہِ زبأنِ پوٚچھر دِنہٕ باپَتھ تہٕ کانٛہہ فن مقبوٗل بناونہٕ خأطرٕ چھےٚ ترجمن ہٕنٛز اہمیت نٔز تہٕ ٹاکارٕ۔ ترجمہٕ چھِ بذاتِ خود لکھارِبن ہٕنٛدِ باپَتھ سبٹھاہ فأیدٕ مَنٛد ثأبِت سَپدان۔ لِکھارِبن چھُ یِژھِ کامہِ انٛد واتہٕ ناونہٕ ستی فنی زأوِی جار سمجنُک تہٕ تم سنٛزِتھ موٚحسوٗس کرنُک موقہٕ میلان۔ یَمن چھُ وَکھرٕ وَکھرٕ ٹیکنیکَن ہُنٛد باس ہَنا زیادٕے جان پأٹھی لگان۔ اَوٕ کِنہِ چھےٚ کأشرِس مَنٛز شاہکار ناولہٕ

پھِرنچ سبٹھاہ زیادٕ گُنجایش تہِ تہٕ اَمیُک چھُ ضرٛورتھ تہِ۔ وُنیُکھ تام چھےٚ فقط کینٛہہ ناولہٕ کأشرِس منٛز پھِرنہٕ آمٕژ۔ یہِ چھِنہٕ ہرگز کانٛہہ جان رَفتار۔ اَماپوٚز خوٚشی ہنٛز گتھ چھےٚ یہِ زِ یَمن ترجمن منٛز چھِ کینٛژن شاہکار ناولن ہنٛدی ترجمہٕ تہِ شأمِل۔ ناولہِ مُتلِق چھُ عام خیال یہِ زِ یوٚدوَے بالزاک دُنیاہُک عظیم ناولسٹ چھُ مگر دُنیاہچ عظیم ناول چھےٚ ٹالسٹاے سنٛز ناول ''وار اینڈ پیس'' (جنٛگ تہٕ اَمن)۔ خوش قسمتی چھےٚ یہِ زِ یَمن ترجَمن منٛز چھُ اَمیُک ترجمہٕ تہِ شأمِل۔ یہِ ترجمہٕ چھُ مظفر عازمن بڈٕ میٚحنژ تہٕ عرق ریزی سٟتی کوٚرمُت۔ اختر محی الدیٖنن وَنُن چھُ زِ تِمو اُس یہِ روٗسی ناول انگریزی یَس منٛز دوٚیہِ ترٛییہِ لٹہِ پرٛٔمُژ۔ اَماپوٚز عازم صأبُن کأشُر ترجمہٕ پٔرِتھ ہیٚچ تِمو یہِ عظیم ناول زیادٕ بہتر پأٹھی سمجھتھ۔ بیا کھ اکھ لۄبہٕ وِنی تہٕ مولہٕ وِنی روٗسی ناول پھِر علی محمد لوٗنَن کأشرِس منٛز۔ یہِ گیہِ گورکی سنٛز ناول ''مدر'' (مأج) [1] لون صأبُن یہِ ترجمہٕ تہِ چھُ بڈٕ رُت تہٕ زوٗدار۔

فارسی زبأنی ہنٛز اکھ مشہوٗر تخلیق ''حاجی بابا'' (حأجی بابہٕ) پھِر ڈاکٹر شمس الدیٖن احمدن کأشرِس منٛز۔ ایرأنی زِندگی پٮ۪ٹھ یہِ دِلکش تخلیق چھےٚ مُلہٕ تلہٕ انگریزی زبأنی منٛز جے۔ جے۔ موریرن ''اڈونچر آف حاجی بابا'' ناوِ لیچھمٕژ۔ یوسہٕ ۱۸۲۴ءیَس منٛز چھاپ سپٕز۔ موریر چھُ ایرأنی شہنشاہ علی شاہ قاچار سنٛدِس وَقتس منٛز انگریزی سفارت خانس سٟتی طہرانس منٛز وابستہٕ روٗدمُت۔ ایرأنی زبأنی منٛز چھُ اَمیُک ترجمہٕ حاجی شیخ احمد کرمانی یَن کوٚرمُت۔ یہِ ترجمہٕ چھُ تیوٗت مولہٕ دُن زِ یہِ چھُ اصل اورِجِنل تخلیق باسان۔ ڈاکٹر شمس الدیٖن احمدن چھےٚ داستان

---

[1] لون صأبَس میوٗل اَتھ کامہِ پٮ۪ٹھ روٗسی سرکارٕ طرفہٕ نہرو ایوارڈ تہِ۔

نُما ناول فارسی پیٹھے کاشرِس منز پھرمژ۔ ترجمہٕ چھُ بڈٕ میٚوٹھ تہٕ خوش گرٕون۔ بیاکھ اَکھ ترجمہٕ چھُ پرٕتھوی ناتھ پُشپ سُند۔ تِمو چھےٚ رابندر ناتھ ٹیگور سٕنز بنگالی ناول ''چوکھیر بالی'' کاشرِس منز پھرمژ۔ یہ ترجمہٕ سپُد ساہتیہ اکادمی طرفہٕ ۱۹۶۲ہٕ منز ''اَچھ رِکُر'' ناوٕ چھاپ۔ پُشپ صابُن ترجمہٕ چھُ گوڈنیُک ترجمہٕ یُس کُنہٕ ناولہٕ کاشرِس منز سپُد مُت چھُ۔

بہرحال ییٚژہَن چھُ پزر زِ ناولہٕ رٕنگی یہ کیٚنژھا اَزتام کاشرِ زبٲنی منز لیکھنہٕ آو یا دوٚیمو زبانو پیٹھہٕ پھرنہٕ آو اَمہٕ سٟتی سپز زمین واریاہ سوٚتر تہٕ ہموار یتھ پیٹھ ناولہٕ ہُند لوٚبہٕ وُن فن ووتلتھ تہٕ ووپدِتھ ہیٚکہِ۔ اَسہِ پزِ نہٕ یہ گتھ زٕنِہہ مَشراوٕنی زِ کُنہٕ تہٕ اَدبَس منز ییلہِ ناول نِگٲری بارسس آیہ یکدم پیٚیہٕ نہٕ شاہکار ناولہٕ تھنہٕ۔ اَتھ لوٚگ کیٚنہہ وَق۔ تہٕ یمو لِکھاربو گوڈٕ گوڈٕ اَتھ کُن کل یوو گرتمَن روٗز ہر ہمیشہٕ پٕنٕنی اَکھ اہمیت حاصِل۔ اختر محی الدین، امین کامِل، علی محمد لوٗن، غلام نبی گوہر تہٕ بنسی نردوش چھِ کاشرِس اَدبَس منز اَمی اہمیژ ہنٛدی حقدار۔ اختر صابنہٕ ''دود دَگ'' پَتہٕ لیچھی کامِل صابن ''گٹہٕ منز گاش'' تہٕ اَمہٕ پَتہٕ لون صابَن ''اَسی تہٕ چھِ اِنسان''۔ غلام نبی گوہرن ترٛاوِ زٕ تخلیقہٕ ''مُجرِم'' تہٕ ''مِیُل'' مارکس منز تہٕ نردوش صابن ''اکھ دور''۔ موضوٗع تلہٕ ترٛاوِ۔ انداز بیانہٕ تہٕ قِصہٕ وونہٕ کہٕ اِعتبارٕ چھےٚ یمَن پانژٕونی تخلیقن پنٕن اکھ وَکھر مزاز تہٕ جُدا گانہٕ رَنگ تہٕ سِٹایل۔ کاشرِس نثرِس برٛونٛہ ژھ دِنس تہٕ کیٚنہہ نوی اوٗسلوٗب بَد کڈنس منز چھےٚ بے شک یمہٕ اکھ اہم قدم۔

ناولہِ تہٕ ناولیٹس مَنٛز چھےٚ واریاہ فرق موجوٗد۔ مگر تہٕ اَستھ تہٕ چھےٚ یِمہٕ
ٚنی فارم مانَنہٕ یِوان۔ تہٕ دوشوٕنی ہُنٛز ذِکر چھےٚ ناولہِ ہِنٛدِس ناوَس تل یِوان
کَرنہٕ۔ بُنیٲدی فرق چھےٚ یہٕ زِ ناولیٹ چھےٚ موخصر آسان۔ طوالت تہٕ تفصیلات
چھِ کَم آسان تہٕ جُزیات نِگٲری چھِ موٚحدوٗد طریقس مَنٛز سَپدان۔ ناولہِ مَنٛز
چھےٚ سبٲٹھے وُسعت آسان۔ بَجہٕ تہٕ اَہم سِیٲسی، سمٲجی، دٲخلی تہٕ خٲرجی تحریکہٕ
چھےٚ کٲم کران تہٕ زِندگی ہِنٛدبن سَنبرن تہٕ ووگہٕ نیارن ہُنٛد باس دِوان۔ مختلف
واقاتن ہُنٛز باتفصیل وبٕرٕھنَے چھےٚ پٔرتھ جایہٕ میلان۔ ناولہِ ہِنٛدی پٲٹھی ہیٚکہِ
ناولیٹ تہٕ پوٗرٕ سماجُک مُطالِعہٕ بٔنتھ۔ کِردار نِگٲری تہٕ چھےٚ ناولیٹس مَنٛز ناولہِ
ہِنٛدی پٲٹھی سَپدان مگر اَہم کَتھ چھےٚ یہٕ زِ کِردارَن ہُنٛز ژٲر چھےٚ ناولیٹس مَنٛز
ناولہِ کھوتہٕ ہَنا زیٲدٕے بوز شوز مَنٛگان تِکیازِ ناولیٹس مَنٛز گرٕھن کَمہٕ کھوتہٕ کَم
کِردار زِندگی ہُنٛزن وُسعتن پانَس مَنٛز شرٛوپرٲوِتھ تہٕ سونٛبرٲوِتھ ہیٚکنہٕ۔ سائینس
تہٕ ٹیکنالوجی یوٚت یوٚت ترقی پرٲو تیوٚت تیوٚت آیہٕ ناولیٹ بارَسس۔ ناولیٹ
چھےٚ مشینی زِندگی ہُندٕے پٲداوار۔ یہٕ چھےٚ دراصل ناولہِ ہُنٛدٕے جدید روٗپ۔
وجہ چھُ یہٕ زِ مشینَو سِتی آیہٕ زِندگی ہِنٛدِس پرٕتھ شوبَس مَنٛز تیزی۔ قدرٕ ہبژن
تیزی سان بدلنہٕ۔ اختصارُک تہٕ طوالژ ہُنٛد سوال آو زِندگی ہِنٛدِس پرٕتھ قدمَس
پٮ۪تھ تہٕ ییٚہِ چھِ تِم وجوٗہات یِمہِ کِنہِ ناول لیکھنُک رِواج سَپُد کم تہٕ ناولیٹن
لوٚب ہُرتر۔



## دود دَگ

دور دَگ چھےٚ گوڈنچ کاشُر ناول۔ یہِ چھےٚ بیٚین کیٛشرن ناولیٹن مقابلہ ٹکنیکہِ موٗجوٗب زیادٕ زَبَر تہٕ شوٗبہِ دار۔ اَنداز بیانَس مَنز چھےٚ تھٕھ تہٕ کٔشِش۔ کہانی ہُند وَق چھُ سُہ زمانہٕ یُس جرمنز جنگس لَرِ لوٚر چھُ۔ کیٛشہا پَتھ تہٕ کیٛشہا بڑونہہ۔ یہِ چھےٚ زِندگی ہنٛز کیٛنہہ تلخ حقیقتٕ اَچھن بڑونٛھ کُن انان۔ یِمہٕ وُچھتھ تَمہِ وَقتہٕ کیٛو اُدیبو تہٕ نقادَو گوٚل موٗر، یِیٚمہِ وَقتہٕ یہِ لیکھنہٕ آیہِ۔ اختر صاٗبنس ناولٹس پیٹھ آیہِ لذت پَسندی مریضانہٕ ذہن تہٕ پرونو گرافی ہنٛز موہَر چسپان گرنہٕ۔ پَزر چھُ یہِ زِ جنس چھُ اَدبَس تہٕ سارِنے فنَن تہٕ پُرفارمنگ آرٹن ہُند اکھ خاص تہٕ تہٕ اہم موضوٗ روٗدمُت۔ جنسی کیفیوٗن ہنٛز سارِے وبڑھنےٚ ہکون نہٕ ناکارٕ زاٗنتھ رَد گرِتھ۔ اختر صاٗب اُسی اَمہِ لحاظٕ ذہنی طور پٔتنِن ہم کال اُدیبن بڑونہہ دزاہتی تہٕ یہِ اُس موٗحدوٗد قسمچہٕ ترقی پَسندی نبر نیرنچ اَکھ سُنجید مگر غاٗر شعوٗعوری کوٗشِش۔ اختر صاٗب نِس شاہ کار افسانہٕ "دٕری یایہِ ہنٛدِس ییزارس" مَنز تہِ چھےٚ اَچھ اکھ حسین صوٗرتھ دزپیٹھی ہِوان۔

دود دَگ ناولہِ ہنٛدی ژور بُنیاٗدی کردار چھِ راجہ۔ فاطمہٕ شمہٕ صاٗب تہٕ عبدالغنی۔ کاٗنسہِ اَکس کردارس ہکو نہٕ سماجُک نُمائندٕ کردار وَنِتھ۔ فاطمہٕ تہٕ راجہ چھےٚ زِ یتیم بینٛنہِ۔ مامہٕ ہنٛدِس رحمہٕ کرمَس پیٹھ دٕرِتھ۔ مامنہٕ ہنٛز ہنہٕ درنہٕ چھکھ پیٚتےَ۔ فاطمَس چھےٚ شمہٕ صاٗبَس سٟتی لاٗنی مِلہٕ وَن سَپدان۔ سُہ چھُ اَکھ رُت منوش، نمدٕ کارٕ بار گران۔ عبدالغنی چھُ تُمی سُند مُنش۔ سُہ چھُ بے حد لذت

پَسند تہٕ ہَوس پَرست۔ مُصنِف چھُ أمِ سٕنٛز ذان گران لیکھان:

""رَنگہٕ رَنگہٕ ذأژَن مَنٛز اوس عبدالغنی بدلے ذاتھا۔ ماے تہٕ محبت زانٕہے نہٕ سُہ کیاہ گو۔ بُڈٕ مأیِلس اوس مِنت تھأوِتھ بَتہٕ میۆنٛڈ چھِسے دِوان...... پأنٕس کأنٛسہٕ بیٚنہٕ ہنہٕ زٕ آسَس۔ تِمہٕ ژٕھنٛنِن نکھٕ وألِتھ۔ پَتہٕ ژٕ نہٕ کانٛہہ تہٕ بہٕ تہٕ نہٕ کانٛہہ۔ نہٕ اوس تِمَن نظر دِوان تہٕ نہٕ اوسکھ روٚھتس گرٕھان...... عبدالغنی یَن اوس اِتھمہٕ ؤہمہٕ تام پۆرمُت تہٕ پَتھ مختلف باپاربن نِشہٕ مُنٛش گری گٔرِمژ۔ أمِس أس حِساب کِتاب تھاوٕنٛچ کأم سبٹھاہ جان تگان۔ اَوے اوس سُہ سارِنے باپاربن ٹوٚٹھ۔ شمہٕ صابٕنس کارخانٕس أس نہٕ تۆ تام وَتھے یِوان یۆتام نہٕ عبدالغنی مَنٛز باگ آسہِ ہا...... سُہ اوس چوتہٕ جَوان زنانہٕ شہلُن اوسُس سخت۔ محلس مَنٛز آسہَن تِمہٕ کِہے زنانہٕ یِمَن نہٕ أمی گنہٕ نتہٕ گنہٕ وِزِ أچھ ناٹھ گرِتھ یا دَکہٕ ہنا دِتھ یا اَسنہٕ ہنا گرِتھ وۄنمت آسہِ ہا۔ ""ووٚنی چھاھَش مَرنٕے۔"" کیٛژٕو زنانو أسَس اَتھ پِٹھ پأزار وأتِمژ۔ کیٛژٕو اوسُس کرٕوٕژھ تہٕ گمبر وُہوِ وُہوِنی کۆڈمُت۔ مگر کیٛنٛہہ آسہٕ تِمہٕ تہٕ یِمَو نہٕ مَرنٕس فُرصت أسس دِژٕمژ۔""

دود دَگ چھےٚ أمی بے بدناو تہٕ بدکار عبدالغنی سٕنٛزِ جنسی بوچھِ ہٕنٛز ذٔلیل۔ راجہِ چھےٚ ناولہِ ہُنٛد رُوح۔ فاطہٕ تہٕ راجہِ چھےٚ زٕ بیٚنہٕ أستھ تہٕ مِزازن اَکھ أکِس نِشہِ وَکھرٕ۔ فاطہٕ چھےٚ سیٚز تہٕ سببس ہُمل تہٕ لیشر۔ ہمیشہِ علیل تہٕ زُو کِنٛز ڈیجی آسان۔ لوکچارس یِمہٕ تلخیہ تَس وُچھنہٕ یِمژ چھےٚ۔ شاید چھےٚ تِموٕ ے تِمی سٕنٛز سُمہٕ گاجہِ مژ۔ اَسُن چھنہٕ تِمی سِندِ دہانٕے یۆکُمت۔ راجہِ چھےٚ کأنٛسہٕ کُٹ۔ سو چھےٚ شوخ تہٕ مۆجھ۔ خوش گرٕوٕنی یاون مُژ۔ اَسان اَسان دوہ کڈٕنٛچ قأیل۔ مگر

تجرُبہٕ چھُس زِندگی ہُند کم۔ اَوے چھُس بچارِ وُنہٕ وَسان۔ راجَس چھُ أ رکس اَڈٕ ور اِنسانَس ستیٖ نیتھر سَپدان یُس تزبن شُربن ہُند مول آسان چھُ۔ عبدالغنی چھُ کُرٕ کھاندر کَران تہٕ کرٕن زنانَن طلاق دِوان۔ مگر أمی سُند لذت پَسند ذہن چھُنہٕ زِہنٕ تَسلی لَبان۔ تَس چھُ گوڈنیُک کھاندر أ رکس کھارٕ کورِ ستیٖ سَپدان تِکیٲزِ تَس پتھ چھُ عاشَق آسان سَپدمُت۔ پیٲری چھُس آسان راجَس پتھ ٹور پیوُمُت۔ کھاندر رکبن دوہَن تہٕ چھُس یہے کل آسان زِ رکتھٕ پأٹھی اَنہٕ راجَس آٹنہِ واٹنہِ تہٕ واللبس ناوِ۔ ناولہِ ہنٛز ییٚنز چھےٚ کینٛژٕ واقاتو ستیٖ وونہٕ یِوان۔ یِمَن منٛز کینٛہہ یتھٕ پأٹھی چھِ: "شمہٕ صأبُن کارٕ بار۔ فاطُم عٔلیل روزُن عبدالغنی سنٛز ہَوس پرستی تہٕ راجَس اَکنہٕ تہٕ وَلنہٕ یُن۔ شمہٕ صأبُن کارٕ بار ٹھپ سَپدُن تہٕ عبدالغنی سُند فاطس ستیٖ اَدٕ موکھٕ کھاندر کَرُن زِ سہٕ پیہٕ راجس قریب۔ دود دَگ چھےٚ پزٕی دو کھیچھ تہٕ دادِچ تہٕ مجبوٗری تہٕ بیکسی ہنٛز کہأنی۔ راجہِ چھےٚ أ رکس تیٚژھِ زنانہٕ ہنٛز تصویر أچھَن برٛونٛھ کُن انان۔ یوسہٕ نہٕ ذہنی طور أ رکس اَڈور اِنسانَس ستیٖ دور چھےٚ ہبرکان کُرِتھ عبدالغنی یَس نَش چھُ جِنسک مطلب صرِف لذت تہٕ

مزٕ۔ ییٚلہِ راجہِ گوبہٕ کھورٕ روزان چھےٚ۔ عبدالغنی چھُ تَس اَڈٕ لیٚوک کرٕنَس پتھ مجبوٗر کَران۔ راجَس چھُ سبٹھاہ عذاب تہٕ بدحال سَپدان۔ سو چھےٚ زاُوی جہٕ گسرِ منٛز ہبنہٕ یِوان۔ عبدالغنی سنٛزٕ أچھ چھےٚ مُژرنہٕ یِوان تہٕ ناول چھےٚ اِنصافِ شعریت رکس اَوٕصوٗلس پتھ اَند واتان۔

دود دَگ چھےٚ ناولیٹک قأِلب رٹنَس منٛز پتھ روٗزمٕژ۔ اَمیُک گنواس چھُ سبٹھاہے موخصر رکردار چھِ کارِ کرتوٗتو رکنو سوٗتی تہٕ سوٗمی۔ فاطہٕ چھےٚ تیٚژٕ بے زو

زَن تہٕ سپنہٕ ٹُج چھےٚ۔ شمہٕ صاَب تِتھہٕ پاٹھۍ ناولہِ ہٕنٛدِس آرِتس منٛز گوڈ ؤبران چھُ۔ سُہ چھُنہٕ تِتھہٕ پاٹھۍ اَند واتان۔ مُصنِف زَن چھُ تَس یکدم وَٹِسۍ گران۔ کارٕ بار ٹھپ سپدُن اوس ٹھیکے۔ مگر فاطمُن تَس موکجار ہیوٚن چھُنہٕ ژمان۔ یہِ چھُ سبٹھاہ غاَر فِطری باسان۔ ناولہِ منٛز تِتھہٕ پاٹھۍ کھاندر تہٕ طلاق سپدان چھِ۔ اِنسان چھُنہٕ ذہنی طور یم قوٗبوٗل کرنہٕ خاطرٕ تیار۔

اختر صاٮ۪نٛز بیا کھ ناول ''زُو تہٕ زولانہٕ'' (ییٚمکۍ کینٛہہ قِسط مےٚ پرَنٕک موقہٕ آمُت چھُ) چھےٚ زیادٕ زُودار، شوٗبہٕ دار تہٕ مُکمل باسان۔ یہِ ناول چھےٚ یہِ کتھ تہِ روشن کران زِ اختر صاَب چھِ بحثییت ناول نِگار برابر بڑونہہ پکان۔



## گٹہِ منٛز گاش

''گٹہِ منٛز گاش'' چھےٚ امین کاملنٛز تخلیق۔ یوسہٕ قبائلی حملہٕ کِس پوٚت منظرس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ چھےٚ۔ مشہوٗر انگریزی اُدیب ایچ۔ ای۔ بیٹس سٕنٛز ناول ''دِ سکارلیٹ سُورڈ'' تہِ چھےٚ اُتھۍ پس منظرس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ۔ اَماپوٚز کامِل صاٮ۪بنہِ تخلیق منٛز یُس زُودار تہٕ رہدار بیان تہِ واقاتن ہٕنٛدبن موٗلَن ہٕتۍ قور بتھ تہٕ سٕنٛز واقفیت درٕشیٚٹھۍ چھےٚ یوان سو چھنہٕ بیٹسہٕ سٕنٛزِ کتابہِ منٛز نظرِ گژھان۔

''گٹہِ منٛز گاش'' ناولیچ ہیروین چھےٚ فاطمہٕ۔ سو چھےٚ بنٛدٕ پورِچ بسکین۔ مگر وَرمُلہٕ کِس اَکِس مدرسَس منٛز ماشٹر باے آسنہٕ موکھ چھےٚ تتۍ اَکِس کِرایہِ مکانس منٛز روزان یَس عزیز اللہ ناوِ کِس اَکِس اِنسانہٕ سُنٛد جاگات

چھُ۔ فاطمہٕ چھےٚ کُنہٕ زٔنی آسنہٕ موکھہٕ ولی بُڈ ناوُک اکھ شخص بَنٛڈ پورِ پیٹھ ہتہ تُلان۔ یُس ورملہِ گرٕہے منٛز بہتھ ٹوپہ سوٗنٛچ کأم چھُ کران۔ رام کرشن چھُ ورمُلیُک اَکھ دُکاندار۔ سُہ چھُ أمِس ماشٹر بابہٕ ہٕنٛدِس عشقس منٛز ولنہٕ یِوان۔ مگر فاطمس چھےٚ رام کرشنٕنۍ شدید نفرت۔ رام کرشن چھُ اکہِ دوہہ پننہٕ لوچ باوتھ عزیز اللہ ہٕنٛدِس جوان نچوِس حسہٕ لالس نش کران۔ تمیٚ چھُنہٕ اوٗتھ تامتھ فأطمہٕ وُچھمُت آسان مگر أمی ہٕندِ حُسنکی بے حد تأریف بوٗزِتھ چھُ تَس پانس دِل ووٗتھ کڈان۔ سُہ چھُ مکانہٕ شیرنک ہیتھ رٔٹتھ فأطمُن دیدار گران تہٕ أمِس نازلہِ پیٹھ دِل و جان فِدا سپدان۔ سُہ چھُ پننہِ لوٗلک مُژر تہٕ تژر چھٕنِن منٛز فاطمس باوان۔ فأطمس چھِ پننۍ کینٛہہ اوٗصوٗل تہٕ آدرش۔ تَس چھُنہٕ یہ پَسند زِ اکھ وُوپَر مَرد لیکھہِ تس لولہٕ چِٹھ تہٕ سو دِیَس جواب۔ سو چھےٚ تَس کُنی گتھہِ وَنان زِ سُہ یِوٚ دوٗے تَس ہتہ نیٚتھر کرُن چھُ یِژھان تس پَزِ شریفَن ہنٛز وَتھ تختیار گرٕنی۔ پہٕنس مأِلس وَنُن زِ سُہ کرِ تمیٚ ہٕنٛدِس مأِلس ہتہ گتھ باتھ۔ یِی چھُ سَپدان۔ تہٕ مُروجہ طریقو تہٕ آدابو ہتہ چھےٚ کھانٛدرٕچ گتھ سَپدان۔ یِمنے دوہَن چھُ کشیرِ پیٹھ قبأیلی حملہٕ سَپدان۔ تہٕ ورمُلِس چھُ نار تہٕ مار ژھَٹھ کڈان۔ أتھی ہِیہٕ ہاپیٚنس منٛز چھُ اکہِ دوہ راتھ کٔیت رام کرشن پنُن زُوٗ گل بچاوِنہٕ خأطرٕ فاطمہٕ نِس ڈیرِس پیٹھ واتان۔ فاطمہٕ چھےٚ أکس رٕژ تہٕ اِنسان دوست کأشرِ زنانہٕ ہنٛدی پأٹھی سأرِے دِے تہٕ نفرت مشراوِتھ تَس پناہ دِوان۔ اکہِ دوہہ چھِ قبأیلی اَتھ مکانس پیٹھ تہٕ جونٛٹہِ ماران یتھ منٛز ولی بُڈ چھُ چھوکہٕ لد سَپدان تہٕ رام کرشن چھُ فاطمنۍ زِندگی بچاوان گولہِ ہُنٛد نِشانہٕ بنان۔ فأطمہٕ چھےٚ قبائلین

وَنان زِ رام کرشن چھُ تٔمۍ سُند کھاندار۔ فاطمہٕ چھےٚ قبائلی حملہٕ پتہٕ واپس بنٛڑ پۆر گژھان۔ سو چھنہٕ پۆرٕ عُمرِ کانٛسہِ ستۍ کھاندر گران۔ حسہٕ لالس ستۍ نہٕ اِو موکھ تہٕ کیازِ تٔمۍ ہندی مالۍ عزیز اللہ ہَن چھُ قبالین ہُند ساتھ دیُتمت آسان۔

یہ چھےٚ گٹہٕ منٛز گاش ناوِلیٹچ کہانی۔ یوسہٕ دراصل گاندھی جی ہِندِ یِمہٕ خیالُک اکھ عملی پرتو چھےٚ:

''یتھ گٹہٕ زۆلس منٛز گیہِ مےٚ چھرا کشیرِ اَندر اکھ گاشہٕ ژٕ نظرِ۔''

یم لفظ وۆنۍ گاندھی جی یَن تمہِ وِزِ ییلہِ مُلک تقسیم سپُد تہٕ فرقہٕ پرستی ہُند نار کشیرِ وَرأے ژوپاسے شولہٕ مارنہِ لۆگ، کنواسہٕ لحاظہ چھےٚ موضوعس منٛز وارِیاہ وُسعت موجوٗد۔ کامِل صأبن چھُ یقیٖن سبٹھاہ نِڈر آسنک ثبوت دیُتمت تِکیازِ تٔمۍ تُل تتھ زمانس منٛز اتھ موضوعس پیٹھ قلم ییلہِ قبائلی حملُک واقہٕ بلکُل تازٕ اوس۔ مُصنف چھُ مختلف کردارَن ہِندِ ذٔریعہ مختلف دربن ہُند ردِ عمل بڑ گاٹہٕ جارٕ سان ظاہر گران۔ کُنہ جایہِ تٔۍ پأٹھۍ۔ تہٕ کُنہ جایہِ محض اِشارَن تہٕ کِنایَن منٛز۔ بیانَس منٛز چھےٚ سنجیدگی ستۍ ستۍ ہزلہٕ مزاحُک اکھ خوش ہِوۍ آمیزش درٛیٹھ یوان۔

ناول چھنہٕ سیدِ سیوٗد وَرمُلہٕ پیٹھ یا بنٛڈپۆرِ پیٹھ شۆرٕ سپدان۔ یہ زَن عام حالاتن منٛز سپدن گۆژھ۔ مُصنف چھُ بذاتِ خود ناولہِ ہُند اکھ کردار تہٕ اُمِس ستۍ ستۍ چھِہ ماسٹر عبدالسلام، نازکی صأب بیٚترٕ تہٕ اَمِکۍ کردار۔ کامِل صأب چھِہ ''گوڈ کتھِ'' منٛز وَنان:

''ناول چھےٚ کاشرِس ادبَس اَندر اکھ نۆو کتھ۔ اِو کٔنۍ پیٚیہ مےٚ گوڈنی

تِژھ کانُہہ صوٗرت (فارم) ژھارِنی یوسہٕ نہٕ سانین لوٗکن پتھٕ بانہٕ ووپَر باسہٕ۔ چناں چہِ مے کوٗر گتھہِ گری سُند ہیوٗ طرزِ اختیار۔ یُس زَن سانین لوٗکن پرون مائلی میراث چھُ۔"

گتھہِ گری سُند مطلب چھُ شاید داستان گو سُند۔ یِژھ ٹیکنیک تہٕ ہیکہِ بے شک ناولہِ باپتھ اکھ مولہٕ وِنی تہٕ زُودار ٹیکنیک ثابتھ سپدِتھ۔ مگر یہِ ٹیکنیک چھنہٕ جان پاٹھی تہٕ حِسابہٕ سان وَرتاونہٕ آمٕژ۔ ناوَل چھے ییمہِ منظرٕ ستی شوٗروٗ سپدان زِ مُصنِفس چھُ بنٛدٕ پوٗر گوٗھمُن۔ سہ چھُ بسہِ کھسان۔ مگر وَتہِ چھُ بسہِ گڑبڑ سپدان تہٕ یہِ پچھے ہتھ گوھان۔ مُصنِف چھُ نزدیکے اَکس گامس منٛز سبدان تہٕ اَتہِ چھُ سہ ماسٹر عبدالسلامس سمکھان۔ گتھ کتھ چھے چلان تہٕ اَتھی منٛز چھے قبائلی حملچ ذِکر سپدان تہٕ ماسٹر عبدالسلام چھُ مُصنِفس فاطمنٕ کہانی بوزِ ناوان زِ تَس بچارِ کیاہ گذریوو۔ اگر ماسٹر عبدالسلامہِ ناولہِ اَنٛدرس ولتہٕ ناوِہے۔ جان سپدِ ہیے۔ مگر تہِ چھنہٕ سپدان۔ مُصنِف چھُ کہانی ہنٛزِ ہِیٛہِ لنجہِ ولی بڑس، نازکی صائبَس بیترِ کردارن نِش بوزان۔ ناول چھے ٹکرٕ وأٹتھ پوٗرٕ گرنہٕ یِوان۔ دون ہَتن صفن ہنٛز ناولہِ منٛز چھُ عبدالسلام تہٕ واریاہ ژٕری کنواسس پتھ درٕنٛٹھی یِوان۔ اَمس تام واتان واتان چھِ ۵۰ صفہٕ پوٗرٕ سپدِ ہمتی آسان۔ اَمی بے ڈول ٹیکنیکہِ سببہٕ چھُ اَتھ تخلیقہِ یژٕہے اونٛکھرِ منٛز جونٛکھر ہیوٗ آمُت۔ یُس بارِ گراں گُزراں چھے۔

فاطمُن کردار چھُ کینٛہو واقاتو کِنٛز نقلی تہٕ بناوٹی باسان۔ سو چھے اخلاقن تہٕ آدابن ہیوٗت زیادٕ لار زِ سو چھے عرشہِ پیٹھٕ وٕژھمٕو اکھ دیوی

باسان۔ سو چھےٚ تِمَو اِنسانٕی جذباتو نِشہِ خالی یِم اتھ عُمرِ منٛز اَکِس کورِ منٛز آسنۍ گژھن۔ آدم نفِسیات چھےٚ غلط سانچس منٛز پیش کرنہٕ آمٕژ۔ فاطِمن یہِ وَنُن تہٕ چھُ گوب تہٕ عجیب باسان زِ رام کرشن چھُ تمُی سُنٛد کھانٛدار۔ سو ہیکہِ ہے تَس پنُن بوے تہٕ ظاہر کٔرِتھ۔ ناولہِ ہنٛدِ بن اَخری حِصَن پیٹھ چھنہٕ نیٛز مجتنھ کرنہٕ آمٕژ پیٛز شوٗروٗ کین حِصَن پیٹھ کرنہٕ آمٕژ چھےٚ۔ تاہم یِمَو دوٗشو باوُجوٗد چھےٚ یہِ تخلیق پنٕنۍ اکھ اہمیت تھاوان۔ یہِ چھےٚ کاشُرِ نثرُک اکھ خوش یوٗن سٹایِل وُبراوان۔



## اَسۍ تہٕ چھِ اِنسان

یہِ چھےٚ علی محمد لون سٕنٛز ناول۔ یہِ چھےٚ امرناتھ یاترایہِ ہنٛدِس پوٚت منظرس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ۔ امرناتھ گوپھایہِ ہنٛز عظمت، اَنٛدی پکھی ماحولُک بجر تہٕ تھزر، یاتری یَن ہنٛز یژھا تہٕ کل، تِہنٛز روٗحانٕی تژلیش، قسم وارلُکھ تہٕ رَنگہٕ رَنگہٕ مناظِر، مرکبان، چھولہِ دارِ، ڈانٛجہِ تہٕ پالکہٕ، مختلف پڑاو، پاک تہٕ پوبتر جایہِ، سوٗرے چھُ دیدَن تل یِوان۔ کتی لُکھ چھِ پرٛتھ وٕری یہِ یاترا کرنہٕ موکھہِ دوٗر دوٗرا جایَو پیٹھہِ اور واتان۔ اکثر لُکھ چھِ پہل گام تام بَسہِ منٛز گژھان تہٕ اَتہِ پیٹھہِ پنُن زنٛگھ تہٕ کژوٗٹھ سَفر دوٕلی طےٚ کران۔ کینٛہہ چھِ گربن، ڈانٛجن تہٕ پالکین ہُنٛد بوٗنٛدبست کٔرِتھ منزِل مقصوٗدَس پیٹھ واتان۔ اَدِ یَس یژھ توٗژھ تہٕ سامٔرتھ چھےٚ سُہ تِتھہِ پاٹھی۔ مگر یِم قُلی، یِم مرکبان تہٕ یِم ڈانٛجہِ موٗزوٗر، یِم پرٛتھ وٕری یہِ اَتھ مُقدس گوپھایہِ تام یاتری ہتھ واتان چھِ۔ تِہنٛز زِنٛدگی کیاہ چھےٚ؟

کیاہ تم لُکھ یم اِنسانَن ہِندبن کلن پیٹھ سوار گرٕہستھ بھگوانس مِنت تھاونہٕ گرٕھان چھ تم چھا بڑٕ رِکنہٕ یم؟ لون صابن چھُ اَکھ سبٹھٕے نوزُک موضوٗ ژورمُت۔ تیٚچ شِدت اَکھ حِساس اِنسانٕے موٚحسوٗس ہیٚکہٕ کرِتھ۔ ناولہٕ ہِنٛدی اہم کِردار چھِ لطیف، پران، کیدار تہٕ کیٚنٛہہ ڈانٛجہٕ موٚزوٗر یِمَن منٛز سام چیٚچہٕ قابلِ ذِکر چھُ۔ یَتھ یاترایہٕ منٛز چھےٚ سام چیٚچو اسائی اَکھ کرٕہُن کالہٕ وبٹھٕ سیٹھ تیٚمی ہٕنٛزِ پالکہٕ سام چیٚچس سان ۱۲ زٕنی نٔکھی تُلتھ چھِ۔ لطیفس چھےٚ سام چیٚچس ہِتی بے حد ہمدردی۔ سام چیٚچن کُن نیچُو چھُ ۱۹۴۷ ءِ برٛونٛہہ آزادی ہٕنٛزِ تحریکہٕ منٛز شہید گوٚمُت تہٕ تٔمی چھےٚ پَتھ کُن اَکھ کورِہَن ترٛاوِمٕژ۔ تیٚمی ہٕنٛزِ زِندگی تار دِنہٕ موکھ چھُ سام چیٚچہٕ یَتھ وُربد اوستھایہٕ منٛز تہٕ یِٔژ مجنتھ گران تہٕ یم کرٕٹھی تہٕ زٕٹھی رَبہٕ تہٕ شیٖنہٕ بال ژھنٛڈان۔ سام چیٚچس چھُ ہتوٚ ہِتی ڈاکھ گوٚمُت۔ ساری ہے کھورَس چھُ پاکھ گوٚمُت۔ سُہ چھُنہٕ قدم تہٕ تُلتھ ہیٚکان۔ مگر سُہ چھُ ڈوچر ڈوچر دِنس پیٹھ مجبوٗر۔ ووٚنی چھےٚ سیٹھٕ ہٕنٛز پالکی گوپھایہٕ نزدیک واتنس تیار۔ اَماپوٚز سام چیٚچس چھےٚ ساٗرے توٚژھ سورمٕژ۔ یہٕ چھُ ناولہٕ ہُنٛد کلائیمکس۔ کرٕہُن کال سیٹھ چھُ پالکہٕ منٛزٕ نبرٕ نیران تہٕ موٚزوٗرَن وَنان زِ سُہ گرٕھ نہٕ ووٚنی گوپھایہٕ منٛز درشُن کرنہٕ۔ تم نِیِن سام چیٚچس اَمی دَمہٕ پالکہٕ منٛز پہلگام واپس۔ تَس چھُ پٔنُن پان سبٹھاہ جابر تہٕ ظالِم باسان تِکیاز ِ تٔمی واتہٕ نوو اُمِس بڈٕ منٛوشَس بڈٕ دوکھ۔ ڈانٛجہٕ موٚزوٗر چھِ سیٹھ جی ہٕنٛز یہٕ کتھ بوٗزِتھ یہٕ ڈٔپِزِ تہٕ راوان زِ تم ہِنا سام چیٚچس پالکہٕ منٛز تہٕ سیٹھس ترٛاوَن اَتی۔ اَخرس چھُ تی سَپدان یہٕ سیٹھ جی وَنان چھُ۔ سیٹھ چھُ سام چیٚچس پالکہٕ منٛز بِہناوان تہٕ پٔنُن قیمتی شال پیٹھ ترٛاوِتھ

روٗحستھ گران۔ سیٹھہٕ ہٕنٛدِس کوورَن بُتھِس زَن چھُ بدٕلے نوٗر مَلنہٕ یِوان۔ تَس چھُ شنگرف پیڈان۔ سُہ شنگرف یُس شاید مُکھتی پرٛاونہٕ وِزِ اِنسان بُتھِس پیٹھ درٛیٛٹھِی چھُ یِوان۔ ناولہِ مَنٛز یُس یہِ ''ہیٛومن ٹچ'' موٗجوٗد چھُ سُہ چھُ سیٹھاہ زاٗوِیُل تہٕ پُراثر۔

سام چِنچہِ چھُ اَمہِ تخلیقہِ ہُنٛد اہم ترٕین کِردار۔ یہِ چھُ پَرن واٲلِس سۄنٛتھ گرٛھان۔ لطیف چھُ اکھ حساس لِکھاری۔ سُہ چھُ سام چِنچِس وُچھِتھ سوٗنچان:

''پرٛژھ اَمِس۔ ژھاَنڈ دِس۔ خیالَن مَنٛز وُسِس۔ کوٗرِتھ اَنِس کَڈِتھ۔ دِلس مَنٛز سَنِس۔ رازَنس کَڈِتھ۔ یہِ چھُ کِردار۔ اَکھ زِنٛدٕ کِردار۔ اَہنٛز کتھ لیکھِتھ بنکھ بوٚڈ فنکار۔ قلمس تیٖیِ زوٗ۔ خیالَن یِنےٚ پکھہٕ۔ وُڈکھ، تھزرس کُن لمکھ۔ موشوٗر گرٛھکھ۔''

لطیف سُنٛد سوچ تہٕ ذہنی رَدِعمل چھُ واقاتن ہِنٛزٕ ہانکلہِ مَنٛز ربط تہٕ سَنبر پاٛدٕ گران۔ پران تہٕ کیدار چھِ لطیفنٛی دوست۔ یِم ترٛیشوَے چھِ بیٚون بیٚون مِزازٕ تھاونہٕ باوجوٗد اکھِ ہشُرِک پےٚ دِوان۔

''اَسی تہٕ چھِ اِنسان'' چھےٚ پننہِ کیٚنٛہہ اہم خوٗبیہِ تھاوان۔ مگر یِتہٕ چھنہٕ اَکھ جان ناولیٹ بُنتھ ہیٚچ ہیو۔ یہِ چھےٚ اکھ رپور تاجِ روٗزِتھ۔ یہِ نہٕ اوٕ کُنِہ زٕ اَتھ مَنٛز چھےٚ رپور تاجِ ٹیکنیک ورتاونہٕ آمٕژ۔ نہَ ٹِکی کِہِ اوٕموکھ زِ اصل تھیم چھنہٕ شوٗروٗ پیٹھے تتھہٕ پاٛٹھی وُبران تہٕ ہَنہِ ہَنہِ کاڈ کڈان۔ یِتھہٕ پاٛٹھی سَپدِنی گژھہ۔ ناول نِگار ہِنٛز نظر چھےٚ سفرس کُن زیادٕ روٗزِتھ۔ سُہ چھُ سفرنامہٕ چہ مختلف لنٛجہِ تہٕ جذبات وبرٛہناوَنس کُن زیادٕ لگان۔ تہٕ اصل تھیم چھےٚ بڈٕ ژٕری

وُبران۔ لون صاأب چھُ پننِس پیش لفظس منز ونان:

''یہِ چھےٚ پرٚبن واقاتَن پٹھ لیکھنہٕ آمُت۔ مگر پرٚبن واقاتن منز ادبی رَنگ پأدٕ کَرنہٕ خأطرٕ چھُ کِرداران ہُند نفسیأتی تجزیہ پیش آمُت کرنہٕ تہٕ واقاتن پٹھ أکِس باشعوٗر اِنسانہٕ سٕندی پأٹھی تبصرٕ کَرنہٕ آمُت۔''

یہِ کتھ چھےٚ بجا۔ مگر اَمہِ ستی چھنہٕ سہ ورٕ دزٕ امُت۔

سیٹھہٕ سٕندِس ذہنَس منز یوسہٕ خوش ہوٗنی تبدیلی اُخرس پٹھ ہِوان چھےٚ۔ تہٕ سأری ہے کہأنی اَکھ وَلہٕ گٹُن دِوان چھےٚ۔ یہِ تبدیلی چھےٚ ہنگہٕ منگہٕ تہٕ الکہٕ غأبہٕ باسان۔ اَمہِ خأطرٕ اوس سیٹھہٕ سُند کِردار زیادٕ پہَن وُبراوُن ضروٗرتھ۔ تُمی ہٕنز شوعوٗری تہٕ لاشوٗعوٗری کیفیژ ہیکہٕ ہَن تَس وُبراوُنس منز مَدد کٕرتھ۔ ناولکِس منز یوسہٕ گہرأیی تہٕ وُسعت ووٗتلنی گژھہ سو چھنہٕ ووتلیمٕژ۔ حالانکہِ تِم سأری عنأصر أسی أسی مواد س منز موجوٗد ییم اکھ لازوال تخلیق بناونہٕ خأطرٕ کأفی أسی۔

ناولہِ منز یُس ہیوٗمر جایہِ جایہِ موجوٗد چھُ سُہ چھُ فِطری، زوٗدار تہٕ جان معیارُک۔



## ''مُجرِم'' تہٕ ''ہمیٚل''

''مُجرِم'' تہٕ ''ہمیٚل'' ناوَن ہٕنز زٕ ناولہٕ چھےٚ غلام نبی گوہرن لیچھمٕژ۔ مجرم سپٕز ۱۹۶۹ یَس منز چھاپ تہٕ ہمیٚل ۱۹۷۳ یَس منز۔ گوہر صاأب چھُ کأشرِ زبأنی ہُند گوڈنیُک لِکھأری یٔہنز ترٚے اوردٕ ناولہٕ وُنیکھ تام چھاپ سپدٕ مٕژ چھےٚ۔

مُجرم چھےٚ عدالَژ سپنہٕ پیٹھے شوٚرُ سَپدان تہٕ کورٹ سپنہٕ ستی اَنِد واتان۔ احمد اللہ ہَس پیٹھ چھُ یہِ اِلزام زِ تٔمۍ مأر پننۍ کوٗر حاجرٕ زہر دِتھ۔ حاجرٕن مَرن دوہ چھُ ۱۷ اگست ۱۹۶۱ء عدالتی رکارڈن منٛز درٕج۔ یِیمہِ تلہٕ یہِ سَرٕ کھرٕ گرُن مُشکل چھُنہٕ زِ اَمہِ ناوٕلچ مۆلہٕ کَتھ کمہٕ زمانٕچ پأداوار چھےٚ۔ ناولہِ ہِنٛدۍ کردار چھِ وکیلن ہندیو جراہو تہٕ عدالتی کاروأیی ستی نٔنۍ نیران تہٕ وٕیدی سَپدان۔ تہٕ یٔوت یٔوت مقدمہٕ عدالتَس منٛز انجامس کُن لمان چھُ تیٛوت تیٛوت چھِ اہم کردار تہٕ پھاپھلان تہٕ کاڈ کڈان۔ لوور کورٹن چھُ احمد اللہ مُجرم قرار دیُتمت تہٕ ووٚنۍ چھُ کیس ہائی کورٹس منٛز چلان ییٚتہٕ نوٚ سَرٕ اتھ سأری ہے مالس دل وانٛزوُ لگان چھُ تہٕ اُخرس چھُ ہائی کورٹ یہِ کیس سشن عدالتَس واپس سوزان تہٕ تتھ ہبدایتھ دِوان زِ زٕ ژٔنۍ سُلہٕ جُو تہٕ بشیر احمد گرٕھن طلب گرنہٕ تہٕ دوشوٕنی دَربن گرٕھ تِمن جرح گرنُک اجازت دِنہٕ یُن۔ اَتھن چھُ مُقدمہٕ لرِ پھرُن دِوان تہٕ اصل اول وانگُن چھُ نوٚن نیران۔ احمد اللہ چھُ باعزت برٕی گرنہٕ یوان۔ تکیازِ کتھ چھےٚ ٹاکارٕ پأٹھی نٔنۍ سَپدان زِ حاجرن چھےٚ گگر دوا کھیتھ خودکشی گرٕمٕژ آسان۔ وجہ چھُ یہِ زِ تَس چھُ ہمسایہٕ لرٔکس بشیر احمدس ستی محبتھ آسان۔ بشیر احمد چھُ اکِہ امیر گرُک لرٔکہٕ آسان تہٕ اَکھ بوٚڈ افسر بنان۔ دۆن گرن ہنٛزٕ حٔیژ منٛز سبٹھاہ فرق آسنہٕ موٗجوٗب چھِ نوبَت چھےٚ خودکشی پیٹھ واتان۔ بشیر احمدس تہٕ چھُ حاجرس ستی محبت۔ سُہ تہٕ چھُ بوٚسید رسمن تہٕ رِواجن خلاف۔ مگر سُہ چھُنہٕ بغاوَت ہبکان گرٕتھ۔ یِیمٕک وٕتش حاجرٕ چھَس دِوان۔ سو چھَس أکِس چِٹھِ منٛز لیکھان:

''میٲنہٕ جوٲنی تہٕ زِندگی، یاوٕنس تہٕ لوکچارس تہٕ آشٕنن تہٕ وومیزن چھِ نامور تہٕ تجربہٕ کار مٔنزِم یاربن اَتھِ بۄلی بیاونہٕ یوان۔ تیٚمی ہٕنز بۄلی تھدِ سۓ ہیکہٕ میانِن لاوبن ارمانن مٔلی ہیتھ...... لہٰذا کڈِ زِ ذہنہٕ منزٕ میون خیال۔ اَچھو منزٕ میون تصور تہٕ دِلہٕ منزٕ میون ناو۔ تم لوکچارکی مِیٹھی تہٕ موٚدرٕ خاب مٔشراو۔ میون ناو، میون وجوٗد میانٕی شکلہٕ صوٗرتھ تہٕ۔''

''مُجرم'' چھےٚ تتھ سماجی تفاوُت تہٕ نابرابری وُرُن ٹلان۔ یوسہٕ سائنس سماجس منز نوسوٗرکی پاٹھی دوہہ کھوتہٕ دوہہ زوان چھےٚ تہٕ یوسہٕ بیوٚن بیوٚن وٕرگن ہندبن لکُن پامال تہٕ بدحال گران چھےٚ۔ مُقدمہٕ چھُ ژون وٕرِیَن عدالتس منز چلان تہٕ یتِس کالس چھےٚ مُلزم احمد اللہ ہٕنزن اَچھن ہُند گاش تہٕ کوٚٹھین ہُند ہوش ژھوکومُت آسان۔ سانٕی مُروجہ قونوٗن تہٕ اِنصافکی طور طریقہٕ کاٗنتیاہ موٚحدوٗد تہٕ فرسوٗدٕ چھِ تہٕ یِمَن منز سُدھار اَننک کوتاہ ضروٗرتھ چھُ۔ یتہٕ چھُ ناول نِگار سُند اَکھ اہم مقصد روٗدمُت۔ گوہر صاٮ۪ب چھِ عدالتی ماحول پاٲدٕ کرنس منز سبٹھاہ کامیاب روٗدیمتی۔ شاید اوٚکنہٕ تہٕ زِ سُہ چھُ پانہٕ جج۔ مُجرم چھےٚ موضوٗ تہٕ ٹیکنیک کہٕ اعتبارٕ پننہٕ انداز چ اَکھ ناول۔ مگر کینٛہہ وٮ۪چھِ خامیہٕ روزنہٕ موٚجوٗب چھُ اَتھ اند ربٹھ روٗدمُت۔ پَرن واٲلس چھُ گوڈٕ پیٹھے یہ فِکری ترٲن زِ احمد اللہ چھُ بے گوناہ تہٕ اَخرس سپد سُہ برٕی۔ واقاتن چھُ غاٗر ضروٗری طوٗل دِنہٕ آمُت۔ وٕکیل صاٮ۪بن اَکِہ دوہہٕ مُلزِم سُند گرٕ گرٕژھن تہٕ تتہٕ دوٗنٛرٕھ دِتھ کینٛہہ اہم کاغذ حاصِل کرٕنی چھےٚ محض کیس زیٚنٛنچ اَکھ مجبوٗری باسان۔ بشہٕ لالُن تہٕ حاجرٕن محبت چھُ بناوٹی باسان۔ تِہنزٕ لولہٕ وٕچھِ چھےٚ حقیقی جذباتو روٗس محض

آرأیشی لفظو تہٕ لکچر بازی ہتی بُرتھ۔ محبتہٕ کِس اِظہارس منز چھُ گوہر صاب ناکام روٗدمُت۔ گوہر صابس چھُ شاعری کرنک تہٕ مختلف شأیرن ہُند کلام بوزناوُنک سیٹھاہ شوق۔ تہٕ یِمو روٗس تہٕ ہیکہِ بیشتر جایَن کأم اَنٛدِتھ۔ باسان چھُ یِم شار چھِ ہٹہٕ مٹہٕ اَتھ منز ٹھونٛسہٕ آمتی۔ ناوِل ہٕندی تِم حِصہٕ چھِ پزی شاندار ییم عدالتی کاروأیی ہتی توٗلُق تھاوان چھِ۔

"دمیٖل" چھےٚ گوہر صأبٕنۍ بیاکھ ناول۔ یہ چھےٚ نفسِیأتی انداز چ تخلیق۔ اَمِچ زبان چھےٚ اَدب لطیفچ زبان۔ مُصنِفن چھُ یِیمہِ ناولہِ ہنٛز ییٚنٛز وونہٕ باپَتھ اختر صأبٕنۍ پأٹھی توصیفی طریقہٕ پانہٕ نووُمت۔ لِکھأری چھُ کمہٕ کاس اَکِس مورخہٕ ہٕندی پأٹھی تمام واقات خأرجی حالات، مختلف حأری ثات، کِردارَن ہنٛزٕ کیفیژ تہٕ تِہُنٛد ذہنی سوچ شوٗرِ پیٹھہٕ اَخرس تام وَکھہِ ناوان۔ ناولیٹک کنواس چھُ سیٹھاہ ژھوٚٹ تہٕ موٚختصر۔ "دمیٖل" چھےٚ دَراصل خوجہٕ عزیز دین شاہ (کوچھِ باغُک اکھ بوٚڈ کوچھِ وول) ہنٛزٕ کور محموٗدٕنی تہٕ امین صأب (اکھ بوٚڈ سرکأری افسر یُس آے،اے،ایس سٔروِسِ منز چھُ) ہٕندِس لڑکہٕ جلیل ہنٛز داستان۔ یِم دۄشوَے چھِ اَکھ اَکی ہٕندِس لوٗلَس منز گرفتار سپدان۔ تہٕ اَخرس یِیلہِ کھانٛدر سپدان چھُ۔ محموٗدٕ چھےٚ موٚحسوٗس گران زِ جلیل چھُ نامرٕد۔ قِصہٕ چھُ عدالتس پیٹھ پوان تہٕ چھیکرس چھِ پروفیسر موتی لال تہٕ تٔمی ہنٛز آشینٛز مینا اَتھ نفسیأتی مَسلس کھر کڈان تہٕ بأژن دون چھےٚ میٖل سپدان۔ موتی لعل چھُ [illegible] ن دوست تہٕ مینا چھےٚ محموٗدٕنی وبس۔ مَسلہٕ چھُ دَراصل یہ زِ محموٗدِ یِیمہِ آیہ عشقس چھےٚ دِچھان۔ جلیل چھُنہٕ اتھ تٔمہِ آیہ دِچھان۔ محمود نہٕ نظرِ منز چھُ عشق اَکھ روٗمأنی مستی تہٕ

اَمہِ مُستی مَنز سوٗکوٗن ژھارِنچ قاۂیل۔ جلیل چھُ اکھ ترٛیشہِ ہوٚت یُس پَنٛس موٚدرِس ناگَس تھَلہِ تھَلہِ وُچھنہٕ باپَتھ مُضطرِب چھُ، محموٗدٕ چھےٚ دوٗ دسہٕ لُدِنی یوسہٕ یہٕ ناگ کیٛاہ سوٗرے سئدِر اَکھ گزوٹھ دِتھ خوشک کرُن یژھان چھےٚ۔ موتی لال لعل چھُ اُخرس جلیلس سمجھاوان زِ حُسن تہٕ یاوُن چھِ یتیمہِ بُتہٕ رأژ ہِندی زِ ٹأٹھی خزانہٕ تہٕ یَمن خزانَن یُس رأچھ کرِتھ روزِ سُہ چھُ شاہ مار تہٕ یُس وَرتاوِ سُہ چھُ پزی پأٹھی عاشق۔ بمناتہٕ موتی چھےٚ اَکھ سانگ بامَل اُنتھ جلیل ہِندِ بن مردانہٕ قوٗتن وُتش دِوان تہٕ محموٗدس تہٕ جلیلس چھُ میُل سَپدان۔

ناول چھےٚ تتھ موڑس تام زبر پأٹھی پکان یوٚتتھ تامتھ محموٗدس تہٕ جلیلس چھُ کھاندر سَپدان۔ اَمہِ پتہٕ یِم اُتار چڑھاو یِوان چھِ تِم چھِنہٕ جان پأٹھی develop کرنہٕ آمٕتی۔ مُصنِف چھُ یِمَے لانٛپہِ ہشہِ مینان تہٕ کردار develop کرنہٕ بجاے یِم وُسنَس کُن لگان۔ یوٚہے وَجہ چھُ زِ یہٕ تخلیق چھِنہٕ سو تاثُر ہیکان ووتلأوِتھ یُس مُدا اوس۔ ناول نِگار ہِندِس ذہنَس پیٹھ چھُ عام ہِندستانی فِلمن ہُند نوٚن تہٕ ٹاکارٕ اَثر باسان۔ محموٗدُن تہٕ جلیل سُند اکھ اَکس قریب یُن۔ دوشوٕنی ہُند شاعِر بنُن تہٕ کالجہِ کین مُشاعِرن مَنز حِصہٕ ہیُن۔ لڑکن نِش بے وایہ داد حاصِل کرُن۔ جلیلس روٗدس مَنز محموٗدٕنی لِفٹ دِنی تہٕ ڈرائیور ہِندِ یکدم موڑ ژٹنہٕ ستی تِم اکھ اَکس پیٹھ لاینہٕ تِنہٕ۔ یِم سأری چھِ سَستہٕ ہُندستانی فِلمن ہِندی سین۔ گوہر صأبُن نثر یوسہٕ پھُلے یتھ ناولٹس مَنز ہاوان چھُ سُہ چھُ خوش کرُن۔ زبان چھےٚ وُشنہٕ۔ پھنب پھوٚت ہش۔ اَتھ مَنز چھُ فلسفیانہٕ طرز سوچ تہِ موٗجوٗد تہٕ طنزِچ حسین مِلہٕ مِش تہِ۔ مگر واریاہ جایہِ

چھےٚ ترٛٹھ تہٕ ییٚتھِن غارٕ ضرۅری الفاظِیت وٕتِھتھ یِوان چھےٚ۔ حسین ترکیبو، بنٛدشو تہٕ محاورو سٟتۍ زبأنۍ کِلٹ کرٛنۍ تہٕ غاز مِلُن چھُ کُنہِ حدس تام شۆبان ییٚلہِ یہِ جذبہٕ فطری سرحدو نبر نیران چھُ لفظ چھِ پھرٛا لفظ باسان۔ جذباتو رۆس بے شۆب تہٕ بے زُو۔ مثلن یمہِ کینٛہہ سطرٕ وُچھو۔

''...... کلامکہٕ یِرادِ کی ہٕبض اُسی ہا نیمتی۔ محمۆدٕ ژایہِ گرٛبکہٕ وِنہٕ تلہٕ کرٛایہِ تلنہٕ آمرٕ واُلنٛجہٕ کھونٹ ہش بیمار تہٕ مُضطرِب قدمو......''

گوہر صأب ییٚمہِ آیہِ جلیٚلِن خولہٕ خط وبرٛھناوان چھُ سُہ چھُنہٕ ہرگز اُکس مرٛد سُنٛد خولہٕ خط باسان۔ بٔلکہِ اُکس لڑکی ہُنٛد۔ وجہ چھُ اَمی کِلٹ سأزی ہُنٛد یتھ اندر رنہٕ مُصنِفس یہِ خیال تہٕ روزان چھُ زِ سُہ چھا حسین لفظ جماہ کران کِنہٕ کأنسہِ ہُنٛد حُسن بیان کران۔ کینٛہہ سطرٕ وُچھو:

''یمہٕ مسحراب بُمہٕ، یہِ اُلفہٕ قد اُویُل تہٕ زأویُل کمر، یہِ نستہٕ خنٛجر، گولاب ٹۆر ہیوٚ پھولہٕ وُن چونٹھ۔ شوراب برٛی برٛی یُمبرزٕلی اَچھ بناوان وِز، گُنٛجی تہٕ پۆرٕ فُرصتھ اُسمرٕ...... اُمس ژۆدواہ وُہرس موصۆمہ ہشز چال تہٕ ڈال تۆلِتھ تہٕ، سیٚفتھ قدم تُلنٛی تہٕ ترٛاوٕنی۔ رُمہٕ اُوی جن بمن ہنٛزٕ تُلہٕ ترٛاو تہٕ حیا برٛژٕ نۆمرِتھ اَچھ نہٕ آسہٕ اُہندِ ذاتک بڈٕبن تہٕ لوکٹن اکھ عجیب اَتر پأدٕ کران۔ ہر کانٛہہ اوس اُمس تھلہِ تھلہِ وُچھتھ تہٕ بییو وُچھن یرٛھان تہٕ وُچھنٛج ترٛلیش اُس نہٕ ہمان......''

تاہم گوہر صأب نہٕ یمہٕ دۆشوٕے کوٗششہٕ مُجرِم تہٕ مٔیل چھُ یہِ کتھ وِیز کران زِ تٔمی چھُ ناول نویسی ہُنٛد فن سنٛجیدگی سان نِیوٗمُت۔ تہٕ سُہ چھُ اِرتقأیی منٛزِل ژھنٛڈان بزونہہ کُن ڈوچرٕ ڈوچرٕ دِوان۔

# اَکھ دور

بنسی زردوشنی ناول ''اَکھ دور'' سپز ۱۹۷۴ ، یس منز چھاپ۔ یہ چھے تمہِ دورِچ اَکھ تصویر پیش کران یییلہِ کشیرِ پیٹھ اُخری ڈوگرِ پادشہن ہُند راج اوس تہٕ اَکھ جاگیر دارانہٕ سماج بارسس اوس۔ ناولبٹ پرِتھ چھِہ اَمہِ دورِکی کینہہ انہار ویدی سپدان۔ گہےٚ نٔز پاٹھی گہے ورگہٕ پاٹھی۔ یہِ چھےٚ مُلہِ تلہٕ تمن اُڈن ہنز کہانی پیش کران یینہٕ زنانن ہنز صمت فروشی سپدان چھےٚ۔ یہِ چھےٚ تمن اِنسانن ہنز کہانی یم اَتھ کارِ بارس ستی وابستہٕ چھِہ تہٕ تم یم یمن اُڈن ہندی ناز بردار چھِہ۔ کشیرِ منز اُس نہٕ اَتھ سیاہ کارس پیٹھ تمن دوہن کانہہ پابندی۔ جایہِ جایہِ اُسی یتھی وان وُری بدبو پیٹھ چلان یمن منز تاشوان ماسِم بیترِ زیادٕ دے پہن بدنام اُسی۔ اَمہِ ناولبُک خاص اَکھ گون یُس خوش گران چھُ سُہ چھُ یہِ زِ مُصنِف چھُ یہِ جذباتہٕ بۄر کہانی بلکل Detached طریقس منز پیش گران۔ زبان چھےٚ سرل، ساُدروار تہٕ ابہامہٕ رۄس۔ اَتھ منز چھےٚ تمہِ چانڈِ ہنز صفائی یتھ تاز بتاز گربکھ تاُر ہز آسہِ۔

نکینہٕ چھےٚ بنڈپۄری علاقچ اَکھ غریب گرہسی کۄر۔ سو چھےٚ سبٹھےٚ شکیل۔ تمُ سُند مول دین محمد چھُ ٹی، بی بیمارِ ہُند شِکار۔ یییلہِ نہٕ تس مقامی یلاجہِ ستی کانہہ فرق چھےٚ سپدان سُہ چھُ شہر درٕ وجن رکس مِشن ہسپتالس منز ڈاکٹرن پان ہاوِنہِ یوان۔ تس چھُ اُتھی زیرِ علاج روزُن پیوان۔ مگر اُچھ چھس نکینیے کُن درس روزان۔ حالانکہِ تس چھےٚ پۄرِ پرِٛتھ زِ گامس منز چھُ سُہ ہوا نوا

موٗجوٗد ییمہِ کنٛز نہٕ تَس کانٛہہ پرواے چھُ۔ ییٚلہِ دہن محمدس کیشٕون ریٚتن ہسپتالَس منٛز اِن ڈور چھُ پیٚوان روزُن۔ کورِ ہُنٛد لول چھُ یِوان بر بٔگہٕ سو چھےٚ گامَس زِپھ گرِتھ بنٛڈپورِ پیٹھ شہر مائلِ سُنٛد حال وُچھنہٕ یِوان۔ مگر وَخ چھُ آسان شام ییمہِ کنٛز نہٕ ہسپتالس منٛز مائلِس سمکھنُک اِجازتھ چھُس میلان۔ سو چھےٚ نزدیکے اُستانَس منٛز راتھ گذاران۔ اُستانَس منٛز چھُ تَس اَکھ وژال صدیق جوٗ سمکھان۔ یُس تس دوٗیمہِ دوہ وُلہِ واُلتھ گوٗڈ طوطن گرِ تہٕ پتہٕ فتح کٔدلہِ ہِکس اُکس اَڈٕس پیٹھ واتہٕ ناوان چھُ۔ طوطہٕ چھےٚ اکھ تجربہٕ کار زنانہٕ یوٚسہٕ ییٚمن بدکار اَڈن ستیٚ وابستہٕ چھےٚ ۔ سو چھےٚ موسیقی پیٹھ جان دسترس تھاوان۔ نگینہٕ چھےٚ اَمہِ اَڈٕ منٛز ژٕلنچ وارِیاہ کوٗشِش کران مگر اندٕ ان چھُس نہٕ کینٛہہ۔ اَتھ اڈٕس پیٹھ چھےٚ تَس گمہٕ حسین تہٕ دُردانہٕ ہشہِ زنانہٕ سمکھان یِہنٛدی ناوشادٕ، سارٕ، جینہٕ ہیٚترٕ چھہِ۔ ییمہٕ گاٗہکن گژاکن دوہ وِژ راٗضی گران چھےٚ۔ کیشٕون مستقِل گژاکن منٛز چھُ مہاراج گنٛج اکھ رٔیِس باپاٗری بلبدر تہٕ شاٗمِل۔ تَس چھُ موسیقی ہُنٛد چُسکہٕ تہٕ اوٚے چھُ اورٕ یِوان۔ طوطس چھُ یہٕ کانہِ زَن کیٚل زِ تمہِ واُلی کم کم ناوٕ مگر یہٕ بلبدر لوٗگنہٕ زانٛہہ بدلہِ کارَن۔ نگینہٕ یتھے اور واتان چھےٚ طوطہٕ چھِہ اَوٕ کنٛز خوش سَپدان زِ بلبدر پھوٚس ووٚنی زاُلس منٛز۔ تہٕ یی چھُ سَپدان۔ بلبدرس چھُ نگینہٕ وُچھتھے پنُن سوٗرے ایمان راوان۔ سُہ چھُ صدیق جوٗس پرٛتھ ریتہٕ ۳۰۰ روپیہٕ ماہوار دِوان تہٕ شرط چھُ یہٕ روزان زِ نگینہٕ ییہٕ نہٕ بیٚیہِ کاٗنسہِ گژاکس پیش کرنہٕ۔ بلبدر چھُ ووٚنی دوہہ کھوتہٕ دوہہ نگینہٕ نہٕ مایہٕ ولنہٕ یِوان۔ تس چھُ گرٕ بار تہٕ کارٕ بار مُشتھ گوٚمت۔ ستیٚ پنٕنی آشِنۍ راجہِ رینٛی تہٕ۔ نگینہٕ

چھُ گوبہٕ کھور روزان۔ تہٕ یہ چھُ کلایمکس۔ سوال چھُ پأدٕ سَپدان زِ بلبدر چھا بچس پٔنٕن شُر تسلیم کَرنہٕ خأطرٕ تیار؟ سوال چھُ یہ زِ ییلہٕ رازس فاش سَپدِ سُہ کُس بُتھ دِیہٕ عامَس تہٕ خاصَن؟ سُہ چھُ أکس وولہٕ ہرشہٕ مَنز یِوان۔ بلبدر چھُ ننہٕ وانہٕ نگینَس پٔنٕن آشنٕی تسلیم کَران۔ سُہ چھُ سأری، کارٕ بارَس لتھ دِوان تہٕ اسلام قوبوٗل کٔرتھ أمی سٕتی زِندگی بسر کران۔ نگینہٕ، طوطہٕ، صدیق جُو، دیٖن محمد، شاہٕ سارٕ کردارن علاوٕ چھِ بیٚیہٕ کینٛہہ اہم کردار غنی جو (بلبدرُن نوکر)، دھنہٕ وتی (اکھ مونڈ یَس یہ ہانٛژ چھِ زِ سو چھےٚ غنی جوس سٕتی پھٔسِتھ)، گنہٕ جوٗ (اکھ بٹہٕ چکدار)، بیٚترٕ ناولہٕ ہنٛدِس کنواسس مَنز درٕنٛٹھی یِوان۔

''اکھ دور'' ناو بوٗزِتھ یوسہٕ وُسعت تہٕ کُشادِگی ذہنَس مَنز جاے چھےٚ لبان۔ سو چھنہٕ اَتھ ناولیٹس مَنز پأدٕ سپدِمٕژ۔ اَفسانکی پأٹھی چھُ یہ تخلیق اَمہٕ دورُک محض اکھ سلایس پیش کران۔ ناولیٹس مَنز چھنہٕ کردارَن ہُند دأخلی ردٕ عمل تیتھ پأٹھی دُبراونہٕ آمُت۔ ییتھ پأٹھی آسُن گوٚژھ۔ زردوش چھُ خأرجیتک زیادٕ سہارٕ نِوان۔ اَوے چھنہٕ اتھ مَنز سو شِدت پأدٕ سپدِمٕژ یوسہٕ آسٕنۍ گژھ۔ مُصنِفن چھُ کیٖنژن اہم موڑن پیٹھ پٔنٕن اتھ یہ ڈٔلِ زِ تہٕ بوٗزی تھےٚ تلمُت۔ ییمہٕ رٕنٛز (کشمکش) conflict چھنہٕ وُبرِتھ ہیوٚکمُت۔ عصمت فروشی تہٕ طوأیفن (Prostitution) ہُند یُس انسٹیوشن جاگیرٕ دارانہٕ سماجس مَنز مُروجہ اوس۔ اتھ أسی کٕتی پہلو۔ لِکھأری چھنہٕ ییمن بدکار اَڈن ہُند خاص ماحول زبر پأٹھی دیٛدن تل أنتھ ہیوٚکمُت۔ ییمَن اَڈن ہٕنٛدی آداب طور طریقہٕ۔ موسیقی ہٕنٛزن محفلن ہُند خاص رَنٛگ، درٛال تہٕ جاگیردار، مختلف اڈن ہنٛزٕ پانہٕ وأنی تارٕ کانٛجہٕ ییمہٕ کشیرٕ

پٹھ لوہوٗر، پیشوٗوُر، راول پِنڈِہ، اَمرتسر بیترِ جایَن واَہرِتھ آسہٕ۔ غرض تتھین کرِشہَن چیزن ہنٛز اُس گنجاٗیش موجوٗد مگر یمن کُن چھُنہٕ مُصنِفس نظر پلان۔ محض سطحی طور چھےٚ کینٛہہ کتھہٕ بڈونٹھ کُن یِوان۔ بلبدر، نگینہٕ، طوطہٕ، سارٕ، شادٕ، صدیق جُو۔ یِم ساری کردار ہیکہٕ ہَن کاشرِ اَدبکۍ زِندٕ تہٕ پوٚشِوٚنی کردار بنِتھ تِکیاز یِمَن منٛز چھےٚ سو توژھ تہٕ لچک یوسہٕ اَدبی کردارَن منٛز آسنۍ گژھہ۔ مگر یِم ساری چھِ اَڈٕ پھوٚلی خام یا نیم پوٚختہٕ روٗدۍمتۍ۔ کانٛہہ اکھ چھُنہٕ پوٗرٕ پاٹھۍ پھاپھلیوٗمُت۔ اَوے چھِ یِم ساری اکھ ہلکہٕ تاثُر تراوان تہٕ بَس۔

بنسی زردوشن چھےٚ بیاکھ اَکھ ناول تہٕ کاشرِس منٛز لیچھمژ یمیُک ناو "موکجار" چھُ۔ مگر یہ چھُنہٕ وُنہِ چھاپ سپدمُت۔ وومید چھےٚ یہ آسہِ اکھ مارٕ منٛز ناول۔ اکہِ دورٕ کھوتہٕ کتِہ کور بڈونٛہہ دزامژ۔ زلنہِ دٕے اتھ مسوَدس کیاہ سپُد تہٕ کتہِ چھُ؟



## تژیش تہٕ ترپن

"تژیش تہٕ ترپن" چھےٚ امر مالموہی ہنٛز کاشُر ناول۔ امی ستۍ گَر اُمی اَدبی حلقن منٛز پَنٕنۍ زان۔ اتھ منٛز چھےٚ تمن غلط رُجحانَن مثلَن رشوت خوٗری، جنسی بے راہ روی، سیاسی مصلحت پسندی بیترِ چیزن ہنٛز عکاسی کرنہٕ آمژ یِمہٕ سائنس سماجس تہٕ مُلکس منٛز عوامی راج پھولنس پھبنس ستۍ ووتلِتھ آیہٕ۔ ناولِ ہُند موضوٗع چھُ حقیقتن پی۔ یَس یقیِنَن اکھ اَہم موضوٗع چھُ مگر مُصنِفن چھُنہٕ ٹیکنیکہِ ہنٛز جان شود بود۔ واقاتن منٛز یُس منطقی تسلسل تہٕ فن کارانہٕ ربطہ آسُن

گوٚژھ سُہ چھُنہٕ نظرِ یِوان۔ کانٛہہ کِردار چھُنہٕ وۄتلیمُت۔ عوٲمی رانٛچ یوسہٕ دِے تہٕ ژکھ لِکھاٗرِس بنٛدن بنٛدن تیٚلان چھےٚ تِچ باوَتھ چھُنہٕ شوٗبہٕ دار پاٹھۍ سپدِمٕژ۔ کانٛہہ کتھ چھُنہٕ واقاتو منٛز وُبران ئِلۍ کہِ چھِ یم چھرا سٹیٹمینٹ باسان۔ امر صاٗبَس چھُ اکھ عجیب عادتھا نال وٕلتھ لبنہٕ یِوان۔ سُہ گو یہِ زِ سُہ ییٚتہٕ پنٛز شار گِھے ہنٛگہٕ منٛگہٕ ٹھُکان چھُ تتہٕ چھُ دۄیمین شاعرن ہنٛدی شار تہٕ استعمال کران۔ غاٗر فِطری واقات تہٕ مکالمہٕ چھِ جایہِ جایہِ درٛینٛٹھۍ یِوان۔ امر صاٗبَن یُس گٹہٕ زۄل نِشاط باغس منٛز محض امہٕ خاطرٕ تلُمُت چھُ زِ رویندر (ہیرو) گوٚژھ اَکِس جوان لڑکی سمکھُن سُہ چھُ اَسنَس لایَق۔ امر صاٗب چھِ یہِ کتھ مُشراوان زِ نِشاط باغ چھُ اکھ مُغلٕکا باغ یُتھ تواٗریخی اہمیت حاصِل چھےٚ۔ یوٚ دوَے یُتھ ہیٚو گٹہٕ زۄل  ، اتہِ وۄتھِ سُہ بنہٕ بذاتِ خود اکھ تواٗریخی واقہٕ۔ بہرحال یہِ ناول چھےٚ اَکِس نوٚس اۄدیب سنٛز گوڈنٛچ ناول۔ اَسی تھاوَو آش زِ سُہ تھاوِ پنٛن اَدبی سفر جاٗری یتھ تمۍ دَس تُلُمُت چھُ۔

☆

## زٕ اَہَم تجرُبہٕ

کاشُرِ ناول مقبوٗل بناونہٕ باپتھ کٔری ریڈیو کشیرِ سری نگرن زٕ اَہَم تجرُبہٕ۔ دۄن ناول نِگارن ہنٛز زٕ نوِ تہٕ تازٕ ناولہٕ آیہٕ سِلسِلہٕ وار نشر کرنہٕ۔ گوڈنٛچ ناول اُس ''پُن تہٕ پاپ'' (پوٗنۍ تہٕ پاپ) تہٕ دۄیم ''دشین تہٕ وتہٕ پوٚدٕ''۔ ناول نِگار چھِ غُلام نبی گوہر تہٕ پٕژان کِشور۔ غُلام نبی گوہر اَسی برٛونٛہہ پیٚٹھے ناوَل

نِگاًری ہنٛدِس فنس پوچھر دِنٛس منٛز مصرُوف۔ لہٰذا آو یِمنٛے درخواست کرنہٕ تم لیکھن ریڈیو باپتھ اکھ ناول یوسہٕ کیٚنژٕس کالس سِلسِلہٕ وار قِسطس منٛز نشر سپدِ۔ تمیٚ کوٚر یہِ چلینج قبوٗل تہٕ ریڈیو سپُد اتھ تجربس منٛز کامیاب۔ اَمہِ پتہٕ روٗدس بہٕ اَکِسے اَکِسے ونان زِ تم لیکھن بیاکھ ناوَل یوسہٕ ریڈیو پیٹھہٕ نشر سپدِتھ ہیکہِ۔ مگر کانٛہہ پوٚک نہٕ بزوٗنہہ۔ کینٛہہ کالا گژھِتھ آو اکھ دوہ یُس ییلہِ میٲنۍ ہمسفر پژان کِشورن مے بزوٗنہہ کنہِ ٹیلس پیٹھ مُکمل ناول ''دشین تہٕ وَتہٕ پوٚد'' تژاَو۔ بہٕ سپدُس واریاہ حاَران۔ تِکیازِ پژان کِشورن ناو چھُ ڈراماہَن ہنٛزِ ہدایت کاًری تہٕ اداکاری سِتۍ وابستہٕ۔ یِہنٛز یہِ ادا آیہِ مےٚ سبٹھاہ خوش۔ مےٚ پٕر یہِ ساٲرے ناول گوڈٕ پیٹھہٕ لندس تام۔ تہٕ یہِ سِلسِلہٕ وار نشر کرنک آو فاًصلہٕ کرنہٕ۔ ''دشین تہٕ وتہٕ پوٚد'' چھےٚ پژان کِشورٕنۍ گوڈنِچ ناوَل یوسہٕ گُجربن ہنٛز مخصُوص زِندگی، لسنَس بسنَس تہٕ ماحولس سِتۍ وابستہٕ چھےٚ۔ پژان جی اَسۍ امہِ بزوٗنہہ جموں کشمیر کِنہ بیشتر گُجربن علاقن تژبن ژون رتبن پھیرِتھ آمتۍ۔ کِردار چھِ کہاٗنۍ ہنٛز رزِ منٛز مالہِ پھلین ہنٛدی پاٹھۍ پننٛز گٕشش تہٕ چمک ہتھ وُبران۔ یِم ذہنَس پیٹھ اکھ خاص اثر تژاوان چھِ۔ امہِ بزوٗنہہ کینٛہہ وٕری اَس صوٗفی محی الدین (جرنلسٹن) تہٕ اکھ کاٗشرِ ناول گُجربن مُتلق لیچھمُت۔ امہِ ناولہِ ہنٛدی کینٛہہ حِصہٕ چھِ مےٚ اَکِس اَدبی میٹنگہِ منٛز بوٗزِمتۍ۔ مگر یہِ سپُز نہٕ ازتام چھاپ۔ گوہر صاًبن یوسہٕ ناول ''پُن تہٕ پاپ'' لیچھمُت چھےٚ سو چھےٚ کاٗشربن ہنٛز سماٗجی، اِقتصاًدی تہٕ نفسیاٗتی زِندگی ہنٛدی واریاہ کوٗنٛج گاشراوان۔ یہِ چھےٚ تمیٚ سنٛز ناول نِگاٗری ہنٛدِس فنس اکھ نوٚو تژاے بخشان۔ گوہر صاًبنٛز تہٕ پژان جی سنٛز ناولہِ چھےٚ

تمہِ کأشرِ ناولہِ یمن قومی اعزاز حاصِل سپد یُس ساہتیہ اکادمی پڑتھ وُری مختلف زبانَن ہِندبن لِکھاربن بہترین کِتابہِ لیکھنہِ خأطرِ دِوان چھے۔

ضرؤرتھ چھُ یِیمہِ کتھِ ہُند زِ تِتھی تجرُبہٕ روزن ریڈیو پیٹھ برابر سپدان۔ یِتھ لچھِ بٔڈی لُکھ نہٕ صرِف یِکہِ وٹہٕ محظوظ تہٕ مستفید سپدن بلکہ میلہِ ناول نِگأری ہِندِس فنس پوٗٹھنگ تہٕ پھبنگ زیادٕ زیادٕ موقہٕ میسر۔ یِم دوشوٕے تجرُبہٕ رؤدی واریاہ کامیاب۔ یِمن دوشوٕنی ناولن تہٕ امہِ قسمہِ کِمن تجرُبن پیٹھ چھے واریاہ کینٛہہ وننچ تہٕ لیکھنچ گُنجأیش موجوٗد۔ بہرحال گوہر تہٕ پڑان کِشور چھِ ناول نِگأری ہِندِس فنس پوچھر دِنَس منٛز از تہٕ برابر مصرؤف۔ ووٚمید چھے یِہنٛز نوِ تہٕ تازٕ بہٕ تازٕ ناولہِ ییٚن جلدٕے مارکس منٛز۔



## 1990ہٕ پیٹھہٕ ازتام

بشر بشیر تہٕ چمن لعل ہکھوٗ چھِ تِم زٕ لِکھأری یِم یِتھ وقتس دوران نٔو وزایہِ۔ دوشوٕنی منٛز چھے تِمہِ زِتنہِ موٗجوٗد یِمہِ وولہٕ سنٛس اَنان چھے۔ یِمہِ ناول نِگأری ہِندِس فنس پوچھر دِنہِ باپتھ اکھ رُت شگوٗن چھے۔ دوشہِ وُنی چھُ پٔنٛن سوٗن مُشاہدٕ، پٔنٛن ذہینی وُپھ وار، زبأنی پیٹھ عبوٗر تہٕ تِم گون موٗجوٗد یِم اُکس پتھِس لِکھأرِس آسنی گژھن۔

بشرنی اکھ ناوَل چھے ”داستانِ اُمیر جان“ (1997)۔ امیُک مرکزی کِردار چھُ امیر جان۔ تِمی سُند اصل ناو شاہد یُس ٹام تہٕ ونان چھِ۔ یہٕ چھُ

یونیورسٹی ہُنٛد طالبِ علم یُس پننین دوستن مَنٛز منفرد مزاز تہٕ اطوار تھاوان چھُ۔ رہتہٕ کالہٕ چن چھُٹی یَن مَنٛز چھُ امیر جان پننین کیمپٔون دوستن یمن مَنٛز ظہور، رشید، نثار، شاد بیترِ شامل چھِ کوثر ناگ ہائکنگ پیٹھ گرٛھتھ سورٕے اَندٕ پکھ علاقہٕ ژھنڈٕ نُک فاصلہٕ کران۔ یمن مَنٛز اہربل، کونگ وٹن ہشہٕ جایہٕ شامل چھِ۔ یپارٕ گُجری ڈوکہٕ تہٕ بستی یہٕ جایہٕ جایہٕ درٛینٹھی یِوان چھےٚ۔ یمن مَنٛز زٕ گُجری کورِ ایشا تہٕ مینشا، زٕ گُجری لڑکہٕ واشو تہٕ باشو تہٕ بیٚیہٕ کینٛہہ کردار یمن مَنٛز بخناوار خاص چھُ ناولِ ہنٛدِس سبتھرس پیٹھ نموٗدار سپدان۔ امیر جانس چھُ ایشایہٕ ستی جذباتی لگاو ووتلان یتھ بژونہہ پکناوُنس مَنٛز دوٗیم کردار پنُن حصہٕ ادا کران چھِ۔ ناولہٕ ہُنٛد گوڈٕ حصہٕ چھُ زبر پاٹھی پھاپھلان تہٕ پرن والین ہنٛز دِلچسپی چھےٚ گنان۔ مگر لِکھاری چھنہٕ یہٕ زیادٕ کالس برقرار تھاوُنس مَنٛز کامیاب رُودمُت۔ چھیکرس چھُ ایشا، باشو تہٕ امیرجان عجیب حالاتن مَنٛز پننہٕ زُو جانہٕ نشہٕ اتھ چھلان۔ مگر تاجب چھُ یہٕ زِ پرن والِس ہنٛدِس تلہٕ ژٕتس تہٕ چھنہٕ کشُن یِوان۔ یہٕ چھُ لِکھاری ہنٛز فنکارانہٕ شود بود ہنٛز کمی ظاہر کران۔ مجموعی طور ناول چھنہٕ سو اثر ترٛاوِتھ ہیکان یوسہٕ ترٛاوِنی گژھہ۔ داستان ونہٕ نَس تہٕ ناول لیکھنَس مَنٛز چھےٚ واریاہ فرق۔ اَمی تہٕ چھُ اتھ دوٗلتہٕ اوٗنمُت۔

پرویز دیوان چھُ حچہٕ خوتونہٕ ہنٛز ذِکر گران بشیر بشرنہٕ دوٗیمہٕ ناولِ "طلسمی حقیقت" (Magic Realism) اندازِ بیانک ناو دِتھ تَس سلمان رُشدی یَس قریب اَنان تِکیازِ یتھ اندازِ بیان چھُ رُشدی نے دٕری یافت تہٕ مُروج کوٚرمُت۔ پرویز صاب چھِ ژھکی۔ نہٕ چھِ کاشُر بولان تہٕ نہٕ یہٕ پرٛتھ ہیکان۔

اتھ پوٚت منظرس منٛز ہکہِ کانٛہہ تہِ پأنٛ پانہٕ بدِ کڈِتھ یہِ رائے کأژاہ چھےٚ وزن دار۔ یُٗزمژن کتھن پیٹھ فأصلہٕ دیُن چھُ نامُنأسِب۔ بے شک حبہٕ خوتوٗن چھُ اکھ سُہ موضوٗ یتھ پیٹھ اکھ شاندار ناول ہکہِ تھٔنہٕ پتھ۔ مگر امہِ خأطرٕ یوسہٕ توژھ، شودبود تہٕ فنی زأوی جارن ہنٛز زانکأری ناول نِگارس آسٕنۍ گژھہ۔ سو چھےٚ غأب۔

بہرحال بشر بشیرؔ چھِ تمن سارِنے ناول نِگارن منٛز کوٚنس یمو ازتام اتھ صِنفہِ منٛز عملن اتھِ تژ وو۔ وومید ے أمۍ سُندفن لبہِ ینہٕ والین ؤری ین منٛز یاوری ییٚمہِ خأطرٕ ڈاڈ تہٕ صبرس ستی ژ ٹیکنیک ہنٛز بھرپوٗر زان ضروٗری چھےٚ۔

چمن لعل ہکھوٗ ہَن گذأری پننہِ زِندگی ہنٛدی بیشتر قیمتی ؤری دوٗردرشن چہِ نوکری منٛز۔ اماپوٚز مرکزی سرکارٕچہِ نوکری نِشہِ ریٹایر سپدِتھ سپُد سُہ تنہٕ مَنہٕ کأشرِ ناولہِ پوچھر دِنس منٛز مصروٗف۔ ”ننگہٕ پتھر“ (2006) تہٕ ”ووستوٚر وَنک بہہ“ (2014) چھےٚ تمہٕ زٕ ناولہٕ یمہٕ ازتام أمۍ لیچھِ۔ یمن دوشوٚنی منٛز چھُ ناول نِگأری ہُند اکھ نوٚ وَرَنگ تہٕ آے لبنہٕ یِوان۔ یُس خوش یُن چھُ۔ ناول نِگارس چھُ پنُن اکھ منفرد اسلوٗب بیان یا سٹایل یُس سبتھاہ پُرکشش تہٕ زوٗدار چھُ۔ ہکھوٗہَس چھےٚ کٔشیرِ ہِندِس سیاستس، توأریخس، نفسیأتس تہٕ ثقافتی انہارن پیٹھ جان نظر۔ سُہ چھُ پننین ناولن ہنٛدی پلاٹ امی موادٕ منٛزٕ بدِ کڈان تہٕ اتھ اکھ خاص شکل تہٕ صوٗرت دِتھ پنُن تخلیقی ویہہ وار ژھانڈِتھ ناوان۔

گوڈنیچ ناول ”ننگہٕ پتھر“ چھےٚ کٔشیرِ منٛز سو تصویر برٛونٛہہ کُن انان یوسہٕ ڈوگرٕ مہاراج پرتاپ سنگھ ہِندِس سورگہٕ واس سپدنہٕ برٛونٛہہ درینٛٹھی یِوان چھےٚ۔ دوٚیمہٕ ناولہِ منٛز چھےٚ ہکھوٗہَس کٔشیرِ منٛز جدوجہد آزأدی وکھنأوہٕ یوسہٕ ڈوٗگرٕ

مہاراج ہری سنگھ سٕنز پادشاہی (1925-1948) منز ووٚپدتھ تہٕ ووتلتھ اَخرس عوٲمی راج چہٕ شکل منز نموٗدار سپز۔ یتھٕ پاٹھی چھےٚ یمہٕ دوشوے ناولہٕ بیٚون بیٚون اَستھ تہٕ گنہٕ حدس تام اکے موضوٗع وکھناوان۔ اکھ سہٕ یُس مہاراج ہری سنگھس وراثتس منز باگہٕ آو۔ بیاکھ سہٕ یُس تس چشم دید پٲنس دورس منز وُچھن پیو۔ فنکاری لحاظہٕ چھے دوٚیم ناول گوڈنچہٕ ناولہٕ کھوتہٕ زیادٕ بہتر۔

احمد لون (اکھ ژٕسلی) تہٕ پنڈت دینا ناتھ کول (پٹوٲری) چھہٕ تم زٕ مرکزی کردار یم ناولہٕ ہنٛز یٕنز وونان چھہٕ۔ احمد لون چھُ اِشبرُک بُسکین تہٕ کول وبرٛار ناگنگ۔ یمن دون کردارن لرِلوٚر یم باقی کردار نموٗدار سپدان چھہٕ تم چھہٕ احمد لونٕنز خاندارٕنز فِض (فضلی)، دینا ناتھ کوٗلنی آشٕنز کوشلیا، اکھ رُت تہٕ خودا دوست شخص رٕحیم شاہ، لولنس نکھہٕ ڈکھہٕ یتی بوج صمد تیلی، احد لون (احمد لون سُند فرزند)، صمد تیلی سٕنز زنانہٕ اَشم (اَشمی) تہٕ اَشمہٕ ہنٛز اکھ اَشناو کوٗر زمرُد۔ بیاکھ اکھ اہم کردار چھُ پیارے لال کول۔

بڈٕ حقیقت چھےٚ یہٕ زِ ناول چھہٕ وقتہٕ کِس بڈِس لیڈرس شیخ محمد عبداللہ ہس گُن ظوٗن پھران۔ یُس پننہٕ خوٗبی تہٕ خصوصیت چھےٚ۔ یُس لُکہٕ موٚت پٲنٕ زو وندان چھُ تٔمی سٕندِس آلوس پرٛاران چھُ۔ لُکہٕ موٚت چھُ تس یتی وِزِ وِزِ پننٕز ناراضگی تہٕ ظاہر کران۔ ناول نِگار چھُ شیخ صأبن ناوہنہٕ روٚستے تمہٕ پٲرٕ دورُک ذِکر کران یتھ منز کشیرِ ہنٛز تحریک آزادی شوروٗ سپز تہٕ مختلف پڑاو تہٕ مرحلو منزٕ نیرتھ اَخرس عوٲمی راج حاصل کرنس منز کامیاب سپدان چھُ۔ ناول چھےٚ دراصل اَمہٕ کِہ اَنہٕ تہٕ عکس۔

کأشرِ بٹہٕ ہنٛز نفسیأتی آیَن گژ ایَن ہنٛز ذِکر کران پزِ نہٕ اَسہِ ہرگز یہِ مَشراوُن زِ کٔشیرِ منٛز یوسہٕ تحریکِ آزأدی ہنٛز لہر اَکِس عُجیب طریقس تہٕ سبٹھاہ جۆنٛؤنی انداز س منٛز سَنہٕ 1931ء یَس منٛز وۄبسیہ یہِ اُس اکثریتی طبقچ تحریک مہاراجس خلاف۔ اکثریتی طبقہٕ اوس شِدتہٕ سان محسوٗس کران زِ تِہنٛز بدحألی ہُنٛد اصلی وجہہ چھُ یوٗہے۔ انگریزس ستیٖ اُس نہٕ تَس کانٛہہ رنجش۔ یہِ خیال آو پَتہٕ وارِیاہ کألی اَکثریتی طبقہٕ کِس ذہنَس منٛز زِ کأشرِ بٹہٕ ہنٛز بدحألی تہٕ بدتری ہُنٛد اصل مُجرِم چھُ مُلہٕ تلہٕ انگریز۔ مہاراج چھُ فقط اکھ لورِ دستارِ۔ انگریز یۆدوَے گلہٕ مہاراج تہٕ نواب پٔنن پانٕے لٲرِ ہی۔ تہٕ یِی سَپُد۔ یہِ کتھ فِکری تارٕنَس منٛز یُس اہم رول ترقی پَسند عناصِرو کوٚر۔ سُہ چھُ تِہنٛد تحریکِ آزأدی بۆڈ دیُت۔ اَمہِ پتہٕ آیہِ اکثریتی طبقچ پارٹی ''کشمیر مُسلم کانفرنس'' ''نیشنل کانفرنس'' منٛز تبدیل کرنہٕ۔ تیٚمی یہِ تسلیم کوٚر زِ سارِنٕے طبقن ہنٛز حالت چھےٚ سبٹھاہ بدتر تہٕ خستہٕ۔ کأشُر قوم امہِ منٛز کڈنہٕ باپتھ چھُ گُنٕے گربز تہٕ گُنی آواز ضرۆری۔ تأجُب چھُ یتہٕ یتھ وقتس منٛز کٔشیرِ اندر سکیولر بنیأزن پٹھ اکھ نٔو پارٹی نیشنل کانفرنس منظّم سپز امہِ پتہٕ ووتلیہٕ محمد علی جناح ہنٛز آواز مُلکی سطحس پٹھ یٚمہٕ کِنہٕ تحریکِ آزأدی ڈُجہِ گنی منزلہِ نشہٕ۔ ظأہر چھُ کٔشیرِ رۆز نہٕ تِتھو اثراتو نشہٕ بچتھ حالانکہِ نیشنل کانفرنسک زور شور ہموٗ نہٕ گنہٕ کِنہٕ۔

کأشرِ ہِندِس اکثریتی طبقس منٛز چھُ اکھ حصہٕ سُہ تہٕ یُس دراصل دبا غس تہٕ دِلس منٛز ہیوٚک نہٕ توازن پأدِ کٔرتھ۔ دباغس تہٕ دِلس درمیان رۆد تضاد وُنی توس یا جنگ جأری۔ یوٗہے چھُ دراصل کٔشیرِ ہُنٛد بۆڈ المیہ۔ اتھ

تصوِیر کشی چھےٚ اَکِ شاعِرن بڑٕ نفیس پاٹھۍ یتھ شارس منٛز کرٕمٕژ

زُو جان وَنِڈ ہا ہِندوستانَس            دِل چھُم پاکِستانَس ستی

اکھ اکھ لفظ پٔریون وارٕ۔ اصل ٹریجڈی چھےٚ یہےٚ دِماغ چھُ ہِندوستانس پیٹھ پٔنُن پرٕتھ کینٛہہ رتہٕ چھیٚپہٕ دِنَس پیٹھ آماد۔ مگر دِل چھُ بدل کینٛہہ وَنان۔ یوہے چھُ پراگندگی بڑٕنٛک تہٕ قرار راوٕنُک اصل وجہ۔

امچہٕ ژھایہٕ گرٕایہٕ چھےٚ ہکھوٚ ہنٛزٕ ناولہٕ منٛز پٔنٕنۍ پاٹھۍ ٹلٕنۍ تہٕ پیٹھی دراٹھی یِوان۔ ناول نِگٲری منٛز ہکھوٚ سٕندۍ تجرُبہٕ وُچھِتھ چھُ کاشُرِ ناولہٕ ہُنٛد مستقبِل یقیٖنَن روشن لبنہٕ یِوان۔ سانۍ ناوَل نِگار چھِ بے شک نوبن منٛزِلن کُن دوان تہٕ دوران۔ تہٕ تٔمۍ تیٚژان سر کرنٛچہٕ کوٗششہِ منٛز مصروٗف۔

تاہم یوسہٕ کتھ تہٕ امہٕ ناولِ ہنٛز خوش کرنَس لایق چھےٚ سو چھِ یہٕ زِ ہکھوٚ چھُ ہٹہٕ مٕژہٕ فوٹو گرٛافی تہٕ دوٗردرشن کیمرٕ ترٛاشن ہُنٛد سہارٕ نِوان۔ حقیقت چھےٚ یہٕ زِ اکھ ناول نِگار چھُ پرٕتھ کانٛہہ کتھ پننہٕ بے جوڑ قلمہٕ ستی انزران تہٕ میٖنزران۔ تٔمۍ سُنٛد باس تہٕ مُشاہدٕ چھُ رواں دواں قلمہٕ منٛز نیرتھ تہٕ سوٗرے دِید مان گران یہٕ تٔمۍ سُنٛد منشا آسان چھُ۔ تٔمۍ سٕنٛدِ قلمہٕ دژامتۍ لفظ چھِ بذاتِ خود دستاویزی ثبوٗتن (Documentary evidence) ہُنٛد اَنہٕ تہٕ عکس بنان۔ پننہٕ جایہٕ ہیکہٕ یہٕ اکھ نوٚو تجرُبہٕ ضرُور اُستھ۔ مگر یہٕ ٹارِ کھسُن چھُ مُشکل۔

ناول نِگار چھُ پٔنٕنۍ پرٕتھ اکھ کتھ پننہٕ قلمہٕ ستی گاشراوان۔ تٔمۍ سُنٛد یتہٕ گنہٕ دِلچسپ یتھ پاٹھۍ درمانٛدٕ روزُن یا اتھ دارُن چھُنہٕ گنہٕ کنۍ ژمان۔



# نُنْدٕ ریوٗش : مولہٕ اَنٛگہٕ وَن

شیخ نوٗرالدینؒ ہِندِ کُنہٕ تہٕ وَصفٕچ یا کارنامٕچ وَن وَ کھنے گرنہٕ وِزِ چھُ سارِنے بڑونہہ تمہ ناو تہٕ لقب توجہس لایق بنان یم تمن دِنہٕ آمتی چھِ۔ مثلن تم چھِ شیخ العالم تہٕ شیخ الیشوخ۔ شیخ، چھِ تس بُزرگس وَنان یَس مذہبس یا دِینَس پیٹھ سٕنٛز نظر آسہِ۔ یُس دپنک ڈاکٹر(Doctor of Religion) آسہِ۔ تِتھے پأٹھی تم چھِ ریٖشی، ولی یا نوٗرأنی، یا تم چھِ سہزانند (سہج آنند) یانے ابدی سروٗر(Eternal bliss) یمو پننہِ گیانہٕ ستی پَنٕن پان پرٛزنوومُت اوس تہٕ اصل حقیقت زأنی ہٕژ اُس۔ تم چھِ عأرفن ہٕنٛدی اختابہٕ شمس العارِفین۔ تم چھِ شاہ ملک توحید، یانے تمہِ مُلکُک بادشاہ یم خدایہٕ ہِندِ وحٕدژ یا کُنزرِکی قأیِل آسن۔ تم چھِ شمس بُرج قدسی تہٕ سأنی ٹأٹھی علمدار۔ سوچُن چھُ یہِ زِ کُس ناو تہٕ القابہٕ چھُ تمن پننہٕ ہے زمانَس منز پیومُت تہٕ یا زِ؟ شیخ العالم ہِندِ اصل بجرٕکی تہٕ اِنسان دوستی ہٕنٛدی سأری انہار سپدن وٗلی وٗلی ویٖدی تہٕ نٕنٛ۔ کأشُر مورخ سید علی ماگرے

چھُ لیکھان:

''از جُملۂ کُل اولیاء کشمیر حضرت شیخ سُلطان محمد کشمیری بود بعد ازاں ور مرتبہ ولایت کُل شیخ بہاو الدین بودہ بعد ازاں، ایشاں عارف باللہ شیخ الیشوخ نورالدین علیہ الرحمہ والرضوان بعد از ایشاں از جملہ اکمل اولیاء بابا عثمان گناتی مذکور است مقبرہ اودر مزار سلاطین اَست''

سید علی یَن چھےٚ پنٛز ہسٹری حضرتِ شیخ ہنٛدِ رحمتِ حَق سَپدنہٕ پتہٕ کم ازکم سواد ہَتہٕ وُری تہٕ زیادٕ کھوتہٕ ڈوڈ ہتھ وُری لیچھمٕژ۔ یہٕ چھےٚ سارِوے کھوتہٕ پرٛاٗنی ہسٹری۔ یتھ منٛز شیخ العالمہٕ ہنٛز وبڑھنے موٗجوٗد چھےٚ۔ سید علی چھُ یِہنٛدِس ناوَس ستۍ، شیخ الشیوخ، لیکھان۔ کینٛژو حقیقژو تہٕ مقبوٗل تہٕ مشہوٗر روایژو کنٛی چھُ صاف باسان زِ ریوٗش، سہزانند، ولی، نوٗراٗنی تہٕ علمدار ہی ناو چھِ تِمَن پننہٕ نِسے زمانَس منٛز ہیٚمتۍ۔ تہٕ یِہے چھِ تم یِمَن منٛز تہنٛدِ بجرٛک، عظمتُک تہٕ اِنسان دوستی ہُنٛد روٗح پوٗشید چھُ۔ ''خطِ اِرشادٕ'' ناوُک یُس دستاویز اَسہِ نِش موجوٗد چھُ اَتھ منٛز چھُ شیخ العالمہٕ سُنٛد ناو ''نوٗرالدین ریشی'' درٛینٛٹھی یِوان۔ یتہٕ چھُ لیکھِتھ زِ تم چھِ صالح عاٗرف، صاحبِ کشف ومجاہد ومشاہد تہٕ زاہد اٚسۍ مٕتۍ۔[1] حضرتِ شیخنن کرٕ پننہِ ووٗسی گیانہٕ، وَے کھوٗری (Vision) تہٕ دوٗر اندیشی ستۍ سو یاوری تیچ پیٚژ وبڑھنے کرٕ زِ تیٚژ چھےٚ کم۔ تہنٛز شخصیت چھےٚ سُہ گاشہِ اَگر تہٕ نوٗرِ انٛبر تیٚمۍ

[1] گُلریز دسمبر ۱۹۵۲، صفحہ ۱۳ پتھ صفحہ ۱۶ وُچھو۔ یہٕ دوٚے یہٕ شیخ نورالدین ہنٛدِ زمانہٕ کۍ دستاویز مالوٗ تیلہٕ چھِ یہٕ سارِوے کھوتہٕ پرٛون دستاویز یتھ منٛز شیخ العالمہٕ ہنٛز ذکر میلان چھےٚ۔

وَتہٕ پٔدٕ روشن کٔرۍ یتھ منٛز اِنسانٔنیتُک آے تہٕ تیز تہٕ سانہِ تہذیبی زِندگی گاہ تہٕ رَنگ پوٗشید چھُہ۔"

ہیوٗمنزِم (Humanism) یا اِنسان دوستی ہنٛز وبژھنَے چھےٚ موخصر لفظن منٛز یتھ پٲٹھۍ کٔرنہٕ آمٕژ:

"The attitude of mind which attaches primary importance to man and to his faculties, affairs temporal aspirations and well being."

مطلب یہٕ اِنسان دوستی چھےٚ سُہ ذہنی رُجحان یا سوچن تژاے یوسہٕ اِنسانٔس تٔمۍ سٕنٛزن صلاحیژن تہٕ مالن تٔمۍ سٕندبن دُنیٲوی ہاوسن تہٕ اَمارن تہٕ تٔمۍ سٕندِس رٕژرَس اولین اہمیتھ دِوان چھےٚ۔

اِنسان دوستی چھےٚ سو اکھ اِصطلاح ییمیُک دَخل اَدبَس تہٕ فنس منٛز پتہٕ وَتہٕ روٗدمُت چھُہ۔ مگر کیٚنٛژن شاعرن تہٕ فن کارن ہنٛدِس کلامَس تہٕ کارنامن پیٹھ چھُہ یہٕ عُنصر تیوٗت غالب زِ تِہنٛز پرٛتھ کانٛہہ کتھ تہٕ حرکتھ چھےٚ اَتھۍ جذبَس تابیٚا۔ شیخ نوٗرالدین چھِ امی کاروانٕکۍ شاہ سوار۔ تِہنٛد کلام چھُہ "مُجزویست پیغمبری" ہُند وصف تھاوان اَمی گوٚن دِژ اتھ لگن ہنٛدبن دِلن منٛز جاے تہٕ اَمیُک واریاہ حِصہ بنیوو پَنہِ میچھرٕ، شوزرٕ، پَزرٕ تہٕ اَثرٕ کٕنۍ محاورَن، ضرب المثلن، تشبیہن تہٕ اِستعارَن ہنٛزِ شکلہِ منٛز سانہِ دوہ دِش بول بوشُک اَنگ۔ بے شک شاعری تہٕ اَدبس منٛز ییم نظریات ازتام مختلف دورَن منٛز بارسس آیہٕ تِمن منٛز گیہِ اکھ جماتھا سو تہٕ پٲدٕ ییمو اِنسان دوستی ہُند لفظ سبٹھاہ محدوٗد معنے مطلبس منٛز وَرتوو تہٕ اَمۍ رٕٹ اکہِ نعرٕچ تژاے مگر اصلیتھ چھنہٕ یہٕ۔ اصل پَزر چھُہ یہٕ زِ

اِنسان دوستی، ہِندِس لفظس منز چھےٚ بے حد وُسعت تہٕ کُشادٕگی موٗجوٗد۔ ییلہِ
اِنسان دوستی، اکہِ ہوکھِ تہٕ ژھوٚرنعرِ بجاے پزٕ دِلہٕ تہٕ وژھہٕ واٗنجہِ نیرِ۔ اکہِ
فِطری جذبکہ تہٕ ذاتی تجربکہ پاٗٹھی سومنہٕ ووتلہِ۔ یہِ چھےٚ آفاقیت تہٕ اَبدیت
پژاوان۔ شیخ العالمہٕ سنز شخصیت تہٕ کارنامہٕ چھِہ اَمی حقیقژ ہُند ٹاکارٕ باس دِوان۔
اِنسان دوستی چھےٚ تہِندِس رُمس رُمس منز بسِتھ۔ یہِ چھےٚ سوے ییمہ تہُند مَن تہٕ
ذہن فطری طور وو لسنٕس اونمت چھُ۔ تمی ہندِس پزتھ اکس شبدس پیٹھ چھےٚ اَمی
لیہِ ہنز موہر چسپان۔ یہِ چھُ اکھ فطری احساس یا تجربہ یُس تہِندِ گیانہٕ، مُشاہدٕ،
وَے کھوٗری تہٕ شعوری تہٕ غارشعوری اَثرُک تہٕ سوچ سمجھُک نتیجہ چھُ۔ اِنسان
دوستی چھےٚ شیخ العالمس نزدیک اکھ مِشن ییمہِ باپتھ سہٕ زُوان روٗد تہٕ یہِ مِشن
بامل اٮ۪تھے سپُد سہٕ رحمتِ حق:

''ننٛدہ زوٗوِت گو بای سُرگ'' (بابا نصرالدین)

''زوٗوِتھ سورگ گژھُن، چھُ سہٕ اکھ شاعرانہٕ اظہار یُس یہِ صاف
ہاوان تہٕ باوان چھُ زِ شیخ العالمؒ چھِہ پننہٕ زِندگی ہُند عظیم مقصد یا
مِشن اٮ۪تھے سورگس گومت۔''

شیخ نوٗرالدین اُسی ریشی۔ ریوٗش چھُ مُلہٕ تلہٕ سنسکرت لفظ رِشی، ییمیُک
مطلب اکھ سہٕ گونماتھ یا شاعر چھُ ییمِس وَے کھوٗری کھلے ہژ آسہِ۔ یُس
گیانی آسہِ۔ یَس اصل پزُرُک باس آسہِ تہٕ یَس نوزُک سیٖرن پیٹھ نظر آسہِ۔
برصغیرکین مختلف حِصن منز چھِہ پتھ کالہِ پیٹھہٕ ریشی پزتھان تہٕ پھاپھلان
روٗدی متی۔ مثلن والمیکی اوس بوٚڈ بارٕ ریوٗش۔ ییمی رامایَن لیوٗکھ، کشپ چھُ

ریوٚش اوسمُت۔ تیمۍ مشہوٗر رِوایژ و موجوٗب ستی سر پأزِتھ یہِ نُنٛدبأنۍ کٔشیرِ آباد کَرنچ سبیل کَر۔ پَتھ کالس منٛز یُس اَدب برصغیرس منٛز پأدٕ سپُد اتھ منٛز چھےٚ جایہِ جایہِ ریٚشن ہنٛز وَن وَ کھنے سپدیمٕژ۔ تیمہِ کِنۍ یہِ ظأہر سپدان چھُ زِ یم ریٚشی کِژاہ اہمیتھ أسۍ پَتھ کالہِ کِس سماجس تہٕ نِظامَس منٛز تھاوان۔ ریٚشی أسۍ مختلف پایَن تہٕ درجن ہنٛدۍ۔ یم أسۍ لوکٹٕو موکٹٕو گورو یا ووستاوو پیٹھ بہلہِ پایہِ کِہن فلسفی یَن شاعرن تہٕ روٗحأنی بُزرگن تام پھأٹِتھ۔ پتھ کالہِ کِس تعلیمی نِظامَس منٛز أسۍ ریٚشی ووستاد آسان یم ژاٹن مختلف کتھن تہٕ علمَن ہُنٛد گیان تہٕ باس أسۍ دِوان۔ یم ریٚشی أسۍ اکثر بستو نِشہِ دوٗر جنگلن اندر گوپھَن تہٕ غارن، مندرن تہٕ عبادت گاہَن منٛز روزان تہٕ تمہِ بے جوڑ کامہِ بالل اَنان یمہِ تعلیمی، روٗحأنی تہٕ سمأجی ضروٗرتو موٗجوٗب سبٹھاہ اہم آسہٕ۔ یمہِ گوپھ آسہٕ تہٕ وُجارٕ تہٕ سنسان جایَن آسان ئلٕر کہِ تمن صاف تہٕ پاک جایَن یێتہِ کِتی ریٚشی (گور یا ووستاد) تہٕ ژاٹھ روزان أسۍ تہٕ علم فلسفہِ تہٕ روٗحأنیٹک مطالعہٕ کران أسۍ۔ برصغیر کِہن مختلف حِصن ہنٛدی پأٹھۍ چھُ ریٚشن ہُنٛد سلسلہِ پَتہٕ وَتہٕ کٔشیرِ منٛز موٗجوٗد اوسمُت۔ ووٚنۍ گو وقتس ستۍ ستۍ گیہ یہنٛز عملہِ، فکرِ تہٕ طور طریقن منٛز مُقأمی اثرات پیوان۔ شیخ العالمس بروٚنٹھ یم ریٚشی کٔشیرِ منٛز گذریمتۍ چھِ، تمن پیٹھ چھُ شیوی فلسفُک بارٕ اثر روٗدمُت۔ کٔشیرِ منٛز اِسلام بارس یِنس ستۍ ستۍ تہٕ خاص کر شیخ العالمہِ سنٛدِ زمانہِ پیٹھ چھِ ریٚشی تحریک اکھ نوٚو لرِ پھرُن دِوان تہٕ یہِ چھُ أکِس زوردار تحریکہِ ہنٛز شکلہِ منٛز کاڈ کڈان تہٕ سگ لبان۔ شیخ العالم چھِ ریٚشی فلسفس اکھ نوٚو مانے آہنگ تہٕ ترو تازگی بخشان۔ تِکیازِ یم ریٚش اتھ

زمانس منز موجود اُسی تھزر حالت افسوس ناک۔ تم اُسی بحثیتہِ مجموعی زوالس منز ببنہٕ آمتی۔ عام اِنسانی کمزوریو اوس تمن نال وؤلمُت۔ شیخ العالم چھِ یمنے کُن ونان۔

| | |
|---|---|
| ریٛشی ہے ریشت پالہٕ ہن | گوپھن ژالہٕ ہن آشہِ ستی |
| ریٛشی چھنہٕ ریشت پالن | پان چھِ گالن رِشہِ ستی |

ریٛشی تحریک چھےٚ اَمہِ زمانچ اکھ اہم سماجی تہٕ روحانی تحریک۔ یٚمہِ وقتہٕ کیو مختلف حالاتو تہٕ واقاتو کِنز شیخ العالمہٕ سندی ذٔسی نوٚو وبستار لوٚب۔

| | |
|---|---|
| اول ریٛشی احمد ریٛشی | دؤیم حضرتِ اویسی آو |
| ترٛیم ریٛشی زنکار ریٛشی | ژؤریم حضرتِ پلاس آو |
| پانژیم ریٛشی رُمہٕ ریٛشی | شیٛیم حضرتِ میران آو |
| سٔتیمس کوٚرہم ہش ناوشی | بہ کُس ریٛشی مےٚ کیاہ ناو |

تم چھِ ٹاکارٕ پأٹھی اولین ریوٚش پأغمبر اسلام حضرتِ محمد صلی اللہ علیہ وسلمس مانان تہٕ یتھہِ پأٹھی چھِ تم ریٛشی تحریکہِ منز نہٕ صرف بارٕ وُسعت پأدٕ کران بلکہِ اتھ منز اِسلأمی فلسفک نۄر شأمل کرِتھ اکھ نوٚو روٗح تہٕ رَنگ پھاپھلان۔

شیخ العالمہٕ سنز اِنسان دوستی یا شخصیژ ہند بن مختلف انہارن سام ہینہٕ وِزِ چھُ تہنزِ زمانک سیأسی، اقتصأدی تہٕ روحأنی ماحول سمجن سبٹھاہ لأزِم۔ یہِ زانُن چھُ سبٹھاہ ضروری زِ شیخ العالمہٕ سُند ذہن کتھِ پأٹھی گوٚو پھولان، پھاپھلان تہٕ مختلف اثرات قبوٗل کران۔ شیخ العالمہٕ سُند دور چھُ اکہِ خیالہٕ موجوٗب ۷۵۷ ھ پیٹھ ۸۲۰ ہجری یَس تام روٗدمُت۔ تہٕ دؤیمہِ خیالہٕ موجوٗب ۷۷۹ ہجری پیٹھ

۸۴۲ ہجری یَس تام۔[1] مگر یہِ کتھ چھےٚ پٔزتھ حالتس مَنٛز نٔیِ تہٕ ٹاکارٕ زِ شیخ العالمہٕ ہنٛزِ سرگرم زِنٛدگی ہُنٛد زمانہٕ چھُ سُہ وَخ ییٚلہِ کٔشیرِ پیٚٹھ سُلطان سکندر[2] (۷۹۶ ہجری - ۸۲۰ ہجری) تہٕ سُلطان علی شاہ (۸۲۰ ھ - ۸۲۷ ء) ہنٛز حکوٗمت اُس۔ یہِ چھُ عیسوی سَنہٕ موٗجوٗب ۱۳۸۹ؠ پیٚٹھ ۱۴۲۰ؠ ییٚک وَنٛ واتان۔ کُل بِل چھُ یہِ ۳۱ ہَن وٗری یَن ہُنٛد زمانہٕ۔ ییٚمےٚ چھِ تِم وٗری، ییٚمَن مَنٛز شیخ نوٗرالدین سُنٛد ناوعرشہِ کِمن تھزرَن پیٚٹھ واتان چھُ تہٕ تِم چھِ فرقہٕ کِمن وسیع حلقن تہٕ طبقن ہِنٛدی دِل رَنٛگ، نسل دِہن تہٕ فِرقہٕ کہِ امتیازٕ ورأے ووسنس انان۔ ییٚمَن ۳۱ ہَن وٗری یَن بڈٕ ٹھُم زمانہٕ پڑٕ اِبتدأیی زِنٛدگی یعنے بالہٕ پانٛگ تہٕ نوجوانی ہُنٛد وَخ مانُن تہٕ اَمہِ پتٕیُم زمانہٕ اُخری زِنٛدگی ہُنٛد دور یَتھ مَنٛز تہنٛد دیُت واضح اوس تہٕ تہنٛز عظمت گہہ وُنہِ ہری یکی پأٹھی مُسلمہٕ اُس تہٕ لُکن ہِنٛدی وسیع ہجوٗم اَسی ہنٛزِ دِل تِمن نِش وأتتھ برابر گاشر اوان۔

شاہ میری خاندانک سوٗرے دور (۱۳۳۹ؠ پیٚٹھ ۱۵۵۵ؠ یا ۷۴۳ ھ پیٚٹھ ۹۶۲ ھ) چھُ کٔشیرِ مَنٛز اسلأمی تبلیٖغُک اَہم دور روٗدمُت۔ کأشری گییہِ اسلأمی فلسفہٕ تہٕ تمدنہٕ سٕتی برابر مُنوَر سَپدان تہٕ اسلام بحیثیت دین پانہٕ ناوان۔ یِمن سرگرمین لوٗگ خاص طور تمہِ وقتہٕ پیٚٹھ زیادٕ ہُر بر ییٚلہِ حضرتِ امیر کبیر سید میر علی ہمدانیؒ پننین سَتَن ہَتن رفیقین سٕتی ۷۸۱ ہجری یَس مَنٛز سلطان قطب الدین

[1] از یمہٕ زیادٕ پرٛانہِ کِتابہِ آسہِ نِشہٕ موٗجوٗد تہٕ محفوظ چھےٚ تِمو تلہٕ چھُ دوٚیِمےٚ خیال صحی باسان۔ اتھ سِلسِلس مَنٛز چھُ سید علی ماگرے تہٕ بابا نصیب الدین غازی ہِنٛدی خیال قأبلِ ذِکر۔ بابا نصیر الدین یَس شار پیہنٛدِس رحمتِ حق سَپدنٔس پیٚٹھ وٕژمُت چھُ سُہ چھُ توجس لایق۔ [2] سُلطان سکندر چھُ ۱۴۱۳ؠ یَس اَنٛدر گوٚزران تہٕ علی شاہ سُنٛد راج چھُ ۱۴۱۳ؠ پیٚٹھ ۱۴۲۰ؠ یَس تام روزان۔

ہِندِس زمانس (۷۸۰ ھ - ۷۹۶ ھ یا ۱۳۷۳ء - ۱۳۸۹ء) مَنز دویمہِ پھِرِ کشیرِ آیہِ۔ حضرتِ شاہِ ہمدان رٕوٗدی کشیرِ مَنز ڈاین ؤری یَن تہٕ پَتہٕ گیہِ تبت چہ وتہٕ کاشغر تہٕ چین گُن پننس مِشنس پٮ۪ٹھ روانہٕ۔ ۷۸۵ ھ یَس مَنز آیہِ یم تریٚیہِ پھِرِ کشیرِ تہٕ سبٹھاہ موٗختصر وقتس روزنہٕ پَتہٕ سپدی واپس روانہٕ۔ ۷۸۶ ہجری یَس مَنز سپدٕ یم رحمتِ حق۔ گوڈنچہ لٹہِ آیہِ یم سُلطان شہاب الدین ہِندِس عہدس مَنز کشیرِ۔ الغرض شیخ العالمن لوٚب تتھ زمانس مَنز زنم یِیلہِ کشیرِ مَنز تبلیغیٚ سرگرمی زورٕ شورٕ سان جأری آسہِ۔ اسلأمی تبلیغن بخُش دوٚیمین مذہبن ستی وابستہٕ لُکن تہٕ پننٕ خیال تہٕ آدرش شعوری تہٕ غأر شعوری طور عام گرٕنچ حرارت۔ یہِ اُس اَکھ لأزمی کتھاہ۔ نتیجہ دزاو یہِ زِ مختلف فلسفن ہِندِ پرٕچارٕ ستی پھاپھلیوٚو اَکھ خاص روحأنی ماحول۔ یتھ مَنز تضاد تہٕ اوس تہٕ پرٕانہِ تہٕ فرسوٗدٕ قدرٕ (Values) آسہٕ دَم تہٕ ہاران۔ شیخ نوٗر الدین ہوٚس اَکِس بے حد حساس تہٕ ذہین شخصہٕ سُند دِل تہٕ دِماغ روحأنیتَس اخلاقیاتَس، دین تہٕ دَرمَس تہٕ اِنسأنی رِشتن ہِندِس تھزرَس تہٕ اصلیتَس گُن گرٕھُن اُس اَکھ قدرتی کتھا۔ مختلف مذہبن تہٕ فلسفن ہُند تبلیغ (یُس اَتھ زمانس مَنز جأری اوس) اوس تِہُندِ خأطرٕ بذاتِ خود تعلیمہٕ ہُند اکھ بوٚڈ ذٔریعہٕ۔ یہِ چھےٚ شیخ العالمہٕ سٕنز جینیس (Genius) یٮ۪مہٕ ستی تٔمی مختلف فلسفن ہِندِ سوٚدرٕ مَنزٕ اصل سوٚختہٕ ژھوٚنڈ تہٕ نہٕ صرف پنُن پان نیچھِ نوو، بلکہ پننس سأری ہے ماحولس بوٚرُن اَکھ نوٚو رنگ۔

شیخ العالمس اُس نہٕ گرٕچ حالتھ جان کینٛہہ تہٕ۔ تِہُند مول شیخ سالار الدین اوس لُکن ہِندی تیٚر تہٕ گپُن رَچھان تہٕ گذارٕ کران۔ بأے زٕ شُش تہٕ

گونڈر (یم شیخ العالمہٕ ہنٛز ماجہِ گوڈٕنٮ۪س کھانداٮ۪ ہنٛدی اولاد اُسی) اُسی گامٕ گامٕس راٗژ پہرن روٗنٛدِ دِتھ نفرٕ پالان۔ اَکھ روایت چھےٚ پیٚتہٕ زِ تِم اُسی باضاٗبطہٕ راتھ کیٚنٛتھ ژوٗر کرنہٕ نیران تہٕ تِہنٛز معاشی حالت اُس سیٹھاہ خراب۔ ماٗلی ہنٛدِ رحمتِ حق سپدنہٕ پتہٕ سپدیہٕ گرِچ حالت زیادٕے خراب۔ اَمہِ وقتہٕ چھِہ شیخ العالم ۱۳ وٕہرِ اُسی یتہٕ ییٚلہِ تِہنٛدی بابہٕ صاٗب گذرییہٕ۔ غرض یِم ساٗری اثرات سپدی تِہنٛدِس ذہنس پیٚٹھ پنٛنہِ پاٗٹھی کارگر۔

تبلیغی کامہِ چھےٚ دون طریقن منٛز باٲل یوان۔ اکھ گیہِ رٕتیٚن دین دارَن تہٕ مذہب دارَن ہنٛز وَتھ۔ بیاکھ گیہِ موقعہٕ پرست سیاست دانَن ہنٛز وَتھ۔ اکھ گیہِ مولہٕ وَنین بُزرگن تہٕ گاٹہٕ لبن عاٗلمن ہنٛز وَتھ۔ بیاکھ گیہِ ظاہر پرستن تہٕ پست درجہٕ کمِن اِنسانَن ہنٛز وَتھ۔ اَکھ گیہِ لولہٕ سان بحث کرِتھ کتھ فِکرِ تاٗرِتھ دِل زیٚنٛنچ وَتھ بیاکھ گیہِ زور زبردستی تہٕ ظُلمہٕ جبرٕچ وَتھ۔ سُلطان سِکندر ہنٛدِس زمانٕس منٛز یِتہٕ تبلیغی سرگرمیو زیادٕ یوچھر لوٗب تَتہِ ژاو اَتھ منٛز جبرٕ ظُلم تہٕ زیادٕ تیٖن ہُند عنصر تہٕ شاٗمل۔ اتھ رٗوشہِ لوٗگ کیٚنٛژن موقعہٕ پرست سیاست دانن تہٕ پست درجہٕ کمِن اِنسانن ہنٛدِ دٕسی ووتھ بوٗو۔ سُلطان سِکندر اوس پنٛنہِ حکوٗمت اِسلامی ضابطن تہٕ قونوٗنن پیٚٹھ پکناوٕنی یژھان اُمی ہنٛدِ زمانس منٛز آیہِ حضرت امیر کبیر سید میر علی ہمدانیؒ ہنٛدی فرزند میر محمد ہمدانیؒ پنٛنہِ ژور ہَتھ رفیق ہیٚتھ کٔشیرِ تہٕ یِتھ پاٗٹھی لوٗب اِسلامی تبلیغن اکھ نوٚو چاو تہٕ بادشاہِ وقت گوٚو کٔشیرِ منٛز اکہِ نوِ طریقٕچ حکومت قاٗیم کرنک سنٛز کران۔ اَماپوٚز اَتھ رٕتِس پرادس تہٕ جذبس ہیٚوٚ کنہٕ سہ جان پاٗٹھی عملی جامہِ پاٗراٗوِتھ۔ وجہ چھُ یہِ زِ تٔمی

تزاۤو بہہ بھٹ المعروف سیف دینس رزیلہِ یُس انتظامُک آلک تہٕ ماۤلِک اوس۔ بادشاہ ہیوٚکنہٕ تمُی سِنزن من ماۤنی کارواۤیین پیٹھ روک لگاۤوِتھ۔ بقولِ مُحب الحسن:

"Sikander was the first sultan of Kashmikr to enforce the Sharia with great strictness in the country.... and in order to see that the Islamic Law was properly enforced re-established the office of Sheikh-ul-Islam. These measures were adopted by Sikander under the influence of Syed Mohammad Hamdani... however the chief person who prevailed upon Sikander to adopt and intolerant attitude towards the non muslims was Saif-ud-Din who was in the respect his evil. The Sultan at first resisted him but in the end gave in and allowed himself to be used as an instrument of his ministers religious fanaticism. Saif-ud-Din with the zeal of a new convert called upon Brahmins to embrace Islam. As a result some became Muslims. Those who refused had to pay Jizya. Others who would not or could not, took refuge in India." (Kashmir Under Sultans, page: 64-65)

بیٚین کینژون مورخن ہندی بیان چھِ زیادٕ ے پہن پرنس لایق۔ سماۤجی ماحولس منٛز یُس تضاد تہٕ ٹکراو موجوٗد اوس سُہ چھُ ظاۤہر۔ پزٕ بو مُسلمانو تہٕ صحی فلسفیو تہٕ دین دارو چھےٚ ہمیشہٕ جبرِچ وَتھ ناپسند کرمٕژ تہٕ صحی اِنساۤنی رِشتن تہٕ مذہبی آدرشن پیٹھ زور دیتُمت۔ شیخ العالم چھِ امی کارواۤنکی علمبردار تہٕ علمدار۔ ریٚشی تحریک چھےٚ اَتھی پوٚت منظرس منٛز تہنٛز رہنُماۤیی منٛز اَکس نوٚس رنٛگس منٛز بارسس یِوان۔ بحیثیت اِنسان دوست، فلسفی، اصلاح کار، گوٗنہٕ ماتھ تہٕ روحاۤنی

بُزرگ، شیخ العالمہٕ سُنٛد رول زانُنہٕ خاطرٕ چھُ أتھی تحریکِ مختلف زأوِیو سٕتۍ تھ سام ہیٛنٛز ضرورتھ۔

سُلطان علی شاہ ہٕنٛدِس زمانس آیہٕ نہٕ کٔشیرِ ہٕنٛدِس سیأسی اقتصأدی تہٕ سمأجی ماحولس منٛز سلطان سکندر ہٕنٛدِ زمانہٕ نِشہٕ کانٛہہ فرق۔ بلکہ اَمۍ حالتھ گیہِ وارے پَتھ۔ سلطان علی شاہ (۱۴۱۳ء - ۱۴۲۰ء) اوس اکھ لیوٚژ تہٕ کمزور بادشاہ۔ سیأسی ژوٚیَو تہٕ مُہوٚکرِ یو کٔڈ ژھٕٹھ۔ بقولِ پی۔این۔کے بامزی:

"The renegade Brahman, Suha Batt retained his office until his death and the persecution of Hindus was not spent in intrigues and cross-intrigues among his ministers and being weak and fickle-minded he looked upon these helplessly."

شیخ العام چھِ أتھی ماحولس منٛز اکھ عظیم گاشہِ آگر بنان تم چھِ خدایہٕ سٕنٛدِ وحدژ ہٕنٛدۍ قأیل۔ ہٕنہٕ یہٕ زِ تم چھِ اکھ نعرٕ بلند کران نہٕ بلکہ ذأتی تجرُبہٕ کٔرِس پناہٕس پیٹھ یہ کتھ دِلہٕ چوٚ گہرایو محسوٗس کران۔ تم چھِ وَژھو وأنٛجہٕ مختلف سپر باوان

گٔنزرے بوزکھ، گنہِ نو روزکھ أمۍ گٔنزرن کوٗتاہ دبُت جلاد
عقل تہٕ فِکر تور کوٚت سوزکھ کُمۍ مالہِ چیتھ ہیوٚک سُہ ڈٕری یاو

جہٕنز نظرِ منٛز چھُ پرٛتھ اکھ فرد برابر۔ تم چھِ رَنٛگ، ذأژ، مذہب تہٕ نسل چہ بُنیأد پیٹھ فرق کرنس خلاف۔ تم چھِ پرٛتھ أکۍ سُنٛد رٕژر تہٕ بجر کانٛچھان

مُسلمانٔن کیٛاہ د ہیٛنٛدبن کر بٔنٛدن توشہٕ خدایے

تم چھِ ظأہرداری، ہاوٕ باوٕ تہٕ ٹھبأبی رہٕژن تہٕ رواجن برعکس مذہب

کِس اصل روٗحس پٮ۪ٹھ زور دِوان۔ تم چھِ ناہموار تہٕ بے وٗطیر ماحولس منٛز پننہٕ گیانہٕ تہٕ پرٛکاشہٕ سٟتؠ اکھ نوٚو رَنگ برُن یژھان۔ تمَن چھِ تم آدرش عزیز یِم مختلف فلسفن منٛز مُشترک چھِ۔ تہُنٛد کلامہٕ چھُ سوعطر یَتھ مختلف فلسفہٕ ہُنٛد نچوڑ وُنتھ ہیکو۔ یوٚہے چھُ وجہ ویدانت، شیٖوِ ی تہٕ بودھ فلسفکی عالِم چھِ امہِ منٛزٕ یِمن فلسفن ہنٛز تارِ کانٛجہِ ژھارنٕچ کوٗشش کران۔ تہٕ اسلامی تہٕ صوفی فلسفس پٮ۪ٹھ سُنٛز نظر تھاون والی اَپٕی وَن وَکھنے امہِ منٛزٕ لبان۔ تہٕ اَتھی گونس منٛز چھےٚ شیخ العالمہٕ سنٛدِ کلامٕچ آفاقیت تہٕ ابدیت پوٗشید۔

شیخ العالمس یِمو کاشرٕ بو بُزرگو فیضان بخش تمن منٛز چھےٚ لل دید اہم۔

تس پدمان پورچہِ للے
تمہٕ گلے امرتہٕ پیوٚ
سو سائی تہٕ اوتار لوٗلے
تتھٕ مےٚ وَر دِتم دِیوٚ

لل دید اُس شیٖوِ ی۔ شیٖوِ ی فلسفہٕ اوس شیخ العالمہٕ سنٛدِس زمانس منٛز تیٚوٗتے وۄدۄ دیوٗت یِہ للہِ ہنٛدِس زمانس منٛز اوس[1]۔ کاشُر شیٖوِ ی فلسفہٕ چھُ کِتیٚن فلسفن، ویدانت، سانکھیہ، بودھ، نیل مت، ویشنومت تہٕ یوگُک پیوند زانِنہٕ یِوان۔ اِسلامی فلسفس تہٕ اَتھ فلسفن منٛز چھےٚ کیٚنٛہہ بنیاٗدی کتھٕ دَلان میلان مٮ۪ٹھن۔

اللہ چھُ کُن۔ سُے چھُ گوڈ تہٕ سُے چھِ اَند۔ سُے چھُ سوٗرے کیٚنٛہہ۔ معبوٗدِ حقیقی یَس نہٕ چھےٚ کانٛہہ خاص شکل نہٕ کانٛہہ خاص فارم۔ سُہ چھُ لول فقط لول، سُہ چھُ گاش فقط گاش۔ سُہ چھُ نِرگُن۔ سُہ چھنہٕ کُنہٕ خاص موٗرتی منٛز

---

[1] لل ہُنٛد زانُنہٕ ۱۳۳۵ء عام پاٹھی تسلیم کرنہٕ آمت۔ یہٕ دوٚے شیخ العالمہٕ سُنٛد زانُنہٕ ۷۷۹ ہجری یانے ۱۳۷۸ء مانو تیلہِ چھےٚ لل دید تمہٕ وِزِ ۴۳ وُرِش اُسمو یِیلہِ شیخ العالم تھنہٕ پیٚیہِ۔

بُستھ۔ لل دید چھےٚ جایہِ جایہِ مۄرتی پۄزایہِ خلاف پنٕنۍ زاۍ وِلی احساسات ژاڈژھ ناوان تہٕ اسلأمی فلسفہٕ تہٕ چھُ بُت پرستی یا مۄرتی پۄزایہِ خلاف۔ صۄفین ہُنٛد انالحق (بہٕ چھُس پَزر) چھُ برابر تی معنے تھوان یہ شیوی فلسفُک شِواہم (بہٕ چھُس شیو) تھاوان چھُ۔ وَپان وجۄد المخلوق عین وجۄد الخالق، مطلب دُنی یِہکی سأری چیز تہٕ تِمن ہُنٛد۔ وجۄد چھُ فقط أکِس اللہ (ذاتِ حقیقی) سِنٛدِ وجۄدُک تر تہٕ نتیجہ۔ یہ چھےٚ کأشرِ شیوی فلسفچ تہٕ تیژے اہم کتھ یژاہ یہ صۄفی فلسفچ چھےٚ۔ شیخ العالمہٕ سِنٛدِس کلامَس منٛز چھےٚ یِژھ کتھ جایہِ جایہِ ناپان۔ یِمَن منٛز مختلف فلسفَس اندر رہشر چھےٚ

زر گُنہٕ ژٕ روپتہٕ دِتم　چھُس بہٕ چونے ناو سرا نہٕ
بھگہٕ کیلاش کھاُرتھ تم　چھُھم ژبتس ژٕ مہر بانہٕ

(زر گُن یعنے سہٕ معبۄدِ حقیقی یُس کُنہٕ خاص شکلہِ تہٕ صۄرژ رۄس چھُ۔)

شیخ العالم اُسی باعیال۔ تم اُسی تمہٕ وِزِ فقط ژراہ وُہرِی ییلہِ تِمن نیتھر سَپُد۔ کُنوہ وہرِس اُسی تِمن زٕ شُری۔ اکھ نیچو تہٕ اکھ کۄر۔ مگر تم سنیہٕ نہٕ گرِ کِس لوٗہ لنگرس زٕہنۍ۔ تِہنٛز نظرِ آسہٕ "بڈِس گرس" تہٕ اُتھ ستی وابستہٕ طرفاتن کُن لگتھ۔ تم اُسی زاۍ وِلبن مسلن سنیمتی۔ مثلن سہٕ "پوشہٕ وُن پَزر" (خداے) یہٕ کاینات زِندگی، اِنسان، عمل وغاَر وغاَر۔

أندی پکھی ماحولچ ناہموأری تہٕ پراگندگی وُچھتھ اوس تِہُنٛد احساس زیادے شِدَت لبان۔ اِنسانن ہنٛز ووتل بُجہٕ وُچھتھ لگو تم أکِس مِثالی اِنسانس مُتلِق سوچنہٕ تہٕ أمی سوالن وِژ تِمن رنگہٕ رنگہٕ کتھن پیٹھ غور کرنچ تحریک یِمن

مَنز زِندگی، موت، عشق، عمل، کِردار، سیرت، بصیرت، آگہی، ذِکر تہٕ فِکر تہٕ "اصل آگُر" (معبود حقیقی) اہم موضوٗع چھِ۔ تہٕ وُچھوٚہے تہٕ ییٚمہٕ چھِ تم بُنیاٗدی عُنصر یِمن اَندی اَندی اِنسانی زِندگی یا اِنسانیت پیٚنز وونان چھےٚ تم چھِ تم زاٗوی جار بنہٕ راوان تہٕ گاشہِ راوان یِم ہمیشہِ تروتازٕ روزن مثلن نیک تہٕ رٕژ عمل چھےٚ شیخ العالمہٕ سنٛز اہم تالیم۔ تِہُند مشوٗرتہٕ مقبوٗل مِصرٕ چھُ۔

یُس کرِ گونٛگل سُے کرِ کرٛاو

گونٛگل چھُ اکھ سہٕ تیوٗہار اوسمُت ییلہِ وٕنٛدٕ گٹہٕ کارختم سپدتھ کاشکار زمین لاگنک دُبارٕ سنٛز کران اُسی۔ زمینہٕ اکہِ وِنس ستی ستی اوس جشن مناونہٕ یِوان۔ شیخ العالمؒ چھُ وَنان یُسے کرِ سو دِلہٕ تہٕ پزٕ مَنہٕ گونٛگل یعنے بنٛجر تہٕ وُجارٕ زمین لاگہِ سُے کرِ کرٛاو۔ یعنے سُے سپدِ اصل پھلک تہٕ وومیدوار۔ یہِ چھےٚ سو حقیقت یوٚسہٕ مختلف فلسفن ہُنٛد ہنگ تہٕ رَنگ چھےٚ۔ مہاتما بُدھ سٕنٛدبن اُٹھن بُنیاٗدی اصوٗلن مَنٛز چھےٚ یہِ اکھ بُنیاٗدی کتھ۔ قرآن شریف تہٕ چھُ اَمہِ کُے تلقین کران۔ اِنسانس سپدِ نی حاصِل ییٚمہِ باپتھ سہٕ پزٕ دِلہٕ کوٗشش یا ہل بل کرِ۔ عملہِ وراٗے کانٛہہ چیز ژھارُن چھُ وپر نشہِ ٹنگ ژھارنس برابر۔ رٕژِ عملہِ ستی ستی چھِ شیخ العالم رٕتس کِردارس پیٹھ زور دِوان۔ تم چھِ وَنان۔

کام، کرٛوٗد، موہ، اَہنکار چھےٚ
دوزٕخٕ، نار چھےٚ دِوان بزاے
کرٛیہِ تہٕ کارَن وَنٛداوار چھےٚ

کام (شہوت)، کرٛوٗدھ (غُصہٕ یا حرِص)، موہ (لالچ)، اہنکار (جہل،

گُمنٹڈ، سرسان) چھِ دوزخٕچ نارکی پاٹھی الاو تہٕ جلاو تُلان۔ یہے چھِ تمام بُرائیین ہُنٛد گوڈ۔ کرٛیہ (عمل) تہٕ رِتٕمن کارَن چھُ مول۔ یہے چھِ تم اصل دیار ییم پرٛتھ وِزِ وٗسیلہٕ ہیکن بٔنتھ تہٕ زِندگی ہیکَن رَتھِ کھاٲرِتھ۔

شرٛانا　　گٔرۍ زِ　　یُتھنہٕ　　کاڈیشی

گیانا　　گٔرۍ زِ　　گُپھُتھ　　پان

کرٛیا　　گٔرۍ زِ　　یُتھ　　زاتھ　　مشی

مُشی　　نِشہٕ　　اَدٕ　　پَنُن　　پان

وَنان چھِ تتھِ گٔرۍ زِ شرٛان، یُتھنہٕ کانٛہہ وُچھی۔ 'وُچھی' مطلب چھُ بِلا گُنہٕ ہاوِ باوِ یعنے ظاہر پرستی روٗس چھلُن پَنُن پان (من تہٕ جسم) تہٕ گرُن صاف تہٕ پاک سُہ ذاتِ پاک سوٗرن پارَے دِنہٕ تہٕ ڈول وانہٕ ورأے کرٛیا یا عمل تھاو جاری مگر ''ذاتِ مُشراوِتھ'' (یعنے کرٛیہ ہُنٛد یا عملہٕ ہُنٛد کیاہ پھل نیرِتھ گژھ مَہ تھاو نظر) تہٕ امہٕ پتے ہیکھ ژٕ پَنہٕ وجوٗدو ویاہت وبود نِشہٕ بے خبر سَپدِتھ تہٕ اصل حقیقتھ پرٛزٕناوِتھ۔

نَفس چھُ شیخ العالمہٕ سٕنٛدِ فلسفُک بیاکھ اہم پہلوٗ۔ تم چھِ نَفس مارُنس پیٹھ زور دِوان۔ نفس مارُن چھُنہٕ ہرگز حقیقتو نِشہٕ فرار۔ (Escape) بلکہ ذاتی نظم وضبط دوتلاونک اہم ذٔریعہ یُس تام نہٕ اِنسان پانٛنۍ پانَس گنٛڈ رٹہٕ۔ پنہٕ نٕمن بے ربط تہٕ بد زیب خاہشن تہٕ امارَن پیٹھ قوبوٗ لبہٕ سُہ ہیکہٕ نہٕ تھزر بٔستھ۔ بےٚ گنٛڈ نفس چھُ تمام مُصیبتن تہٕ بدی ین ہُنٛد آگُر۔ یہ چھُ مدمست ہوٚس یُس بے قوبوٗ سپدِتھ پرٛتھ کینٛہہ وُجارِ کران چھُ۔ شیخ العالم چھِ بل واسطہ طور فرد

ہنز زِندگی رِژِو تہٕ لا گتھ سوٗرے ماحول رُت بناوُن یژھان۔ شیخ العالم چھِ زانان زِ یوٚدوَے اِنسان کرٕیے (عمل) تہٕ کرِ۔ اماپوٚز نفس پێٹھ قوبوٗ کرنہٕ سُہ چھُ تیلہِ سُہ کدل تہٕ لُہران یُس تمُ پننہٕ عملہِ سۭتۍ بنوومُت آسہِ۔ شیخ العالم چھِ ذاتی تجرُبن ہنزِ بنیادٕ پێٹھ ییمہِ کتھِ ہنز تہٕ باوتھ کران زِ نفس مارُن، یا نفس گنڈِ رٹُن چھنہٕ سہل کام۔ کینٛہہ شُروکھ وُچھو یِم ذاتی تجرُبن ہندی اَنہٕ تہٕ عکس چھے

نفس مێون مَدٕ ہوٚس تے اَمۍ ہٕسۍ موٚنگنم کوتاہ بل
ساسَن منٛز چھےٚ اکھُے نوس تے نتہٕ اَمۍ ہێتٕنَم ساری تل



نفسے موٗرس تہٕ واے کھٕٹِتھ روٗدُم تہٕ گٔے
اتھِ پیہٕ ہم تہٕ کیاے کرتل ژھنہٕ ہس ہٹے



دِل چھےٚ گاڈ تہٕ ہوکھِ موتژاوُن ذِکرِ ہُند پونٛ دِس لَسہِ یو توَے
لعل زان نفسے اَتھِ موتژاوُن صاحب پننے لبہٕ ہَن اوے

شیخ العالم چھِ موتس مُتلِق تہٕ سوچان۔ واریاہ چھِ سوچان زِ تِم چھِ نراشاوادی (Pessimist) مگر امہِ اَنمانہٕ سوچُن چھُ غلط، موت چھُ اِنسانی زِندگی ہُند اکھ لازِم حِصہٕ۔ یُس زاو تَس چھُ مَرُن۔ یێلہِ کانٛہہ وجوٗدس، زِندگی، دُنیاوی مایا زالَس، اِنسانی وِوہارَس، خدایَس تہٕ تِتھے زاوی لبن سوالن مُتلِق سوچہِ تَس چھُ زبَس سۭتۍ سۭتۍ مَرنَس پێٹھ تہٕ لازِمی طور غور کرُن۔ موت کوتاہ تہٕ

ٹیۆٹھ تہٕ کرٛۄٹھ اُسیٚ تَن مگر یہِ چھُ اَکھ پزٕر۔ شیخ العالم چھِ اَکِس فلسفی ہِندی پاٹھی اَتھ مُتلِق تہٕ سوچان تہٕ تِم پزٕر بدِ کڈان یمن ہیٚتی اِنکار کرُن مُشکِل چھُ۔

کیٛاہ کرٕ زِ مرنَس تہٕ مرٕنبن دکانَن        گو کمن کمن جانَن چھانگرٕ کرِتھ

پوٚنی زَن ژٕمِتھ گے نوبن بانَن        گے وانٛی زَن وانَن پھالو دِتھ



یَس        اوٚر        یم        یوٚ دوَسے        تَس        عالم        ودِ        تہٕ        لسے        مو

یُس        ڈایَن        گزن        تل        ژسے        سُے        نبی        آسہٕ        تہٕ        کھسے        مو

مطلب یَس یَم (موت) ییہٕ۔ تَس یوٚ دوَے سوٗرے دُنیاہ تہٕ اوٗش ہارِ سُہ کتہٕ سپد زِنٛدٕ۔ یُس اڈے گز زمینہٕ منٛز دفن کرنہٕ ییہٕ۔ سُہ کوتاہ تہٕ گونہٕ وان تہٕ اُسیٚ تَن سُہ کتہٕ ہیکہِ واپس نیٖرتھ۔

شیخ العالم چھُ ونان زِ موت چھُ زِنٛدگی ہُنٛد سُہ پزٕر ییمہِ منٛزٕ پرٛتھ اِنسانَس گڈرُن چھُ۔ لہٰذا پزِ ہر ہمیشہِ یہِ حقیقتھ یاد تھاوٕنی زِ پرٛتھ اَکِس چھُ مرُن۔ یوٚ دوَے سُہ یہِ یوٚڈ پزٕر منٛشراوِتھ لوٗب، موہ، اہنکار تہٕ کرٛۄدہ رِکس سُندرَس منٛز گروتہٕ گرِتھ گرِ سُہ چھُ پانَس دوکھ دِوان۔ بقولِ غالبؔ ؎

موت کا ایک دِن معین ہے

نیند کیوں رات بھر نہیں آتی

یہِ چھُ مرنہٕ برٛونٛٹھے مرنک باس۔ یَتھ کُن شیخ العالم چھِ یتھہِ پاٹھی اِشارٕ کران منٛس کھٔے کاس، یتھ کاسہِ اَنٛس توٚ زنٛس ہیٚتی گرٛھی زان تل تل کیٛاہ چھےٚ شریکہٕ پانَس مرنَس برٛونٛٹھ مرِ سُے چھے گیان

مرنہٕ بڑوٚنٹھ مَرُن چھُ حقیقت سورٕنی۔ حقیقی معرفت، حقیقی عرفان تہٕ اصل گیان چھُ یوٚ ہے۔ یَس ہمیشہِ اَمیُک باس روزِ سُے ہیکہِ مدٕہوٚس نفس گَنڈٕ رٔٹتھ، سُے ہیکہِ بَدی تہٕ بُرأیی نِشہِ دوٗر روٗزِتھ۔ سُے ہیکہِ مردِ کأمِل (آدرشی اِنسان) ہِنٛدی پأٹھی زُوِتھ تہٕ أتھی مَنٛز ہیکہِ کانٛہہ تہٕ اِنسأنی سماج مشأ لی سماج بنِتھ۔

شیخ العالمس أسی ہَتہٕ بَدی ژاٹھ یم جایہِ جایہِ وأتی تہٕ تِمَن خیالن زوٗلُکھ زوٗل یم سأنٛس علمدارس ٹأٹھی أسی۔ یِمن ژاٹن مَنٛز آسہٕ زنانہٕ تہٕ کورِ تہٕ شأمِل۔ یم ژاٹھ أسی نہٕ محض دوٗت یا پأغام رسان بَلکہِ أسی پانہٕ یِمَن گوٗنَن تہٕ وصفن ہِنٛدی مُجسمہٕ۔ تم أسی پانہٕ ریٛشی۔ نتیجہ دڑاو یہِ زِ ''ریٛشت'' یا ریٛش تحریک گییہِ أکِس اہم سمأجی تہٕ روٗحأنی تحریکہِ ہِنٛزِ شکلہِ مَنٛز دوہ پَتہٕ دوہہٕ وُسعت لبان۔ شیخ اُلعالم بنأوی أمی چیزن اکھ لیجنڈ۔ اکھ رِوایت تہٕ اکھ علامت۔ تم چھِ اِنسان دوستی ہُنٛد سہٕ أنتہٕ روٗس تہٕ وانتہِ ورأے سٕدرِتھی زمانَن ہِنٛدی زمانہٕ وولسنَس أنی تہٕ برابر وولسنَس اَنان روزَن۔ مشہوٗر صوٗفی بُزرگ بابا داوٗد خاکی چھِ ونان

شیخ نورالدین کہ بحر عرفانست
مظہر فیض وجوٗد رحمان است

(یہِ مُقالہ چھُ شیرازٕ ۱۵، خاص نمبر نُنٛدٕ ریوٚش، شُمارٕ ۲۰ ہَس مَنٛز چھپیومُت۔)

☆☆☆

# فرایِڈ : نفسِیاتی تنقیدُک مؤلادار
## (اکھ سام)

نوِ سوچکو اَنہار ووتلاوَنس تہٕ جدید علمچ تہٕ فلسفچ براںٹھ کنہِ شیرنس منز چھُ تژبن عظیم اِنسانَن ہُند دَخل واریاہ۔ یم چھِ ڈاروِن، مارکس تہٕ فرائیڈ۔ بے شک یمن تژیشوٗنی ہندبن خیالن، فلسفی زاوی جارن تہٕ مولوٗماتن گرکینژو عالمو تہٕ فلسفیو پننہِ پننہِ اَنمانہٕ گینژ۔ اختلافکی مختلف کوٗنج تہٕ نوٗی تر کڈِکھ نٔی۔ اَماپوٗز یہِ اَسِتھ تہِ یمَن رایَن تژ ایَن یمو تژیوٗ شخصو زیر دِژ۔ یم حقائق یموٗ نٔی کڈی تیٚہنز اہمیت چھِ واریاہ۔ ادب آرٹ تہٕ جدید دُنیاہچہِ بوزِ شوژ پتٕھ تژ وو یمو سوٗن تہٕ دوٗررَس اثر۔ یِیمہِ نشہِ اَچھی پتھ کُن تھاونہٕ محال چھِ۔

فرایِڈ سنزِ زِندگی ہُند وَق (۱۸۵۶ء پتٕھ ۱۹۳۹ء) چھُ کینژن دوٗی مین زمانَن مُقابلہٕ اکھ اہم تخلیقی دور روٗدمُت۔ نوٗی سائینسی خیال چھِ مُسلسل بارسس یِوان روٗدیٕمتی، یمو پرٛانہِ زمانچہِ رایہِ تژایہِ بدلاوِ تہٕ نوِ بوشوژ ہندی

ترپھاپھلاوی۔ فرائیڈ اوس وُنہِ تڑہ وُہرے چارلس، ڈارِون ہنز مشہوٗر کتاب
''آرجن آف سپیسِز''[1] یُس نے مسلہ اِرتقاء۔ آیہ چھاپتھ۔ ڈارِوِنَن دیُت ہاوِتھ
اِنسان چھُ بنیادی اکھ حیوان۔ سُہ چھُ اِرتقاء کہِ اکہِ زیٖٹھ سِلسِلُک حِصہٕ۔
اچ اکھ ترقی یافتہٕ شکل۔ ڈارِوِنَن نہٕ اَمہِ کتابہِ اوٗن اِنسانی سوچَس اِنقلاب۔
فرائیڈس کھوت وانسہِ بیا کھ وُری۔ جرمنکی اکھ مشہوٗر سائینس دان گسٹر
فیچنرن تڑ وو علمِ نفسیاتس کُن۔ تمیٚ دیُت ہاوِتھ زِ اِنسانی شوعوٗرس ہیکو سام ہیتھ۔
تتھے پاٹھی تڑاو پاسچرن بیکٹریاہن ستی وابستہٕ سائنسچ بُنیاد۔ یتھ ''بیکٹِریالوجی''
ونان چھِ۔ مینڈلن تڑاو تمہِ جدید سائنسچ بُنیاد یتھ ''جینٹِکس'' وَنان چھِ۔ تہٕ
ہولٹزن گر قوتس (انرجی) مُتلِق نوی اوصوٗل تہٕ خیال ظاہر۔ بیٚیہ تہٕ روزِ تتھے
پاٹھی بیٚیہ کینٛہہ نوِ دُری یافتہٕ سپدان۔ اِنسانی سوچہ چھہ نوِ گزایہ روزِ ووتھان،
بڈان تہٕ بڑونہہ پکان۔ یِہنے گزاین منز لوٗب فرائیڈن زنم تہٕ سُہ گو بوڈ سپدان
تہٕ پننہِ زِندگی ہندی کڑوہ پوٗر گران۔

سِگمنڈ فرائیڈ اوس مُلہِ تلہِ اکھ ڈاکٹر۔ تمیٚ گر ۱۸۸۱ ہس منز میڈیکل
ڈِگری حاصِل۔ مگر سُہ اوس اُکس ڈاکٹر ہنِد کھوتہٕ اکھ سائینس دان۔ تلاش
تہٕ ژھارہنز کل اُس تس ذہنہِ کن تِہن منز سُنتھ۔ سُہ روٗد بیمارَن پننہِ نوے
طریقو یلاج کران۔ فرائیڈ چھُ تمہِ جدید سائینسک موٗلادار (بانی) یتھ
سائیکیٹری (Psychiatry) ونان چھِ۔ سائیکیٹری چھِ دِماغی مرضن تہٕ اندربِن
کمزوٗرِین یلاج کرنک سائینس۔ فرائیڈ ہنز ذاتھ چھِنہِ اوتے تام پننہِ تخلیقی

[1] "Origin of Species" یہ کتاب آیہ گوڈنیچہ لٹہِ ۱۸۵۹ ہس منز مارکس منز۔

ذہنۍ وُپھ تہٕ وُڈوٚ ہاوان۔ فرائیڈ ہنز شخصیت چھےٚ وارِیاہ قدآور۔ سُہ چھُ اکھ تھوٚد موتبر فلسفی۔ اکھ ذہین سائینس دان۔ اکھ تھوٚد ماہرِ نفسیات تہٕ سماجی نقاد۔ سُہ چھُ اَدبی تنقیدس منٛز تمن تنقیدی طور طریقن ہُند امام یا مؤلادار (بانی) یتھ ''نفسیاتی تنقید'' وَنان چھےٚ۔ فرائیڈن ہیٚو اِنسانی شعورس، اِنسانی شخصیٚو، اِنسانہٕ ہندِ بن عادتن، اطوارن، امارن تہٕ خابن، أندرِ ٹمن تہٕ ذہنی پیچیدگین کھوکھ لأوِتھ سام۔ تمی کٔر مِثالو تہٕ دلیلو ستی وَکھرِ وَکھرِ چیزن ہنز وضاحت۔ تمی دٕیت ہأوِتھ اِنسانی شعور تہٕ اِنسانی شخصیٚو ہنز آیہ گژھایہ ہکو کھ پرزِناوِتھ تہٕ پرکھاوِتھ تہٕ میٚنتھ تہٕ ژیٚنتھ۔ تہٕ یتھ پأٹھۍ ہیکہِ وارِیاہ کینٛہہ أژرنس منٛز مدد میلتھ۔

اِنسان چھُ ازلی بوٚچھ۔ یہِ بوٚچھ چھُ وارِیاہن قسمن ہنز۔ سُہ یہِ کینٛژھا گران کراوان چھُ۔ پننۍ ارمان تہٕ بنیادی ضرورتہٕ پوٚرِ گران چھُ۔ اتھ عملہٕ ستی چھےٚ ساری اِنسانی حرکت وابستہٕ۔ تہٕ خاص طور اِنسانی شخصیتُک سُہ حِصہٕ یتھ ''ژیتھ'' یا ''شوٚعوٚر'' ناو روٗد۔ شوٚعوٚرس چھےٚ مُلہٕ تلہٕ ز بڈی حِصہٕ۔ ''کانشس مائنڈ'' یعنے شوٚعوٚر تہٕ ''اَن کانشس'' یعنے لاشعور۔ کأشرِ پأٹھۍ ہکو یمن یم کینٛہہ ناو تہٕ دِتھ۔ سوژیتھ یا شوٚعوٚر (کانشس مائنڈ) تہٕ ''اَژیتھ'' (لاشوٚعوٚر یا اَن کانشس) اِنسان یتھےٚ یتھ دُنیاہس منٛز قدم تھاوان چھُ۔ مختلف ہس تہٕ ہوش چھےٚ کامہٕ منٛز یوان۔ تمی ہنزٕ مختلف ضرورتہٕ تہٕ بوٚچھ چھےٚ تس مختلف دولابن تہٕ عذابن منٛز ترٛاوان۔ تس چھےٚ مختلف چیز سَنان تہٕ سُہ چھُ مختلف تجربن منٛز پیوان۔ یمن سارِنے جذبن خاہشن تہٕ احساسن ہنزِ عملہِ پتِھ پُشت چھُ حرکتھ ہُند سُہ مرکز یتھ ژیتھ، مَن یا شوٚعوٚر وَنان چھےٚ۔ ظاہر چھُ یم جذبہٕ، خاہشہٕ یا

امار بیٚترِ چھِنہٕ اَکی طرٟیقکۍ آسان۔ کینٛہہ چھِ جان آسان، کینٛہہ ناکارٕ۔ کینٛہہ شۆبہٕ دار، کینٛہہ بے حِساب وُچاپہٕ تہٕ ارمان چھِ شۆعوٗرٕکس تتھ حِصس منٛز جمع روزان یتھ لاشعور یا اژٕبتھ وَنان چھِ۔ ہوش دار مَن (سوٗژٕبتھ) یعنے شۆعوٗرُک چھُ یِمن پتھ پہرٕ آسان۔ سُہ چھِنہٕ یِمن نبر نیرنہٕ دِوان۔ خاب کیٛاہ چھُ؟ نِنٛدرِ منٛز چھِ اَمِس پہرٕ دَرِس تہٕ باضے نِنٛدرٕ پہوان تہٕ اِنسان چھُ خاب وُچھان۔ خابَس منٛز چھُ یِہِ دبیمٕژ خاہِشہٕ مختلف صوٗرژٕ پژٕاُوِتھ نبر نیران۔ دبیمٕژن خاہشن ہُنٛد اندر روزُن تہٕ چھِنہٕ مُلے جان۔ اِنسان چھُ پھٹان۔ سُہ چھُ مختلف اندرٕ ٹمن تہٕ ذہنی کمزورین منٛز ہینہٕ یِوان۔ لہذا چھِ یِہنٛدِ نبرٕ نیرنہٕ خاطرٕ کانٛہہ بہتر تہٕ شۆبہٕ دار وَتھ ضروٗری۔ فرائیڈ چھُ اتھ شۆبہٕ دار تہٕ بہتر وَتہٕ ''سب لیمیشنگ'' (Sublimation) یعنے ''تھز ازِک'' (اِرتقاع) ناو دِوان۔ اَدب تہٕ فن تہٕ چھَ اَمی تھزارِچ اکھ صوٗرت۔ فرائیڈ چھُ اِنسانٕی شۆعوٗرچہٕ مختلف گزایہٕ واش کڈِتھ وبژٕھناوِمژٕ۔ سُہ چھُ وَنان زِ اِنسانہٕ ہنٛز ذہنی زِنٛدگی چھِ مُلہٕ تلہٕ دون طاقتن ہنٛز مُسلسل عمل۔ یِم زٕ طاقت یا زور چھِ خاہشن تہٕ اَمارَن ہُنٛد زور (urging forces) تہٕ دوٗم سُہ طاقت یُس یِمن پتھ قوٗی گران چھُ۔ فرائیڈ چھُ اِنسانہٕ ہنٛز شخصیژ ترٛین نظامن منٛز بٲگراوان۔ یِم یتہٕ پٲٹھی:

شخصیت

اِڈ (Id) اِگو (Ego) سُپر اِگو (Super Ego)

اِڈ چھُ مُلہٕ تلہٕ تی یتھ اَژٕبتھ یا لاشعور وَنۍ۔ اِگو تہٕ سُپر اِگو چھِ شۆعوٗرکہٕ تمن حِصن یا نِظامن ہنٛز ترجمانٕی گران یتھ سوٗژٕبتھ (کانشس مائنڈ)

وَنو۔ اِڈ چھُ نفسیأتی قوتن ہُند مؤلہٕ تلک آگُر۔ اَمیُک تولُق چھُ اِنسانہٕ ہِندِس جِسمس تہٕ پانَس ستی زیادٕ تہٕ بیرؤنی دُنیاہَس ستی کم۔ یہٕ چھُ فِطرتن وحشی۔ یہٕ چھُنہٕ اخلاقُک تہٕ گاٹہٕ جارٕکین اوٗصوٗلن ہُند پابند۔ یہٕ چھُ اِنسأنی شخصیتُک گوٚٹ تہٕ سبتٕھِہے پوٗشید حِصہٕ۔ تہٕ یہٕ کینژھا اَتھ مُتلِق وُنیُک تام زانہٕ آمُت چھُ تہٕ چھُ اِنسأنی خابَن اِنسأنی أندرٕ ٹبن، اعصأبی کمزوٗرین سام ہینہٕ ستی بامِل آمُت۔ اِڈٕچ عمل چھُ تَمہِ وقتہٕ ٹاکارٕ پأٹھی نَنٕ سَپدان۔ یێلہِ اِنسان تِتھ کینژِ ھا فعل کرِ، یَتھ نفسیأتی ہیجان وَنو۔ مثلن اکھ اِنسان چھُ زِناہ کران یا أکِس ذلیل تہٕ بداخلاق کارَس منٛز گرفتار سَپدان۔ یہٕ چھِ اِڈٕچ عمل۔ تِتھے پأٹھی دُہلی خابَن منٛز پُٹن پان آوٕراوُن تہٕ راوٕ راوُن۔ ہوأیی قِلعہٕ بناوُنس منٛز پُٹن وارِیاہ وَق صرف گرُن۔ یِتہٕ چھُ اَمہِ چی عمل۔ اِڈِ چھُنہٕ سوچان۔ یہٕ چھُنہٕ جان۔ یہٕ چھُ صرف خأہِش کران تہٕ خأہِش پوٗرٕ کرِنچ سٔبیل کران۔ اِڈٕچ کأم چھِ اِنسان تَمہِ بارٕ اِضطرابہٕ یاکشیدگی (Tension) تلہٕ لوٚتہٕ راوُن یُس دبیمژو خأہِشو تہٕ امارِوتَس کُنہِ روٗدمُت چھُ۔ یہٕ ذہنی کشیدگی چھَ اکھ فرد بے تسلأیی، دَگہِ یا تکلیف کِس صوٗرتس منٛز موسوٗس کران۔ اَمہِ نِش یێلہِ سُہ لوتان ہیٚو چھُ سُہ تزٕپھت (Satisfy) سپدان۔ تہٕ مسرت پرٛاوان۔ مثلن یێتِھن نِمو أسی أکِس زاشرٕی سٕنزٕ مِثال یێلہِ أمِس بوچھِ لگان چھَ، سُہ چھُ ودان۔ کرٛبکہٕ دِوان۔ یہٕ چھُ تَمُی سٕنزٕ کشیدگی ہُند اِظہار۔ یێلہِ تَس ماجی دود دِوان چھِ سُہ چھُ تزٕپھت سَپدان۔ اِڈس ستی چھِ اکھ خاص عمل تہٕ وابستہٕ یَتھ فرائیڈ ''بُنیأدی عمل'' وَنان چھُ۔ یہٕ عمل تہٕ چھَ کشیدگی ہِندِس حالتس منٛز أکِس فردَس تسکین دِوان۔ مگر یہٕ تسکین

چھُنہٕ پائیدار آسان۔ یہِ چھُ فرضی تہٕ عارضی آسان۔ تہٕ زَن گوٚ اُسی ہمو بیٚیہٕ زا شُرِ سِنٛز مِثال۔ اکھ زاشُر چھُ ہوشَس پھوان کھبنہٕ چبنہ چہِ عملہِ دوران وارِ وارِ مختلف چیٖزن ہُنٛد مزٕ، یِہُنٛد رَنٛگ، تِہٕنٛز بوے تہٕ تِہٕنٛز شِکل یاد تھاوان۔ یِم ساری تاثُرات چھِ یاداشتہٕ رِکس صوٗرتس منٛز تمُی سِنٛدِس ژھتہٕ واتِرِس منٛز جمع روزان۔ییٚلہِ تس بوچھِ لگان چھُ سُہ چھُ بوچھِ دوٗر کرنچہِ کوٗشِشہِ منٛز کھبنہٕ چبن کمن چیٖزن ہِنٛز یاد پاوان۔ یِمن ہِنٛز بوے مُشک، رَنٛگ، مزٕ یاد پاوان۔ اَمہِ سٟتی چھُ تَس رَژِ کھنٛڈ، تسکیٖن میلان۔ فرائیڈ چھُ اَتھی عملہِ ''ہُنٛی یاُدی عمل'' ونان۔ یوسہٕ اِڈِس سٟتی وابستہٕ چھِ۔ اکھ بوچھِ ہوٚت مُسافر چھُ خابَس منٛز وازِ وانٕے وازِ وان وُچھان۔ اَکھ جنسی طور تیٚنوٚمُت اِنسان چھُ خابَس منٛز ترٛشہِ تصویر تہٕ تِتھی مناظِر وُچھان، ییٚمہِ سٟتی تمُی سِنٛز ذہنی کشیدگی ہَمان چھَ۔ فرائیڈ سِنٛزِ نظرِ منٛز چھُ خاب یعنے سوٗپُن، خاہشن ہُنٛد پوٗرٕ سپُن یا خاہشہِ پوٗرٕ کرنچ اکھ کوٗشِش۔ اُسی چھِ خابَس منٛز تی وُچھان ییٚچ اَسہِ کل گنے ہو آسہِ۔ بے شک یہِ سارے عمل چھَ اکھ عارضی تہٕ فرضی تسکیٖن بخشان۔ اکھ مستقل حل چھُ ضروٗری۔ یڈٕ رٔژٕ ناونہٕ خاطرٕ چھَ بہرحال غذاہچ ضروٗرت۔ تژِیش ہوٚمہٕ راونہٕ باپتھ آبچ۔ تہٕ باقٕے بوچھِ دوٗر کرنہٕ باپتھ معقوٗل ساماںٛچ تہٕ اتھ منٛز چھِ شوٗعوٗرکی باقٕے زِ نِظام یِمن فرائیڈ اِگو تہٕ سُپر اِگو ونان چھُ بکار یِوان۔ اِگو چھُ سُہ انگریزی لفظ یُس واریاہَن معنے یَن مطلبن منٛز استعمال چھُ سِپدان۔ اتھ ہکبو خودی ڈٔپتھ۔ اَنا ؤنتھ، یہِ چھُ اہنکار یعنے غروٗرِکس معنے مطلبس منٛز تہٕ استعمال سَپدان۔ اَتھ ہکبو کاشُر پزٕون لفظ ہتاتہٕ ناو دِتھ۔ مگر فرائیڈن یُس معنے اَتھ

لفظس دیُتمُت چھُ سُہ چھُ وارِیاہ وسیع تہٕ کُشادٕ بوٗزت تہٕ تھہ دار۔ بہرحال معقول کاشُر لفظ نہٕ آسنہٕ مۆجوٗب دِمو أسۍ اتھ ہِتا لفظے ناو۔ فرائیڈ سنٛز نظرِ منٛز چھُ ہِتا (اِیگو) اِنسأنی شخصیتُک سُہ مولہٕ وُن تہٕ اہم مرکز یُس ہوشہٕ حواسہٕ کِس عالمس منٛز چیزن سام ہوان چھُ۔ اتھ پیٹھ چھنہٕ اِڈِچ عمل غالِب۔ نہٕ چھُ جوشس منٛز ہوش راوِ راوان۔ ہِتایہٕ (اِیگو) سِتۍ چھُ سو عمل وابستہٕ یتھ فرائیڈ سنٛز زبأنی منٛز عملِ ثأنی وَنان چھِ۔ یہٕ چھُ سو عمل یوسہٕ بُنِیأدی عملِ نِشہٕ بلکُل بدوٗن چھُ۔ اِنسان چھُ اتھ عملہٕ تحت تم چیز حاصِل کران یِمن ہنٛز تس حقیقی طور ضروٗرت آسان چھِ۔ ہِتایہٕ تحت تہٕ چھُ اِنسان دُہلہ خابَن منٛز مُبتلا سپدان۔ اماپوٚز اژبتھ یعنے اڈکیمن خابَن تہٕ یِمن خابن چھِ وارِیاہ فرق۔ ہِتا چھنہٕ یمن منٛز حقیقت زانان، یہٕ چھِ یِمن محض ذہن لوٗتہٕ راوِنک یا دوٚیمِن لفظن منٛز تفریحُک اکھ ذٔریہٕ زانان سُپر اِیگو چھُ شوٗعوٗرُک سُہ نظام یُس سبٹھیہٕ ربطہٕ ضبطُک پابند چھُ۔ یہٕ چھُ اوصوٗلن آدرشن تہٕ اخلاقُک قأیِل۔ یہٕ چھُ تہذیبی اِدارن تہٕ قونوٗنی رایَن ترایَن ہُنٛد دِلداہ۔ سُپر گو بہتر لہٰذا ہیکو أسۍ اتھ کأشرِ پأٹھی بہتر ہِتا ناو دِتھ۔ بہتر ہِتا چھُ بُنِیأدی طور تِمن جذبن تہٕ خاہشن پیٹھ نظر تھاوان یِم اخلاقس تہٕ قونوٗنس تہٕ سمأجی توازنس تہٕ اَمہِ چھِ ہموأری پیٹھ حرف اَنن۔ الغرض ذہنی طور اکھ صحتمند اِنسان وَنو تِمس یِمس شوٗعورٕ کیمن یِمن ترٛین نظامن منٛز ہشر ہموأری تہٕ ربطہٕ ضبطہٕ آسہِ۔ یِم اکھ أکِس سِتۍ رٕلتھ میلتھ کأم کرن۔ یوٚدوَے یہٕ سپدِ نہٕ۔ اِنسانہٕ سنٛز کارکردگی منٛز چھُ سیوٗریہٕ یِوان۔ سُہ چھنہٕ ویپان (Adjust) سُہ چھُ دوٚیمِن پیٹھ نالان سپدان۔ پننِس پانَس پیٹھ نالان سپدان۔ نتیجہ چھُ یہٕ نیران

سُہ چھُ پرٛتھ جایہِ لوٗژر لبان تہٕ تَمِیُک ہِنٛز قووت چھِ ناکارٕ پأٹھی ضایہِ سَپدان۔ قأتلِن تہٕ بدکار کرن وٲلین اِنسانَن پیٹھ چھَ اَژہُچ (اِڈٕچ) حُکمرأنی غألِب آسان۔ ہِتایہِ تہٕ بہتر ہِتایہِ ہنٛز چلنٕز چھَ سبٹھاہ کم آسان۔ ہِتایہِ تہٕ بہتر ہِتایہِ ہُند بہتر وۄجوٗد چھُ مُلہِ تلہٕ اَژہِتھے (اِڈ) پیٹھ دٕرِتھ۔ کیازِ اَژہِتھے چھِ جلد بأزی منٛز وُچایہٕ تہٕ عجیب خاہشن زیرٕ دِوان، یِمن پیٹھ کنٹرول کرُن ضرٗوری چھُ۔ دۄیمین لفظن منٛز ہِتا تہٕ بہتر ہِتا چھِ اِڈِچہ زٕ بڑیکہٕ ہشہٕ۔

یہٕ تام اَدب تہٕ آرٹُک سوال چھُ یَتھ ستی کرِ نہٕ کٲنٛہہ اِنکار زِ اَدب تہٕ فن چھُ مُلہِ تلہٕ اِنسأنی شخصیتُک اِظہار۔ پانٛنۍ چھِ یہ کتھ تٔمی زِ یِم ترٛیہ نِظام شخصیژ ستی وابستہٕ چھِ (یِمن ہنٛز وبرٕھنۍ فرائیڈن اِڈ، ایگو تہٕ سُپر ایگو تحت کٔرمٕژ چھَ) یِہنٛز سام ہیٚنہٕ رۄس ہیکو نہٕ شأیرن اُدیبن تہٕ فن کارَن ہنٛز تخلیقی عمل بہتر پأٹھی زأنِتھ۔ اِنسان یہِ کینٛژھا کھوٗان چوان چھُ۔ اَمہِ ستی چھِ تس قوٗت (اَنرجی) فراہم سَپدان۔ تہٕ اِنسأنی شخصیژ ہِندین یِمن نظامن یوسہٕ قوٗت ہرتر بخشان چھُ۔ اَتھ ہیکو ''نفسیأتی قوٗت'' (Psychic energy) ناو دِتھ۔ یہِ قوٗت چھُ بُنیأدی طور اکہِ خاص انداز چہ کامہِ بامل اَنہٕ نَس بکار لگان۔ مثلن سوچ یاداشت بیترِ۔ قوٗت (انرجی) اَدِ یَتھ شکلہِ منٛز آسہِ تہٕ تتھ۔ یہِ ہیکون اکہِ کامہِ پیٹھٕ دۄیمہِ کامہِ لٕگِتھ۔ تِتھے پأٹھی ہیکوک اِنسانہٕ ہنٛز دبیمٕژ خأہشہٕ تہٕ اندر رۄدیٚمٕتۍ اَرمان سوبرٕژ تہٕ سووتہِ لٲرگتھ۔ یِمَن ہیکو تھزر بخشِتھ۔ اُتھی چھُ فرائیڈ سب لِمیشن (ارتضاع) وَنان۔ کأشرِ پأٹھی وَنوس اُسی تھزار، فن، اَدب تہٕ دانشورانہٕ تہٕ کلچر لحاظہٕ تھزن کامن پسِ پُشت چھُ ''تھزارے'' آسان۔ حبہٕ

خوتۆنہٕ تہٕ أری نہٕ مالہِ ہٕنٛدی شار نی توکھ۔ یہنٛز سام ہکو زیادٕ بہتر طور فرائیڈ ہٕنٛدِ بن اؤصوٗلن مدِ نظر تھأوِتھ ہیٚتھ۔ یارِ ہٕنٛز کل چھِ یمن سٕنٛتھ گمٕژ۔ تہٕ اتھ کلِ سٟتی وابستہٕ جذبات چھِ یمن مۄر ٹلان۔ یوٚہے ذہنی جۄن تہٕ مۄر چھٕ شارَن ہٕنٛز زبو لبان۔ تہٕ یہنٛدِ دِلکی چھوکھ تہٕ آمہٕ تاو چھِ رژھِ کھنڈِ شیٚہجار لبان۔ لل دیدِ ہُنٛد قنات (سنکۆت) چھُ بذاتِ خود توجہُک مرکز بنان۔ تمٕ ہٕنٛدی تتھی ہی واکھ

کھبنہٕ کھبنہٕ گران کُن نو واتکھ نہٕ کھبنہٕ گرِھکھ اہنکأری
سۆمُے کھیٚیے مالہِ سۆمُے آسکھ سۆمُے کھبنہٕ مۄرنے برٕ ہن تأری

لل دیدِ ہٕنٛز زِندگی چھَ تٕتی پأٹھی تم سِتمہٕ بوری حالات بزٕوٕنہہ کُن أنان یمو سو قناعت تہٕ سنکۆت ہیٚچھنأوی۔ تمٕ ہٕنٛزِ وأری وٕچ زِندگی تہٕ امیُک اثر چھُ لل دیدِ ہٕنٛزِ شخصیٚژ پیٹھ سۆن تہٕ گۆن۔

فنی تہٕ اَدبی تنقیدس منٛز یمہٕ رلیہٕ ترٛاییہٕ بزٕوٕنہہ کُن یِوان روٚزِ فرائیڈ ہٕنٛدیو خیالو بخش تمن ژٕ وسعت۔ تمٕ گرٕ ذہنکی تم گھٹی تہٕ وٕلی تٕتی۔ تہٕ یہنٛز کرن وبوٚھنےٚ یہنٛد اِنسأنی حرکژ پیٹھ واریاہ اثر چھُ۔ فرائیڈ ہٕنٛدِ وَننہٕ موٗجوٗب چھُ اَدب تہٕ فن اِنسانہٕ ہٕنٛدِ بن بُنیأدی جبلتن ہُنٛد رقص گاہ۔ دٕبیمٕژ خأہشہٕ چھِ آرٹ تہٕ اَدبس پٔژن آلے کار بناوان تہٕ پننہِ تسکینُک سامان پزاوان۔ یمہٕ خأہشہٕ تہٕ امار چھِنہٕ اَکی قسمٕکی ئِژکہِ واریاہن قسمن ہٕنٛدی رَنٛگا رَنٛگ، شأیِر تہٕ أدیب چھُ یمنے ہٕنٛز باوَتھ پننین تخلیقن منٛز کران گہے تٕتی پأٹھی، گہے پزٕ دٕلی وچھو ہے اکھ پاگل تہٕ چھُ نیٚبرِ مس دُنیاہس ڈٕلی دِتھ ترأوِتھ۔ پننین خیالن ہُنٛد دُنیاہ آباد کران تہٕ أتھی منٛز مست روزان۔ اکھ فنکار تہٕ چھُ یِی کران۔ مگر فرق چھِ واریاہ۔ سُہ چھنہٕ

پاگل۔ سہ چھُ تھزارٕچ بہتر تہٕ مولہٕ وِنی وَتھ ہزاُوِتھ پننین ذہنی قوتَن معقوٗل پاُٹھی استعمال کران۔ فرائیڈن چھُ ہاُوِتھ دیتمُت زِ وِنسی (Vinci's) ناوٕ کِس مشہوٗر مُصوِرہ سٕنز Madonnas میڈوناس) ناوٕچ تصویر کِتھٕ پاُٹھی چھِہ تٔمی سٕنٛدِ تھزارُک اِظہار۔ وِنسی اوس لوکچارے منٛز پننہِ ماجہِ نِش ژھبنہٕ گومُت۔

یہٕ چھُ صحی زِ فرائیڈ چھُ واریاہَن جایَن اِنتہا پَسند تہٕ بنان۔ مثلَن تٔہنٛدی کِنۍ چھِہ انسانی شخصیژ پتھ سارِوے کھوتہٕ زیادٕ جنٛسچ حُکمرانی۔ تٔمی چھِہ جنٛسی خاہشن، جنٛسی وولٕہرِشَن تہٕ جنٛسی محرکاتن الوٚنٛد سارے اِنسانی شخصیت تھاوٕمٕژ۔ تٔمی سٕنٛدی کِنۍ چھُ پرتھ فنی کارنامہٕ کُنہِ نَتہٕ کُنہِ جِسنی دباوٕ، جنٛسی یوچھِہ یا جنٛسی خاہشہٕ پتھ ہَرتَر لَبِتھ پھاپھلان۔ بے شک جنٛسی زِنٛدگی جنٛسی جذباتن یا خاہشن چھَ اِنسانی زِنٛدگی منٛز واریاہ اہمیت۔ مگر پیٚمہٕ تَتہٕ زِ یوٗہے چھُ مرکز۔ اُتھی اَنٛدی اَنٛدی چھُ باقے سورُے کینٛہہ سپدان۔ بہرحال فرائیڈن یوسہٕ تحلیل نفسی ہٕنٛز عمارَتھ اِستادٕ کٔر۔ سو چھَ برابر تامِیر سپدان۔ نظریات چھِہ برابر بنان۔ فرائیڈہ سٕنٛدیو دوٚیو ژاٹو یونگ تہٕ اڈلرَن کوٚڈ یمن نوِ سَرٕ ہٕنٛز ہٕنٛز پاُٹھی بٔڈتھ۔ تہٕ یہٕ سِلسِلہٕ چھُ جارٕی۔ تحلیل نفسی چھِہ مختلف تنقیدی رایَن تزایَن منٛز تنقیدِچ اَکھ تزاے۔ یوسہٕ دوٚیمین تنقیدی اصوٗلن تہٕ تزایَن ہٕنٛدِس ورتاوَس ستی ستی اَکِس فنکارٕ سٕنٛز ذاتھ۔ تٔمی سٕنٛز تخلیقہٕ زلنہٕ نِس منٛز واریاہ اکھِہ روٗٹ کٔرِتھ ہیکہِ۔



# تحقیقہٕ باپتھ اکھ موضوٗع

بیٚیتھ زِندگی ہِندِس سفرس دوران یِمو موضوٗعو میٚون ظوٗن وِزِ وِزِ پانَس کُن پھیر تہٕ یِمن مے وکھرٕ پاٹھۍ تحقیق کرنٕچ ضروٗرتھ باسیوو تِمن منٛز چھُ شاعِرن ہُنٛز اکھ مخصوٗص جماتھ یا چھوکھ سو تہٕ شامِل یِم پننِہ اکہِ خاص طریقہٕ زوان چھِ۔ یِمن پنٕنۍ اکھ عمل تہٕ دوتھ بیٹھ چھے۔ یِم شاعِر گرِتھ نو نہٕ توہہِ کُنہِ مُشاعِرس یا عام اَدبی محفلن منٛز نظرِ۔ نہٕ وُچھِو توٚہۍ یِہُند کلامہٕ کُنہِ رِسالس یا اخبارس منٛز چھاپ سدان۔ بیشتر چھِ یِمن منٛز "اَن پڑ"۔ یِم چھِنہٕ پانہٕ پٔرِتھ تہٕ لیکھِتھ ہبکان۔ مگر تاجُب چھُ یہِ زِ یِم چھِ شار وَنان۔ زیادٕ موزوٗن لفظن منٛز روٗزِ یہِ وَنُن مُناسِب زِ یِمن چھِ شار وُزان۔ یِہِنٛدی وَننہٕ موجوٗب یِمن چھُ کُنہِ کُنہِ وِزِ "حال" طاری سپدان۔ یِم چھِ وجدس منٛز یِوان۔ تہٕ شار چھِ پانٕی پانے رواں دواں۔ دہانہٕ منٛز نیران۔ یہِ عمل چھُ کیٚنٛژن کالس جٲری روزان تہٕ پتہٕ ہے یِم کھونہٕ وٚتہٕ کھوڈ تہِ کھٔنُن اکھ مِصرٕ تہِ لیٚکھنہٕ وٲتھ ہبکان۔ سوچُن چھُ یہِ

کیاہ؟ یہِ گتھ کتہِ چھِ یوان؟ امیُک آگُر کیاہ چھُ؟

یتھِمن شاعرن ہُنٛد تیداد آسہِ انداز ن زِ ترٛیے ہتھ پیٹھی۔ یم چھِ شہرِ سرینگر علاوٕ مختلف گامن گُٹھن تہٕ سرٛین منٛز روزان۔ تہٕ مختلف کامہِ تہٕ کار کران۔ کانٛہہ چھُ ہٕرٕ، کانٛہہ جالکھ دوٗز، کانٛہہ دٔسلی یا کھار، وانٛدر یا کانٛدُر، باغوان یا مٔلی یٲرٕ، دوٗر یا کرٛال۔ بوٗٹ سوٗٹ وول یا اتھِ کامِن ہُنٛد کٲرِ گر۔ غرض مختلف کارَن ہٕتؠ وابستہٕ۔ وارِیاہَن ییٚلہِ حال طٲرِ سَپدان چھُ یم چھِ شار ونان۔ اماپوٚز ناخانٛدٕ آسنہٕ سببہٕ چھِنہٕ اُمی وِزِ لیکھِتھ یا نوٹ کٔرِتھ ہیکان۔ تہٕ کیاز لیکھُن چھُکھ نہٕ تگان۔ نتیجہ چھُ یہِ نیران جلدٕے چھُ یمن وارِیاہ کینٛہہ مُشِتھ گوٚھان۔ باضے چھُ یہِ تہٕ سپدان زِکم کاژھا چھُ یمن کُنہِ کالس ژبٕتس روزان۔ اِدٕ کانٛسہِ ہے قلم بنٛد کوٚر، جان، نَتہٕ گو ضایہِ۔ کانٛسہِ کانٛسہِ چھُ کلامہٕ لیکھنہٕ خاطرٕ کانٛہہ ظون تہٕ مُقرر کوٚرمُت آسان۔ مگر سُہ گوٚژھِ ویلہٕ تہٕ آسُن۔ بہرحال سوٗرے نتے یہِ کینٛژھا یمن شخصون ژبٕتس روزان چھُ تہٕ ژبٕتس روٗزِتھ کانٛسہِ دٔسی لیکھِ ناوٕنس منٛز کامیاب سَپدان چھِ یہِ چھُ تِمن نِش جماہ روزان۔

یتھِمن شاعرن چھُ پَنُن اکھ لوٗکُٹ موٗکُٹ حلقہٕ تہٕ آسان یتھ منٛز اکھ زون زٕٹھ یا بُزرگ مانَنہٕ یِوان چھُ۔ یُس یم "پیر" ونان چھِ۔ یہِ پیر یا ووستاد چھُ یہنٛز رہنمٲیی کران۔ یہِ چھے مُلہٕ تلہٕ پیر مُریدی، ہنٛزٕ اکھ صوٗرت یوسہِ پتھ کالہٕ پیٹھٕ کٲشرِ شاعری منٛز مُروج روٗزمٕژ چھےٚ۔ پیر یا ووستاد چھُ یمن وتھ ہاوان۔ حق تہٕ اصل۔ وحدت تہٕ کُنرس ہٕتؠ زان کرناوان۔ تتھ منٛزی لَس

ژُن عام پاٹھی زِوان یتھ ''دیہہ وَتھ'' یا ''عشق حقیقی'' ہنٛز وَتھ ونو۔ یتھہِ پاٹھی
چھُ یِہُند کلامہِ بذاتِ خود ''گنجِ وحدت'' بنان۔ یہِ زَن فقیر عبدالکریمن گُنہِ حدس
تام پرِد ژُٹھ ہِنٛز سۆمبرنہِ ناو دِتھمُت چھُ۔

یتھمن شاعرن ہُند کلامہِ پرِتھ چھِ یہِ کتھ تہِ ژَھ سَپدان زِ تم چھِ مجازِکی
پڑاو ژھنڈِتھ حقیقتھ پڑاونچہِ عملہِ منٛز تنہٕ مَنہٕ مصروٗفی روزان۔ کینٛہہ چھِ وتی روٚٹہٕ
گژھان۔ یم بڈٕ وٕنہہ پکان چھِ تم چھِ سوزِ عشقسٕ منٛز تیوٗت محو سَپدان زِ یو ہے
چھُ یِہندِ خاطرٕ گوڈ تہِ بنان تہٕ اَنتھِ تہِ۔ اَندٕری پکھی حالاتن، خارجی واقاتن یا
وارِداتن چھِنہِ یِہندِ کُنہ کانٛہہ اہمیت۔ سوچُن چھُ یہِ زِ یِہندِس کلامَس منٛز کوتاہ
چھُ شعورُک یا لاشعورُک دخل؟ یہِ سوٗرُے چھُ نفسیاتی تجزیَس لایق۔

بے شک یتھہ رِوایت چھِ کٔشیرِ منٛز پتہٕ وتھ موٗجوٗد روٗزمٕژ۔ تہٕ بڈٕ وٕنہہ
کم یونیورسٹی تہٕ کالج اَسی یمن منٛز نُندٕ ریوٗش، شمس فقیر، سوچھِ کرٛال، حبہٕ خوتوٗن
تہٕ اَرنہِ مال ڈِگری حاصل کٔرِتھ دژلیہٕ۔ ووستادٕے اَسی شاعرن شاعری ہِندی
رموٗز تہٕ زاوُی جار ہیچھناوان۔ وُچھو ہے تہٕ یہِ سماج چھُ بذاتِ خود اکھ وٕسی ژاٹہٕ
ہال، یا سکوٗل یتھ منٛز اِنسان چھُ اَکِس بٔنِیس نِش وارِیاہ کینٛہہ شعوری تہٕ غار
شعوری طور ہیچھان۔ تِمی تجرٕبہٕ حاصل کران یم پرٛ قدرتہٕ بے مِثال آسان
چھِ۔ لہٰذا کانٛسہِ اَن پرٛ وَنن تہِ چھِنہِ جایز۔

اَمہِ قسمکی یم شاعر مےٚ نِش ریڈیو کشمیر سرینگرس منٛز یوان روٗدی یا
یمن مےٚ سمکھنُک موقہٕ میوٗل مےٚ وُچھی تم عام طور ''وژن'' ناوٕچ صِنف
ورتاوان۔ یوسہٕ کاشرِس مِزازس لارِتھ گٔمو چھِ۔ ''کاشُر'' تہٕ ''وژُن'' اکھ اَکِس

پٔنش ہیٚون گرُن، چھُ محال باسان۔ أکِس یِتھ سے شأیرٕ سِندۍ یم شار بوٗزو۔
یم چھُس بہٕ یتھے پأٹھۍ پیش کران یِتھ پأٹھۍ تُمۍ بوٗز نووُنس۔

کھارٕ وانۍ آرٕ نووُم للہٕ نووُم منقلہِ نار
یارٕ آدن ژٔیۍ پتہٕ رٕوُدم للہٕ نووُم منقلہِ نار
بارٕ دَمہٕ کے جوش ترٛووُم نارٕ وُزملہِ زأجۍ نم تال
سہارٕ تتہٕ شاید ذاتن تھووُم للہٕ نووُم منقلہِ نار
ذِکرٕ آدم پترن مے ہووُم فِکرٕ ستین مے تُلمُس موج
شُکرٕ مولا من چھُن نوٗووُم للہٕ نووُم منقلہِ نار
دون ضربن ظوٗن ملہٕ نووُم ترٛین ضربن مے گیم زان
چار ضربک بارٕ وتر ووُم للہٕ نووُم منقلہِ نار
پنٛژ ضربک گنٛج وُزٕنووُم ادٕ شش کلہٕ گونٛڈ نَم نار
ہفت دربند ستۍ شہلووُم للہٕ نووُم منقلہِ نار
ذِکرِ الفاہِ نیہٕ تُندٕ ورٕ ترووُم ستۍ نارن کوٚرُم اتھ واس
نوٗح وریا ہند روٗح پرٕنووُم للہٕ نووُم منقلہِ نار
اکہِ شأنۍ ستین چھلنووُم گوٗڈھہٕ گوٗڈھہٕ ڈۄٹھم شاہ
نشہِ أستھ کونہٕ پربزنووُم للہٕ نووُم منقلہِ نار
فکرٕ اذکار چشموٗ چھووُم راوٕ روووُم عاش آرام
گاشہِ ستین گاش پرٕزنووُم للہٕ نووُم منقلہِ نار

۱ شاہ

بیم چھِنہٕ محض لفظ یا ترٛتھ شأیری یتھ تکن گری ناو ہکو دِتھ۔ ئلی کہِ شأیر چھُ ٹاکارٕ پأٹھی اکہِ عملِ منٛز گُذران لبنہٕ یِوان۔ سُہ چھُ تِمن جذباتن ہٕنز باوتھ کران ییم سُہ سبٹھاہ سنٛبرٕ سان محسوٗس کران چھُ۔

مےٚ چھُ تِتھین وارِیاہن شأیرن ستی اکھ باتھ گرہٕ مثلن اکھ شخصیاہ اوس ییمن منٛز گُلہٕ خان۔ مشہوٗر ہدایت کار تہٕ میون ہم پیشہٕ کار محترم پرٛان کِشور اوس یِہنٛدی کلامن وولہٕ سنٛس اوٗنمت۔ پرٛان جی ییٚن اوٗن اکہِ دوہہٕ یہٕ مےٚ نِش تہٕ وونہٕ نَس بوزناو کینٛہہ شار۔ اَمی وُنی کینٛہہ شار۔ اَسی رۄٗدی اکھ أکِس کُن وُچھان۔ مےٚ پرٛژھ تَس ''اَسہِ ونکھ زِ ییم شار کِتھہٕ پأٹھی چھی ژےٚ وُزان؟'' سُہ وۄتھ تورٕ نہٕ

''مےٚ نہٕ ہِش فِکری ترٛان زِ مےٚ کیاہ چھُ سپدان۔ سیٖود آسہِ بہتھ۔ بہٕ چھُس اَڈٕ بیقرار سپدان۔ پتہٕ چھِ ہکہٕ شار نیران۔ دپان چھُ کانٛژھا آسہِ ناہز ونہہ کنہِ یُس ییم لیکھِ لرکہٕ ہِش چھُم تہٕ چھُ آسان شونٛگتھ یا آور۔ لہٰذا یِہ کینٛژھا اَمہٕ وِزِ زیوِ نیران چھُ۔ تہٕ چھُ راوان۔ کینٛہہ کینٛہہ چھُ میأنی لرکن لۄکھمُت۔ وارِیاہ کلامہٕ سپُد ضایہٕ۔ پروردِگار سٕنٛز رضا بیہٕ کیاہ وَنہٕ؟''

گُلہٕ خان صأبنی کینٛہہ شار بۄزِو ییمن منٛز تس سوٗرے رِیاہ لبنہٕ یِوان چھُ تِتھی تجربہٕ چھِ احد زرگر تہٕ رفیق راز ہنٛدِس کلامس منٛز تہٕ نموٗدار۔ مگر یہٕ نکچارٕ نہٕ چھُ زرگر صأب سے سمکھیومُت تہٕ نہٕ راز صأبس۔ نہٕ چھُس یِہنٛد کلامے پوٗرمُت۔ عجیب حأرانی چھے سپدان۔ بۄزِو یہٕ وَژُن

سِیاہ باغَس سِیاہ چھُم بہار سِیاہ گُلزار پھٔلِم یکبار
سِیاہ بُلبُل چھِ چھاوان بہار وَلو دِلبرو بوز میٲنی زار
سِیاہ نۆرن مےٚ ثیٚونم حال سِیاہ صۆرتن مےٚ ووٚلنم نال
سِیاہ مارِ پیچان چھےٚ گلمار وَلو دِلبرو بوز میٲنی زار
سِیاہ زُلفن ژیےٚ کوٚرُتھ واش سِیاہ ھۆرن پیو تمہِ کےٚ گاش
سِیاہ پوشن ہنٛدی انہار وَلو دِلبرو بوز میٲنی زار
سِیاہ عشقن یہِ کوٚرُس بے تاب سِیاہ ابرِ منٛز کھوٚت سِیاہ آفتاب
سِیاہ سوٚنبلن چھےٚ مُشکنٛز دار وَلو دِلبرو بوز میٲنی زار
سِیاہ یوسمن سِیاہ سوسَن سِیاہ گلہِ چمن پھوٚلُم وامن
سِیاہ کارِ پتھ ژےٚ چھی شُمار وَلو دِلبرو بوز میٲنی زار
سِیاہ دٔریاو سِیاہ چھےٚ ناو سِیاہ ہم کھۆر وایان آو
سِیاہ کارِ پتھ گومےٚ اِظہار وَلو دِلبرو بوز میٲنی زار
سِیاہ پوش گُلہِ خانٛ ظلمات ژاو سِیاہ گاشن ہیتھ سےٚ غارتھ آو
سِیاہ گُل کنول پھوٚلم یکبار وَلو دِلبرو بوز میٲنی زار

بیٛاکھ اکھ شاعر چھُ عبدالغنی میر۔ یہِ تہٕ چھُ اَمی چھوکہِ ہُنٛد۔ اَمی ہنٛدی حالات تہٕ چھِ بوزنَس لایق۔ اَمی سُنٛد وَنُن چھُ :

''میٛون یہِ کلام قلمبند کرنَس منٛز کوٚر مےٚ کنہِ مزارِ کی ماسٹر غلام محمد صاٲبن تہٕ بٹہٕ مالنٛکی خواجہ عبدالاحد صاٲبن اتھ روٚٹ۔''

پَتہٕ کوٚر کینٛژو شخصو یہِ کلام چھاپس پیٚٹھ مجبوٗر۔ کم کاژھا کلامہٕ سیٛد

''سوزِ یَنٛدرازٕ'' ناوَس تحت 1986ٕ سَنَس مَنٛز چھاپ۔

صوٗفی آیوتڑ ایو تہٕ سِلسِلو موٗجوٗب چھہِ یم شاعِر پرٛانین ووستادن ہِنٛز

ہانٛکلہِ ءَتہِ پنُن پان وابستہٕ کران روٗدی مِتی۔ مثلن عبدالکریم نی تون۔ یہِ چھُ پننہِ

ہانٛکلہِ ہُنٛد کوٗر موشور صوٗفی شاعِر نعمہٕ صابَس تہٕ شمس فقیرس ءَتہِ مِلہٕ ناوان۔ یہِ

سوٗرے سِلسِلہٕ چھُ یتھہٕ پأٹھی اکھ اَکِس پتہٕ نموٗدار سپدان:

نعمہ صأب

|

فقیر شاہ رسوٗل

|

شمس فقیر

|

فقیر احمد ڈار حیدر پوٗری

|

لسہٕ خان بڈٕی یأری

|

عبدالکریم

یہِ سأرِے ہانٛکل ہیکہِ بذاتِ خود تحقیقُک موضوٗع بنِتھ۔ یتھہٕ پأٹھی

ہیکن ءَکتی گوشہِ روشن سپدِتھ۔ یتھین ہانٛکلن گنٛڈِتھ شاعِر چھہِ دراصل بیوٗن بیوٗن

دبستان یا خیالہِ فِکرِکی سکول۔ یمو کأشرِ شاعِری ہنٛدِس ووتھہِ بوس ءَتہِ پوچھر

لوٚب۔ یم ساری سکوٗل تٔۍ کڈِتھ یم موضوٗع بحث بناوٕنی چھُ یقیٖنن سٹھاہ دِلچسپ۔ یم واریاہ کینٛہہ بِذ کڈِتھ گاشرٲوِتھ ہیکن۔ اکھ ہانٛکلہِ ہِنٛد بن شاعرن تہٕ یہنٛدِس پرس درمیان یُس عالی واکھ رٕوٗدمُت چھُ سُہ چھُ بذاتِ خود توجہس لایق۔

اکِہ دوہہ سپُد عجیب اتفاق۔ بہٕ اوسُس احد زرگرس ستی اکھ خاص پروگرام رکاڈ کرنہٕ تٔمی سُنٛد گرِ گوٚمُت۔ مےٚ ستی اُسی کے۔کے۔ نیٖر صاب یم تمہِ وقتہٕ ریڈیو کشمیرکی سٹیشن ڈائریکٹر اُسی تہٕ تِھمن پروگرامن ترتیب دِنٕس منٛز بڑ دِلچسپی نِوان اُسی۔ پروگرامس منٛز شریک سپدنہٕ خاطرٕ آمتی اُسی اَسہِ ستی میر غلام رسوٗل نازکی، محمد امین کامِل، غلام نبی فِراق تہٕ زرگر صابُن اکھ ژاٹھ (شاگرِد) حزین صاب۔ پروگرام رِکاڈ کران کران ووٗن حزین صابَس مےٚ ژٕ کیاژِ یوہے ژھوپہٕ گرِتھ بِہتھ۔ ژٕ کونہٕ چھُ پرٛژھان کینٛہہ؟ سُہ ووٗتھ تورٕ "تہٕ ما پیہ سارِنے تھی پرٛژھنہٕ۔ مےٚ پیہِ پرٛژھُن آسہِ تہٕ پرٛژھس کھل وخ۔ اَمہِ پتہٕ لوٗگ اسنہٕ۔ اَسہِ سارِوے تروو ٹھاہ ٹھاہ کران اُسن۔ اَسہِ توگ نہٕ اَمہِ پتہٕ کینٛہہ وَنُن۔ الغرض بہٕ کرِ یتھ کتھِ کُن تہٕ اِشارٕ زِ اَمہِ چھوکہِ ہِنٛد بن شاعرن منٛز چھنہٕ ساری ہوی آسان۔ کانٛسہِ ہُنٛد کلامہ چھُ پانَس کُن ظون پھِران۔ کانٛسہِ ہُنٛد چھُ دوٗری ردی باسان۔ بہرحال یہِ سوٗرے چھُ تحقیقس لایق۔ تہٕ پزر چھُ پتہٕ یمن منٛز یُس توجہ جان شاعرن میلن گوژھ سُہ چھنہٕ تمن میلان۔ تِھمن شاعرن ہُنٛد کلام چھُ پتہٕ یا تہٕ گٔلہِ شاعری منٛز داخل سپدان۔ نتہٕ دوٚیمین شاعرن ستی خلط ملط سپدان۔

یتھبن شأیرن ہِتی چھے مے واریاہ کتھ باتھ کَرِمژ۔ مے اوس خیال
یہ کَرِ اتھ موضوعس پیٹھ واشہِ رأوِتھ کأم مگر حالات بدلییہ۔ یہ اِنسان سونچان
چھُ تہٖ چھِنہٖ باضے تَس دَیِس منظوٗر آسان۔

سانہِ کشیرِ یونیورسٹی منز چھِ از بیٚون بیٚون ڈیپارٹمنٹ یمن منز کأشرِ
شعبہٖ علاوٕ سمأجیات، نفسیات بیتر شعبہٖ تہِ شأمِل چھِ۔ یِتھ کامہِ ہِتی چھُ یمن
سارِنے شعبن ہُنٛد دٔخل۔ یہ ہیکہِ اکھ مُشترکہٖ پروجیکٹ بٔنتھ۔ تہٖ مختلف
ڈیپارٹمنٹن ہِنٛدی طألبِ علم ہیکن بیٚون بیٚون علاقن منز یتھبن شأیرن ہنز نِشاندٕہی
کٔرِتھ پٔنٛژ جأیزٕ تیار کٔرِتھ۔ یِہے جأیزٕ ہیکن اصل مأہرین ہِنٛدِ خأطرِ خام مال
فراہم ثأبت سپدِتھ۔ یہ چھُ میٚون خیال۔ مأہر کیاہ سمجھن مُنأسب تہِ چھُ تِمن
تام۔ تِہنٛدُے فأصلہٖ چھُ آخری فأصلہٖ۔ مگر میأنی رٔنٛز چھُ یتھبن موضوعن پیٹھ
رَنٛگہٖ رَنٛگہٖ طریقو کأم کرِنٕک سبٹھاہ ضروٗرتھ۔



# رسا جاوِداُنی : اکھ وکھر آواز

''اکثر اوس نے حال طأری سپدان۔ یہِ اوس ستَن اُٹھَن دوہَن روزان۔ اُتھی اَندر اوسُس لیکھان یہِ لبہِ ہا......''

(رسا)

یہِ حال طأری سپدنچ عمل کیاہ چھےٚ تیٚچ زبنہِ وَن عبدالقدّوس رسا جاوداُنی دِوان چھُ؟ اَمِچ یۄت واشرأ وِتھ زان سپدِ تیۄت ہکو رسا جاوداُنی ہنٛز تخلیقی عمل تہٕ تمٕ ہنٛزن تخلیقن ہُند اصل رۄح پرٛزنأوِتھ۔ ''تخلیقی اُپَج'' (Creativity) چھُ مُلہِ تلہِ سہ ناگہِ راد یمیٚک آگر شأیر سُند اوٚندرۄن، تمٕ سُند مَن (Mind) تہٕ تمہِ چہ ووتھ وِنہِ لہر تہٕ گزایہِ چھےٚ تہٕ سأرے پیچید عمل سمجنٕس منٛز ہکَن یا تہٕ بذاتِ خود شأیر سٕنٛز تخلیقہِ انفرأدی یا یکجا پأٹھی مدد کرِتھ کٔشیرِ منٛز یم بڈٕ رکھو لوٕکٕ ناوِدار یا کم ناو صوٗفی شأیر اَز کل موجوٗد چھِ یا ازتام وٕتھی مِتی چھِ، تمو چھُ یِی وۄنمت زِ تمَن چھُ ''حال طأری سپدان'' تہٕ اُتھی

حالس منٛز چھِ تِمن پٲنٛی پانے شار دٲہانہٕ منٛز نیران رٗودیمِتۍ۔ مشہوٗر صوٗفی شاعر احد زرگر تہٕ چھُ یی ونان۔ حال طاری سپدُن چھُ یِمن سارِنٕے گونہٕ ماتن ہنٛدی کِنۍ سوگریاوِز ییلہِ تِم اَکِس خاص کیفیوٗ منٛز ہنہٕ یِوان چھِ نہٕ شار چھِ ناگہٕ جوِیہِ ہنٛدی پاٹھی پھٔٹِتھ مَنہٕ کہِ ناگہٕ راوٕ منٛز وُزان۔ یِمَن شاعرن منٛز چھِ واریاہ بِلکُل اَن پڑ یِمن نہٕ اَلِف بے تہِ پانہٕ لیکھُن تگان چھُ۔ تِم چھِ یِم شار پَتہٕ کانٛسہِ اَتھِ نوٹ کرناوان۔ باضے چھُ پتہٕ سپدان زِ نوٹ، کرناونہٕ کِس مرحلس تام چھُ یِمَن یہِ کلام مُشتھ گژھان تہٕ پَتہٕ چھکھ نہٕ کِہیں اَتھِ یِوان۔ حال طاری سپدنٕچ کیفیت چھےٚ کینٛژن شاعرن کینٛژن گنٹن تام روزان۔ کینٛژن اَمہِ کھوتہٕ تہِ کم زیادٕ وقتس۔ اَماپُز سَتھ اُٹھ دوہ یہِ کیفیت لگاتار جاری روزٕنۍ چھےٚ مےٚ کمےٚ نش بوٗزمٕژ۔ واریاہَن شاعرن ہُند وَنُن چھُ یِتھہِ کیفیوٗ ستۍ چھِ تِم زیادٕ تر راٗژ پہرِ بے دُچار سپدان۔ رِتھِس ستۍ کیاہ اوس سپدان تہٕ چھنہٕ پےٚ۔ مگر یِمو سٕہ اکثر راٗژ ہنٛدِس پہرس وُچھمُت چھُ۔ تِم چھِ اکھ خاص نقشہٕ پیش کران۔ تِم اَسی اکثر اَکِس خاص غنوٗدگی ہنٛزِ حالژ منٛز آسان۔

نفسیٲتی تنقیدس یا سائیکوانالِسِز (Psychoanalysis) منٛز چھےٚ یِمہِ کتھِ سٹھاہ اہم تہٕ دِلچسپ تہٕ یِمن وُرن تُلنہٕ ستۍ ہیکَن کیٛتۍ بر نٔژ نیٖرِتھ۔ رسا اوس نہٕ صوٗفی شاعر بلکہِ اوس اَکھ رومانی شاعر۔ حالانکہِ یہِ چھُ پننہٕ جایہِ اکھ اہم سوال زِ رسا سُند مِزاز کیازِ سپُد نہٕ روٗحانیتس تہٕ تصوفس کُن مائل۔ ییلہِ زَن تِہنٛزِ زِندگی منٛز تِم واریدات، حادثات، اثرات تہٕ محرکات برابر شامِل اَسی یِم تِمَن روحانیتس تہٕ تصوفس کُن مائل کرہَن۔ رسا چھُ پانہٕ وَنان۔

"یہِ چھُس زانان مجاز چھُ اکھ زینہِ حقیقتس کُن۔ یہِ اوسُس مِزاجن عاشقانہٕ۔ لا اُبالی طبیعت تھاوان"

خط و خالس لوٗبن دِل چھُ اکثر عقل حأران ڈیشتھ شِکل یکسر نقل اُخر اصلس کُن چھُ رہبر یہِ پھچھے صوٗرتھ تہٕ کیٛتھ آسہِ صوٗرت گر چانہٕ نقشک گسوٗ نقاش مدنو لٔٹہِ انتم گٹہِ منٛز گاش مدنو

رسا صابُن یہِ بیان چھُ اکہِ آیہِ امہِ سوالُک جواب ضروٗر دِوان تاہم چھُ اصل پزر ژوٗری روزان۔ رسا صابُن سوٗرے کلام پٔرتھ چھُ یہِ ترٹا کارٕ پأٹھی ناپان زِ رسا چھُ اکھ روٗمأنی شأعِر یُس گستام نازنینہِ ہنٛدِس لوٗلس تہٕ عشقس منٛز تیٛوٗت ہینہٕ آمت چھُ زِ سُہ چھُ لفظن ہنٛدی گرتھ بدلأوی بدلأوی اکہِ نتہٕ بیٛیہِ طریقہٕ اچھی باوتھ گران۔ رسا تیٛمس نازنینہِ ہنٛد سراپا بیان گران چھُ سو چھے خوش رو، خوش اندام۔ اکھ گلفام صوٗرت

کرٛوٗل چشمن ثمن سوٗرخی بُمن اَگج
بدن تس یاسمن سنگین مگر دِل

تمِ ہنٛدی پریشان گیسو چھِ رسہس شاہ مار زن ناگی باسان۔ صد پارٕ جگرس گران۔ تہٕ تمِ ہنٛدِس دِلس تلوٗطم تُلان۔ یوٗ دوٗے رسا ہنٛدن لفظن پٹھ باور گرو زِ سُہ چھُ یتِمہٕ گتھِ ہنٛد قأبلِ زِ مجاز چھُ حقیقتُک اکھ پڑاو، تیلہِ ہکو یہِ وٗنتھ زِ صوٗفی شأعرن منٛز یم پڑاو اصل معبوٗدس تام واتنس منٛز یوان چھِ رسا چھنہٕ تمِ پڑاو ژھنڈان سُہ چھُ مجازٕ کینٛہ زولائن منٛز گرفتار روزان۔ یوٗ دوٗے حال طأری سپدنچہِ کیفیژ یا عملہِ وارٕ پأٹھی سٕو اتھ ہکو ادبی تنقیدس منٛز وجدُک

(Ecstasy) ناو دِتھ۔ تہٕ رَژھا ہے بیٚیہٕ تہٕ دوٗر گڑھو اُتھ ہکو انٹیوشن (Intution) یانے اِلہام تہٕ ناو دِتھ۔ مگر رسا ہِندِ باپتھ چھُ وَجد لِفظ زیادٕ موزوٗن تہٕ مُناسِب باسان۔ وجدٕچ یہٕ کیفیت چھےٚ ادبی تنقیدس منٛز وَکھرِ وَکھرِ اندازس منٛز وٕرتھناونہٕ آمٕژ۔ مگر موخصر ترٕ ہکو اَمہٕ تلہٕ یِی کڈِتھ زِ شار وَنُن چھُ رسا ہِندِ باپتھ اکھ مجبوٗری۔ اتھ اندر اوس مقصد یا یَرادُک دٕخل سیٹھاہ کم آسان۔ یہٕ اُس غاٗر شوٗعوٗری عمل زیادٕ تہٕ شوٗعوٗری کم سہٕ اوس جذباتن ہِندِس تلوٗطمس منٛز بربٕگہٕ تتھ وجدس منٛز یِوان۔ اُس اوس پاٗنی پانے مُورنہٕ یِوان۔ تہٕ لِفظ اُسی مَنہٕ کیو تاہ خانو منٛزٕ نیرِتھ اُکس وبستارَس منٛز پتھ تِمُ ہِندِ بن خابن، دیٚیمِن خاہِشن تہٕ اَندرِمین زخمن ہنٛز باوَتھ گران۔ یِہِندی اصل موٗل عشقہٕ موحبتھ کِس واٗری داتٕس پٹھ ہَرترٕ لبان چھِ۔

زمانَن ہِندِ وَکھرِ مِزاژٕ تہٕ ماحولہٕ موٗجوٗب پھاپھلییہٕ رسا سنٛز شخصیت اُکِس خاص اندازَس منٛز۔ سہٕ زاو ریاستہٕ کِس پتھ کھورِ علاقہٕ بھدرواہَس منٛز۔ تتھ زمانَس منٛز یِیلہٕ کشیرِ پٹھ ڈوٗگرٕ مہاراج پرتاپ سِنگھُن راج اوس۔ سہٕ اوس ۱۹۴۷ یَس منٛز یِیلہٕ ڈوٗگرٕ مہاراجن ہُنٛد شخصی راج اَند ووت شییہٕ تاٗجی وُہُر۔ تِمُ سُنٛد موٗل خاجہ محمد مُنور اوس تجارت پیشہٕ اِنسان۔ سہٕ اوس بزاٗزی، چمرِ تہٕ لکرِ ہُنٛد کاروبار گران۔ جان اوسوٗدٕ حال اوس۔ رسا اوس خوجہٕ کوٗٹ۔ سہٕ آو زمانہٕ کہِ دوٗستوٗرٕ موٗجوٗب مکتبس منٛز تراونہٕ۔ اَتہٕ اوس اکھ جان ووستاد احمد شاہ رفیقی۔ سہٕ اوس عاٗلم، خوش نویٚس تہٕ شاٗیر زیادٕ ترٕ اوس منقبت لیکھان۔ یمن منٛز حضرِ سُلطان، حضرتِ دستگیر صاٗب بیترٕ بُزرگن ہِندی منقبت شاٗمل اُسی۔ اُمی

تژ وو رسا ہِندِس موصوٗم ذہنَس پیٹھ بارٕ د اثر۔ یمیٔے دوہَن آو گُرداسپورٕ پیٹھٕ اکھ مشہوٗر فقیر تہٕ بُزرگ نواب الدین صاًب بھدرواہ۔ تس اُسی ژور لچھ مُرید پنجابَس منٛز تہٕ یہِ تیداد اوس دوہ کھوتہٕ دوہہ بڑان۔ نواب الدین صاًب اوس بہترین مُقرر۔ غاٗلِب، داغ بیٛترٕ شاعرن ہندی شار اُسی تِتھٕ پاٗٹھی پننین تقریرن منٛز ورتاوان زِ اِنسان اوس یِہنٛز برجستگی تہٕ برمحل آیہِ وُچھتھ حاٗران گژھان۔ نواب الدین صاًبن کوٚر رسا بے حد مُتاثر۔ بقولِ رسا:

"بہٕ اوُسس ژوٗرمہِ پَران تیٚلہِ ییٚلہِ نواب الدین صاًب بھدرواہ آیہِ۔ تسخیرُک عمل اوس تمن کیاہ تام۔ تم اُسی بیت گران۔ بہٕ اگرچہ لوٗکٹ اوُسس مگر سمجان اوُسس سورُے۔ یموٗ گر بیت مسجدِ منٛز۔ مےٚ پیٹھ پیو خبر کیاہ اثر۔ گرٕ بارٕ نشہِ سپدُس دوٗر۔ دِلچسپی روٗزٕ نہٕ تاٗلیمہِ سٟتی نہٕ گرس سٟتی۔ تجارت اوس سبٹھاہ۔ فِکر پییہِ گرٕ والین ییٚلہِ بہٕ تہٕ فقیرٕ بنیوس۔ گرٕ واٗلی گیہِ گُرداسپور تس مورشِدس سمکھنہِ۔ ست کوہا اوس تِہندِس گامس ناو۔ اتہِ سمکھیوٗک نہٕ کینٛہہ۔ اُخر سمکھیوٗک حال بازار امرتسرٕ۔ نواب الدین صاًبس اوُسس بہٕ سبٹھاہ ٹوٗٹھ۔ ییٚلہِ تَس سورُے وونُکھ۔ میاٗنی حالتھ سپزٕ کھ مولوٗم۔ تمی دُبت تمن تسلی۔ پییہِ دیمٕنک پَتٕن گُلاہ۔ بہٕ ییٚلہِ شیٚی مہِ پَران اوُسس بہٕ اوُسس یہٕ ہے دستارِ کلس پیٹھ تھاٗوِتھ سوٚکوٗل گوھان۔ اَمہِ پَتہٕ بٔڈیہِ مےٚ تاٗلیمہِ بیٚترِ چیزن سٟتی پییہِ دِلچسپی۔"

رسا صاًبن کٔری اَمہِ پَتہٕ وارِیاہ امتحان پاس۔ یم دِنہٕ باپتھ تس لوہوٗر تہٕ

گرٛھُن پیو۔ یمن منٛز اُسۍ واریاہ فارسی یَس مُتلِق امتحان۔ رٕسا صابَس اوس اُردوٗ تہٕ فارسی یَس پیٹھ جان عوٗبوٗر۔ انگریزٕ تہٕ اوس رٕلمت۔ ''پرٕزنر آف زنڈا'' ہِش بُڈ ناول اُسن مِڈل جماژ منٛز پرٛہو۔ یمن بن اوس انگریزی کِتابن انگریزی زبانۍ منٛزے ترجمہٕ تہٕ آسان کرُن تہٕ سوالن جواب تہٕ دیُن۔

رٕسا آسہِ ہے تمہِ وقتہٕ یوٗہے کُنوہ وُہ وُہر ہیوٚ ییلہِ گرٕکی ماٰلی حالات سبٹھاہ خراب سپدۍ۔ ژور پانٛژھ دُکانہٕ دُدۍ یکجا نارٕ ستۍ۔ لُکرٕ کاروبارس منٛز سپُد کھ بارٕ گاٹہٕ۔ پنڈت پریم ناتھ ڈوگرٕ (یِم اَمہِ وقتہٕ وزیرٕ جاٰگیرات اُسۍ) رٕسہس تہٕ تہندِ بن بابہٕ صابَس جان پاٰٹھۍ زانان۔ خاندانہٕ کین دوٚیمین صاحبن ستۍ تہٕ اُسکھ جان توٗلقات۔ یُن گرٛھُن اوس۔ تمۍ زون یہٕ سیٚود ساد شاعر کیاہ ہیکہِ گرِتھ؟ رٕسا آو بھدرواہ کِس گورنمنٹ سوٗکوٗلس منٛز ووستاد بناونہٕ۔

رٕسہس اوس لوکچارٕ پیٹھے گیوٚنک سخ شوق۔ موسیقی ستۍ اوسُس جان لوے کھوے۔ آواز اُسس میٹھ تہٕ رٕبج۔ پانہٕ اوس نفیس ہارمونیم وایان۔ باضاٰبطہٕ اوس لگہٕ ارساتن منٛز گوٚہتھ گیوان تہٕ لُکن مسروٗر کران۔ موشوٗر صوٗفی بُزرگ حضرت فرید الدین بغدادی تہٕ حضرت اسرارالدین ہندِ بن آستانن پیٹھ یِم ماٰلہٕ کشتواڑس منٛز لگان چھِ یمن منٛز روٗد رٕسا برابر شرکتھ کران تہٕ لُکن ہندی دِل ووٚلسنَس اَنان۔ شاعری تہٕ موسیقی بنے یہٕ رٕسا ہندِ باپتھ تم وسیلہٕ یموتَس بد تر حالاتن منٛز تہٕ ترپھتی بخش۔ یِم بنیہٕ تمۍ ہندِ بن دادبن تہٕ زخمن ہُند مرہم تہٕ تھزاٰرک (Sublimation) ذٕریہٕ۔ یہٕ اُس مُروجہٕ طور طریقن خلاف زبردس بغاوت نٕ سہٕ اوس محفلن منٛز گیونہٕ گوھان۔ خوجہٕ گرٕن منٛز اُسۍ اتھ چیزن نچہٕ

نظرِ وُچھان۔ مگر اتھ منز گر تھمو محفلوتس بڑٕ یاری یِم کشتوارِ چِھنہٕ مشہوٗر زیارتن منز لگان آسہٕ۔ تِکیازِ یِمہٕ آسہٕ روٗحانی نوعیت چھِ قرار دِنہٕ یِوان۔ گوڈنیک کاشُر بأتھ یُس رسا صأبن دِہانہٕ تھنہٕ پیو۔ تمہِ چھِ وُزنہٕ (Inspiration) منز اوس تس حضرت شاہ اسرار صأبنہٕ فأیض و برکتک سنبتھاہ دٕخل باسان۔ یہِ بأتھ چھُ تمہٕ ۱۹۲۰-۱۹۲۱ سنس منز ہیوٚ وونمت۔ یہِ گو اکہِ پلہٕ سے زمانہٕ یتھ منز مجبور اُردوٗ پتھ کاشرِس کُن پھیوٗر۔ بقولِ رسا:

"شوق اوسُم سنبتھاہ بہٕ وَنہٕ ہا کاشرِس منز مگر سپدان اوس نہٕ کینٛہہ۔ گنوہہِ وُہرِس یِیلہِ حالتھ خراب سپز۔ بہٕ گوس کشتوار یپأری اوس سنٛج ٹھاٹھ بأتھ پوان تھاوُن۔ بہٕ گوس جلالی ولی حضرت اسرار صأب نِس زیارتس پتھ۔ مے گو رتہٕ گرہ ہیوٚ[1] اُتھی حالتس منز ووٗن مے منقبت ہیٚوٚ۔

"بارے یکھنا سونوٚیے"

اَتی پتھہِ چھے مُلہٕ تلہٕ غزل تیز سپدان۔ یتھ رسا صأب حال طأری سپدنچ عمل ناو دِوان چھُ۔ یہِ بأتھ چھُ یتھہٕ پأٹھی

چارِ کینٛہہ لگہٕ تو عشقہٕ بیمارے — بارے یکھنا سونوٚیے
عشقہٕ دود اُغر عاشقس مارے — بارے یکھنا سونوٚیے
شالہٕ مار کھنہٕ ہا ڈکھہٕ دیوارے — نظرے پیِہٕ ہیم چوٚنے شہار
کر سنا آسہٕ شاہ اسرار گارے — بارے یکھنا سونوٚیے

---

[1] گرہ گو گنڈ۔ شاید چھُ مطلب۔ بہٕ زٕ یمن یُس گنڈ ہیوٚ گوٚمت اوٚسنہٕ۔ سہٕ آو مُوٚرنہٕ۔ آستانن پتھ چھُ گنڈ دِنک تہٕ رواج۔ (Sublimation)

گوڑ کالہٕ کِس کأشرِس کلامَس پتھ چھُ رؤسُل میرُن اَثر نوٚن تہٕ ٹاکارٕ۔ مثلن
رؤسُل میرُن مشہوٗر بأتھ چھُ۔

| | |
|---|---|
| ہأری یے تھاوکھ نا کن تہٕ لولو | زار میأنی طوطس ونتہٕ لولو |

رسا چھُ ونان۔

| | |
|---|---|
| کزہٕ پٹھ بیمأری عشقٕنی سَن تہٕ لولو | بَلہٕ نا سوے گلہٕ یَس تَن تہٕ لولو |
| تیز مَس کھأسی از رسا چھُ بأ گراوان | رِندٕ گرٕھنو زِندٕ یم چیَن تہٕ لولو |

رسٕہن یٕہ دوَے دوشوٕنی اُردوٗ تہٕ کأشرِ زبأنی منٛز شأعری کُر مگر زِندگی
ہِندٕ بن واریاہَن وُری یَن روٗد سُہ زیادٕ اُردوٗ ہَس منٛزٕ ے لیکھان۔ اُردوٗ ہَس منٛز
اُسِن زیادٕ پہَن داغ، ذوق، غالب تہٕ مومن پُری متی۔

کأشرِ بن شأیرن ہُند کلام یُس تَس واریاہَس کالس بدس لوٚگ سُہ
اوس رؤسُل میرُن تہٕ محموٗد گأمِینیٚ کلام۔ رؤسُل میرُنی کلامَن کُرتس تیٚژ کشِش زِ
سُہ لوٚگ سونچنہٕ زِ سُہ تہٕ لیکھِہا تِتھی انداز س تہٕ رَنگس منٛز۔ مگر کھوژان اوس ہے
ہیے سُہ ہیکیاہ پننہٕ باپتھ کانٛہہ الگ وَتھ بناوِتھ۔ تِہندی وَننہٕ:

''سونچان اوسُس کأشرِس منٛز چھُ رؤسُل میرس ہیٚو لیکھن وول۔ یا
تہٕ گوٚژھہ اُمِس exceed کرُن (بڑونٛہہ نیرُن) نتہٕ گوٚژھہ تَس
parallel گژھُن (مُتوأزی یا لرِ لوٚر پکُن) ے۔

یہٕ دوَے رسا رؤسُل میرس بڑونٛہہ دژاو نہٕ اَماپوٚز تِمۍ کڈ پننہٕ باپتھ اکھ
مُتوأزی وَتھ ضروٗر۔ یہٕ وَتھ یہٕ دوَے زیادٕ کُشادٕ چھنہٕ۔ سبٹھاہ لوکٹ تہٕ موٚحدوٗد
چھے۔ اَماپوٚز یہٕ چھُ دوٗرِ نَنان زِ یہٕ چھے اُمۍ ہنٛزٕ ے وَتھ۔ رسا ہِندِس کلامَس منٛز

چھےٚ اکھ خاص جِسی لطافت (Sensuousness) تہٕ غنایت (Lyricism)۔

یہِ کتھ چھےٚ سبٹھاہ عجیب باسان زِ کأشُر لیکھنہٕ وَقتہٕ اوس رسا سونچان زِ سُہ ہیکِیاہ رؤسُل میرس بزونہہ نیرِتھ یا لرِ لوٚر پکِتھ۔ کیاہ اُردو زبانٕی منٛز شأر لیکھنہٕ وِزِ اوس نا سُہ سونچان زِ سُہ ہیکِیاہ غألبؔ، مومنؔ تہٕ داغسؔ بزونہہ نیرِتھ۔ بہرحال کأشرِ شار وننہٕ وقتہٕ چھِ رساہَس لفظ برجستہٕ دہانہٕ نیران۔ سَنہٕ وِنہٕ سوزُک پےٚ دِوان۔ رسا صأبس چھُ اکھ مخصوٗص باوِژ بل (power of expression) تہٕ سُند اندازِ بیان چھُ سیٛود سادٕ، موٗدُر تہٕ پُرسوز۔ رسا سُند مخصوٗص رنگ یوٚدوے پرٛزناوُن آسہِ سُہ چھُ یِمَن غزلن منٛز توٚن تہٕ ٹاکارٕ۔

ژےٚ لوگتھ سورمہٕ چیشمن | مےٚ کوٚرتھم دِل وُبأ لی
ژےٚ چھِی گیسو پریشان | مےٚ گیہٕ شاہ مار نأ لی
ژےٚ لأیتھ تیرِ مژگان | مےٚ دوٗرے سینہٕ کانٛن
مےٚ گو صد پارٕ جگرس | ژےٚ ما گوے وار خأ لی
ژٕ چھکھ بلقیس وقتچ | سبٹھاہ چھےٚ روتبہٕ عأ لی
سُلیماں جان کأتیاہ | ژےٚ چھِی بَر تل سوأ لی



جان لیکھیا کِنہٕ جانانہٕ لولو | نامہٕ شوٗبی کمِیوٚ عنوانہٕ لولو
کتھ نہٕ شایے چھُ چون نوٗرلنہٕ لولو | کعبہٕ باساں چھمو بُت خانہٕ لولو
اَز نہٕ مجنوٗن نہٕ فرہاد پانہٕ لولو | سوٗد عشقُن روٗد افسانہٕ لولو
پان وَندنے سُہ آیوس لولہٕ بوٚزِت | زول شہُن کیازِ پروانہٕ لولو

مَنگ مہٕ یأری ژٕ گاٹہٕ جارٕس		کُنہٕ جایے لاگ دیوانہٕ لولو



وَلو ماہ جبینو مہ گرٕژھ ادأیی		شبُن نازنین چھنو بے ووفأیی
أچھَن مَنٛز گرٕس جاے ہر خوبروین		بکار أیِنٕس آیہٕ سینٛژ صفأیی
توٗے صُمکھٕ واو توشن چھُ پوشن		بُزلف پریشان چھےٚ تٕس أشنأیی
زٕ دِل بستگی رستگأری چھےٚ حاصِل		مہ یژھ عشقٕنے زالہٕ ہرگز رہأیی



ژےٚ دیوانہٕ لوگتھ بہٕ دیوانہٕ چونے		ژٕے پروانہٕ میونے بہٕ پروانہٕ چونے
مُژر کٔنٛز قُلفن ژٕ کڈ واش زُلفن		بہٕ صد چاک دِل میون چھےٚ شانہٕ چونے

رسہس ییم کأشری شأیر ڈوگرٕ راجس مَنٛز ہم زمانہٕ یا ہمکال أسی، تم أسی مہجوٗر، آزاد، احد زرگر، شمس الدین پانداُنی، حیرت کأملی، فِطرت کشمیری، فاضِل کشمیری، دِلسوز، پیتامبر ناتھ در فانؔی، دینا ناتھ المست، نندٕ لال امبار دار، عأرِض تہٕ مرزا غلام حسن بیگ عارف۔ یِمَن سارِنٕے ہِندِ کلامُک اکھ اہم حِصہٕ چھُ یُس یتھ پیٹھ روٗمأنی رَنگ غألِب چھُ۔ تہٕ یوٚ دوٚے عشقِ مجاز عشقِ حقیقی ہِنٛز ہیر مانو تیلہِ چھُ احد زرگرُن بُنیأدی پڑاو تہٕ یوٚہے رَنگ بنان۔ یہٕ چھُ پَزر ییمو شأیرو مَنٛزٕ گرٕ اکثر شأیر وُنٛو ووٚٹھ ژھانٛٹھ۔ نوٚنچہِ پانہٕ ناوٚبکھ فارم تہٕ موضوٗع کہٕ اعتبارٕ۔ ییمہٕ سببہٕ وارِیاہ شأیر وَتہٕ تہٕ ڈٔلی تہٕ پننہٕ نشہٕ تہٕ گیہٕ۔ تِکیٚاز کینٛژون شأیرن ہُنٛد طبعی یتھ اوس نہٕ امہٕ خأطرٕ تیار۔ مگر رسا روٗد پنٕنی وَتہٕ پیٹھ گامزن۔ تہٕ أکی ہےٚ رنگس مُتی کران تہٕ بٔرژر بخشان۔ یوٚ دوٚے فأضلن پنٕن دامانہٕ تمِنٕے حدوٗدن مَنٛز

چھےٚ اکھ خاص حِسی لطافت (Sensuousness) تہٕ غنایت (Lyricism)۔

یہِ کتھ چھےٚ سبٹھاہ عجیب باسان زِ کأشُر لیکھنہٕ وَقتہٕ اوس رسا سونٛچان زِ سُہ ہیکیاہ رؤسُل میرس بڑوٚنیہہ نیرِتھ یا لرِ لوٚر پکِتھ۔ کیاہ اُردوٗ زبأنی منٛز شأر لیکھنہٕ وِزِ اوس نا سُہ سونٛچان زِ سُہ ہیکیاہ غألِب، مومن تہٕ داغس بڑوٚنیہہ نیرِتھ۔ بہرحال کأشرٕ شار وننہٕ وقتہٕ چھہِ رساہَس لفظ برجستہٕ دہانہٕ نیران۔ سَنہٕ وِنہٕ سوزُک پےٚ دِوان۔ رسا صأبَس چہُ اکھ مخصوٗص باوِژ بل (power of expression) تِمُ سُنٛد اندازِ بیان چھُ سیوٚد ساد، موٚدُر تہٕ پُرسوز۔ رسا سُنٛد مخصوٗص رنگ یوٚ دوَے پرٛزناوُن آسہِ سُہ چھُ یمَن غزلن منٛز نوٚن تہٕ ٹاکارٕ

ژےٚ لوٗگتھ سورمہٕ چیٚشمن
مےٚ کوٚرتھَم دِل وُبألی

ژےٚ چھِی گیسو پریشان
مےٚ گیہٕ شاہ مار نألی

ژےٚ لأیتھ تیرِ مژگان
مےٚ دوٗرےٚ سینہٕ کأنن

مےٚ گو صد پارِ جگرس
ژےٚ ما گوٚے وار خألی

ژٕ چھکھ بلقیس وَرِتھ
سبٹھاہ چھےٚ روتبہٕ عألی

سُلیماں جان کأتیاہ
ژےٚ چھِی بَرٕ تل سوألی



جان لیکھیا کِنہٕ جانانہٕ لولو
نامہٕ شوٗبی کمیوٗ عنوانہٕ لولو

کتھ نہٕ شایےٚ چھُ چون نوٗرانہٕ لولو
کعبہٕ باساں چھمو بُت خانہٕ لولو

اَز نہٕ مجنوٗن نہٕ فرہاد پانہٕ لولو
سوٗد عشقُن روٗد افسانہٕ لولو

پان وَنٛدنے سُہ آیوس لولہٕ یوٚژُت
زول شہَن کیازِ پروانہٕ لولو

مَنگ مہٕ یأری ژٕ گاٹہٕ جارٕس          کُنہٕ جاییے لاگ دیوانہٕ لولو



وَلو ماہ جبینو مہ گرگج ادأیی          شبُن نازنین چھنو بے ووفأیی
أچھن منز گرس جاے ہر خوٗبروین          بکار أینٕس آیہٕ سینچ صفأیی
توٗے صُبحکےٚ واو توشن چھُ پوشن          بزُلف پریشان چھےٚ تس أشنأیی
زِ دِل بستگی رستگأری چھےٚ حاصِل          مہ یَژھ عشقٕنے زالہٕ ہرگز رِہأیی



ژٕےٚ دیوانہٕ لوگتھ بہٕ دیوانہٕ چونےٚ          ژٕے پروانہٕ میونےٚ بہٕ پروانہٕ چونےٚ
مُژر کُنزٕ قُلفن ژٕ کڈ واش زُلفن          بہٕ صد چاک دِل میون چھےٚ شانہٕ چونےٚ

رسہس ییم کأشری شأیر ڈوگرٕ راجس منز ہم زمانہٕ یا ہمکال أسی، تم أسی مہجوٗر، آزاد، احد زرگر، شمس الدین پاندأنی، حیرت کأملی، فِطرت کشمیری، فاضِل کشمیری، دِلسوز، پیتامبر ناتھ در فانؔی، دینا ناتھ المست، نندٕ لال امباردار، عأرِض تہٕ مرزا غلام حسن بیگ عارف۔ یِمَن سارِنے ہِنٛدِ کلامُک اکھ اہم حِصہٕ چھُ سُہ یَتھ پیٹھ روٗمأنی رَنگ غأٲلب چھُ۔ تہٕ یؠ دوٚے عشقِ مجاز عشق حقیقی ہنٛز ہیر مانو تیلہٕ چھُ احد زرگرُن بُنیأدی پڑاو تہٕ یؠہے رَنگ بنان۔ یہٕ چھُ پزر ییمو شأیرو منزٕ گرا اکثر شأیر وُنٛ ووٹھ ژھانٛٹھ۔ نو نجہٕ پانہٕ ناوبکھ فارم تہٕ موضوٗع کہٕ اعتبارٕ۔ ییمہٕ سببہٕ وارِیاہ شأیر وَتہٕ تہٕ ڈلی تہٕ پننہٕ نِشہٕ تہٕ گیہٕ۔ تِکیازِ کیٚنٛژن شأیرن ہُنٛد طبعٕ یَتھ اوس نہٕ امہٕ خأطرٕ تیار۔ مگر رسا روٗد پٔنٛنی وَتہٕ پیٹھ گامزن۔ تہٕ أکی ہے رنکس مُتی کران تہٕ بُرٛژر بخشان۔ یؠ دوٚے فأضلن پٔنٛن دامانہٕ تِمنے حدوٗدن منٛز

رۆژمُت آسِہے یتھ مَنز تٔمۍ کرالہٕ کۆر یا تِتھۍ ہی شار وٗنی

بزم دِتھ ساقی نِشہٕ راوِتھ گوم

چینہٕ رۆس پیالہٕ گو خالی یے

تٔمۍ آسِہے کأشر، شأیِری واریاہ کینٛہہ دیتُمت۔ رہبرن یۆ دوے أکی ہے رَزِ تھپھ گٔر تہٕ سبٹھاہ کم کأشرِس مَنز لیۆکھ تہٕ أسِتھ تہٕ سَپُد سُہ پَنُن اکھ رَنگ قأیِم کرنَس مَنز کامیاب۔ سُہ بنوٗ نہٕ محض فأشنہٕ یا مان مأنی کرنہٕ خأطرٕ اِنقلأبی، ترقی پَسند یا جدیدیتُک پأروکار۔ یہٕ زَن واریاہو کۆر۔ کأشر شأعری ہِندی یِم سأری دور وُچھ تٔمۍ پننہٕ زِندگی مَنز۔ تٔمۍ لی ژیۆن یِی مۆحسوٗس کۆر تِمہِ چی گٔرِن ایمان دأری سان باوَتھ۔ رسا چھُ کشتواڑ بھدرواہ یا جَیِمی صوٗبک گوڈنیُک شأیِر یِمی کأشرِس اَدبَس مَنز پَنٕز پہچان بنأو۔ یہٕ چھُ پَزر زِ رسا اوس اوس مَرنہٕ کِس دَمَس تام یِمہِ حقیقُو نِشہِ بلکُل بے خبر زِ تٔمۍ ہِندِ بن فِطری رُح رکانَن سام ہیٚنہٕ وِزِ چھُ اکہِ دِلچسپ تضادُک اِحساس سَپدان۔ سُہ اوس وُہمہِ صدی ہُند اکھ پۆرمُت لیۆکھمُت شأیِر۔ اَماپۆز تَس چھنہٕ پننہٕ وقتہٕ کِس ہنگأمی ماحولس سِتی کانٛہہ دِلچسپی۔ پننہٕ زمانکۍ سِیأسی تہٕ سمأجی حالات چھِنہٕ کُنہِ کِنۍ تَس پانَس کُن ظون پھِران۔ تَس چھُ بیروٗنی ماحولہٕ خأرجی دُنیاہ کھوتہٕ پَنُن أندریُم یا دأخلی دُنیاہ سوز ساز تہٕ مُستی بۆرُت باسان۔ ژلہٕ لار escape کِس اتھ جذبَس ہیکَو بے شوٗب ماحولس خلاف اکھ ورگہٕ ردِعمل تہٕ وَنِتھ۔ ونان چھُ

فَسادٕ باپَتھ اگر چھے مسجد نِفاقہٕ باپَتھ اگر چھُ مَندر

انٛمن چھِ ہم پیالہٕ رِندٕ سأری یِکو گرِتھو أسی شرابخانس

رسا اوس طمٕیتین رِنٛد۔ سُہ روٗد ماشوقہٕ ہنٛدِس لوٗلس منٛز دَزان۔ مگر وَدٕونہٕ أچھ گرِتھ نہٕ کینٛہہ۔ صرف دُب دُب کرٕوٗن دِل ہیتھ۔ تٔمۍ ہنٛدِس بتِھس پٮ۪ٹھ نہٕ چھےٚ درٕہہ نہٕ زبانٕی منٛز ژکھ۔ بٔلکہِ لۄبہٕ وٕن خۄلوٗص تہٕ وضع دأری۔ یم شارتھوٗن رسہس ہمیشہِ زِنٛدٕ ؎

اگر دِل ژالہِ پرٚتوٚ چانہِ روٗیک      مقابل روزِ شبنم آفتابس



دِلس منٛز چانٕی تاشوقٕن گرٕم جاے      سرس منٛز زنتہٕ لۄگ نیلوفرس آے



رزِ یان کھائُن پرٚزٕ ہے گولابس      مُشکہٕ روٗس چھُ عشقہٕ پیچانے مدنو



کزٕ پٮ۪ٹھ عشقٕنۍ بیقرأری بیقرارس چارٕ کیٛاہ
یار ییٚلہِ گو دوٗر نیرِتھ انتظارس چارٕ کیٛاہ



نۄمۄنہٕ چانہِ روخسارُک چھُ تتھ منٛز      توٚے مُشتاق گوٚ بُلبُل گولابس



جہانُک سوز ییٚتھ منٛز آسہِ سومبرِتھ      وٕنُن تِتھۍ ماز پارِس اے رسا دِل



تٔمۍ از بابِ وفا حرفا نہٕ پٔر رمُت      مگر مُشتاق چھِس عالم تہٕ فاضِل



دَما روزاو اَیٖنِس مُقابل وُچھِن صوٗرت لوٗگُس دُب دُب کرنہٕ دِل



دوٗپُن وَنٛدٕہم ژٕ کیاہ؟ دوٗپ مَس جوانی
دوٗپُن پَتھ کُن؟ مےٚ دوٗپ مَس زِنٛدٕگانی
دوٗپُن کیاہ چھُکھ یَژھاں در ہردو عالم
مےٚ دوٗپ مَس بَس چھےٚ چأنی مہربانی



ساقیَس مُشتاق چشمن گو رسا مستِ شراب
گردِشس مَنز یِم شراہکی جام ہردم اُسی تن

رسا ہنٛز نوٗزُک خیالی تہٕ صاف تہٕ صدف ہنٛز بیان ییٚلہٕ اَکِس خاص تھزرس پیٹھ واتان چھِ۔ یتھ ہنٛز انداز چھُ پھانٛپھلان۔ یُس سبٹھاہ رَنٛبہٕ وُن تہٕ لوٗبہٕ وُن چھُ۔

گرِ دزاو گمہٕ تام تزاییے لولو اَسہٕ گٔیہ کم کم راییے لولو
کمخاب چشمنٕے ووتھرِتھ بہٕ تزاوس کمخاب قدمچہٕ جاییے لولو
بد نیک اعمال مِثقال مِثقال کینٛہہ تہٕ نو گرٕھیو ضاییے لولو
کرِنہٕ آم سَر بو وَنٛدہَس پادَن سہان اعلا باییے لولو[1]



بروٗنٛھ گو روٗسُل مہر نازنین چالے
موٗت رسا گوس پوٗت ژھاییے لولو[1]

رسا چھُ غزلُک شاعر۔ تمۍ سُند رَنگ چھُ رِوایتی اُردو تہٕ کاشرِ غزلُک رَنگ۔ تمۍ کر نہٕ اَمہِ کِس موضوٗ یا صوٗرژ منٛز کانٛہہ تبدیلی اۍ ہِندِس کلامَس منٛز چھُ سۓ گُل، بُلبُل، زُلفِ مار، سِتم گار تہٕ پوشہِ۔ ہجر تہٕ فِراق بیٚیتر چیز میلان۔ یِم رِوایتی اُردوٗ تہٕ کاشرِ غزلکۍ اَنگ چھہِ۔ مگر رسا سُند بجر چھُ یتھ کتھِ منٛز ناپان زِ عناصِر چھِنہٕ محض رٕسم پوٗر کرنہٕ باپتھ وَرتاوَس منٛز آمتۍ۔ ٹلۍ کہِ سٕنٛس سوزَس تہٕ برجستہٕ احساس تحت یِم تمۍ سِنزن دِلہٕ دُبراے ہِندی ترجمان اُسۍ۔ محبوب سُند بے حد لول تہٕ عشق چھُ رسہٕس نزدیک زِندگی ہُند مولُل سرمایہٕ۔ سُہ چھُ اَتھی رٕچھی رٕچھی دوہ کڈان۔

خضر مجھ سے ملیں تو میں پوچھوں　　مُدعا　　عُمرِ　　جاودانی
دردِ اُلفت کو کیا سمجھتے ہو　　آسرا　　ہے　　یہ　　زندگانی



چھُ عشقے کار گاہَس رَنگ و رونق
چھُ عشقے کارگر تہٕ کارفرماے[1]

رسا ہِندِس کاشرِس کلامَس پٮ۪ٹھ چھُ اُردوٗ غزلُک اثر نٔنۍ پاٹھۍ درِنٛٹھۍ یِوان۔ مگر یہٕ اثر چھُ شوٗعوٗری کم تہٕ غار شوٗعوٗری زیادٕ ییلہٕ سُہ وجدس منٛز یِوان اوس۔ منٛہٕ کبو شیشہٕ خانو منٛزٕ اُسۍ تم خیال تہٕ جذباتن ہِندِس بہاوَس ستۍ نیران یِم اُردوٗ شاعری ہِندِ مُطالِہ ستۍ تمۍ ہِندِس مَنَس سٕنِتھ گمتۍ اُسۍ۔ کینٛہہ شار وُچھو۔

---

[1] یہ شار چھُنہٕ "نیرنگ خیال" کِتابہٕ منٛز شامِل۔ مگر یوسہٕ کِتاب رسا صابن ۓ سوٗز تہٕ یہٕ شار چھُ تتھ منٛز اتھ ستۍ لیکھتھ۔

یہ مسایل تصوف یہ ترا بیان غالبؔ
تجھے ہم ولی سمجھتے جو نہ بادہ خوار ہوتا

(غالبؔ)

ولی بو مانہن گُفتارِ کنہٕ بے شک رساؔ لیکن
بہت مَنز باگ رِندن پیالہٕ بُرِ بُرِ مَس چنَس وَنہٕ کیاہ

(رساؔ)



تھا ارادہ تیری فریاد کریں حاکم سے
وُہ بھی کم بخت تیرا چاہنے والا نِکلا

(نظر اکبر آبادی)

وَنیم مُنصِفن نِش چانٕہ بیداد
تِمو کوٗر پاس چونٔے راے چانٕی

(رساؔ)

یہِ اُردو اَثر چھُنہٕ محض خیالنے ہُنٛد، بلکہِ ترکیبن، تشبیہن تہٕ علامون ہُنٛد تہٕ۔ مگر یہِ چھےٚ بُڈ حقیقت زِ رسا روزِ پننہِ کاشُرِ کلامہٕ ستی ہر ہمیشہِ زِنٛدٕ۔

(شیراز: ۱۹۷۹ء)



# جنگ خیبر: اکھ جائزٕ

ہجری سَنہٕ اکہِ اپٕتھٕ آں حضرت صلعم ہنٛدِس ووفات سَپدنَس تام یِم واقات اِسلامی تارٕیخس منٛز بڑوٕنٛتھ کُن یِوان چھِ، تِمن منٛز چھُ جنگِ خیبر تہٕ پَتنہٕ قِسمُک اکھ اہم واقہٕ۔

خیبر چھُ شاید عِبرانی زبانٕی ہُنٛد لفظ، یَمیُک مطلب ''قِلعہٕ'' وَننہٕ یِوان چھُ۔ یہٕ چھُ اکہِ تمہِ علاقُک ناو یُس مدینہٕ پٕتھٕ ۲۰۰ میل دور چھُ۔ یہٕ اوس اَمہِ وقتہٕ عربس منٛز یہوٗدین ہُنٛد اکھ بوٚڈ مرکز۔ اتہِ آسی تِموٗ سٔتھاہ مضبوٗط تہٕ بٔڈی بارٕ قعلہٕ تامیٖر کٔرِمٕتۍ۔ اَوے چھُ اتھ خیبر ناو پیومُت۔ یِم یہوٗدۍ اتہِ اتھ زمانَس منٛز آباد آسی، تِم آسی بنوٗنفیر قبیلس سٕتۍ تولُق تھاوان۔ یِم آسۍ اسلامکۍ جانٕی دُشمن۔ تہٕ رٔوۍ اسلامی رہبرن تہٕ رہنماہن خلاف اموب کانٛہہ نَتہٕ کانٛہہ ژوے کران یا فِتنہٕ کھڑا کران۔ یِم آسی دراصل مدینہٕ شریف کۍ بسکین۔ اماپوٚز یِمہٕ وِے ژوِیَو تہٕ سیاہ کرتوٗتو کِنۍ آیہٕ ہجری سنہٕ ژورس منٛز مدینہٕ منٛزٕ کڈِتھ

ژھننہٕ۔ کیٚنہہ سَپدی شام کُن روانہٕ تہٕ کیٚنہہ سَپدی خیبرس منز آباد۔ ییٚتہٕ تِمو پَننی حکوٗمت تہٕ قایِم کٔر۔ یِمن یہوٗدین ہِنْدی کیٚنہہ ناماوار سردار اَسی حُیی بن اخطب، سلام بن ابی الحقیق، کنانہٕ بن الربیع بیٚترِ۔ خیبرس منز آباد سَپدنہٕ پَتہٕ تہٕ روٗدک نہٕ یِم رِکٔھ۔ اِنتقأمی جذبس روٗدی برابر وُرتش دِوان۔ تہٕ اَخرس یُس جنگ اِسلأمی ہیروٚہن تہٕ خیبرِکین یہوٗدین درمیان خیبرس منز ہجری سنہٕ سَتس منز سَپد، اَتھی پیو جنگ خیبر ناو۔ انگریزی سنہٕ موٗجوٗب چھُ یہِ ۶۲۹ عیسوی واتان۔

جنگِ خیبرس منز دیُت غطفان کیو بسکینو یِم زیادٕ تر بنوٗفزارہ قبیلس سِتی توٗلق اَسی تھاوان خیبرِ کین یہوٗدین ہُنْد ساتھ۔ خیبرس منز یِم بڈٕی بارٕ قِلعہٕ اَسی، تِہنْدی ناو اَسی سالم، قموص، ناصم، نطاہ، قطارہ، شق تہٕ مربط۔ یِمن منز اَسی دٕہ ساس سِپاہ موٗجوٗد۔ قموص اوس یِمن سارِنے منز سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ تہٕ مضبوٗط قِلعہٕ۔ مشہوٗر پہلوان تہٕ بہدوٗر مرٗجب اوس اَمی قِلعُک سردار۔ ابن ابی الحقیق سُنْد خاندان، یُس مدینہ پیٹھٕ خیبر ژٕلتھ آمُت اوس، سُہ اوس اَتھی قِلعس منز روزان۔ خیبرِ کین یہوٗدین ہِنٛزٕ بے جا اِشتیال انگیزی تہٕ فِتنہٕ پروری وُچھِتھ کوٚر آں حضرتنٛ پانہٕ خیبر کُن روخ۔ تِمن سِتی اَسی ژٕوداہ شتھ پأدل سِپاہ تہٕ زٕ ہَتھ سوار۔ اِسلأمی فوجن کوٚر سارِوے برٛونٛہہ ناصم کِس قِلعس پیٹھ حملہٕ تہٕ یہِ سَپد فتح۔ اَمہِ پَتہٕ سَپدی بییہِ پانٛژ قِلعہٕ تہٕ ؤلی ؤلی فتح۔ وونی روٗد سُہ قِلعہٕ باقے، یَتھ قموص ناو اوس۔ یہِ اوس مرجب سُنْد تخت گاہ۔ اَتھ مُہمہِ پیٹھ سوٗزی آں حضرتنٛ گوڈٕ حضرتِ ابوٗبکر صدیقؓ۔ مگر تِم سَپدی نہٕ کامیاب۔ اَمہِ پَتہٕ آیہٕ

حضرتِ عمرؓ سپہ سالار بناونہٕ۔ مگر تِم سپدی نہٕ کامیاب۔ اٰخرس میٖول حضرتِ علیؓ یَس حُکم زِ تِم سنبالِن کمان۔ یہِ بہوُدر مردِ مجاہد سپُد یہِ کامہ بامل انس منٛز کامیاب۔ حضرتِ علیؓ ہنٛدِ دٔسی سپُد مرجب مارٕ تہٕ دُشمنَن ترٛاوی ہتھیار۔ قموصک قلعہٕ سپُد وُہَن دوہَن ہنٛدِ جنگہٕ پتہٕ فتح۔ یِمن دوہَن یوسہٕ خوٗن ریزٕ لڑٲے سپٕز، تتھ منٛز یِم جنگ جوٗ اِسلأمی جان بازن ہنٛدِ دٔسی مارٕ سپدی، تِمن منٛز چھِ مرجبس علاوٕ حارِث، اسیر، یاسر تہٕ عامر سبٹھاہ قأبلِ ذِکر۔

یہِ کتھ چھےٚ امہِ پوٚت منظرٕ تلہٕ نٕیر تہٕ ٹاکارٕ زِ اکھ بہتر ہن رَزمیہٕ نظم یا جنٛگ نامہٕ لیکھنہٕ خأطرٕ یُس مواد اٰکِس شأیرس یا فنکارس میسر آسُن گوٚژھہ، سُہ چھُ خیبرٕ کِہن واقاتن منٛز پَزنہٕ پیٹھی موٗجوٗد۔ اکِہ طرفہٕ چھِ آں حضرتنٛ ستی ستی حضرتِ ابوٗبکرؓ، حضرت عمرؓ تہٕ حضرت علیؓ یِس ہی بے مِثال مردِ موٗمن تہٕ لاجواب اِسلأمی ہیرو وابستہٕ تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ سٕر وِتھی زبردست جنگ جوٗ مرجب، حارِث، اسیر، یاسر، عامر تہٕ کتی وُتہٕ مکھی قبأیِل جنگ لڑان۔ مرجبس مُتلِق چھُ وَننہٕ یِوان زِ سُہ اوس زورو کِنہٕ اٰکِس ساسس سوارس برابر۔ مگر کأشُر جنگ نامہٕ "جنگ خیبر" پَرتھ چھُ نَنان زِ اَمیُک لِکھأری مختار شاہ کُھے ہأی چھنہٕ اکھ شان دار رَزمیہ نظم تخلیق کٔرِتھ ہیوٚ کھمُت۔ شأیِر ہنٛدِ فنکارانہٕ زورِ بیان تہٕ ذہنی وُپھ وارِ چہ زِتنہٕ چھےٚ کُنہِ کُنہِ ضروٗر درٛیٹھی یِوان۔ مگر سُہ چھنہٕ اَمہِ مولہٕ وُنہِ تہٕ زُودار توٲریخی کہأنی پیٹھ اکھ مربوٗط، خوش یوٗن تہٕ لازوال فن پارٕ دوتہٕ لأوِتھ ہیوٚ کمُت۔ مختار شاہ صأبُن جنگ نامہٕ چھُ تِمہِ ڈرٛاماتہٕ کشمکش نِشہِ ژھوٚر، یِم کُنہِ تہِ جنٛگ نامہٕ باپتھ اہم چھُ۔ جنٛگُک گربز، شور، ہٕتھی یارن ہُند ٹھُنٛز تہٕ چھٕنی، تلوارن

ہِنٛز چمک تہٕ دَمک، گورزَن ہِنٛز لڑ، بہوٗدرن ہُنٛد قہر، گُربن ہُنٛد دوٗرُن تہٕ کھمُن۔ لڑن والین ہِنٛدی مختلف داو پیچ تہٕ بہوٗدرن ہُنٛد شِہلُن یا کامیاب سَپدن۔ جنگ نامہٕ پُرتھ چھنہٕ یمن مُتلِق کانٛہہ مولہٕ وُنی تصویر بڑوٚنٛھ کُن یِوان تہٕ اکھ زوردار اثر تڑاوان۔

کُنہٕ تہٕ رزمیہ نظمہِ خاطرٕ چھُ ضروٗری زِ شایِٕر کرِ دوشوٚنی طرفن ہِنٛدبن بہوٗدرن ہِنٛز وبڑھنَے سبٹھاہ توازنہٕ سان۔ امی سِتی چھُ ڈرامہِک عُنصر پھانٛپھلاونس منٛز مَدد میلان۔ مگر مختار شاہ چھنہٕ تہٕ گُرِتھ ہیوٚکھمُت۔ تٔمی چھُ دُشمنَس منٛز فقط اَکِس مرجب سُنٛد ناو لیوٚکھمُت۔ باقٕے چھُنہٕ کانٛسہِ ہُنٛد ناو لیکھُن تہٕ تٔمی مُناسِب زونمُت۔ یم اِسلامی ہیروٚہَن برخلاف لڑان آسی۔ سُہ چھُ یمن پہلوان وَنِتھ کُنی گبڈ گران نتہٕ قبایِٕل وَنِتھ تِہنٛزٕ وبڑھنَے گران۔ اِسلامی ہیروٚہن مثلن حضرت ابوبکرِ صدیقؓ، حضرت عُمرؓ تہٕ حضرت علیؓ ہِنٛدبن وَصفن تہٕ بہوٗدری ہِنٛدبن کارنامن ہِنٛز وبڑنَے تہٕ چھُنہٕ تِتھہٕ پاٹھی گرِتھ ہیوٚکھمُت یِتھہٕ پاٹھی سَپدنی گژھہِ۔ سُہ چھُنہٕ کانٛہہ کِردار پنٛنہٕ زورِ بیانہٕ سِتی ووتلاوِتھ ہیوٚکھمُت۔ بے شک جنگ نامکی کینٛہہ بیان تہٕ کینٛہہ منظر چھِہ امہِ کتھِہ ہُنٛد ثبوٗت زِ شایِٕرس چھُ سُہ قلم تہٕ سو زبان، یوسہٕ اتھ اکھ لازوال رزمیہ نظم ہیکہٕ ہے بناوِتھ۔ مگر کیاہتام باتھٕر تہٕ ژلہٕ لار چھُ تس پتہٕ روٗزمِژ، یمہِ کِنی تٔمی یہٕ ذلیل وُلی وُلی اَنٛد واتہٕ ناوٕمِژ چھےٚ۔ شایِٕرن چھُ پوٗرٕ جنگ نامہٕ گُل بِل ترٛواہَن صَفن پیٹھ وَنِتھ مُکمل کوٚرمُت۔ یہِ اختصار چھُ امہِ کِس حُسنَس پھوٚرمُت۔ واقاتن ہِنٛز وبڑھنے چھےٚ سرسری سَپدمِژ۔ شایِٕرس چھُ کُنہِ حدس تام امیُک اِحساس پانَس تہٕ۔ سُہ چھُ

ونان

دوہَس اَس بوٕزھ وار، وقتِ دِگر
سَپُن جنگِ خیبر وٕنتھ موختصر

جنگ نامُک دَس چھُ حمدٕ ؠتِ ووتھان۔ امہِ پتہٕ چھِ نعتِ شریف یوان، تہٕ تمہِ پتہٕ چھَ اصل دٕلیل شورٗو سپدان ۔

دٕلیلاہ چھَ کاشری پاٹھِن عیاں		وَلیکِن شُد از علِم ؠتِ نِہان
یہٕ یُمنٕشس مدینہ سَپُن منوّر		کُہم اوس تارٔیخ ماہِ صیام
دپان آو جبریل علیہ السّلام		سلام و پیام ہیتھ تہٕ حاضِر سَپُن
رسوٗلِ خودایَس بیاناہ کوٗرُن		چھِ سَتھ قِلعہٕ خیبر یہ یکجا مکان

چھِ تتھ مَنٛز پہلوان جنگی بسان

یوٗر دٕلیل بوزِناوتھ چھُ شایر یہِ جنگ نامہٕ حضرتِ علیؓ ہِندِس شانَس تہٕ پایَس مَنٛز تارٕیفو ؠتِ اَنٛد واتناوان، یُس دراصل امہِ جنٛگُک ہیرو چھُ۔ جنگ نامُکی یم کینٛہہ بیان خوش یوٗنی چھِ باسان، تِمن مَنٛز چھِ کینٛہہ ؠتِھ پاٹھی ۔

قبٲیِل وَپان وزاو صُحٲے دَوان		سَتھ اَسی پیلان[1] تِمَس زیرِ ران
ستتھ پاچہِ چینٛ شوراب مِلہٕ وِتھ شکر		ستتھ ہُنٛڈی کھیتھ یڈ تِمَس آیہِ کر
زٕ ساس وزایہِ تَس ؠتِ تم پہلوان		متابع[2] تِمَس ؠتِ اَسی دَوان

[1] مانٛڈن، گُجلُن ۔ [2] فرمان بردار

تژے ہتھ اُسی نقارِ پُرانہ شوروشر	یمَو بۄز تمن بۄزِدُن پیۄک زر
لسہِ صد صمہا زرہس اُسی تھَم	کوہن لرزِ پھۄ ییلہِ دأیک بَم
تژینے ہتھ اُسی تالاج گُرِنے سوار	اَمی ذوقہٕ تہٕ شوقہٕ لۄگ کارزار
دِتُن فوجہِ سان ڈیرِ درعیدگاہ	اَمی دیو کاتیاہ چھِ گرٲمتی تباہ
تمی مونگ مبارزِ[2] کہ از مؤمنان	نبیؑ اُسی یارَن کرن یِی بیان
چھِ کیاہ اُسی یمن مانند مؤر	رینبہِ سہنجہِ ستین کوہن گژھِ سۄر
یہٕ ہمتھ گنڈِو تِمو کمر سخت تر	خودا کہ کفرس تہٕ زیر و زبر
صحابو ذلیل بوز تہٕ پُر مُدعا	کلامِ شریفِ رسوٗلِ خوداؐ
یہ شأدی سپنِز خوش شأدی کران	نبیسؐ قدم بوسہٕ بے حد کران
دۄپُہس گرو اُسی فِدا جان وتن	وَندوے تژینے قدمن فرزند و زن
دۄبارِ قبأیل چھُ نعرِ دِوان	دۄپنک مبارِز أنیُون تِمو ٹِکان
بحکم نبیؐ دژاو اوّل یارِ غار	سُہ ڈیشتھ قبأیل سپُن خونخوار
قبأیل دِوان لاف در رَزم گاہ
دپان اوس آدم میے نِش لیہِ کیاہ



بحکم نبیؐ دژاو حضرتِ عمرؓ وئے کمہِ سامانہٕ گوٗنڈُک کمر
زِرَہ نالی گوٗنڈُک کمر بَندِ سان	سِلحہ و زِرہ نالی اوسک شۄبان
چۄ گورزِ، چۄ شمشیر و نیزِ کمند	گرفتہ رَوان شُد چۄ سروِ بُلند

ا جنگ گرُن وول۔ ۲ آنحضرتن ہنٛدی دوس

بدلِ یاوِ حق درشب و ہر زمان   ولی خُدا بُو و عالی نِشان
ہمیشہِ پَران اوس ذِکرِ خُدا   خُدایَن مُدا تَس تہِ اوٗنُن بجا
شیٚنِہ ساس وڑاے کاٗفر ہَمعے پہلوان   پہلوان سردار اٗسکی بَران
نمتن ہَستمِن بَران بۆ سوار   ہَمعے گورزٕ سان پےٚ کار زار



دَپان شاہِ مرجب سُہ دیو بُلند   گرِس پیٹھ سوار اوس، اَتھس کیتھ کُمند
اَچھو ییٚلہِ وُچھن شیر غُران دَوان   پہلوان زِرہ پوش کاٚتیاہ ژٹان
تمِس زلزلہِ وارِ ژُھنٛن دِلس   یتھِ پاُٹھمِن ئَٹھ چھَ آسان گُلس
نہٕ لَس رۆدتاب ونہٕ دررووے رَنگ   شُد ازموم خاٗطرِ سیہ پاروسنگ
وُچھِتھ گوس ہاٗبتھ تہِ دَر لرزٕ پیو   دَپان اَسی محشر سُہ از ما پٹھو
لسے آہ و افسوس پانَس گَران   گٹہِ گیٚکھ چشمن علیسؑ وُچھان
یہ ڈٕیشِتھ سُہ مرجب چھُ گرِیہ کَران   اَشہِ کنہِ تَس خوٗن اوسے ہَران
دپان اوس باخویش کتھ کُن ژلہِ   امی زہرِ اُمی ہندِ ووٚنی بۆ گلہِ
بہٕ ظاٗہر علی یَسؑ کران مرحبا   بدل بُود پانہِ کرِ نہِ لشکر تباہ
اَتھے کر تیٚم خوٗنِ حلقہِ چمِس   چھُ شیر ژم یاٗنی دامِ ناخُن دِمِس
چمِس خوٗنِ حلقہِ کھمَس گوشت خام   ولی تُل ییٚلہِ مُرغ زَن نگہِ بدام
گُلِم ساٗری پہلوان پوشس بہٕ کر   ہٕرِم زورِ بازوٗ پھُٹِم پُشت تھر
کمَن پہلوانن اُمی کڈٕ میٚنے گرد   پہلوان اُسِم سبٹھاہ شیرِ مَرد
ژٕہم ساٗرے لشکر میٚنے سامانہٕ سان   تیمی ہولہِ تہِ لولہِ نیرِم میٚنے جان

کرِ کیٖاہ کُنے چھُس بہٕ قِلعس اندر
قوتہٕ زورِ یازٕ پھُٹم پُشت تھر

وَننہٕ چھُ یِوان زِ مختار شاہن چھُ دراصل یہٕ جنگ نامہٕ اُردوٗ زبانٕی ہُنٛد جنگ نامہٕ قِلعہٕ خیبر وٕپھتھ لیٖوٗکھمُت۔ اُردو زبانٕی ہُنٛد یہٕ جنگ نامہٕ چھُ عیٖدٕ ناوٕکَ اَکھ شاعرن لیٖوٗکھمُت۔ تیمہِ جنگ نامہٕ حضرت علیؓ تہِ لیٖوٗکھمُت چھُ۔ میٖ ژھانٛجو یہٕ جنگ نامہٕ، مگر کاشُرِ نوسخہٕ آم نہٕ اتھِ۔ لیہذا چھُ یہٕ میٖانہِ باپتھ وَنُن مُشکِل زِ یہٕ کتھ حدس تام چھُ صٔحی۔ مختار شاہ سُنٛد جنگ نامہٕ کوتاہ نزدیکھ چھُ عیٖدو سِنٛدِس جنگ نامس، یہٕ چھا امیٖک آزاد ترجمہٕ، کِنہٕ مُکمل ترجمہٕ، کِنہٕ بدلہٕ کاشُرِ اثر چھُ اتھ پیٹھ براہِ راست یا ورگہٕ پاٹھی پیٚوٗمُت۔ یہٕ ہیٚکہِ عیٖدٕ سُنٛد جنگ نامہٕ اتھِ لگِتھ یٚتھ سَر کٔرِتھ سپدتھ۔

(شیٖرازٕ ۱۹۷۷ء)



# کأشرِ شاأیِری منز غزل

غزل رٕچھ رٕچھی سوخن باوٕنی چھِ وأنٕج نیزٕ سَنہٕ راوٕنی
نظر گژھِ بے پناہ آءسنٕ دِلس گژھِ پیچ و تاب آسُن

راہی

غزل چھُ شاأعری ہُنٛد اکھ نفیس، حسین، لطیف تہٕ نوزُک صِنف ...یہٕ
لطافت میچھر تہٕ اثر پأدٕ کرُن، تہٕ سبٹھاہ شوٗبہٕ سان پٔنُن دُب دُب گرُون ...
اتھ منٛز برُن یہٕ چھُ بڈ کتھ۔ اَمی چھُ غزل اکھ سبٹھاہ مُشکِل صِنف یا فارم مانٛنہٕ
یِوان۔

سانہٕ کأشرِ شاأعری منٛز چھُ غزل واریاہ عام۔ سانیو پَتھ کال کیو
واریاہو شاأعرو تہٕ لیکھی غزل۔ أزِکی شاأعر تہٕ چھِ لیکھان۔ أسی ہے ییمن غزل
لیکھن والین شاأعرن ہُنٛد شُمار ہمو کرُن۔ اکھ لاحِساب ناون ہُنٛد ہجوٗم چھُ
یِوان بزوٕنتھ کُن۔ مگر یِیلہٕ أسی سوچان چھِ کأتیٚن شاأعرن ہٕنٛدی غزل چھِ فنی تہٕ

تکنیکی زاۄی جارن پپٹھ پۆرِ وُتران؟ کاّتھو شاعرو کوٚر اتھ اندر ہُر بر تہٕ نوبر پاۜدٕ؟ کاّتیاہ شاعر چھِ تم یِہنٛدِ بن غزلن منٛز اکھ خاص اِنفرادیت تہٕ شخصیت چھِ اُبھران؟ جواب سوچان سوچان چھِ موہۍ سَپدان۔ دوکھ سان چھُ وَنُن پیوان غزل لیٚوکھ سارِوے مگر غزل لیٚوکھ کیٚنژِوے۔ یہِ جُملہٕ باسہِ یوٚہے ہوٚل کۄل تہٕ مُبہم ہیٚؤ۔ دٔلیل چھِ یہِ ساّنی شاعر چھِ غزل مُذکر استعمال کران۔ اُردوٗ ہَس اندر چھُ یہِ لفظ مونث استعمال سپدان۔ یہِ تبدیلی، یہِ ہیرپھیر تہٕ یہِ کھَسہِ وَس چھَ کُنہِ حدس تانی اَمہِ کتھِ ہُنٛد ثبوت کہ ساّنی شاعر کاّتیاہ سَپدی غزل ہُنٛد مِزاج تہٕ غزل ہُنٛد فن سمجھنس اندر ناکام۔ اتھ اندر چھِنہٕ کانٛہہ شک لفظ چھِ معنہِ تہٕ استعمالہٕ کِنی وقتچہِ تبدیلی، زمانچہِ رَنگ آمیزی کِنی ضروٗر ووٚتھ کھوان۔ مگر پَزر چھُ یہِ ساّنی کاّشرِ غزلن تہٕ چھِ یِہے ووٚتھ ہش کھیمژ۔ یِمہِ کِنی یہِ غزل کم تہٕ بیٚیہِ کیٚنٛہہ چیز زیادٕ بنیومُت چھُ۔ ساّنی کیٚنژوے شاعر ہیٚکی اَمِکی بار وبتراوِتھ تہٕ امیٚک مُوڈ قائیم تھاوِتھ۔ یۄت بۄزِو ساّنی جان شاعر تہٕ چھِ اَمکہِ تکنیکہٕ نِشہٕ بعضے غاّرزان بنان۔

کرِ کیاہ ویٚنہ ییٚ لابنہِ نَس نیاّیس		یاوَن رایَس چھِنہٕ میاّنی مای
یاوَن رایَس بے پروایَس		یاوَن رایَس چھِنہٕ میاّنی مای
(مہجور)

یا مکہ مدینس بر چھِ وٚتھی		نیرِ لٔتیے روٗہ گران
دورہ چھی ہران نۄرِ پھٔتیے		نیرِ لٔتیے روٗہ گران

یا

صٔدرِہ کھٔژ لٔدرِ مال گنزری توس پھٔلی یے
لٔتیے کرٕسے لولہٕ مَتہٕ لاے

(شمس فقیر)

باضأبطہٕ گیت (وژن) یا نظم چھِ لیکھنہٕ آمٕتی۔ یِمنے چھِ غزلہٕ ونان یہٕ چھِ نہٕ شاعٔرن ہنٛزٕ ے کتھ۔ سون تنقید، یِتھ سانٛ بُزرگ شاعِر عبدالاحد آزاد صأب گوڈنچہٕ لٹہٕ گوڈ بَران چھِ، سُہ تہٕ ہیوٚ کنہٕ یِمن چیزن واش کڑِتھ۔ آزادن لیچھِ پانہٕ کینٛہہ جان تہٕ دِل کش غزلہٕ۔ اتھ ستی کرِ نہٕ کانٛہہ اِنکار مگر ییلہٕ تم اتھ پیٹھ کینٛژن جایَن تنقید چھِ کران، واریاہ مویوٗسی چھِ سپدان۔

غزلہٕ ہنٛز تکنیک چھِ واریاہ سہل، شاعٔرس چھُنہٕ ہَتہٕ بٔدی تہٕ ساسہٕ بٔدی شار سپوان لیکھٕنۍ۔ گوڈنیُک شار متلہٕ (مطلع) لیوٚکھ۔ پٔتم شار مکتہ (مقطع) لیوٚکھ۔ بییہ گرِس ترٕ ے شار تیار۔ غزل سپٔز پوٗرٕ۔ یِہ تہٕ چھُنہٕ ضروٗری غزل اندر گژھن کُل پانٛژٕ ے شار آسٕنۍ۔ یِم ہیکن زیادٕ تہٕ آسِتھ۔ عام پأٹھۍ چھِ یِم پانٛژھٕ پیٹھہٕ کہن تانۍ آسان۔ تہٕ شاعِر چھِ غزلہٕ ہنٛدۍ شار طاق تھاوٕنۍ پَسند کران۔ یِہ چھِ لگ بھگ سارِنے خبر غزلہٕ ہُنٛد پرٛتھ کانٛہہ شار چھُ مکمل آسان، پرٛتھ کانٛہہ شار چھُ ہم وَزن آسان تہٕ پرٛتھ کُنہِ شارس چھِ زٕ مصرعہ آسان۔ گوڈنکِس شارس چھِ متلہٕ وَنان۔ اَمِچ خوٗبی چھِ یہِ کہ دوشوٕ ے مصرعہ چھِ ہم قافیہٕ آسان

فِراقَن چانٛی ژوٚلنم دِل نِگارو
چھُ مُشکل عشقہٕ نُے مَنٛزل نِگارو

حقانؔی

متلہِ بغأر غزلہِ انْدر ریم شار چھِ آسان تِہُنْد دوٗیم مِصرعہ چھِ گوڈنکین شارَن ستی ہم قافیہِ آسان ۔

وٗجس دو مایہ چانے ژھایہِ ژھایہِ
اُجس دو زالہِ عشقنہٕ ہِگل نِگارو

حقاؔنی

غزلہِ ہِندِس اُخری شارَس یَتھ انْدر شأعِر پنُن ناو نظم چھُ کران تتھ چھِ مقطع ونان ۔

فراقہٕ مرحلہٕ نوٗزُک چھُ لولہٕ افسانک
بیان کرُن تہِ مُشکل کھٹِتھ تھاوُن دُشوار

غزلہِ انْدر رہیکن وارِیاہ متلہٕ تہِ اُستھ۔ شأعِرو چھِ اکہِ پیٹھہٕ ستن اُٹھن تانی متلہٕ گنٛڈی مِتھ۔ کینٛہو شأعرو چھِ پوٗرِ غزلے متلن مَنٛز لیچھ مِژ۔ سانہِ کأشرِ غزلہِ انْدر چھنہٕ یِتھ کانْہہ رِوایت روٗزمِژ۔ بلکہِ چھُ بعضے سانین شأعرن متلہٕ یا مکتہٕ گنٛڈُن تہِ مُشتھ گوٚمُت یا گو بیومُت۔ اَمہِ قسمچہ مِثالہِ چھِ سانہِ شأعری مَنٛز عام میلان۔

پرٛأنِس عربی اَدبَس انْدر اوس قصیدہ (گُنہِ حدس تانی انگریزی شأعری ہُنْد اوڈ) وارِیاہ بڑوٚنتھ ییلہِ عربی شأعرو فارسی شأعِر وارِیاہ مُتأثر کری فارسی شأعِرو نہٕ صِرف لیکھی وارِیاہ لازوال قصیدہ بلکہِ اہِکِس اُکِس حِصس یَتھ زن تشبیب ونان چھِ تتھ دِژکھ نوٚ شکل۔ اُتھی پیوٚ غزل ناو۔ غزلہِ نسبت چھِ کینٛہہ کتھ وَننہِ یِوان۔ وَننہٕ چھُ یِوان عربس انْدر اوس غزال ناوُک اکھ شخصاہ

روزان۔ أمسی اوس عِشقٕن تیرِ سبٹھاہ سٔنتھ گومُت۔ أمہٕنز سأرِی عُمر سپٕز أتھی جنونس اندر بسر۔ سُہ اوس ہمیشہِ حُسنس تہٕ عشقہٕ کِنہِ جذبن ہنٛز تھُر کھاران تہٕ یِمن پٔنٛنہِن شارَن منٛز سبٹھاہ نٔوزکی سان باوان۔ اَمی وجہ کِنۍ یِمن شارَن اندر حُسن تہٕ عشق کِنہِ جذبن تہٕ احساسن ہُنٛد بیان سپُد تتھ آو غزل ونُنہٕ۔ یہٕ تام زَن لفظی مطلبُک واتھ چھُ، غزلُک اصل معنے چھُ ستھر کتھن یا ستھرِ ابساوٕن۔ چوٗنکہِ یہِ کأم چھِ زیادٕ تر زنانےٚ کران تہٕ یٔندر کتنَس ستۍ چھِ زنانَن ہنٛدِن دِلی احساسن، لولہٕ سورَن، تہٕنٛدِن زأوِلِین امارَن ہُنٛد دَخل روٗدمُت۔ اَمیُک لفظی مطلب سپُد زنانَن ستۍ عشق تہٕ محبتٕچ کتھ کرنس ستۍ۔ لہٰذا غزل بنیٛہِ شأعری ہنٛز سو فارم یتھ اندر معشوٗقس ستۍ لولہٕ، محبتٕچ کتھ آسہِ سپدان۔ غزلہِ ہُنٛد آرہ روٗد واریاہس کالس شکایت با زناں گُفتن، تامی تنگ مگر زمانچہِ تبدیلی تہٕ ترقی ستۍ ستۍ آیہِ غزل ہنٛدِس فنس اندر تہٕ وارِیاہ تبدیلی امیُک دامانہٕ دزٲو، ویٚسہِ ہٕنٛز زاربوزٕ نأونس یا یارس دِلُک مژر تہٕ تژر بیان کرنس نبر۔ رَنگ آمیز خیالو رٔٹ اتھ اندر جاے۔ شأعرو لیچھِ عشقیہٕ غزلو علاوٕ نعتیہ غزلہِ، ہزل، مزاحیہ غزلہٕ، صوٗفیانہٕ غزلہٕ بیفترٕ۔ غزل بنے یہِ لطیف، دِل خراش، غمگین، پُر کیف خیالن ژھأنٛژھہ ناوُنک اکھ بہترین تہٕ شوٗبہٕ دار ذٔریعہٕ۔ تغزل (Lyricism) بنیو غزلہِ ہُنٛد اکھ بوٚڈ گہنہٕ۔

یہِ موخصر پوٚت منظر نظرِ تھأوِتھ ییٚلہِ أسۍ کأشرِ غزلہِ پٹھ بوز شوٗژ چھِ کران۔ کینٛہہ سوال چھِ ووتھان۔ گوڈنیُک تہٕ سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ سوال چھُ یہِ کأشرِ غزل کتہِ پٹھِ گو شوٗرٕ؟ آزاد صأب چھِ اَمِچ ذِکر کران لیکھان:

''وَننہٕ چھُ یِوان سارِوٕے بڑوٚنٛھ گو جبہٕ خوتوٗنہٕ ایرانی طریقس پٮ۪ٹھ غزل لیکھنُک احساس۔ چوٗنکہٕ قسمت تہٕ اِتفاق کٔنٛز روٗد اوٚہنٛد واٹھ شاہی خاندانس ستی، حکومتٕچ زبان آس فارسی تہٕ بازرَن تہٕ دربارَن منٛز اوس فارسی زبانٕ ہُنٛد زور شور۔ لہٰذا چھُ قیاس یِوان کرنہٕ زِ سارِوٕے بڑوٚنٛھ چھِ جبہٕ خوتونی ایرانی طریقس پٮ۪ٹھ غزل لیکھنُک شوق گومُت۔ ملکہ حبہ خوتونہٕ ہنٛز سو غزل یوسہٕ تمہٕ زِندگی ہنٛدِس تتھ وقتس اندر روٗز ییٚلہٕ زَن تہنٛدِس دِل و دماغس پٮ۪ٹھ شاہی تہٕ درباری ہوا تہٕ لوٚگمُت اوس نہٕ۔ یوسہٕ زَن سو اَکس گرٛہسی کچہٕ ہنٛدِس شانَس منٛز اَکس کھاہَس اندر گیوان آس ییٚلہٕ یوٗسُف شاہ چک تَس پٮ۪ٹھ فریفتہ گو۔

عروضہ لحاظ چھِ یہ ایرانی طریقس پٮ۪ٹھ

وأروٕبن ستی وارہ چھَس نو چارٕ کرٕ میٚون مالِنٛیو

فاعلاتُن فاعلاتُن فاعلاتُن فاعلات

یہ چھُ بحرِ رمل مثمن۔ اَمہٕ تلہٕ چھُ یہ ظاہر سپدان ملکہ حبہ خوتونہٕ ہنٛز شاعری زِندگی بڑوٚنٛھ اوس کأشُر شاعری ہنٛدِس مزازس پٮ۪ٹھ فارسی رَنگ ٹاکارٕ برزیومُت......''

(صفہٕ ۱۰۹-۱۱۰ ''کشمیری زبان اور شاعری'' حِصہٕ اول)

دوٚیمہٕ جایہٕ چھِ لیکھان:

''فارسیت چھِ کأشرِ غزلِ ہُنٛد پیدأیشی عنصر۔ ملکہ حبہ خاتون۔

(یوسہٕ زِن کاشرِ غزلٕچ بأنی چھِ مانٕنہٕ یِوان) ہِنٛدی شار وُچھِو ۔

ـ　وأری وبن ہتؠ وارِ چھَس نو چارٕ کر میٚون مالنیو

ـ　گوشن منٛز ہا وتھراوے ولو میانہٕ پوشےٚ مدنو

ـ　بُمہٕ کمانہٕ لدنوہم چلو تیر لأتھم بے شُمار

(صفحہ ۱۸۶)

اَتھ کتھِ اَندر چھُنہٕ کانٛہہ شک فارسیت چھِ کأشرِ غزلِہ ہُنٛد پأدایشی عنصر۔ مسلمانن ہنٛز حکومت قایم سپدنَس ہتؠ ہتی ترٲوی أمی کشیرِ اندر پننٕی قدم۔ شاہ میری خاندانکٮ۪ن (۱۳۳۹ء پٮ۪ٹھ ۱۵۵۵ء) بادشاہَن ہتؠ ہتی پزٕووفارسی اَدبن ییتہِ کشیرِ منٛز اکھ تھۄد پاے۔ لُکھ سپدی دوہہٕ کھوتہٕ دوہہ اَمِکی دِلدادہ تہٕ کأشرِ زبان کأشُر اَدب گیہِ فارسیس قریب یِوان۔ سأنی شأعر گیہِ شعوری تہٕ غأر شعوری طور اَمہِ صَدرہ نِشہِ فأض حأصل کران۔ غزل، مثنوی، رباعی یِم سأری چھِ فارسی اثرٕ ہتؠ کأشرِس اَدبَس اندر ووتلیمٕتی۔ حبہٕ خوتونہٕ ہُنٛد فن تہٕ امِہ دورٕ کٮ۪ن سارِنٕے شأعرن ہُنٛد کلام چھُ فارسی اَدبہٕ کہِ اثرٕ ہتؠ ضرورٕ نِکھران تہٕ اکھ نوٚو رَنٛگ رٹان۔ وٕژنَس (گیت) چھُ بوش کھسان تہٕ یہِ چھُ یاوُن لبان، مگر یہِ وُنن حبہٕ خوتونہٕ چھِ غزلہٕ لیچھمٕتؠ، تہٕ سو چھِ غزلِہ ہنٛز بأنی۔ یہِ چھُ غلط۔ یہِ چھَ پزی پأٹھی سأنی بدقسمتی زِ اَوٚہند کلام یُس اَسہِ تام ووتمُت چھُ، یا اَمہِ دورُک یہِ کلام اَسہِ تام ووتمُت چھُ سہٕ آو وُلٹہٕ طریقس پٮ۪ٹھ پیش کرنہٕ۔ سانٮ۪ن مُقأمی کِتاب فروشن ہنٛز کأم، تِہنٛد علمی تہٕ اَدبی ذوق ہرگاہے پُرقدر چھُ مگر فنی تہٕ تکنیکی ناوأقفی کِنہٕ یہِ کیٚژھا تمو چھوپ تتھ آو غزلے وَننہٕ۔ غزل بنیو سہٕ لفظ ہیمیک

معنے کلام بنیو۔ خاَر زیٹھ رنہٕ رؤستے جایٔز طریقہٕ چھُ یہِ أسی گرو تمن چیزن پتھ بوزشوز یمن زَن آزاد غزلہِ وَنان چھِ۔ مِثالے أسی نمون حبہ خوتونہٕ

وأری وبن ستی وارِ چھس نو چارِ کر میٔون مالنیو

وَنُن۔ ہرگاہے یہِ غزل مانون۔ گوڈنکی کینہہ شار چھِ تتھ پأٹھی بنان

وأری وبن ستی وارہ چھس نو چارِ کر میٔون مالنیو

گرِ بہٕ دزایس آبہٕ نٹس نوٹ میٔہ پھُٹمو مالنیو

یاتہٕ دِیتو نٹہِ نوٹا نتہٕ ہارِ نٹہِ چے مالنیو

ہشہٕ لأدَم ٹوٹِ ہے تھَف سُے میٔہ گو مَرنہٕ کھوتہٕ سخ

یٔندرِ پکِہ پتھ نیٔندرِ پیمو ژکھرِ پھٹمو مالنیو

یارِ دادے نارِ گیہ سو بارِ بُتھ چھِم آمتے

پرٛتھ کُنہِ شارُک دؤیم مصرعہ چھُنہٕ تکنیکی لحاظہٕ غزلہِ ہُند مِصرعہ۔ ہرگاہ پرٛتھ شارُک دؤیم مِصرعہ گوڈٕ پیہِ تہٕ گوڈنیُک دؤیم بنہٕ، تیٚلہِ چھُ یہِ غزلہِ ہُند شار بنان۔ مگر یہ کرنہٕ ستی چھِ أہنٛدِس اثرس تہٕ مطلبس اندر واریاہ فرق پیوان۔ امین کامِلن یوسہٕ ترتیب یتھ وژنس دِژمٕژ چھَ سو چھِ باگہِ بوٚرت۔ یہِ کتھ چھِ پزٕ کیاہ حبہ خوتونہٕ ہُند مُدعا تہٕ آسہِ ہے۔ یتھُے کِنہٕ نہٕ؟ کتھ چھِ یہِ ہرگاہ ہے تہنٛز ترتیب کامِل صابٕنٛ دِش تہِ آسہِ ہے نہٕ اَتھ ستی آسہے ضرۄر میلان۔

غزلہِ ہُند پرٛتھ کانٛہہ شار چھُ مکمل آسان۔ اتھ برخلاف چھِ أسی یتھ اندر اکھ پوٗرٕ کہأنی، اکھ پوٗرٕ واقع ہیٚرِ پیٹھ بون تانٛ وُچھان۔ یہِ چھَ مُلہٕ تلہٕ

اکھ سو نظم یتھ اَندر أ کِس بے کس زنانہِ ہُند اکھ المناک واقع بیان کرنہٕ آمُت چھُ۔ أ کِس زنانہِ یَس نہٕ وأری وبن ستیٖ ہوا صاف چھُ۔ تَسٕی وأرِو گھرس اندر نوٚٹ پھٹُن۔ اکھ ڈرامأیی مُوڈ چھُ شوٚرٕ گرٕھان۔ کشمکش چھُ شوٚرٕ سَپدان۔ وُڈرِ کھسُن، کترِ سَننہِ، یمہٕ چھَ اَمی کشکمشُک نچوڑ۔ تہٕ انجام کیاہ سپُد

ہَشہِ لأی نَم ٹوٚپِ ہے تھَف، سوے میٚہ گو مَرنہٕ کھوتہٕ سَخ
یٔندرہ پَچہِ پیٹھ نبنٛدر پیمو، ژکھرِ پھٹمو مالِنیو

پوٚز چھُ غزل چھُ مُسلسل تہٕ آسان۔ أ کِس شارس چھُ دوٚیمس شارس ستیٖ گِہے اکھ نوزُک واٹھ ہیٚو آسان یتھ پأٹھی غالب سٕنز یہِ غزل چھِ

مُدت ہوئی ہے یار کو مہمان کئے ہوئے
جوشِ قدح سے بزم چراغان کئے ہوئے
کرتا ہوں جمع پھر جگر لخت لخت کو
عرصہ ہوا ہے دعوتِ مژگاں کئے ہوئے

أسی چھِ وُچھان یہِ کتھ تہٕ چھُنہٕ اَتھ اندر۔ غزلہِ ہٕندِ خأطرٕ چھِ نہٕ رُبأعی ہٕندی پأٹھی بحرِ ہُند کانٛہہ قأد۔ شأعر ہیکہِ غزل کُنہِ بحرِ اندر تہٕ لیکھِتھ۔ اَدِ سو أسی تن بڈٕ یا لوکٹ۔ یہِ وَنُن اکھ چیز چھُ، بحرِ رمل مثمن، لہٰذا چھِ سو غزل۔ تہٕ چھُ غلط۔ نظم یا گیت تہٕ چھِ غزل ہٕندِ بحرِ پیٹھ لیکھنہِ یوان۔ مِثالے مہجورٕنٛی یہِ نظم 'باغوانا مہربانا' نی توٚن۔

باغوانا مہربانا بوز میٚونٔے داستان
چھُس بہٕ بلبُل باغٕہ کیوٚ جاناورو منٛزٕ ناتوان

باغ یَنہٕ گو پاٛدٕ تنہٕ وۆتُھم میٚہ یتھ باغس اندر

آیہٕ گُل بہٕ تہٕ آس تِمنے ستۍ توشان یِژھ بَران

امین کاٛملنۍ نظم ''ژٕ تہٕ بہٕ'' یوسہٕ مسلسل غزلِ واریاہ قریب چھِ سو تہٕ کرِ اتھ کتھِ واضح۔

یۆ تام چون ژندن موکھ میٚہ گاشراوِ دِلس

بے داغ میٚون تخیل بے لاگ میٚون قلم

یۆ تام میانہٕ فنچ یادگی چھِ چاٛنۍ سپر

غلام چون چھُ عالم بُلند چاٛنۍ الم

حبہ خوتونہٕ ہُند بیاکھ کانہہ وَژُن نی توٗن یتھ آزاد غزل وَنان چھِ صاف چھُ یہٕ ثابت سَپدان یِم چھِ گیت یا وژُنی غزل چھنہٕ۔ پانہٕ کرِو ملاحظہ

گوشن مَنٛز ہا وتھراوے ولو میانہٕ پوشے مدنو

ولہٕ مَتہٕ گژھ تہٕ دو آبَس دُنیاہ چھُ نیٚندرٕ تہٕ خوابَس

پژاران چھیسو جوابَس ولو میانہٕ پوشے مدنو

ولہٕ مَتہٕ گژھ تہٕ کرٕژھے پترٕو تجُس ریژھے

تمن تہٕ میٚون ہیوٗ گژھے ولو میانہٕ پوشے مدنو

حبہٕ خوٗتونہٕ ہنٛز کتھ ترٛاوِو اُتی۔ اَسہٕ چھِ کینژن جایَن تیتھ کلام تہٕ میلان یتھ زَن غزل چھُ وَننہٕ یِوان تہٕ یُس زَن لل دیدِ ہنٛدِ ناوِ منسوٗب چھُ سَپدان۔

زبنہٕ بڑوٗنٹھ آدمس زَن سارسہ　لوٗلکی مَسہٕ سپزٕس فان
ژونہ وٕنی چیزن دِیُتَم گسہ　مِلہٕ وِتھ کوٗرنَم شکلہٕ اِنسان
خاک دباد آبس بِیہٕ نارسہ　لوٗلکی مَسہٕ سپزٕس فان
للہِ توٗت وأتِتھ اناد یوسہٕ　لوٗلکی مَسہٕ سپزٕس فان

پَزر چھُ یہ نہٕ چھِ لل دیدِ غزل لیچھمژ نہٕ چھُ یہ توٗہُند کلام۔ غزل چھِ کأشرِ شأعری ہنٛدِ تزٕیمہٕ دورٕچ پأداوار۔ اَمہِ بڑوٗنٹھ ہے کُنہِ جایہِ کانٛہہ غزل لیکھنہٕ آمژ تہِ آسہے، تمِچ حیثیت چھنہٕ کہیں۔ یُس محموٗد گأمی کأشرِ مثنوی دس ٹُلان چھُ سُے چھُ کأشرِ غزلہِ تہِ دَس ٹُلان۔

یارٕ میانِو مارٕ گن منٛز پان ہووُت تی پَزِیا
تارٕ گن منٛز ماہ تاباں مَنٛدٕچھووُت تی پَزِیا
گُل روٗخس پیٹھ چھُے زنبل موی سنبل دستہ زَن
گو پریشان بُلبُلن دِل تنبلأوِتھ تی پَزِیا



اَمہِ نوٗرِ مہہ روٗخسارٕ بأوِتھ ژوٗرِ نِیوٗنَم دِل
اَمہِ دوٗرِ دٕرشُن دِت میٖہ سورگچِہ حورِ نِیوٗنَم دِل
تَس کُیت میٖہ وبی کونگہٕ تےَ کستوٗرٕ نووُم پان
کُس زانہِ وٕنِتھ حال تمہِ مستوٗرِ نِیوٗنَم پان

غزلہِ ہُنٛد گوڈٕنیُک دور چھُ محموٗد گأمی نہٕ شأعری پیٹھ مجبوٗر تہِ آزادٕنس آو آدس تانیٛ روزان۔ یہِ گو دوٗیمین لفظن منٛز اردأہمہِ صدی ہِنٛسوی اُخری کالہٕ

پَتھ ۱۹۲۰ء تانۍ ہیُو۔ یِمہٕ دورٕکۍ خاص غزل لیکھن وألۍ شاعر چھِ محمود گامی، رسوٗل میر، مقبول شاہ، پرکاش بٹ، وہاب حاجنؚ، عبدالاحد ناظم، شمس فقیر، عزیز اللہ حقانی، احمدؔ بٹہٕ وأرۍ بیتر۔ یِمہٕ دورِچہِ بیشتر غزلہٕ چھِ وژنچہِ خوٗبی تہٕ تھاوان غزلہٕ ہنٛز خوٗبی تہٕ یِمن غزلن ہیکو أسۍ وژن نما غزل تہٕ وٚنتھ۔ یِمہٕ دورٕکۍ نامور غزل گو چھِ رسُل میر۔

غزلہٕ ہُنٛد دوٚیُم دور چھُ ۱۹۲۰ء پَتھ ۱۹۴۷ء تانۍ روزان۔ یِمہٕ دورٕکۍ معتبر غزل گو چھِ آزادؔ تہٕ مہجورؔ۔ یتھ دورس اندر تہٕ چھِ پرانہٕ دورٕ چہِ خصوصیتہٕ غالِب۔ ووٚنۍ گو زبانۍ اندر چھِ ہنا صفائی یِوان۔ یِمہٕ دورٕکۍ باقی غزل گو چھِ غلام نبی دلسوز، اسد میر، احد زرگر تہٕ واز محمود۔

غزلہٕ ہُنٛد ترٛیُم دور چھُ ۱۹۴۷ء پَتھ شوٗروٗ سَپدان تہٕ ازتام پکان۔ یہِ چھُ سُہ وخ ییلہٕ فنس تہٕ ادبس نسبت آیہٕ نٔوۍ خیال بروٚنٛھ کُن۔ شاعرن سَپُد غزلہٕ ہِنٛدِ تنگ دامانی ہُنٛد احساس

یَمو کٔنۍ زِندگی کرٛیٚتھ منٛزل سَپد ؤلی ؤلی طے

تمۍ مضموٗن تلِو، تمنٛے اِشارن ہنٛز کتھا کٔرتو

کأشرِ شأعری اندر سَپدۍ نٔوۍ تجرُبہٕ۔ حقیقت نِگأری آیہٕ بارسس۔ ادب آو قومُک تہٕ زِندگی ہُنٛد معمار زانِنہٕ۔ کأشرِس ادبس اندر گو کینٛژھا تیٚتھے اکھ دور شوٗروٗ یُس سرسید نہٕ تحریکہٕ کٔنۍ اُردوس اندر شوٗروٗ گو۔ کینٛژھا اوس یہٕ تیٚتھے اکھ دور یُس ترقی پَسند تحریک تل اُردو ادبس اندر ووتلیو۔ مگر یِمن تحریکن ہِنٛدۍ نوٗقص نظر آسنہٕ کٔنۍ یہٕ تجرُبہٕ سَپُد فایِد مَنٛد زیادٕ تہٕ نوقصان دیٛہہ کم۔ نوبن اصنافن پٔتھ آو

زور دِنہٕ۔ غزلِ ستؠ سپز بدلہِ وومیز وابستہٕ۔ یہِ کتھ تریمہِ بیانہٕ تلہٕ تہٕ فکرِ یاوَن نَچ ہنٛدی ترتیب دِنہٕ وألی چھِ أکس شأعرس ستؠ زان کرناوان لیکھان:

"...... غزل لیکھنَس منٛز چھِ یم سبٹھاہ مأہر۔ بشرطیکہِ یم کَرن اوکُن زیادٕ توجہِ تہٕ اتھ بناوَن زِندگی ہنٛدِس دامانٕس چھٔنہٕ جرنٛک اکھ ذٕریعہِ......" (صفحہ ۱۵۵)

یمن لفظن پێٹھ ہێکہِ واریاہ بحث سپدِتھ۔ گوڈٕ غزل چھِ بذات خود شأعری ہنٛز سو ذاتھ یتھ پێٹھ وُنیُکتانٛ واریاہ تنقید سپُد۔ أڈی گیہِ تأریف کران کران تہٕ اتھ وۄنٛکھ شأعری ہُنٛد تاج۔ أڈی گیہِ خأمی گنٛزران گنٛزران تہٕ اتھ وۄنٛکھ اکھ نیم وحشی صِنف، حقیقت چھُ یہِ بُنیأدی چھنہٕ کانٛہہ صِنف جان یا ناکارٕ آسان۔ یہِ چھُ شأعرن ہُنٛد بجر تہٕ ژھوچرٕ آسان یُس زَن شأعری معتبر تہٕ کمتر بناوان چھِ۔ خأر یمن سارِنٕے خیالن پێٹھ یێتھن کُنہِ قسمُک بحث زێٹھراوُن چھُنہٕ مُنأسب۔ ووٕنی گو یێمہِ ساعتہٕ أسؠ مختلف دوَران تہٕ تھدبن غزل لیکھن والین ہنٛدِس کلامَس پێٹھ الگ الگ تنقید کرو۔ یێمہِ کتھِ چھِ أسہِ لأزمی بڑونٛتھ کُن انہٕ نہِ۔ یێتھن چھُ یٔتے وُنی زِ نوو خیالو تہٕ نوِ شأعری أنؠ غزلہِ اندر تہٕ تبدیلی۔ غزلہِ ہُنٛد دامانہٕ سپُد وسیع۔ رَنٛگ آمیز خیال آیہِ غزلہِ اندر سبٹھاہ خوبی سان بیان کرنہٕ، خیال بیان کرنہٕ رَنٛی، نویو تشبیہو تہٕ استعارو رَنٛی، ژھوچو تہٕ بجو بحرو رَنٛی آیہِ غزل اندر تبدیلی انٛنہٕ

یہِ یأری ہنٛدی نے امأری کوٚرنَم اگر تہِ مێون لولہِ نار کرِ ہے
نہٕ حسن روزِ ہے نہٕ تاپھ کرِ ہے نہ عشق یاوُن نِثار کرِ ہے

(نأدِم)

دۆپُن ونڈِ ہمہ زِ کیاہ دۆپمس جوانی
دۆپُن پتھ گُن میہ دۆپمس زِندگانی

(رسا)

غزل شاعری پزکھاونہ پتہٕ چھُس بہ وِزِ وِزِ تہٕ پھِرِ پھِرِ سونچان زِ مشہوٗر اُردو نوقاد کلیم الدین احمدن (وفات ۱۹۸۴ء) کیازِ وۆن غزل ناوٕچہ شاعری نیم وحشی صنفِ سوخن۔ تمۆ چھِ کینژہہ کتھہ ضروٗر وَنہٕ مگر تمۆ سُند یہ تاثُر چھُنہٕ ہرگز ہٹہِ وسان۔ اَکس بے جور شارس منز ہیتھ زِ مِصرٕ آسن اکھ سبٹھے نوزُک خیال دِل کشی سان باوُن، اکھ دُنیاہ آباد گرُن، اکھ خوبصوٗرت افسانہٕ وونلاوُن تہٕ اکھ بوڈ سمندر پاُزِتھ دُرِ نایاب بدِ کڈنی۔ اتھ ونہٕ وا "نیم وحشی صنفِ سوخن؟" ہرگز نہٕ یۆت یۆت اِنسان مہذب تہٕ گاٹُل آسہِ تیۆت تیۆت چھُ سُہ کم گو بنان۔ عاقل را اِشارٕ استس پیٹھ یقین تھاوان۔ اشارن تہٕ کنایَن منز کتھ گرِتھ معنے مطلبکی ڈیرٕ اَکس شارس منز باوان۔ اَتھی وَنہٕ وا نیم وحشی خصوصیت؟ ہرگز نہٕ۔ بقولِ رفیق راز ؎

غزل وَن نچ ہونبر میے باگہِ آمژ
تگان چھم کأم ہنز رمزن کِنایَن



یۆز نہٕ کأنسہِ بحرِ خموشی ہُند طوٗفان
کتھ بحرس منز باوِ رفیقو دود پیُن

کأشرِ غزلُک سۆن تہٕ بے پھڑٕ ؤکھ مطالہٕ چھُ بذاتِ خود اکھ دِلچسپ موضوٗع۔ تہٕ یہٕ کتھ چھےٚ ٹاکارٕ زِ 1947ہٕ پتہٕ ازتام یُس سفر کأشرِ شأیری ژھوٚنڈ تتھ منٛز لوٚب امہٕ صِنفہِ زبردست چکہٕ پاو۔ کتی شأیر ٭ الہٕ گامہٕ شہر، سرین تہٕ قصبن منٛز ئٔتی یمو شأیری ہنٛز یہٕ صِنف پننہٕ لولہِ منٛز للہٕ نأو۔ پننِس وچھس کتی رٕٹکھ تہٕ گرہٕس مالہٕ تہٕ رچھِ۔ اتھ منٛز یوٗرکھ پنُن مولُل تجربہٕ، سورے باس، پنُن ذأتی گدرُن تہٕ ذہنی وپھہٕ وار۔ تتھ منٛز جلال تہٕ چھُ جمال تہٕ تہٕ کمال تہٕ۔ کأشرِ غزلن لوٚب سُہ شانٛدار زوٗ زبتہٕ یُس روزٕوُن تہٕ چھُ تہٕ پوشہِ وُن تہٕ۔ حقیقت چھےٚ یتہٕ زِ دینا ناتھ نادٛمؔ ہووُ نہٕ اتھ صِنفہِ کتی سُہ رغبت تہٕ مأل یُس تمٕ دوٗیمن صِنفن گُن ہوو۔ یہٕ چھُ الگ بحث۔ موجوٗدٕ وقتکو زٕ بڈی شأیر رحمٰن راہیؔ تہٕ امین کأملؔ درٛایہٕ سأرسے کاروانس منٛز گاشہِ تارکن ہنٛدی پأٹھی ئٔتی۔

لوٚب یہتھ چھُس بُزاں پنٛنی ہَن ہَن
منٛز أزِتھ چھُس غزلِ ونان بعضے



مُتی ودن وانَن اُسن پأتھر گنٛداں
کتھ جرکھ لفظت تہٕ کتھ معنے گرکھ



متیا یتھ بے توفیق شہرس لوٚگھ کوٚت
اگر وُنہٕ تہِ کانٛہہ رِکھ اتھس چھےٚ مِٹاوے



